# کأشُر فوک لور

عوأمی زندگی تہٕ سمأجی توأرٟیخُک آنہٕ

ژ
غلام نبی آتش

کتابہٕ ہُنٛد ناو : کاشُر فوک لور

زبان : کاشُر

محقق : غلام نبی آتشؔ

نائل اننت ناگ کشمیر۔انڈیا۔192125

موبائل:09906787121

ؤری : 2017ء

تعداد : 500

مول : 400روپیہ

: منظور احمد وانی

کمپیوٹر کمپوزنگ : محمد یوسف میر۔ولی دارالکتابت محمود آباد ٹینگن پانپور، کشمیر

موبائل:9596196755

سرورق :

اہتمام پروف ریڈنگ : ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر

کتاب میلنگ پتہ :

ا۔غلام نبی آتش، نائل، اننت ناگ، کشمیر:موبائل نمبر:09906787121

ب۔ڈاکٹر گُلزار احمد راتھر، اسورہ، کنبلو ن، بجبہاڑہ، کشمیر:9596552282

ریاستی کلچرل اکادمی چھ یہِ کتاب چھاپنہٕ باپتھ جزوی مألی امداد منظور کۆرمُت۔ یِمہِ باپتھ چھہٕ اَمیُک شُکر گزار چھس۔ کِتابہِ ہِنٛدِس حُسن وقبُحس چھس بہٕ پانہٕ ذمہٕ وار۔ اکاڈمی چھنہٕ تمہِ نِش مُچھہِ۔

| | | |
|---|---|---|
| Name of book | : | Kashur Folk Lore: |
| Language | : | Kashmiri |
| Author | : | Ghulam Nabi Aatash<br>Nanil Anantnag, Kashmir<br>(India) 192125<br>Mobile: 09906787121 |
| First Published | : | 2017 |
| Computer composing: | | Mohammad Yousuf Mir<br>Wali Darul Kitabat<br>Mehmood Abad, Taingan<br>Pampore Kashmir<br>Cell:-9596196755 |
| Copies Printed | •: | 500 |
| Proof reading | : | Dr. Gulzar Ahmad Rather |
| price per copy | : | Rs. 400/- |
| Title cover | : | |

The book can be had from:

1. Mr. Ghulam Nabi Aatash
   Nanil Anantnag.
2. Dr. Gulzar Ahmad Rather
   C/o J&K Academy of Art, Culture & Languages
   Lalmandi Srinagar.

# انتساب

یِمہٕ والین تحقیق کارن ہٕنٛدِ ناوٕ

ہے رٕٹو سرمایہ رٕژھراٰوِو پکِو

ڈاڈ تحقیقس گٔرِو، یِمہٕ. زانٛہہ تھکِو

غلام نبی آتش

# ترتیب

# گوڈ کتھ

شینہٕ دستار گٔنڈی گنڈی تھدٕ بالن تہٕ پانژالن، سدا بہار وَنن تہٕ مرگن ہِنزِ کوچھِہ منز کشیرِ ہُنٛد مأری مۆنٛد پوشہٕ پتُھر چُھ رنگہٕ رنگہٕ عقیدن، مذہبن تہٕ تہذیبن ہُنٛد قدیم کأل مانٛتھال۔ أمی آلو وارییہن مذہبن تہٕ فلسفن نرِ۔ اَتھ چُھ اکھ بار ستہٕ وسیع تہٕ وپن ہار تمدُن۔ یہ مِلہٕ مِش تمدُّن بارسس اَنہٕ نس منز کۆر ویدمت، بودھ مت، شِومت تہٕ اسلامن پنُن پنُن حِصہٕ ادا۔ أمی کُری ماقبل تواریخ کہو گُمنام زمانو پیٹھہٕ شُمارٕ بُدی مرحلہٕ طے۔ اَتھ تمدّنس منز چھِہ اسطوٗر، دیو مالا، آرکیٹایپ، ریژ روایژ تہٕ تواریخ تہہ بہ تہہ موٗجوٗد۔ یہ پوشہٕ پتُھر چُھ شاندار تہٕ وُسعت در وُسعت فوک لورٕ ستی مالا مال۔ یُس یوٗت دلاویز، معنہِ سوو تہٕ وشال چھُ زِ بالو تہٕ سٔدرو اَپارِم شوقہٕ وأل محقّق تہِ تنبہٕ لاوِن۔

فوک لوٗرک سٔنتھ سٔرِتھ تہٕ سنجید مطالعہٕ کرنہٕ ستی چھےٚ قومن ہنٛدِ پتھ کالچ زان فراہم سپدان۔ یہ چھ پۆز زِ فوک لور چھنہٕ باضأبطہٕ تحریری توارتخگ

مُبدل ، تاہم چُھ یہِ تہِ پزر زِ یہِ چُھ توٲرٟکھی ژھینبن تہٕ کھن پرٛونس منٛز مدد کران ۔ توٲریخ زانن وٲلی تہٕ لیکھن وٲلی چھِ فوک لورا کہِ خاص وٚسیلہٕ رٚنگی ورتاوان ۔ فوک لور چُھ قومن ہنٛزِ اجتمأعی شعور تہٕ لاشعور زانہٕ چہٕ عملہِ منٛز تہِ اَتھہٕ رٚوٹ کران ۔ اجتماعی ذہنی تہٕ سمأجی ارتقاہس تہِ اَنہٕ ہاوان ۔ ووٚنی چُھ قومن ہنٛدِس فوک لورس سنہٕ نس تہٕ اَمہِ منٛز نسلی ، تہذیبی ، تمدنی ، مذہبی تہٕ لِسأنی تبدیلیہ ، ارتقاتہٕ وٚتھہٕ بٚوٚ ژھارنس پٮ۪ٹھ یِوان یٮ۪ژ زور دِنہٕ ۔ یہِ چھےٚ واریاہ دِلچسپ کأم مگر تحقیق کارس گژھہِ کأفی عٕلم ، صحی تربیت ، صبر تہٕ خلوص آسُن ۔ تِمس گژھن جدیدترین سہوٗلیژن ستی ستی مأدی وٚسیلہٕ تہِ بدس آسٕنی ۔

نٔوم حرف لیکھن وٲلِس ووت واریہوٗ رِیو پٮ۪ٹھہٕ کأشرِس فوک لورس منٛز دِلچسپی زوان ۔ میانہِ خیالہٕ چھُ امیُک مطالعہٕ کُشیرِ ہنٛدبن رأوِ متین دورن ہُنٛد بازیافت ۔ کُشیرِ ہُنٛد پتہ کال چُھ اٚچھن تل یِوان ۔ مےٚ چھُ پننہِ کم علمی ہُنٛد پوٗرٕ احسان ، پننہٕ نبن کمزوٗربن ہُنٛد پے ، اماپوٚز شوقن ، جذبن تہٕ دِلچسپیہِ دِیتنم نہٕ سوتھلہِ بیہنہٕ ۔ ازتام کرِ مےٚ اَمہِ موضوٗع کہِ نسبتہٕ لیکھی متین پننہٕ نبن مقالن ہنٛزِ ژورسوٚمبرنہٕ شایع ۔ لُکہٕ کتھن ہُنٛد اکھ مجموٗعہ تہٕ لُکہٕ بأتن ہنٛدی ترٛےٚ مجموٗعہ سوٚمبراٚوِم ، یِم جموں وکشمیراکاڈمی آف آرٹ کلچراینڈلینگوئیجزکہ اہتمامہٕ شایع سپدی ۔ زیرِنظر کتاب ''کأشرفوک لور: عوأمی زندگی تہٕ سمأجی توٲریخُک اَنہٕ'' چھےٚ میانہِ اَمی شوقُک تہٕ دِلچسپی ہُنٛد نتیجہ ۔ اَتھ منٛز شأمِل کینٛہہ مقالہٕ چھِ کأشرُ ''شیرازٕ'' رسالس منٛز تہِ شایع سپدی مٕتی ۔ اَتھ کِتابہٕ منٛز چھُ

وارِیہن اسطۄرن نم دِنگ پلہٕ کرنہٕ آمُت ۔فوک لورِ کس وشال سۆ درس ٕستۍ رَل ٕگمتِہن وارِیہن توأریخی کردارن وۆن دِنٕچ کۄشش تہٕ چھےٚ کرنہٕ آمٕژ ۔ اَکھتُے چھُ لُکہٕ وۄ ترچن کینژَن صِنفن ہُنٛد مُطالعہٕ کٔرتھ یہٕ وُچھنٕچ کۄشش تہٕ کرنہٕ آمٕژ زِ یِم رٕتھہٕ پأٹھۍ چھِ سمأجی زِندگی ہٕنٛز ترجمأنی کران۔ ''پۆت ژھأر'' عنوانس تحت چھُ کأشرِ لُکہٕ باوٕژ منٛز ناگ، پانڈو، مغل تہٕ پٹھان دورِ کہن آثارن تہٕ پۆت موژہن وۆن دِنہٕ آمُت ۔شاید چھےٚ یہٕ پننہٕ قسمٕچ گوڈنِچ کۄشش ۔ اراد اوسُم بودھ دورس، سُلطانن، سِکن تہٕ ڈوگرن ہٕنٛدہن دورن وۆن دِنہٕ باپتھ اَمی گاچہٕ اَلگ اَلگ مقالہٕ لیکھنُک ،یُس نہٕ صحت ڈٲلنہٕ رٕنٛز بعمل آو۔ یہٕ کأم چھےٚ ووٚنۍ پننہٕ والین تحقیق کارن ہٕنٛدِ باپتھ ۔ ومید چھےٚ زِ تِم کرن فوک لورِ کہن دۄ رِگیہہ تہٕ نوٚہن سرحدن تام پلو ۔

بے شُمار شُکر وثناء اللہ تعالیٰ ہس کُن، تٔمی سِنٛدِ یرٕھنہٕ پرٕتھ کانٛہہ کأم اند واتان چھےٚ، تٔمی سٕنٛدِ عنایتہٕ ٕستۍ مےٚ یتھ سۆ مبرنہٕ منٛز شأمِل مقالہٕ لیکھِتھ ہٮ۪کۍ۔

معروف کشمیر شناس تہٕ قداوار محقق محمد یوسف ٹینگ صأبُن چھُس احساس مند زِ تِمو لیٚوٗکھ یتھ کتابہٕ پننہٕ نِس مخصوٗص اندازس منٛز معنہٕ سوو پیش گُفتار۔ یِمہٕ ٕستۍ اتھ اعتبار تہٕ وقار ہُر یوو۔

تِمن عألمن، محِققن تہٕ ادارن ہُنٛد شُکریہ کرن چھُم لأزِم، یِہنٛزن کتابن ہرترتُم تہٕ یِہنٛدی حوالہٕ بکار آیم ۔حسبِ عادت روٗدُم عزیزی ڈاکٹر گلزار احمد راتھر ازتہٕ نکھہٕ ڈکھہٕ۔ تٔمی کرٕ نأو یتھ کتابہٕ کمپیوٗٹر کمپوزنگ تہٕ تہٕ پروف تہٕ

پۆرنس۔ سُہ نے یہٕ بور تُلِہ ہے، شاید پراوٕہن نہٕ میأنٕی مقالہٕ یٚیمہٕ کتابہٕ ہٕنٛز صۆرت۔ اللہ تعالیٰ کَرنس زٕ پٔتھ وأنٛس تہٕ صحتِ کأمِل عطا۔ محمد یوسف میر صأبس تہٕ تھأوِن اللہ تعالیٰ سلامت، یٚیمہٕ یتھ کتابہٕ ٹارِ کھسہٕ وِنی کمپیوٹر کمپوزنگ کٔر۔

أخرس پٔتھ چُھم عرض زِ پرن وألی کرن میأنٕی سَہو، خطاتہٕ کمزور یہٕ درگُزر، تِکیازِ بندٕ چھُ بشر، وشفہٕ چھُ آمتُ۔

غلام نبی آتش

نائل انت ناگ، کشمیر

# پیش کلام

کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد رسمی تہٕ دستیاب ادب، ییٚمیُک نمتھ فی صدی تہِ گُرٛھی تھےٚ حِصہٕ شأعری چُھ، چُھ یوٚ ہے ستھ ہتھ ؤری ہیوٚ وأنٛسہِ۔ اَمیُک پیٚوٚنٛت کھنڈ چُھ تیٚتھ تہِ یُس أسۍ عالمی شعرِ پارن مقابلہٕ ہیٚکہٕ ہون تھأوِتھ۔ مگر یتھ کتھہِ چُھنہٕ شکھےٚ زِ کأشرِ چ لُکہٕ باوَتھ ونوس یا فوک لور، چھِ وأنٛسٹھ۔ تھیکہٕ ناوِنۍ لایق آسنہٕ علاوٕ واریاہ باون ہار، شوٗبہِ دار تہٕ شانٛدار۔ بوزوَے تہٕ اصل تہٕ شوٚد کأشر آلو چُھ أتھی منٛز پرِیتھان، پرٛٹھان تہٕ طیس واتان۔ اَمِکۍ وجہ چھِ بلکل نٔنۍ تہٕ پرِیٚنۍ۔ کأشر زبان روزنہٕ ڈیٚکۍ جل تہٕ سأنٛپہٕ گُژ آسنہٕ باوجوداوترٕ اوترٕ تام زٕنٛہےٚ سرکارن تہٕ دربارن ہنٛز مانہِ رٕیٚنۍ۔ یہِ خبرِ نیٚنہٕ کدل چھےٚ شتکو پیٚٹھہٕ جأری زِ بڈشاہ صأبنس زمانس (1420-1470ء) منٛز اوس اَتھ حکوٗمتُک خانہٕ ماجرتہِ حأصِل مگر ہناہ ہے سَنوٗیہِ چُھ زیادٕ پہن أمِس عظیم تہٕ عوام نواز تاجدار

ہِشز نیک نامی تہٕ حُسنِ ظوٗنک اعترافٕ یوت باسان۔ تمہِ وقتہٕ ما آسن کینژن کِتابن ترجمہٕ سپدی ءتی مگر تمو منزٕ تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ معتبر چیز اَسہِ درِدس۔ تِہِنٛدِ وقتُک اکھ سِکہٕ، اکھ نُسخہٕ یا اکھ کُتبہٕ (Inscriptions) چھُنہٕ اَسہِ تام ووتمُت۔ البتہٕ چھِ فارسی تہٕ عربی اکھتُے سنسکرت زبانن ہِنٛدی پاٹھی تِتھی نموٗنہٕ گُتلیو۔ دراصل اوس کاشرِیُک خودمختار زورتہٕ پھوٚرتیژ موٗل موٗنجہٕ تھاوان تہٕ اکہِ آزاد قومُک بول باش زِ قلمچ سُفاٗرِش تہٕ سوداگری نہٕ آسنہٕ وراۓ تہٕ روٗد یہ تِتھہٕ کُنہٕ اَسان لسان، وایان گایان، بولان بوشان، رِوان ژُوان، ڈلیلہٕ ونان تہٕ دم دِوان زِ یہِ روٗد وارٕ کارٕ، تازٕ تہٕ سرسبز۔ اکہِ محکوم مگر محکم قوٗمچ علم وہراوان تہٕ وہراوان۔ اَتھ حدس تام زِ یِلہِ از اَمکی جغرافیاۓلی تہٕ اختیاری بنہٕ تہٕ سرحد زینہٕ مینہٕ علاوٕ واریہس حدس تام نہناونہٕ تہٕ لُرراونہٕ آمتی چھِ، چھےٚ کاشر زبان تِہنٛدِ خاص وجوٗدٕچ تہٕ الگ نموٗدٕچ وۓ حد شایدِ روٗ زِتھ پننی آن مانٛنی راوان۔ اَنٛدی پکھی چھِ کُنہِ زباۓنی نہٕ پان پُشران بلکہِ پزٕ یِتھ اند پننہِ وحدت تہٕ عظمتچ پارے وایان۔ کاشُر لُکہٕ ادب چھُ سُہ طِلسمات یتھ منز کشیرِ ہُنٛد پژ ون تہٕ پراچین توٗاریخ، اَمِچ مجلسی تہٕ اجتماعی زندگی، اَمیُک ستہٕ رٕنگی وۓہارتہٕ پاٹھ پِشجار سوٗرے کینٛہہ ژٕمتھ تہٕ ژوٚنبتھ چھُ۔ یوٚہے پزٕ رپژ زنو واز بروٚنٛٹھ ڈوڈ ہتھ وٗری یورپ کیٚو خاورِشناسو تہٕ پننہٕ نوٚ تحریرو ستی ٹُبہ روٗد کھزورٕ زورٕ۔ واٹرلارینس اَسی تن یا فریڈرِک ڈرِیو، ہنٹن نولز اَسی تن یا ڈاکٹر شیو، آرل سٹاین اَسی تن یا جارج گریرسن، سارِوے تُل گریٚز زِ کاشُر لُکہٕ ووٚتُر چھُ عالمی درجُک۔ یہِ

لیکھان لیکھان چھے وأنج ژھینان زِ اَمہِ موختہٕ گنجکر درجنہٕ واد مجموعہ پڑ کاشت گرٕھنہٕ پتہٕ تہِ چھ وُنہ یہِ پھوتو پھوتو چھانگرِ تہٕ چھکرأ وِتھ۔ سأنی ہلم چھِ وُنہ یمن اچھِ پوشن گوندی گوندی کران کران ژھوکان تہٕ ژھوٹان۔ جناب غلام نبی آتش صأبنہِ یتھ بجہِ کریٛنجہِ سُمب سومبرنہِ متعلق کینٛہہ باونہٕ بروٚنٛہہ چھس بہٕ بس اَکے مثال پیش کرنُک اجازت یژھان۔

___ گوڈٕ آتش صأبس کیاچھ وَنُن۔ سُہ چھ أزچہِ گرِ اَمہِ لگہٕ وراثژ ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ زیوٛٹھ تہٕ زِٹھ خبردار تہٕ کُنٛز بردار مگرسانہِ لگہٕ ارژ ژہُنٛد کونگہٕ ڈار چھُ یوٚت آباد تہٕ برِتھ ژرِتھ زِ سانہِ جنگِ آزأدی متعلق کینٛہہ لگہٕ ژٕ پٔتی چھنہٕ أمِ ہوی کُشادٕ ہلم تہٕ وُسہٕ وار قلم اُستادن تہِ سأمتھ تہٕ سنمبألتھ ہیکیٕ تی، یم بس ڈوڈ ہتھ وٕری پرأنی چھِ۔ اکھ چُھ شیخ محی الدینس متعلق یُس 1842ءمنٛز پنجابکی خالصہٕ دربارن یوٚت صوبہ دأری کرنہِ سوٚز۔ ییٚلہِ مہاراجہ رنجیت سنگھنہِ گذرنہٕ پتہٕ تتھ سوسُر اوسُن ہیوٚتمت اژُن۔ یور وأتتھ کوٚرتمۍ عوأمی مانگیہٕ ہندِس دباوس تل کشیرِ آزادتھاون والین ستی اَتھِ واس۔ سُہ اوس پانہٕ تہٕ یتھ عوام پرور تہٕ کشمیرنواز زِ کشیرِ یوس تتہٕ کھل خالِصہٕ راج کیٛو وُہو پٔنز ہو ؤرِیوکرمژ أس، تتھ مہلام لاگنہٕ تہٕ انگ اننہٕ خاطرِ کوٚرُن واریاہ جستہٕ خیز۔ یتُے یوت نہٕ بلکہِ تیسنٛز کأشرِ نسب خانہٕ دارنہٕ تہِ دیُت اَتھ نیک کامہِ تیوٚتاہ شیٛہلن پاے زِ تمس دیُت کأشرو مظلوٚمو "مادرِمہربان" لقب۔ یُس پتہٕ وُہمہِ صدی منٛز بیٚیِس محترم خاتونہٕ ہنٛد خأطرٕ مُکرّر رُسُد۔ یہِ شیخ محی الدین اوس یوٚتاہ

عوأمی پرٛ تیتھ تھاوان زِ ییٚلہِ سہ 1845 ءمنز کٔشیر منزٕ ے خداصأبس ٹوٗٹھ گوو۔ سہ آوکوہِ مارانس پیٹھ حضرت مخدوٗم حمزہ صأبنس مقبرٕ کٕھس منزٕ تمن نکھے آسودٕ کرنہٕ۔ ییٚتہِ تسنٕز ترٗبت ازتہِ موٗجوٗد چھےِ۔ أمی شیخ محی الدین ییٚلہِ کأشرٕ ہن آزأدی پسندن لرِلوٚ روو پرٕن خلاف شمشیرتُج۔ کأشری لُکہٕ ووٚتری ٹُل یہِ ہُرٕ

روپہِ سٕندِس تورگس سونہٕ سُنٕد زٕ ہن
تتھ کٔس کھٔسِتھ محی الدین

اَمہِ پتہٕ کنٕہ دِلہِ منز ہیتھ فرنگیوٚ امرتسر کہِ بکری پترٕ ذٕریعہِ کٔشیرٕ ہنز گلد وخ پرٕی جیٚمہِ رٕکس مہاراجہ گلاب سنگھس پاژٕ ستتھ لچھ نانک شأہی روپین (یہ روپے أس ڈاہے آنہٕ لوان)۔ کأشر بوٗرٕ نٕوس حکمرانس ءستی تہِ حملہٕ دٕل۔ ییٚلہِ تمٕ کشتواڑُک پٔتن جرنیل لکھپت رائے تمن کلہٕ دگنہٕ سرینگر سوٗز۔ کأشر بوٗرٕ تمٕس ءستی مایسمہِ (مایُسم) یُس ازسانہِ شہرُک اکھ زبر بازرٕ چھُ، منز پنٔجہِ آزمأیی۔ تمہِ وِزِ اوس مایُسم اکھ مکایہِ ڈار۔ اَتھ ڈاڈٕ مقابلس منز کوٗرکأشر بوٗ وزیر لکھپت قتل۔ أزٕکس مولانا آزاد روڈٕکس چرٕ چس مقابلہٕ چھےِ ءتسنٕز سمادھ ازتہِ موٗجوٗد۔ بہرحال کأشرٕ لکہٕ باوٗژ اندرٕ چھےٚ أمی واقعہٕ ہن تہِ جاے پرٕأوءمژ ہے

ہچوس گرِس زٕچوٗ کلہٕ
تتھ کُس کھٔسِتھ؟ لکھپت......لہٕ

ظأہر ازیٚتھیہِ بٔلی کتھ مگر کیا کرو آتش صأبُن شاندار کارنامہٕ پرٕتھ ہیوٚت قلمن طوطہٕ سٕندی پأٹھی بوٗلُن تہِ شوروغوغا کرُن۔ اَتھ پیٹھ چھُس معأفی ہُند

خواستگار۔



غلام نبی آتش صأب چھ کأشرِ لکھِ وۄترِ یک پڑ ون تہٕ پوٚختہٕ کاروستہٕ۔ یہِ کتاب نیرنہٕ پتہٕ کڈِ تمی ہنٛدِ اَمہِ مرتبک کاڈ کأشرِ فوک لور کیٚن سولبہِ سولبہِ لیکھن والین ہنٛز زیچھ تنٛدلہِ منٛز ییٚہِ ہن تھز رتہٕ بجر حأصل۔ یتےٚ یوت نہٕ یہِ کتاب ییٚہِ کأشرِ کیٚن لولہِ والین شانہٕ گنٛدِ ہے تل بلکہِ شمعدانس ستی ستی تہٕ تھاوِنی۔ اَتھ منٛز ییرٕ اہ سأنٛتھ یکہِ وَٹہٕ کرنہٕ آمٕژ چھِ، سُہ چھنہٕ میانہِ کم علمی حسابہِ ییٚہِ کُنہِ تہِ پڑھہِ سوٚمبرنہِ منٛز مالِ موجوٗد۔ تم اَسی تن پادشاہ کتھہِ، گاٹلی کتھہِ، بقلا زی ہنٛز ڈلیلہِ، شُری بأتھ، ونہٕ وُن، پأٹھر۔ خبر آتش صأبَس کیازِ اَمہِ کِس ورتاوس متعلق سُنٛدٕ ریٚش سُنٛد یہِ ارشاد قلمہٕ پٹھہٕ وٚسی پیوٚمُت پأتھر بیوٚن بیوٚن کُنےٚ چھ ماگن ___ تہٕ ییٚہِ تہِ دَہ دردَہ۔ موغلن ہُنٛد ذِکر کران چُھ یتھ کتھِ تہِ دول دِوان زِ تمہِ وقتہٕ کیٚن فِتنہٕ فسادن ہِنٛدِس پوٚت منظرس منٛز گےٚ پانہٕ کٔشیرِ ہِنٛدی کینٛہہ بزرگ تہٕ گاٹلی تمن نادس۔ مبر زِ کاشگأری اوس تہُنٛد ہراول، یہِ آتش صأبن وونمُت چُھ۔ یہِ کاشگأری صأب کوٚر رخام پور وُڈِر پٹھ اَکی کرالن قتل تہٕ پتہٕ آو بڈ شاہ مزار گاڑ یارِ دفن کرنہٕ۔ ییٚتہِ تسٕنٛز ترُبت از موجوٗد چھِ۔ شاید اَس کٔشیرِ منٛز یہِ گوڈنیچ قبر یتھ واریہس کالس پہرِ دارر اَچھ آیہِ تھونہٕ۔ یتھ نہٕ اَمہِ منٛزِ جسدِ ے ژلن ہتھ۔ وُہمہِ صَدی منٛز گےٚ یہِ وَنن واریہن بڈین کأشرین تہٕ۔ مگر تتھ دل چھل دِنک چُھنہٕ یہِ موقعہٕ محل۔

آتش صابنس یتھ انسایکلو پیدیاہس منز چھِ اکھ زِ لو کچہِ مو کچہِ کتھہٕ رٔژھرِتھ تھاونہٕ تہِ ضروری، تکیازِ اَتھ منز روزن یم ہمیشہِ بہار۔ شُری زبنہٕ کِنہ تہٕ رچھنہٕ کِنہ معاملن سام ہیٚنہٕ وِزِ پیٚہِ سوٚنڈر رسمک ذِکر تہِ کرُن۔ تِتھے پأٹھی خاندرٕ خندرٕ کِنہ رسمن گرینڈ کران چھُنہٕ شب، چنہٕ ہُنٛد شمار سپُد مُت۔ ''دِچِ'' چُھ بتہٕ تھالہِ یا ترامہِ خأطرٕ ویوٚد تہٕ سیوٚد کأشُر لفظ۔ مہرازِ سنٛز براتھ یٮ۪لہِ کورِ مأٔلی سُنٛد گرِ کُن مہرِ ینٛز اننہٕ تہٕ سال کھیٚنہٕ خأطرٕ نیران اُس، تمہِ بروٚنٛہہ اوس کورِ مول بتہٕ ترأم گوٚبرِ مأٔلی سُنٛد گرِ سوزان۔ اَتھ اوس بتہٕ ناوٕ خأطرے آسان مگر یہِ اُس واز وان چوسارِ وے نعمژ وٚستی ٹِھتھ آسان۔ اَمہِ باپتھ زِ سالرِ یٮ۪لہِ مہرِ ینٛز اننہِ نیرن، گرِ ماروزن کینٛہہ بأژ۔ وأٔنسٹھ، شُری یا زنانہٕ مُری پرارِ وُنی۔ تِمن رنٛزناونہٕ تہٕ اُس میٹھہِ راونہٕ خأطرٕ اُس یہِ بتہٕ ترأم بکار یوان۔

یٮ۪مہِ کتابہِ ستی چھِ آتش صابنہِ کشمیر شناسی علاوٕ تہنٛز جفاکشی، بصارت طلبی تہٕ معتبری ہنٛدی وارِیاہ پہلو تہٕ پرتو بروٚنٛہہ کُن یوان۔ سُہ چھُ اَکھ مستند تحقیق کارٕ سنٛدی پأٹھی پریٚتھ بابس اندس پٮ۪ٹھ پننہٕ نِہن ماخذن ہنٛدی حوالہٕ درج کران تہٕ پننہِ بے مثال ژھأری ژھأنٛڈ متعلق اَکس خود آگاہ دمبازٕ سنٛدی پأٹھی زیادٕ پہن گوٚش دِوان۔ مےٚ چھےٚ پوٚرٕ پزٕ زِ یٮ۪مہِ کتابہِ ستی ہرِ کأشرِ زبأنی ہُنٛد گیان دِیان سبٹھاہ زیادٕ تہٕ یہِ بنہٕ کأشرِ یادٕ ووترِ کِنہ بسیار طاقچن ہنٛز لأزمی تہٕ لاثأنی سوغات۔ پننہِ لکہِ وٚوترِ منزٕ وارِیہن الگ الگ دورن ہنٛدی باقیات

سۆمبرِتھ سأمتھ چھےٚ آتش صأبن یِنہٕ والین محققن ہِنٛدِ باپتھ وَتھ سۆترأوِمٕژ۔ کتابہِ ہٕنٛز اہمیت چھےٚ یتھ پۆت منظرس منٛز زیادے ہُران تہٕ آےلبان زِ سانہِ ویستارُک گفتارُک طوطہٕ چُھ نِوٹِکنولوجی ہِنٛدِ تژٕرِ تہٕ نِومیڈیا کیٛو ہوأیی حملو تہٕ بمبارو ستۍ ژتھہٕ کٔنۍ کلان، گلان تہٕ نابوٗد گژھان زِ ہرگاہ نہٕ اَتھ آتش صأبنہِ ''کاشُر فوک لور'' ہِشن کتابن ہُنٛد سایبان گنٛڈوتہٕ تتھ منٛز سونہٕ ہِنٛدۍ مرتبان سجأوِتھ یہِ آبِ حیات ژمن منٛز ٹھانٛڈ دِتھ سنٛمبألتھ شیرتھ تھاوَو۔ یہِ گژھہِ ژتھے کٔنۍ وُڈِتھ تہٕ وُہتھ ژتھہٕ کٔنۍ مقبوٗل کرالہٕ وأرۍ سُنٛد بُدۍ بُگ گاہٕ بے چراغ گوٚو۔ یہِ ٹیوٚٹھ پزر آپراوُن چُھ کریوٚٹھ مگر حق ادأیی ہُنٛد آلو زِ کیٛژٕو درجن کأشر ہوادیبو وراٗےپچھِ سأنۍ بےشُمار ہم زبان تہٕ ہم زمان کأشرۍ پنٕنہِ زبأنۍ نِشہِ دوٗران۔ واریہن چھِ ازیٚمن معنہِ سأوِک تہٕ سونہٕ ہأرۍ کتھن ہُنٛد مأل یالےٚ پچھٕمژٕ۔ کأشر زبان ہیکہِ وۄش تژاوان تہٕ اۄش ہاران یمن وطنداران حبہٕ خوتوٗنہِ ہُنٛد یہِ ہُرتُلان فریاد گرِتھ۔

ژٕ کمیو سونہِ میأنہٕ برٛم دِتھ نیٛوٚنکھو
ژٕےٚ رِکھو زِ گیی میأنی دِے

آتش صأبنۍ یہِ ڈألی چھےٚ سانہِ بجہِ زبأنۍ تسنٛد واریاہ بوٗ ڈسوٚپچھِ۔ یہِ چھِ کوشُر بولن والین رٕژ مُشکہٕ ہٕژ شب ژرٕکۍ تہٕ تہٕ وُزناوُنک آلو تہٕ۔ ژمس ہوِس بارستہٕ ادیبس رِکژٕ تہٕ چھےٚ یہِ کتاب تژٕ ہ ہِش، زنتہٕ ژمس نیوٚٹھس پٕٹھ راز ہوٗنٛز بیوٚٹھمُت چُھ۔ تس مرحبا کرنہِ وِزِ رِکتھہٕ کٔنۍ چُھ یہِ شعر مےٚ ہِوبن عام خام

کأشرٕ بن دیان تہٕ وۄلسنس انان ؎

ظون چُھیو بۆڑ سمندر، لعل موختہٕ چھِ انبر

دُر چھے منز صدفس تے چوونس بہٕ پانہٕ مس تے



محمد یوسف ٹینگ

وزارت روڈ جۆم

21/مارچ 2016ء

(یومِ نوروز)

# کأشُر لُکہٕ ادب

## فوک لور:

فوک لور (Folk lore) چھےٚ انگریزی زبأنی ہنٛز اکھ اصطلاح۔ یہ اِصطلاح (Term) کٔر گوڈنچہِ لٹہٕ أکی انگریز عالمن 1826ء منٛز پیش۔ أمِس عالمس اوس جان تھامسن ناو۔ فوک لور اِصطلاح چھےٚ دٔو یو لفظوٕ ستی بنیمٕژ۔ فوک تہٕ لور۔ فوک لفظس چھِ واریاہ معنےٚ دِنہٕ آمتی۔ امیُک عمومی معنے چھُ لۄکھ۔ کینٛژَن ہُند خیال چھُ زِ فوک گٔیہ ؤسی پایہِ لۄکھ۔ کینٛژ ووٚن زِ فوک گٔیہ گرٕ ہسی۔ اَڈبو ووٚن زِ فوک گٔیہ پسماندٕ زأژن ہنٛز جماتھ۔ واریاہو ووٚن زِ فوک گٔیہ گامی لۄکھ۔ 1965ء منٛز دِژ ڈیوانڈیز الان (Dundes Alan) نأوی عالمن فوک لفظچ اکھ نٔو ڈیفِنِشن (Definition)۔ الان اوس امریکہٕ ہِنٛک روزن وول۔ تٔمی لیٛوٗکھ پننہٕ دِ سٹیڈی آف فوک لور (The study of folk lore) کتابہِ منٛزٕ فوک گٔیہ نہٕ گرٕ ہسی، نہٕ گامی، نہ شہری، نہ ؤسی پایہ زأژن یا پتھ کھورِ لۄکن ہنٛز جماتھ بلکہِ تمن لۄکن ہنٛز چھو کھ یمن کینٛہہ ضروری چیز مُشترکہٕ آسَن۔ یمن مُشترکہ چیزن منٛز چھِ مثالے کم از کم زبان، مذہب، ریٖژ رِواژ، پیشہِ تہٕ اعتقاد۔ انسانن ہنٛز یہِ چھوکھ ہیکہِ لوکٹ تہٕ أستھ تہٕ بڑٕ تہٕ۔ لوکچہِ چھوکہِ ہیکو خاندان ؤنتھ تہٕ بجہ چھوکہِ

قوم۔ اماپوٚز زیم سۄ ودی چیز گژھن اتھ لگہٕ چھو کہِ اکھ پزٕ زنتھ (Identity) دِنی۔ لور (Lore) لفظ چھ پزٕ ون تجربہٕ ژ بتس تھونہٕ کہِ معنے رٕنگی ورتاونہٕ یوان۔ ''لورس'' منز چھِ قدامتہٕ کنز خاۓہی گرتھ بالا فطری تہٕ عقلہِ نہ ویژوُنی سوچ تہٕ قِصہٕ جاے پزاوان۔ یتھہٕ پاٹھی چھِ فوک لور کُس داریس منز انسانہٕ سنزِ آدن کالہٕ پیٹھہٕ کمن وارِ یاہن چیزن جاے دِنہٕ آمژ۔ فوک لور چھُ کُنہِ تہٕ قومچہِ اِجتماعی سماجی زِندگی ہنز عکاسی کران۔ فوک لورس منز چھِ لسنہٕ بسنکی طریقہٕ، کھین چین، سوچن ترایہ، وٕہم تہٕ گُمانہٕ، خیالات، اسطور، دیومالا، رٕسم رواج، کارکسب، خاب، خاہشہِ، پیشہِ، عقیدتہٕ اِظہار وٕطیرِ بیترِ شامِل۔ یمن چیزن گژھہِ پرانہِ کھوتہٕ پزٕ انس زمانس ستی واٹھ آسُن۔ کُنہِ چیزُک یا کُنہِ کتھہِ ہُند زمانہٕ یوٚتاہ پزٕ انان چھُ تیوٚتاہ چھُ تتھ منز اکھ پُر اسرار (Full of secrets) تہٕ غار مادی (Non Materialistic) وجود جاے پزاوان۔ فوک لورِ باپتھ چھُ ضروری زِ یہٕ گژھہِ زبانی زبانی اکہِ پُیہ پیٹھہ بیٚیس پُیہ تانی واتان روزُن۔ کاشرِ زبانی منز ورتووکینژ وعالمو فوک لور بدلہٕ لگہٕ باوتھ، کینژ ولگہٕ ووٚترتہٕ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی یَن ووٚنس لگہٕ رَس۔ وار یاہ چھِ فوک لور ناوے ورتاوان۔

فوک لور چہ لنجہ:

| انگریزی ناو | کأشرِ ناو |
|---|---|

| | |
|---|---|
| Folk Music | لُکہٕ گیوُن |
| Folk Dance | لُکہٕ نژُن۔ |
| Folk Song | لُکہٕ بأتھ |
| Folk Tales | لُکہٕ کتھہٕ |
| Folk Heritage | لُکہٕ وَراثت |
| Folk Theatre | لُکہٕ پأتھر |
| Folk Literature | لُکہٕ اَدب |

ادب:

نظٕم تہٕ نثرٕ چِن (Poetry & Prose) تمام لنٛحن چھِ یکجا پأٹھی ادب ونان۔ ادب چھُ تخلیقی عملہِ ہُنٛد حاصِل۔ اَتھ چھےٚ واریاہ لنٛجہِ مثالے بأتھ، غزل، ناول، مثنوی، ڈراما، افسانہٕ، داستان تہٕ رُبأعیہ بیترٕ۔ اَدبی تخلیق کأری چھےٚ بیٚون بیٚون فردَن ہنٛز کأم۔ تخلیق کار سُنٛد ناوٕ چھُ پزٕتھ کُنہٕ تخلیقس سٟتی چلہٕ وُن روزان۔ تسُنٛد اسلوٗب (Style) چھُ نوٚن آسان۔ تخلیقی اَدب (Creative Literature) پأدٕ کرنہٕ باپتھ چھُ تخلیق کارس مُطالعہٕ (Study) تہٕ مُشاہدٕ (Observation) کرُن پیوان۔ قاعدٕ قونٛون ہیٚچھُن پیوان۔ مَشق (Practice) جأری پیوان تھاوٕنی۔ سُہ چھُ پننیٚن تخلیقن منٛز تھدٕ بٕن علمی، فلسفی تہٕ منطقی خیالن زیوٗ دِوان۔

لُکہٕ ادب:

تخلیقی اَدبکی پأٹھی چھےٚ لُکہٕ ادبس تہٕ واریاہ لنجہٕ۔ یہ اَدب چھُ کُلہُم سماجُک سٕر ود پیداوار ماننہٕ یِوان۔ اَمہِ ادبُک تخلیق کار چھُنہٕ معلوٗم آسان۔ ڈٕلیلہٕ أسی تن یا بأتھ، یا یِہُنْد کانٛہہ شاخ تتھ چُھ پرٛتھ کانٛہہ اِنسان پننہِ طرفہٕ ژٕٹہٕ واٹھ کٔرِتھ زبأنی زبأنی بروٗنٛہہ پکناوان۔ لُکہِ اَدبس منٛز چھِ انتہأیی سادٕ تہٕ شوٗدٕ خیالات آسان۔ عام انسانہٕ سٕنْدی بےٚ پھرٛ وکی خیالات۔ اتہِ نہ چھےٚ عٔلمس تہٕ نہ فلسفس زیوٗ میلان۔ اَتہِ چھُ لولُک، مایہ تہٕ آشن اَرمانن، دوٗکھن دادٕن ہُنْد اظہار۔ یہ اَدب چھُ دِل رٕنزٕونُک وٕسیلہٕ تہٕ۔ لوٗکن ہٕنْدی وٕنْتی (وَنہِ منٛزٕ کتھہٕ، وٕنی ہٕتی خیالات) یوٗ تام لیکھنے آسان چھِ، توٗ تام چھِ تِم لُکہٕ باوَتھ مانٕنہٕ یِوان۔ یِیلہِ لیکھِتھ محفوٗظ سپدان چھِ یِمن منٛز چھَنہٕ ژٕٹہٕ واٹھ کرنٕچ گنجأیش روزان۔ یِم وٕنْتی چھِ تھامہِ گژھان، اِدٕ چھُس ''لُکہٕ ادب'' ( Folk literature) ناو پیوٗان۔ اوتام چُھ اتھ لُکہٕ باوتھ تہٕ وننہٕ یِوان تہٕ لُکہٕ وٕتٕر تہٕ۔ ''فوک لور'' اصطلاح چھےٚ واریاہ وسیع تہٕ اتھ منٛز چھےٚ لُکہٕ باوَتھ تہٕ یِوان یاں زِتہٕ یہ باونہٕ آمُت آسہِ، لہٰذا چُھ میانہِ خیالہٕ اتھ ''فوک لور'' وننہٕ نٔے مناسب۔ یوٗ دوَے لُکہٕ باؤ ژیا لُکہٕ ادبہٕ چِن کینژٕن صنفن منٛز گژھنہٕ گژھتھ ''لور'' موجوٗد چھُ نہٕ مگر اکثر صنفن منٛز چُھ اسطوٗرتہٕ ''لور'' ضروٗر موجوٗد۔ لُکہٕ ادب پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ چھُنہٕ کأنْسہِ کانٛہہ قاعدٕ قونوٗن ہیٚچھن پیوان۔ لُکہٕ اَدبہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ یہ گژھہ زبأنی زبأنی اکہِ پُیہِ پتہٕ بیٚیس پُیہ تام واتان روزٕن۔

تخلیقی اَدب چھُ لیکھُن تہٕ شایع کرُن پیوان۔ لُکہٕ اَدبہٕ باپتھ چھُنہٕ تہٕ کرُن ضروٗری۔ ووں گوٚ ولُکہٕ ادب ییٚلہِ لیکھنہٕ یِوان چھُ، اتھ سام ہنبس چھےٚ اَتھ وَتھ یِوان۔ کلہم فوک لورکی پاٗٹھی چھُ لُکہٕ ادب تہٕ کُنہِ قومُک سماٗجی تواریخ زانہٕ نس منٛز مَدد کران۔

## کاٗشُر لُکہٕ ادب:

کاٗشِر زبان چھےٚ لُکہٕ ادبہٕ رٔنگی مالامال۔ کاٗشُر لُکہٕ اَدب وُچھِتھ گیہِ واریاہ یوٗرپی عاٗلِم حاٗران۔ یِم اَسی یورپاتہٕ ساٗل کرنہٕ آمتی نتہٕ عیساٗے مشنری ستی لوٗکن خدمتھ کرنہٕ باپتھ۔ کینٛہہ اَسی انگریز سرکارٕکی مُلاٗزِم۔ یِمو منٛز دزٛاے واریاہ شوقہٕ واٗلی مُحقق یِمو کشیرِ ہُنٛد لُکہٕ ادب سوٚمبروو تہٕ ایڈِٹ کٔرِتھ چھوپکھ۔ اَکی انگریز پاٗدری محققن لیوٗکھ 1887 منٛز کاٗشِر دٔلیلہِ کتابہِ ہٕنٛزِ گوڈٕ کتھہِ منٛز زِ دُنیاہچن کمہِ نٕے زبانن منٛز آسہِ تیوٗت لُکہٕ ادب یوٗتاہ کاٗشرِ زباٗنی منٛز چھُ۔ اَمِس اوس ناو جے۔ ہِنٹن۔ نووِلز (J.H.Knowels)۔ اَمی سوٚمبراوِ ڈوڈ ساس پیٹھی کتھہٕ تہٕ کہاوَژ تہٕ ژٕہاٗٹھ دٔلیلہٕ۔ یِم کرِن ایڈِٹ کٔرِتھ شایع۔ یِمو یوٗرپی عاٗلمو منٛز چھِ کاٗشرِس لُکہٕ ادبس متعلق کاٗم کرن والین منٛز یِم کینٛہہ ناو اہم:

سَر آرل سٹین (Sir Aurel Stein)، جارج ابراہم گرٛیرسن (J.A.Grerson) والٹر لارینٛس (Walter Lawrence)، جے۔ ہنٹن۔ نووِلز J.Hinton Knovels

کأشرِ بوٲدیبو تہٕ کَر 1947ء پَتہٕ یورُکن کأشرِس لُکہٕ ادبس متعلق وارِیاہ کٲم۔ یِموٲدیبو دیت اَتھ کامہِ کُن زٔورُرے پۆہن توجہ:

پروفیسر محی الدین حاجنی، شَمبو' ناتھ بٹ حلیم، سُدرشن کاشکأری، موٗتی لال ساقی، نور محمد روشن، اختر محی الدین، محمد یوسف ٹینگ، ڈاکٹر امر مالموہی، سومناتھ سادھو، علی محمد لون، امین کأمل پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر پُشپ، جواہر لال ہنڈو، پروفیسر شفیع شوق، محمد سُبحان بھگت، مرحوم نشاط انصاری، بشیر بھدرواہی، غلام نبی ناظر، ڈاکٹر گُلشن مجید، غلام نبی آتش، ڈاکٹر شاد رمضان، بشیر اختر، سید رسول پونپُر، ارجن دیو مجبوٗر، ڈاکٹر رتن تلاشی، ڈاکٹر فاروق فیاض، ڈاکٹر آفاق عزیز بیترِ۔

ریاستی کلچرل اکاڈمی رٕوز کأشُر لُکہٕ ادب سۆمبراونس تہٕ شایع کرناونس منز ازتام سرٕس۔ اَمہِ ادارٕ طرفہٕ چھِ کأشرِ بن لُکہٕ بأتن ہنٛدی باہ مجموعہ شایع سپدی مٕتۍ۔ أمی اِدارن کرِ کأشرِ بن لُکہٕ کتھن ہنٛز سَتھ سۆمبرنہٕ شایع۔ رِوأیتی رِگندن تراینَ ہُنٛد مجموٗعہ تہٕ آو اَمی اِدارٕ ذٔسی شایع کرنہٕ۔ کأشرِ ذٔپتی (Sayings) تہٕ کَرِ أمی اِدارن شایع۔ کلچرل اکاڈمی کوٗر ''ہمارا ادب، لوک ادب نمبر'' شایع کرنہٕ علاوٕ ''کأشُر انسائیکلوپیڈیاہُک'' شاندار فوٗک لور نمبر تہٕ شایع۔ کشمیر یونیورسٹی ہُنٛد کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس متعلق پوسٹ گریجویٹ شعبہٕ تہٕ رٕوٗدنہٕ پتھ۔ یونیورسٹی ہُنٛد انہار رِسالُک فوٗک لور نمبر چھُ توأریخی میلہٕ کنہِ ہنٛز حیثیت تھاوان۔ ریڈیو کشمیر سرینگرن تہٕ کَر لُکہٕ ادب

رٔژھراونس منز واریاہ کأم۔کأشِر لُکہٕ اَدبکی چھِ زٕ بڈی حصہٕ:

| 1۔شأعری | 2۔نثر |
|---|---|
| لُکہٕ شأعری ہنٛدی کینٛہہ قسم | لُکہٕ نثرٕکی کینٛہہ ٕقسم |
| لُکہٕ بأتھ | لُکہٕ کتھہٕ |
| منزٕلی بأتھ | پرِیژھہٕ |
| شُری بأتھ | لُکہٕ محاورٕ |
| ہِکچہِ بأتھ | کہاوژ |
| ننٛدٕ بأتھ | پأٮ۪تھر |
| وَنہٕ وُن | داستان |
| ہٕولی | تلمیح |
| لڈی شاہ | چاٹھ |

لُکہٕ شأعری ہنٛد بن کینژن ٕقسمن ہنٛز وِیژھنے

لُکہٕ بأتھ:

انسانس چھُ لَے ٕگنگراونک تہٕ گیوٚنک ٕگنڈنک جذبہٕ اَزلے دِنہٕ آمُت۔یہٕ جذبہٕ چھُ آدن کالہٕ پیٹھے کامِہن کارن تہٕ پیداوأری عملہٕ سٟتی تہٕ وابستہٕ روٗدمُت۔گُنہِ ساتہٕ چھِ لَے ٕگنگراوان کینٛہہ لفظ مصرِ عچ،نیم مِصرِ عچ یا شعرِ چ صوٗرتھ پڑاوان۔أتی چھُ بأتھ وجوٗدس یوان۔یِیلہِ سماجُک کانٛہہ فرِد اَمی طریقہٕ بأتس گوڈہوان چُھ یہٕ مصرعہٕ یا شعر چھُ زبأنی زبأنی أکِس بیٚیِس

نِش واتان، پڑتھ کانْہہ چُھس مصرعا واٹان روزان یا کینْہہ ژٹان تہٕ۔ یتھہٕ پأٹھی چھ لگہٕ بأتھ وجوٗ دلبان۔ یہ بأتھ چھُ عوامَس منٛز مقبوٗل سپدان۔ مثلن اکھ موج چھےٚ شُرِس کھونہِ منٛز للہٕ وان۔ أتی چھےٚ أمِس نێندِر پاونہٕ موکھہ ٖگنگرارے تہٕ ہوہوکران۔ أتھی ستی چھس زبٕ نیران۔ یتھ ہیوٚ مصرعہٕ۔

لالہٕ پھلہِ جگرو لالہٕ پھلہِ جگرو

کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم

لَے چھےٚ ہُران تہٕ موج چھےٚ اَتھ شعرس وکھناوان تہٕ وکھناوان۔ شُرِس چھےٚ نێندِر پیوان۔ ییلہِ یہَے لِفظ تہٕ یہَے لَے بێیِس ماجہِ ہِنٛد بن کنَن منٛز وأژ تمہِ رَلووُس بیا کھ مصرعا۔

لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم
لکھمی آنگن دَھنہٕ منٛگان اوسہٕ ہم

اَمہِ پتہٕ یَس یَس نِش یِم شعر وأتی تمو رلأوِس نٔوی لِفظ مثالے شاریکایہِ آنگن، رأگِی نیایہِ آنگن، سرسوتی آنگن بیترِ۔ بأتھ روٗد بنان، یوٚتام أمی یژھ شکل پرأو۔

لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم
لکھمی آنگن دَھنہٕ منٛگان اوسہٕ ہم
لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم
شاریکایہ آنگن اَنہٕ منٛگان اوسہٕ ہم

لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم

رأ گی نیایہِ آنگن اڈرزڈ منگان اوسہٕ ہم

لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم

سرسوتی آنگن بود منگان اوسہٕ ہم

یتھہٕ پأٹھی چھنہٕ لُکہٕ بأتگ بناوَن وول کانٛہہ تہِ اکھ شخص۔ لُکہٕ بأتھ چھُ کلہُم سماجُک اِجتمأعی پیداوار، لُکہٕ بأتَس منز چھنہٕ تھٔدی خیالات آسان۔ اَتھ منز چھنہٕ شأعری ہنٛدی زأوی جارژھارنہٕ یوان۔ اَمہِ باپتھ چھِ سادگی ضرٛوری۔ لُکہٕ بأتھ ہیکہِ کُنہِ متعلق تہِ اَستھ۔ لُکہٕ بأتھ چھُنہٕ کانٛسہِ أکِس تخلیقکارِ ہٕنٛدِ محنتُک پھل مگر مال چھُ یہِ سارِنٕے ہُنٛد۔ اَتھ چھُ کامٕن کارن تہٕ پیداوأری عملہِ ستی زبردس واٹھ۔ اَمہِ گاچکی واریاہ لُکہٕ بأتھ چھِ کأشرِ زبأنی منز موجوٗد۔ لُکہٕ بأتن منز چھِ عام انسانہٕ ہٕنٛدی احساس تہٕ جذبہٕ آسان۔ عام ناخوانٛدٕ لوٗکھ چھِ بٕے پھرٛوک پأٹھی لُکہٕ بأتو ذریعہٕ پننٕی احساس تہٕ تمناہ باوان۔ یِم بأتھ چھِ من رنزٕ وَنٕک خاص وٗسیلہٕ۔ ریڈس لمن وول یاناو پکناون وول یوسہٕ بوٗلی گوان چھُ، سو تہِ چھےٚ لُکہٕ بأتھ۔ واریاہ شُری باشہِ تہِ چھےٚ لُکہٕ بأتن منز مُجراہ۔ ووں گوٚ وواریاہ پرأنی لُکہٕ بأتھ چھِ ورتاوٕ نبر گٔژھتھ موکلان۔ تِمن ہُنٛد ضایہ گژھن چھُ نوقصان تکیازِ یژتھ کانٛہہ بأتھ چھُ یا تہٕ کُنہِ رٕنچ، دوٕچھ، خوشی نتہٕ بعض اوقات واقعہٕ پیچ نشاندہی تہِ کران۔ بأتھ ییٚلہِ روو یِم چیز تہِ رأوی۔ ٹوٗی ٹوٗی لُکہٕ بأتھ تہٕ چھِ بنان تہٕ رِواج لبان۔ کأشر زبأنی

منز چھِ مختلف اَنداز ن ہِندی لُکہِ بأتھ موٗجوٗد۔ کینٛہہ مثالہِ وُچھو:

(1)

گوٗرِ گوٗرِ کرِیو کنہِ کے دوٗرو کنہِ کے دوٗرو
جوٗرِ چھِیا وَنہِ وان وَن کستوٗرو وَن کستوٗرو
نأل چھیا کھاأل مالہِ ہَٹہِ خنظوٗرو ہَٹہِ خنظوٗرو
گوٗرِ گوٗرِ کرِیو کنہِ کے دوٗرو کنہِ کے دوٗرو

(منزِ لی بأتھ)

(2)

| گرس منز موٗجوٗد اِنسان | یاربلہ پیٹھہِ پھیرتھ ینہِ وول |
|---|---|
| کُس باچھو؟ | رام بڑ ور |
| کیاہ ینتھ | اَنہِ ینتھ |
| | دنہِ ینتھ |
| | روٗزی ینتھ |
| | روزگار ینتھ |
| | گُری ینتھ |
| | گُپن ینتھ |
| | نوشہِ ینتھ |
| | کورِ ینتھ |

مَنز گُس چُھے

شِو ناتھ تہٕ پاروتی

(ہیٚرٕ ژ دوہہ وَٹکھ پڑموٗ زنہٕ پتہٕ)

(3)

گاشہِ موٗت ہے آو

دارِ کنٔز ہے ژاو

پوٗنبرِ چھسے پھیٚتری یے

تِم گُس رَتی یے

صأبہِ لاگس رَتی یے

(شُری بأتھ)

(4)

زوٗن کھٔرژ مے لۄ پیٚیہِ مے یَرے — وَسہِ زوٗنی بے کستَن خبرے

بَبہٕ واجہِ نمن بَب چھِ واتان خبرے — یَس نہٕ آسان سو چھےٚ روزان نظرے

ماجہِ واجنمن باجہِ واتان خبرے — یَس نہٕ آسان سو چھےٚ روزان نظرے

زوٗن کھٔرژ مے لۄ پیٚیہِ مے یَرے — وَسہِ زوٗنی بے کستَن خبرے

بأے واجہِ نمن بأے واتان خبرے — یَس نہٕ آسان سو چھےٚ روزان نظرے

زوٗن کھٔرژ مے لۄ پیٚیہِ مے بَرے — یَس نہٕ آسان سو چھےٚ روزان نظرے

(رٔوِ باتھ)

منزِلی بأتھ:

منزُل (Cradle) چھُ دوہٕ شُری سِندِ باپتھ آرام دِنہٕ وول تہٕ سکوٗن آوَر

ؤسپلہٕ ۔ ماجہِ ہنٛزِ کوچھِ پَتہٕ چھُ معصوٗم شُرِس منٛزٕ لِس منٛزٕ ے زیادٕ قرار یوان۔ موج آسہِ آءِ رتہٕ شُرِس رَٹن وول آسبس نہٕ دٔستیاب۔ فورن چھس منٛزٕ لِس منٛز تژ اوان۔ أمِس شُرِس عینٛدٕر پادنہٕ باپتھ چھےٚ موج یا بیٛنہٕ کانٛہہ نفرا تھ منٛزٕ لِس گۄٚرِ گۄٚرِ کران۔ منٛزُل چھُ سبٹھاہ پرانہِ زمانہٕ پیٛٹھہٕ وُنہِ تہِ ورتاوس منٛز۔ ازکل چھِ نوٕ قسمکی زیادے آرام دِنہٕ وألی منٛزٕ لی بازرس منٛز دٔستیاب۔ زہنہٕ وأ لِس شُری سِنٛدِ باپتھ چھُ برونٛٹھے اَمیُک بندوبست یوان کرنہٕ۔ موج یا گرِچ بُزرگ زنانہٕ چھےٚ منٛزٕ لِس گژ ایہ دِوان دِوان بأتھاہ وکھناوان۔ اَمہِ ستی چھےٚ شُرِس عینٛدٕر پیوان۔ تِم سأری بأتھ یِم دۄدٕ شُرِس للہٕ وَنہٕ سُلہٕ وَنہٕ باپتھ وکھناونہٕ یا گنگراونہٕ یوان چھِ، چھِ منٛزٕ لی بأتھ۔ یِمن چھِ زٕ قسم:

ہوہو بأتھ:

یِم منٛزٕ لی بأتھ للوی وکھناونہٕ ییٚن، مثلن

(1) گۄٚرِ گۄٚرِ کرِ یو کنہٕ کے دۄٚ رو کنہٕ کے دۄٚ رو

(2) لالہٕ پھلہِ ژٕنٛد نے — کۄٚسۄٚ دبد وَنٛد نے

دبدٕ چھےٚ وار یاہ — تہٕ کۄٚسۄٚ اکھ ونٛد نے

لالہٕ پھلہِ ژٕنٛد نے — کۄٚسۄٚ دبد وَنٛد نے

میانہٕ اکہٕ نَنٛد نے — کوچھہِ منٛز گِنٛدِ نے

نیٚاے چھما انٛد نے — کۄٚسۄٚ دبد وَنٛد نے

(3) اَستانن زالئے تِلہٕ پأج مَستانہٕ مأج لُجہِ یو

نالِکہ تڑ اوأیوسونہٕ وأج مَستانہٕ مأج لُجہِ یو

دپوتا پچھی سِر بأج مَستانہٕ مأج لُجہِ یو

کھِر کھنڈ بَرِ یوتھأج مَستانہٕ مأج لُجہِ یو

(4) دودچیٚتو دامہٕ دامہٕ گلہِ گلے ہوہوکرِ یواَڑِ کلے

لولہِ منز لَلہٕ وَتھ دُرِ پھَلے ہوہوکرِ یواَڑِ کلے

کِتہٕ کِتہٕ بأتھ:

یَمن بأتن منز س شُرس زُر کہِ دِمو یا پٹھ ہوی ژٹو یا ترٛش ہ کانہہ کتھاہ وَنو ییمہِ ستی سُہ اَسہِ تہٕ تہٕ قرار تہِ روزِ، تِمن چھِ وَنان کِتہٕ کِتہٕ بأتھ۔ مثلن

(1) کیٚمِٹ بابہِ کیٚمہِ ٹھوکھَس باز نگے

پِنہٕ باصأبہٕ لالہٕ مومہٕ دام منگے

(2) ہوپہٕ لبلبو ژھوپہٕ کر مأج گیی گرٛ بٹہٕ بَل

تورِ اَنی اُڈِ پَل آوڈ تھوأ رِلس

کھیٚ زِ رہتہٕ کأرلس آوڈ تھوِ چنڈس

سُہ کھیٚ زِ وَنڈَس ہوپہٕ لبلبو ژھوپہٕ کر

ژَرِ پِٹی بأتھ:

بعضے چھیٚ موج شُرِس اَتھن دون پیٹھ اِستادِ رٹتھ بیٚہس اَتھِ ژَرِ پوٚپ

کرناوان۔ پنہٕ ننن اُتھن پیٹھ چھس اورٕ یور اَستہٕ اَستہٕ پھِرناوان اَماپوٚز باثبرِ سان پچھےٚ کینْہہ لوتہٕ وأےٚ مصرعہٕ یا شعرتہٕ ووکھناوان۔ اَمہٕ قسمہٕ کنن بأتن چھِ ''ژٕرِپچِی بأتھ'' وَنان تہٕ یم تہٕ چھِ منزٕلی بأتن منز شأمل۔ مثلن

| | |
|---|---|
| ژٕرِہَن ژٕرِہَن | ژٕرِہن ژٕرِہَن |
| راجہٕ شیرِ لرِہَن | بالادرِہَن |
| وَلے پوثٕرِ ہَن | ژٕرہَن ژٕرِہن |
| اَنے رنگہٕ ژٕرِہَن | ژٕرہَن ژٕرِہن |

منزٕلی بأتھ چھِ ممتایہ تہٕ ٹاٹھِ نیارِکی میٹھی آلو۔ لوٕلکہ تہٕ شفقتکی لوتہٕ وأےٚ نغمہٕ۔ یمن منز چھِ ماجن ہنٛدی اَمارتہٕ تماہ۔ یم چھِ دُعاے خأر۔ مثلن

| | |
|---|---|
| ہوکرأیو ٹھوکرو | ہوکرأیو ٹھوکرو |
| زالایہٕ ہنٛدِ نوکرو | تٔسی پیٹھ کرتو کلو |
| لکھمی دِیِی رٕتی پھلو | ہوکرأیو ٹھوکر |

(یا)

| | |
|---|---|
| اَللہ اَللہ رٕچھی نے مولیٰ | رٕچھی نے مولیٰ ییہٕ حق تعالیٰ |
| رٕچھِتھولولہٕ تہٕ وَنٛدیو گلاہ | اَللہ اَللہ رٕچھی نے مولیٰ |

منزٕلی بأتو پتہٕ چھےٚ شُری بأتن ہنٛز وأری یِوان۔ شُری بأتن تہٕ چھِ زٕ قسم۔ اکھ گوٚوسہ بأتھ یُس شُرِس یورے وَننہٕ ییہ تہٕ بیا کھ گوٚوسہ یُس سہ پانے گنگراوِ۔ سأنی اسلاف أسی شُرِس زٕ بوہُنٛد کحرکاسنہٕ سببہٕ یورے کینْہہ

مِصرعہٕ یا نیم مِصرعہٕ وَنان تہٕ تِسی اَتھہِ وکھنا وناوان۔ مثلن

☆بونہِ باغ بونہِ پٮ۪ٹھ بۄ ڈٕٹِڈ بڑگ

☆ٹنگہٕ کُلہِ لنگہٕ پٮ۪ٹھہِ

تاپہٕ توٗت ٹنگ کھیوم

یورَے وننہٕ ینہٕ والین بأتن منٛز چھِ بِشتہٕ بِشتہٕ بڑاریو' 'تُلتھے لونگُن'
تہٕ 'گرہٹہٕ پہہ دِہتوٗ ہوی رِگنڈن بأتھ۔ شُری بأتن ہُنٛد تعلُق چھُ زیادٕ پٮ۪ہن
رِگندنس سٟتی۔

نیٚنٛدِ بأتھ:

نیٚنٛدِ دٔپتھ گوٚ داں زٔمینہِ منٛز بےکار تہٕ نقصان واتناوَن وول پٮ۪کھ نیٚبر
کڈُن۔ کٔشیرِ ہُنٛد سارِوٕے کھوتہٕ بۄڈ زرعی پیداوار چھُ دانہِ۔ دانہِ چھُ تتھ
مۆ ترِس زٔمینس منٛز وَونہٕ یوان یتھ کم کھوتہٕ کم تڑبن رتن تام آب منٛز روزِ۔
زٔمین چھِ ٹڑیکٹر و یا داندَ وٕسٟتی وایان۔ زٔمینس چھ آب یوان شیرنہٕ۔ أتھی
آبس منٛز چھِ داں بیول وَوان۔ اَمہِ طریقہٕ دانہِ وو پداونس چھُ زیادٕ کال
لگان۔ اَتھ طریقس چھُ ناووتُر وو پداوُن۔ ووتُر وو پداونس چھےٚ محنتھ تہٕ
لگان زیادٕ۔ یتٕس کالس آب ڈورِبن منٛز روٗ زِتھ داں گُلی وارٕ وارٕ واش کڈان
چھِ تتٕس کالس چھےٚ اَتھ زٔمینس منٛز مرحلہٕ وار کینٛہہ کامہِ کرنہِ یوان۔ بِذأتی
چھےٚ تِمہِ سارے کامہِ نیٚنٛدِ سٟتی تعلق تھاوان۔ پڑتھ مرحلس پٮ۪ٹھ چھُ گرٕیوس
کامہِ دوران بأتھ گیوان۔ بأتھ گیونہٕ سٟتی چھُ تَس کامہِ منٛز وُڈھ گژھان۔

تھکُن کم محسوٗس گژھان تہٕ حوصلہٕ ہُران ۔ یِمہٕ سارے کامہٕ چھےٚ مُشکِل ۔ رہتہٕ کالہٕ چھُ گرم زیادٕ آسان ۔ گرٛشمہٕ ہستی چھُ ڈوربن ہُند آب تتان ۔ گرٛپسی تِس چھےٚ پیوان اُتھی حالس منٛز کٲم اَنٛزراوٕنی ۔ سُہ چھُ سٲری سے دوہس اُتھی آبس منٛز کٲم کران ۔ اَمہٕ کامہٕ ہٕندی مرحلہٕ چھِہ یِم :

لتھ دِنی :

داش بیول چھُ آبس منٛز زیوان ۔ کوٚٹ چھُ ہیوٚر پہَن کھالان تہٕ گرٛپسی ہنٛز کٲم چھِ گژھان شروع ۔ گرٛیوٗس چھُ لورِٕ دون اَتھَن منٛز رٹان ۔ یِمن پیٹھ چھُ پاوان پانٛک بارتہٕ کھورٕ ہستی چھُ رب اورِ یور پھِران ۔ اَمہٕ پتہٕ چھِ وارِیاہ دوہ گژھان ۔ داں گُلی چھِ نوٗی موٗل دِتھ پوٗٹھان ۔ گرٛیوٗس چھُ بیِیہٕ کھورٕ ہستی رَب اورِ یور پھِران ۔ اَمہٕ وِزِیُس کچھ آبَس پیٹھ پیران چھُ گرٛیوٗس چھُ سُہ سوٚمبرِتھ بیرن پیٹھ داٚرِتھ دِوان ۔ اَتھ عملہٕ چھِ وَنان لتھ دِنی ۔ گرٛپسی چھِ تتھی ہوی بأتھ گیوان ۔

اَو ژاران کوو گومو — لتھ پیٚیہٕ موکراتٕھے
لورِ گجِہ موزَ نگہٕ پچہٕ مو — لتھ پیٚیہٕ موکراتٕھے
یتھ کالہِ رازٕ بوٚ مبرو — لوٗکی دبہ پتھ گوکھو
از کالہ کہِ بَد بوٗمو — لتھ پیٚیہٕ موکراتٕھے
اَنتہٕ دیٚدے کھاٖلی وُگرا — ترٛیشہِ ژٕوڈا اتُرنُے
گوٚب ڈوٗر ریوم کوٚب گومو — لتھ پیٚیہٕ موکراتٕھے

گوڑ رۆو:

ڈۄرِس منٛز چُھ کُنہِ جایہِ داں کُلِن ہُنٛد زیادٕ گنہٕ آسان۔ کُنہِ جایہِ چُھ ڈۄر خاٗلی آسان۔ یتھ یتھ جایہِ گنٛز داں کُلی آسن، تتھ تتھ جایہِ چھِ ہُر یمانہٕ کُلی مۄلوسان نٮ۪بر یوان کڈنہٕ۔ یم نٮ۪بر کڈنہٕ آمتی کُلی چھِ خاٗلی جاین رُونہٕ یوان۔ یہِ چھےٚ سبٹھاہ مُشکِل کاٗم۔ زنانہٕ تہٕ مرد چھِ یہِ کاٗم یکہٕ وَٹہٕ کران۔ أتھی کامہِ چھِ ونان ''گوڑ رۆو''۔ تہِ دٔ پتھ گوٚو داں کُلِن تَل رۆو کرُن یا تتھے پأٹھی اورِ یور نژُن تہٕ تھہٕ پأٹھی رٔوی کورِ رَقص کران چھےٚ۔ اَتھ سأری سےٚ عملہِ دوران چھےٚ زَنہِ تہِ بأتھ گیوان تہٕ مرد تہِ چھِ تمن ساتھ دِوان۔ اَمہِ قِسمکِن بأتن چھِ گوڑ رٔوی بأتھ ونان۔ مثالے:

1۔ شروٚنی ہے گوم بأکی بَندن — نٮ۪ٛندن لأ جنس
ووتُر گوم کرٕ وٕتھ اَندن — نٮ۪ٛندن لأ جنس
کھأزٕ بُجم بَنٛدن بَنٛدن — نٮ۪ٛندن لأ جنس
دۄرِ دِشکی باشندن — نٮ۪ٛندن لأ جنس

2۔ اَتھہِ دۄر کڈِتھ کأنی کوملاوِ — لُتی پأنژ راوِ ووتُرے
ہامہِ کأنی ژأرِتھ بیرن ترٛاوِ — لُتی پأنژ راوِ ووتُرے

نٮ۪ٛندٕ:

گوڑ رۆو مولٕتھ چھُ گرٛیۄس تھکھ کڈان۔ داں کُلی چھِ پھبان تہٕ پوٗشان۔ گرٛیۄس چھُ نٮ۪ٛندٕ ہٮ۪وان دِیُن۔ طریقہٕ چھُ یہِ زِ گرٛیۄس چھُ اَتھن تہٕ

زَنگن کیلُم مَتھان۔ کیلُم چھُ وَن یارِبن ہُنْد اکھ موٗٹ رَس۔ یہِ رَس چھُ یوان
تازٕ گُل زالنہٕ ستیٚ کڈنہٕ۔ ڈوٗرِبن ہِنْدِس گرِم آبس منٛز چھِ آسان اِذادِنہٕ وٲلِ
کیٚمی۔ یِمن نربن زَنگن کیلُم مُتھتھ آسہِ تِمن چھِنہٕ کیٚمی ٹوپہٕ ہبکان دِتھ۔ لِتھ دِنہٕ
چہٕ تہٕ گوڈٕ رٚوو کرنہٕ چہٕ عملہٕ دوران تہِ چھِ گرٕپسی کیلُم مَتھان۔ کیلُم مُتھتھ چھُ
گرٕیوٗس ڈوٗرِس منٛز وَسان۔ یوٗن گُن نُمتھ چھُ اَتھوٕ ستیٚ رَب کھَنان، مُضر
گاسہٕ موٗلہٕ کڈان تہٕ دِوان بیرن پٹھ دأرِتھ۔ یہِ عمل چھےٚ ترٛیِہٕ لٹہٕ پیوان
کرٕنی، مطلب چھُ زِ مُضر گاسس چھِنہٕ ہر گز تہِ ڈوٗرس منٛز روزنہٕ دِوان۔
نیٚنٛدٕ کال چھُ سبٹھاہ کرٕیوٗٹھ آسان۔ گرمی تہِ چھےٚ آسان زیادٕ۔ محنتھ تہِ چھےٚ
پیوان کرٕنی ژٔر۔ کأم تہِ چھےٚ آسان زٕہٹھ۔ گرٕپسی چھِ ژٗون یا پانژَن شُبن
نفرن ہُنْد گرٕوپ بنأوِتھ نیٚنٛدٕ کران۔ اَمہِ ستیٚ چھ واتان سہوٗلیتھ۔ کامہِ تہِ
چھکھ لگان اَند بوٗر۔ پرٕتھ ڈوٗرِس منٛز چھِ نیٚنٛدٕ ری گیوان۔ یِمن بأتن چھِ وَنان
"نیٚنٛدٕ بأتھ"۔ یِمن سارنی بأتن ہُنْد تولُق چھُنہٕ نیٚنٛدن ستیٚ آسان۔ اَما پوٗز
نیٚنٛدٕ بأتھ چھِ اَکس خاص زیٚچھِ لیٚہِ منٛز تُلنہٕ یوان۔ اکھ نفر چھُ زٕہٹھ لےٚ تُلان
باقےٚ چھِ رٹان تہٕ وارِ وارِ چھِ لےٚ ژھوٹان مگر تیزان۔ مثالےٚ تھی ہوی بأتھ:

1۔ ہانژِل ہباہ چھُےٚ دُنیایہ فأنی — ییٚتہِ کُرتہٕ جأنی لو
نیٚنٛدِ کرٕ ڈوٗرِس ژار ہامہٕ کأنی — ییٚتہِ کُرتہٕ جأنی لو
نیٚنٛد ربو نیٚنٛدِ کرِ حأکم چھُ ٹھأنی — سُہ کھوان سأنی کھار
نیٚنٛد ربو سوٗم پہن کو ملاو کأنی — ییٚتہِ کُرتہٕ جأنی لو

| | |
|---|---|
| أسی کران بَتہٕ بَتہٕ پَتہٕ رُؤ د پیادَے | یہ ہااوس وعدے پڑ ون |
| ربتہٕ کالہِ نیٚنٛدِ تے سونتہٕ البأنی | ییٚتہٕ کُرتہٕ جأنی لو |

2۔

| | |
|---|---|
| اَز تامتھ کوٚشہِ مے کنہٕ ہے | ہاے پانو دوہہ گوم کھنہٕ ہے |
| دیان دیُتم نو کینْہہ وَن وَنہٕ ہے | ہاے پانو دوہہ گوم کھنہٕ ہے |
| لَتہٕ ہَتس کھأر ہَتھ نیری | گوٚش دِکھ تے أخر پھیری |
| سَر کینژھا گر یاوَن ہے | ہاے پانو دوہہ گوم کھنہٕ ہے |
| نیٚنٛدِ گاڈِہُند ژوٚپ نے ژالکھ | ہرُ دسوٚ مبرِتھ کھل کیا سومبر کھ |
| منز ژِتھرس للکھ تاون ہے | ہاے پانو دوہہ گوم کھنہٕ ہے |
| ہأل أسم وُشکے واٹس | اَمہِ رُستے دوہہ دِیُن گاٹس |
| ژور دوہہ گیہ کینژھا کھنہٕ ہے | ہاے پانو دوہہ گوم کھنہٕ ہے |

## تھٕجِ کادِ بأتھ:

کٔشیرِ منز چھُ دانہِ ووپداوُنک ووتُر طریقہٕ ووٚنی ختم سپدمُت ۔ نوٚی سائنسی طریقہٕ چھِ وَرتاونہٕ یِوان ۔ وَق چھُ بَچان تہٕ پأداوار چھُ ژوٚر نیران ۔ ووٚنی چھُ ترٛہن یا ساڈَن ترٛہن رتّن منز داں فَصل تیار گژھان ۔ اَپریل سۆ رِتھ چھُ کُنہِ لو کہٕ ژس ڈوٗ رِس منز داں بیول یِوان وَونہٕ ۔ اَتھ چھِ تھٕجِ نأریا تھٕجِ وان وَنان ۔ وُہَن پٕنژہَن دوہن تام چھےٚ تھٕجِ نارِ منز داں تَھل تیار گژھان ۔ جوٚنس منز چھےٚ یہِ داں تَھل ڈوٗ رہن منز رُونہٕ یِوان ۔ ٹرانسپلانٹ

(Transplant) گٔرِتھ کینژَن دوہن مَنز چھِ داں گُلۍ پھبان تہٕ پوٚٹھنہٕ لگان۔ تھٔج ناربو منزٕتَھل موٚلو سان کڈِتھ ڈوٚر بن منز رُونچہ عملہٕ چھِ ''تھٔج کاڈ'' وَنان۔ زنانہٕ مَرِد چھِ تَھل رُوان۔ لۆکھ چھِ اکھ اَکس اَتھ کامہِ منز مَدد کران۔ برونہہ کالہِ اوس یہ مَدد معاوضہٕ ورأے آسان۔ اَزکل چھِ موٚزوٗری پیوان دِنۍ۔ تَھل رُوَن والین چھِ کاڈرۍ وَنان۔ یمن چھُ رُت کھبن چین یوان دِنہٕ۔ کادربن منز چھُ جوش آسان۔ اَتھ کامہِ دوران یم بأتھ گیوٚنہٕ چھِ یوان تمن چھِ وَنان ''تھٔج کاڈ'' بأتھ۔ یمن بأتن مَنز تہٕ چھِ پرٛتھ کُنہٕ قسمکۍ بأتھ شأمِل۔ ییٚلہٕ رُون وألۍ واریاہ آسن تیٚلہٕ چھےٚ وُژھہٕ سان تَھل یوان رُونہٕ۔ سأری چھِ تَھل رُوان رُوان اکی رَفتارِ پتھ پتھ پکان۔ وُژھ وأری موکھہٕ چھِ چھکر بأتکۍ پأٹھۍ تہٕ کینژہہ بأتھ گیٚونہٕ یوان مِثالے زنانہٕ چھِ یتھ بأتہٕ ستۍ گرٛیز تُلان تہٕ بوس لۆژراوان:

کُسٕے ہیکہِ ہَشہِ ہُنز ژألِتھ تہٕ لولو
سو ہے دِیم دارِ رٔنۍ دأرِتھ تہٕ لولو
بَہ ہے ہیکہِ ماجہِ ہُنز ژألِتھ تہٕ لولو
کُسٕے ہیکہِ زأم ہُنز ژألِتھ تہٕ لولو
سَہ ہے ژایم کتھہِ ستۍ زألِتھ تہٕ لولو
بہٕ ہے ہیکہِ بیٚنہٕ ہُنز ژألِتھ تہٕ لولو
کُسٕے ہیکہِ ہَشہِ ہُنز ژألِتھ تہٕ لولو

زنانہٕ چھےٚ وَنہٕ وَن ہُری تام تھٕج کادبأتوٕرٕنگ گبوان۔ یم ہُری چھِ تھزٕ آوازِ منٛز وُژھہٕ وُژھہٕ یِوان گبونہٕ۔

بجہِ ناڈِ برکت تھل ہے رُٕ ناوَس

سوٗنٕ ہے اَنہٕ ناوس گوٗنٕ کرنے

چچہٕ بابہٕ آمے صُبحأے نادَس

مالہِ نٔبن آیہِ سٕے تھٕج کادس

وَنہٕ وُن:

وَنہٕ وُن چھےٚ کأشر لُکہٕ اَدبچ اکھ خوبصوٗرتھ شعرٕ زاتھ۔ باقٕے شعرَن ہِندی پأٹھی چھِ پرٛتھ کُنہِ وَنہٕ وُن شعرس تہٕ زٕ مصرعہٕ آسان۔ اماپوٚ زوَن وَنہٕ کِس پرٛتھ شعرس چھِ "ہُر" وَنان۔ ہُر چھُ "ہوٚر" لفظُک متبادل بلکہٕ چھُ ہوٚر لفظ سٕے ہُر بنیومُت۔ ہوٚر دٔپتھ گوٚوٚ زٕ یا جوری مثلن کھژاوِ ہور، تالہٕ ہوٚر، ڈیٚیجہٕ ہوٚر۔ پرٛتھ کانٛہہ وَنہٕ وُن ہُر چھُ بجاے خود مکمل آسان۔ وَنہٕ وَنس چھُ پنُن اکھ خاص انداز۔ یہ چھُ زنانن ستی مخصوٗص۔ عام پأٹھی چھُ وَنہٕ وُن خاندرن ستی وابستہٕ۔ اتھ منٛز چھِ موقہٕ تہٕ ماحول وُچھتھ خیالات گنڈنہٕ یِوان۔ ونہٕ وُن چھُ فی البدیہہ شاعری ہُند بہترین نموٗنہٕ آسان۔ وَنہٕ وُن وَکھناونہٕ خأطرٕ چھےٚ زنانہٕ زٕ ڈٔری بناوان۔ "ڈوٚر" دٔپتھ گیہِ لأن (Line) مگر ڈوٚر بناوُنک طریقہٕ چھُ دِلچسپ۔ زَنانہٕ چھےٚ لأنہٕ منٛز روٗزِتھ دونہٕ وے نرٕ اکھأ کٕ

ہِنٛدِ پھیکہٕ پیٹھٕ تٕر اوان یا پھیکِس پیٹھے یوت تھاوان۔ تہٕ لۄت لۄت گُنی قدمہٕ بروٚنہہ کُن پکان۔ اَکھ دۄر چھُ وَن وَنہٕ ہُرٕ تٕلان تہٕ بیاکھ دۄر چھ رٹان۔ اَمیُک مَطلَب گوٚو زِ یہٕ گوڈنیُک دِرچہٕ زنانہٕ وَنَن تی چھ ڈویمہٕ دَرِچن زنانن تہٕ وَنُن۔ کُنہِ ساتہٕ چھ زنانن ہُنٛد اَکُے دۄر آسان۔ اَمی منٛز چھےٚ اکھ زٕ زَنہِ وَنہٕ وَن ہُرٕ تٕلان تہٕ باقے زَنہِ چھےٚ رٹان۔ زنانہٕ چھےٚ اَکِ ہِسے جایہٕ ہتھ تہٕ ڈٕری بناٲوِتھ وَنہٕ وان۔ یہٕ تہٕ چھُ بنان زِ یٚیمہِ ساتہٕ زنانہٕ ہتھ آسَن ڈٕری بناونٕک پیٚیہٕ نہٕ حاجتھے۔

مُسلمانَن تہٕ بٹَن ہِنٛدِ ہِن وَنہٕ وُن ہُرٕ ہِن ہُنٛد لہجہٕ تہٕ طرزِ اَدا چھ جُدا جُدا۔ وَنہٕ وَنٕک رواج چھُ دونٕوٕنی فِرقن منٛز۔ بَٹہٕ وَنہٕ وِنِس چھِ ونان "ہیٚنز ے"۔ یہ چھُ پرٛانہِ پرٛاکرت ہَن بے (ہٚنٛجے) لفظُک بدلیومُت روٗپ۔ پروفیسر پی۔ این۔ پُشپ ہِنٛدِ مُطابق چھُ اَتھ مانے۔ ہیٚے کٕرِتھ آلو دیُن۔ چنانچہ بٹَنہِ چھےٚ اَزتہِ ہیٚنز ے وٕنِتھ وَنہٕ وُن تِتھہِ کٔنی شروٗع کران:

شوٚکلم کٕرِتھ ہمو وَنہٕ وونے -- شُب پھَل دِیتے ماجہِ بھوانے

مطلب: شوٚکلامبر دھرم دیوم شوٚلوٗک پٕرِتھ ہمو اَسی وَنہٕ وُن---)

مُسلمان زَنہِ چھِ وَنہٕ وِنِس تِتھہٕ پاٹھی دَس تٕلان:

بسم اللہ کٕرِتھ ہمو وَنہٕ ووٗنے

صاحبن انجام اونوےٚ

مطلب: بسم اللہ الرحمٰن الرحیم پٕرِتھ ہمو وَنہٕ وُن)

بَٹہٕ وَنہٕ وُن چھُ تہٕندِس دھرمَس زیادٕ نکھہٕ تہٕ ہندوستانٕی دیومالایہٕ ستیٚ مالا مال۔ اَمہٕ قسمہٕ کِس ونہٕ وٕنِس منٛز چھُ ووٚنی ٹھہراو آمُت۔ نہ روزٕ ماہر وَنہٕ وَن گرے موٗجوٗد تہٕ نہ رٕوُدی وَنہٕ وَن خاطرٕ موقہٕ۔ دَپان بَٹہٕ وَنہٕ وَنُک لہجہ چھُ سیٚدِ سیوٚد وید منترن ستیٚ رَلان۔ امیُک آرُٹ چھُ ترتھہٕ پاٹھۍ: ژھوٚٹ، زیوٗٹھ تہٕ سبٹھاہ زیوٗٹھ۔ تہٕ زَن گوٚو یہ وَنہٕ وُن چھُ ژھوٹہٕ آیہٕ لوتہٕ تلنہٕ یوان، رَژھاز ہٹھراونہٕ یوان تہٕ وارٕ وارٕ چھس مُدٕ رِہٹہٕ زٕ ہٹھ تاٗنتھ یوان کھارنہٕ۔

## مُسلمانَن ہُنٛد وَنہٕ وُن:

مُسلمانَن ہُنٛد وَنہٕ وُن ہیکہِ لہجہ پھیرٕ، لفظن ژھوٹرن یا آوازِ پھیرٕ کرنہٕ ستیٚ گوبنہٕ تہٕ ترتھ۔ حتاکہِ وَنہٕ وُن تہٕ گوٚبن چھِ زٕ اَلگ اَلگ چیز۔ مُسلمانَن ہُنٛد وَنہٕ وُن یوٚ دوے خاندَرن تہٕ بڈٕبن دوہَن ستیٚ زیادٕ واٹھ چھُ تھاوان۔ تاہم چھُ یہ کُنہِ تہِ موقس پیٹھ گژیزان مِثالے کُنہ خوشی ہِنٛدِس موقَس پیٹھ۔ کُنہ سِیاسی جَلسہٕ وِزِ۔ کُنہِ مذہبی تقریبہِ پیٹھ۔ مُسلمانَن ہُنٛد وَنہٕ وُن چھُ وُنہِ تہِ جاندار۔ پوٚرٕ دَم خَم سان چھُ ورتاوَس منٛز۔ زَنانہٕ چھےٚ مختلف موقَن پیٹھ حسب حال ونہٕ وان۔ وَنہٕ وُن چھُ خاندَرن ہِنٛدِ بن تَمام رَسمن رواجن ہنٛزٕ بہترٕبن Documentation کران رٕوٗدمُت۔ وَنہٕ وُن ہُری بٹن ہِنٛدی اُسی تَن یا مُسلمانَن ہِنٛدی، یِہنٛز زبان چھےٚ سُہل، شوٗژ تہٕ میٹھ۔ اَکھ اَکھ ہُر چھُ اَکھ اَکھ ڈرامائی صوٗرَت حال بروٗنہہ کُن انان۔

## زٕر کاسٕے:

زا شُری ہِنٛدِس گوڈٕنِکس مَستَس چھِ وَنان زٕر۔ یہِ گوڈنیک مَس کاسنس چھِ ونان ''زٕر کاسٕے''۔ کُنہِ اَستھاپَس پٮ۪ٹھ زٕر کاسنہِ چھِ پھرٕ وٕژِیوان مانٕنہٕ۔ یہِ چھُ خوشی ہُنٛد موقہٕ۔ اَشناوَن تہٕ ہمسایَن اَسۍ اَتھ موقَس پٮ۪ٹھ سال کران۔ ووٚنۍ چھُ سال کرُن مَنساونہٕ آمُت۔ خٲراتھ چھِ ضرٗور کران۔ زنانہٕ چھےٚ پِتھۍ ہوی ہُری وَنہٕ وان۔

منگۍ مَتہِ گوٚبرو زٕر کاسٲیو بٕڑ کاسٲیو وَضع دار
ماَمَس چھکھ کھونہِ مَنٛز زَن پمبُش کھبلہٕ سے

دَشہِ مَتہِ ویلہٕ ہے مُبارکھ

کیٚنٛہہ دوہہ چھِ گَنٛذران۔ شُرِس چھُ بیٛیہِ کلَس کھوٚرڈالان۔ اَتھ چھِ ونان ''اڑٕ کاسنہٕ''

زٕر کاسٲیو زٲنہٕ شاہ صٲبنہِ اڑٕ کاسٲیو گرِ پٮ۪نہٕ نے

## کن ژٕومبٕز:

کوربن چھِ اَزتہِ کن ژومبان۔ بروٚنٛہہ کالہِ اوس یہِ اہم رَسم۔ اَمہِ دوہہ آسہٕ زنانہٕ یِوان سوٚمبراونہٕ۔ قہواہ چایا چیتھ آسہٕ تمہٕ ونہٕ وان۔ ووٚنۍ چھِنہٕ اتھ موقَس پٮ۪ٹھ وَنہٕ وان۔ پرٲنۍ وَنہٕ ون ہُری چھِ وُنہٕ موٚجوٗد۔

نبیٚ صٲبَن سوٚزیو رَضا کن ژومبیو وَضع دار

## کن ژۄمبو یو صاحب زٲدی سأنٛ شاہزٲدی بوزوَنہٕ وون

## ختَن ہال:

پڑتھ مُسلمان لڑکس چھےٚ ختن ہال یِوان کرنہٕ ۔ یہ چھُ مُسلمانَن ہُنٛد دھارِمک رَسم ۔ اَتھ چھِ زبردست اٚہمیتھ ۔ بیٚہہ ناوُن ،سَنت کرِنیٚ تہٕ ختن ہال چھِ اَکی عملہٕ ہِنٛدی ناو۔ شُرس چھُ پوشاک بروٚنٛہہ کھڑوب ژٔٹنہٕ یِوان۔ اَمہِ بروٚنٛہہ چھِ پیرن بُزرگن اَتھہِ دُعا کرناوان۔ ختم شریف پرناوان۔ ہمساین رِشتہٕ دارَن سال دِوان۔ گیوان وَنہٕ وان۔ پَتھ کالہٕ اٚسی اٚمِس شُرِس سوٗنٛژ مہراز بنٲوِتھ پھِرناوان۔ گاٹہِ لوٗکھ اٚسِس پَکان پتہٕ پتہٕ۔ زنانہٕ آسَس پتہٕ پتہٕ ونہٕ وان۔ اٚتھی راتھ منٛز اوس یہ شُر گاش پھولنہٕ بروٚنٛہہ بیٚہنا ونہٕ یِوان۔ بیٚہناونچ کٲم اوس گامہٕ ناوِد کران۔ اَز تہٕ چھُ یہ رَسم جٲری تہٕ بروٚنٛہہ کُن تہٕ روزِ۔ پڑون ہیوٚ چکہٕ چاوچھُس سوریومُت۔ نہ چھُ سال یِوان دِنہٕ ،نہ سوٗنٛژ مہراز پھِرناونہٕ تہٕ نہ وَنہٕ وَنہٕ۔ اَزکل چھِ شُری ہسپتالس منٛز بیٚہہ ناونہٕ یِوان تہٕ کانٛسہٕ چھِنہٕ کنٛس کن خبر گژھان۔ ختن ہاٚج ہُنٛد وَنہٕ وُن چھُ وُنہِ تہٕ موجوٗد۔

| | |
|---|---|
| یزٲ ے مِژنہٕ کنٛد ؤرِمتیو | نیٛدرے ہتیو گژھو بیدار |
| سوٗراہ اوٚن مے پھشٕمبَس ؤلِتھ | مِلِتھ کرے ختن ہال |
| وۄستے کارولو ہوٗرِ آکھو | دژاکھو زیٚنتھ انعاماہ |
| سوٗنٛژ مہراز وگریورونے | رِگنٛد یوٗژرارِ چہ بونے تل |

لوکہٕ ژٹے مہراز سبز دستار چھے　　　　بَب سَر دار چھُے واو کران

## بوگ:

بوگ لفظُک معنے چُھ کانٛسہِ ہنٛدِ باپتھ تھونہٕ آمُت کُنہِ چیزُک حِصہٕ۔ یہِ بڈٕ دوہہ کورِ مول گوبرٕ مائِلس سوزِ مثلن ہیرٕ ژ بوگ عیز بوگ۔ بروٛنٛہہ کالہِ اَسی تتھ نقد رقمس تہِ بوگ وَنان یُس گوبرٕ مول خاندرٕ بروٛنٹھے کورِ مائِلس دِوان اوس۔ وونی چھنہٕ امیُک رواج مگر وَنہٕ وَن ہُر ہن منٛز چھُ امیُک ذِکر میلان:

بَبن جانٛی بوگ رۄٹ اَچھ ووتھٕ وُنیے

لأنس چھِے نہٕ مولہٕ وُن یَے کینٛہہ

## نِشانٛی:

گوبرٕ مول چُھ کینٛہہ نفر ہتھ کورِ مائِلی سُنٛد گرٕ وُچھنہِ یوان۔ کھناہ چیناہ گرِتھ چھِ کورِ مائِلس کوٗر مَنگان۔ رِشتہٕ ڈررٕاوان تہٕ وعدٕ کران۔ بعضے چھِ خاندرُک تارٕیخ تہِ اَمی ساتہٕ مقرر کران۔ اَتھ چھِ وَنان "گرٕ وُچھے"۔ اَمہِ دوہہ یم چیز ہتھ گوبرٕ مول یوان چُھ تِمن چھِ "نِشانہٕ چیز" وَنان۔ اصطلاحس منٛز چھِ اَتھ تقریبہِ گرٕ وُچھے تہِ وَنان تہٕ نِشانٛی تہِ۔ بروٛنٛہہ کالہِ اَسی اَتھ موقس پیٹھ تہِ وَنہٕ وان۔

نِشانہِ سوٗٹھ ووت سانہِ موغلانے　　　　سوزُمت جانے عزیزن

نشانہِ مجِمن موختہٕ چھس اندن　　　　اَسہِ ووت ترٛوٹ تے ژَندن ہار

## مَصالہٕ:

خاندرٕ چ تیأری چھےٚ شروٗع سپدان۔ گوبرٕ مول أسی تَن یا کورِ مول، دہ نوٕنی چھےٚ رَنگہٕ رَنگہٕ خریدأری کرٕنی پیوان۔ کورِ یا گوٚبرس خاطرٕ سامانہٕ پیوان سوٚمبرُن۔ سالہٕ باپتھ اِنتظام پیوان کرُن۔ بروٗنہہ اوس سوبوٗ تھے مَصالہٕ یوان اَنہٕ۔ تی أسی گرس منز سنٛبالان تہٕ گرٕ یٹو پیٹھہٕ اَنان پشتھ۔ ہمسأے بایہٕ آسہٕ سَمان تہٕ اَتھ کامہِ منز مَدد کران۔ وَنہٕ ونٛگ گرٕ یز اوس ووتھان۔ اَزٕچھِ بازرٕ تیار بہٕ تیار مصالہٕ اَنان تہٕ وَنہٕ وُن کرنٛگ چھُنہٕ سوالے۔ پرٛانین وَنہٕ وُن ہُربن منز چھُ مُصالس متعلق ذِکر موٗجوٗد۔

| | |
|---|---|
| أَلہٕ تہٕ دال چیٖن لأَلہٕ چھےٚ ژاران | دُنیا دارَن کورِ ینہٕ وول |
| روٗنہِ دار پرٛنین مَصالہٕ چھأنتھ | ہَمسأے بایہٕ وَنہٕ نأوِتھ دژاے |
| سونہٕ سُنٛد کٔنژ تے روپہٕ سُنٛد مُہلے | شِہوٕلے مَصالہٕ ژیٹأوے |

## زِیُن:

سال رَنہٕ باپتھ چھُ زِیُن ضروٗری۔ کورِ مول یا گوٚبرٕ مول چھُ خاندرٕ بروٗنہے زِنٛیگ انتظام کران۔ ہمسایہٕ أسی اَتھ کامہِ منز بِلا معاوضہٕ مَدد کران۔ زیُن ژٹان، یَژمن سِنٛدِس آنگنٕس منز واتناوان تہٕ پھالہٕ ناوان۔ ازکل چھِنہٕ ہمسایہٕ مَدد کرنہِ یوان۔ نہ چھےٚ زَنانہٕ وَنہٕ وان۔ خاص ووسہٕ دژ وسہٕ تہٕ چھِنہٕ آسان مگر بروٗنہہ کالہِ آسہٕ زَنانہٕ وَنہٕ وان۔

شاہ وُلگ مُنہٕ مے کمہِ ہاوس تے　　اَستے اَستے کنہٕ ژأری توس
زأولین شُپین توٗمُل ژھٹأیے　　کِسرِ وٹأیے ٹھیٗچہِ زرِنے

وَردَن:

مَہرٕینہِ تہٕ مہارازٕ ہِنٛدِ باپتھ رٕتہِ کھوتہٕ رُت پلوٗ پوٗشاکھ گوٚو وَردَن۔ گوڈٕچھُ بازرٕ کپُر یِوان اَننہٕ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ ہرٕ یوان سال کٕرِتھ اَننہٕ۔ وَردَن اَنہٕ نَس تہٕ سُونٕا وَنس پیٹھ تہِ اوس بروٗنٛہہ کالہِ گیوٚ ناہ وَنہٕ وُ ناہ کرنہٕ یوان۔ گامہٕ چہِ زَنانہٕ آسہٕ وَردَن وُچھنہٕ یِوان۔ قہواہ، چایاہ چٲوان تہٕ وَنہٕ وان۔ ووٕنی چُھنہٕ اَتھ موقس پیٹھ وَنہٕ وَنہٕ یِوان۔ اَمہِ وَن وَنچہِ کینٛہہ مِثالہٕ۔

وَردَن اون مے دِلہِ ہُنٛد وانے　　گلہٕ ہِنٛدی تھٲوی زبس نشانے
وَردَن کپٕڑ زبم اَستٲے اَستٲے　　أسی چھِ بارستٲے ناماوار
ہرٕ وہرٕ وشہار کہِ ہرٕ و　　سون وَردَن ہوزٕ ژٕتژ اوان

وٕرشیرٕنی:

وُرچھِ تَتھ زأٹھِس دانَس وَنان۔ یَتھ واریاہ گگ آسَن۔ یِم گگ ہکن داہو پیٹھہٕ ترٕہَن ژٕ تجہن تام تہِ أستھ۔ وُرِچھے سیر بن ہٕتژٕ آسان۔ اَتھ پیٹھ چھُ واژٕ وان یِوان تیار کرنہٕ۔ یَتھ جایہِ وُرشیرنہٕ یِوان چھے تَتھ چھِ وُربَل وَنان۔ وُرشیرنہٕ خاطرِ تہِ أسی ہمسایہِ سوٗ مبرنہٕ یوان۔ مَرٕدأسی وُرشیران تہٕ زنانہٕ آسہٕ وَنہٕ وان۔ یَزمن باے أس شیرٕنی تہٕ بادام بأگران۔ اَز تہٕ چھِ وُرشیران مگر

نہ چھےٚ ووسہٕ دژ وسہٕ آسان نہ وَنہٕ وُن۔

وُرٕ شیر ویے برُزٕ لرِ پٔتۍ یے — لٔتۍ یَے اَز ہے چھی رٔتی یے دوہہ

وُرٕ لاگٲیولبِ ڈٔری یاوس — یوٗنکس یاوَس دَس وۄتھ یو

سیرِ لاگ ژٲرِتھ آلہٕ وے ژٔری یے — گگ ہوتھاوی زبس بڈی بڈی یے

دَپُن:

دَپُن گوٚوٕ وَنُن۔ دَپنہٕ گژھن، دعوت دِنۍ۔ ازکل چھِ دعوتی رُقعہ سوزان یا فونس پیٹھ شیچھ کران۔ بروٗنہہ کالہِ اَسی گوبرٕ مالِکۍ تہٕ کورِ مالِکۍ اَشناون تہٕ ہمساین دَپنہٕ گژھان۔ کانٛسہِ گرس آسہٕ زنانہٕ داہ مَرٕ گژھان۔ کانٛسہِ گرس اَسی مَرٕ داہ مَرٕ گژھان۔ زنانہٕ آسہٕ وَتہٕ وَتہٕ وَنہٕ وان۔ دَپن والِکۍ تہٕ دَپن واجینہٕ اَسی بتاہ وَتاہ کھیتھ یوان واپس۔ اَتھ موقس پیٹھ اَسی تِتھی وَنہٕ وُن ہُری کٔنۍ گژھان۔

دَپہٕ نَے دژایہٕ کھے ہاکہٕ پچہٕ منزی یے
کاکہٕ دیٚدی یَزمن بأیی یے
دَپہٕ نَے دژایہٕ کھے پنہٕ نِس پوٗرِس
دَپہٕ وُنۍ اَزۍ تھے ٹوٗرِس کیتھ

مانٛزِ راتھ:

خاندرٕ بروٗنہہ پَہن چھےٚ مہرینہِ تہٕ مہارازس اَتھن کھورن مانٛز لاگنۍ ضروٗری۔ یہِ رَسم چھُ رأژ منز پالنہٕ یوان۔ خاندانچ کانٛہہ مأہر بزرگ زٔنۍ چھےٚ مہرینہِ مانٛز لاگان۔ مہرازس اوس پتہٕ کالہِ نأوِدٕ مانٛز لاگان۔ مانٛز چھےٚ

پأراوُک اَکھ ضرۄری حِصہٕ۔ یَتھ رأژ منز مائنز لاگہٕ ٹِک رَسم پوٗرٕ کرنہٕ یوان چھُ تَتھ چھِ ''مائنزِ راتھ'' ونان۔ یہِ رَسم چھُ اَز تہِ چلہٕ وُن۔ زَنہِ چھےٚ رأتی رالس گیوان تہٕ وَنہٕ وان۔

زَن کوٗرے کۄری چھکھے اۄری اۄری — سورٕگچہٕ حۄری مائنزِ اتھہٕ دار
مائنزلا گوےٚ اَتھن تےٚ کھورن — کتھن تھاوےٚ چنبجہٕ حۄر

مَس مُژرُن:

مَہرِینہِ مَس مُژرنہٕ کِس موقس پیٹھ تہِ اوس وَنہٕ ون گرٕ یزان۔ بروٚنہہ کالہِ اوس زَنانن تہٕ کوربن منز وانکہِ وَلنُک رواج۔ یم وانکہٕ مُژراونس، مَس شیرنس تہٕ نوٗسرِ وأنکہٕ وَلنس چھِ ''مَس مُژرنُک'' رَسم وَنان۔ ووٚنی چھُنہٕ وانکہٕ وَلنُک رواج۔ مَہرِینہِ مَس شیرٕنکس موقس پیٹھ چھُنہٕ وَنہٕ وُن یوان کرنہٕ۔

کانٛدری وانٛج بأرکرخأنی — ووٚلے پیٹھأنی مَس ہے مُژرووے

مَس کاسُن:

مَہرازس مَس کاسٕنکس موقس پیٹھ آسہٕ زنانہٕ وَنہٕ وان۔ نأوِد اوس ڈٕر بخشأیش نِوان۔ ووٚنی چھُ مہرازٕ بازرے مَس کأسِتھ یوان۔ رَسم سوریوتہٕ وَنہٕ وُن رۄزمۆجۄد۔

مَس کاسأیو اَنہٕ ہاوأیو — زأنہٕ شاہ صأبنِہ مُرپدو
ووٚستےٚ کارو ینوکُلی نٹہٕ نے — کھۄرپکہٕ ناوساَستےٚ پأٹھے

## پأراو:

مہرازِ تہٕ مہرٛینٕز پأراونچہِ عملہِ منز چھِ یِم چیز شأمِل: سرٛان کرُن، وردَن لاگُن، گہنہٕ لاگُن، سورمہٕ لاگُن بیترِ۔ یِمن سارِنٕے موقَن پیٹھ چھُ وَنہٕ وَنہٕ یوان۔ مَہرٛینہِ ساز کرَن واجینہِ مأہرزَنہِ چھِ سازٕ گرٕ ونان۔ یِمن موقن پیٹھ وَرتاونہٕ یِنہٕ والہِ وَن وَنچہِ کینٛہہ مثالہٕ۔

| | |
|---|---|
| آب ترٛ اوأیو دوژھے | لال گنڈأیو مَژھے پیٹھ |
| أنہٕ وأج مُٹھ یوسرٛ انہٕ گُٹھِ پانے | ینٛہِ چھے ژھانڈان بأے جانے |
| أچھن چھے سورمہٕ تےنالی چھے مالے | بائے پیٹھہٕ کے کگأوو |
| آب ترٛ اوویے چونٛچے چونٛچے | موختہٕ والو یے لونٛچے کیتھ |
| یژمن بأیے گُٹھمن ہے گاہ پیٛوو | راجہِ ریٛنہِ کورِوُ چھ ساز کیٛتھ گوٛو |
| ساز چھی کران طرفے طرفے | سازٕ گرٕ عیذٕ ہِندِ عرفے آے |

## پھِرناوُن:

پأراونہٕ پتہٕ أسی مہرازَس گرِس پیٹھ گأمی گامس پھِرناوان۔ أشناوَن تہٕ یارن دوستن ہِند بن گرن منزٕ أسس قندٕ شربتھ دِنہٕ یوان۔ أندوأسس کانگربن منز وُدٕ زالان۔ زنانہٕ آسہٕ پتہٕ پتہٕ وَنہٕ وان۔ مزارس تہٕ مُقأمی اَستانن پیٹھ اوس مہرازٕ موردن فاتحہ سوزان۔ مہرازٕ پھِرناونُک رواج چھُ موکلیومُت مگر ونہٕ وُن چھُ موٗجوٗد۔

| | |
|---|---|
| لالو درٛاکھو ماتا مال وَتہٕ نٕے | نانہِ اُلفتہٕ نٕے کوٛریو سال |

لۆکھ چھِس وُچھان اُچھ ہِنے اُچھ ہِنے    ہَرِ کُے پُچھِ ہِنے سأِلس آو
پھیرِتھ آکھو مُلکِ کشمیرس    پوشہِ ضمیرس موج لُجِ یوِ

## پۆہ تہٕ گُلہِ میوٗٹھ:

پۆہ گوڈٕ جِنس، یُس ڈالہِ رٕنگی دِنہٕ ییہِ۔ سالس یِنہٕ وأِلی اشناوتہٕ ہمسایہِ أسی نقدِ بجایہِ جِنس ہیتھ یوان مِثالے تومُل، کھٔڑ، کوکُر، گیوٚ، ژادر، گاو، دانٛد بیترِ۔ نَقد دِنہٕ وأِلی چھِ مہرازس تہٕ مَہرِ ینہِ منٛز اَتھس میوٗٹھ کُرِتھ روپیہِ دِوان، اَتھ چھِ ونان گُلہِ میوٗٹھ۔ رواج چھُ وُنہِ چلہٕ وُن تہٕ اَتھ موقس پیٹھ تہٕ چُھ وَنہٕ وَنہٕ یِوان۔

پۆہ کھٔڑ دَپان ہیہٕ نے اَژِ گانَس    یہٕ ہے گرٛشہٕ وازے وانس پیٹھ
سیٹھہٕ سِنٛدِ آنگن ہیتھ لجی یوِ    شیٹھ موہرِ وَژھہٕ یوِ گُلہِ میٹھے

## مہرازٕ سُنٛد ہوٗورگن نیرُن:

مَہرازٕ چھُ سأرِی ہیتھ ہوٗورگن نیران۔ بروٚنٛہہ کالہِ اوس گُربن پیٹھ گرٛشہِ ٹِک رواج۔ پیدل تہٕ أسی گرٛشہان، ناون منٛز تہِ مَگر وونی چھِ ٹرانسپورٹکی جدید وٚسیلہِ استعمال سپدان۔ زنانہٕ آسہٕ تیٖلہِ تہٕ وَنہٕ وان تہٕ ازتہٕ چھےٚ گربوٚٹلان۔

بۆڑی سُنٛد گوٚبُر دژاو ہالہِ مأذانی    ہَوأے ژٔج اَسمأنی ییَے
شُدٕ چھےٚ یینہِ دبد وُدِ چھے زالِن    ژرأری کانگر چھےٚ روپہٕ ژالِن

باڈو جشن لوگ گام گو ہبرن زألدار گبرن یوٚہے حشمتھ

مَہرازس ہوورِ استقبال:

ہووُرواتہٕ نَس پتہٕ چُھ مہرازس زبردس استقبال یوان کرنہٕ۔ پرٛتھ طرفہٕ چھُ آسان دُم دام۔ اُکھ ووسہٕ درٛ وس پچھےٚ آسان۔ زنانہٕ چھےٚ گریٚز ٹلان۔

تتہٕ درٛ اوسُلہٕ تےٚ یوٚت ووت زوٚنے یوٗسُف خبہٕ خوتوٚنے آو
روگول گرِ چھُس سونہٕ سُنٛد موویے یوٚت ہےٚ آو نوٚ وٚے منسٹر
کاشُری بوٗٹس ٹپ ٹپ گرٛ ھانے ڈپٹی منسٹر دورس آو
وتہٕ وَتہٕ چھی یو بادام گُلی ممبر اَسمبأ لی آو
آیہٕ وِسأ موٹرس کُنہٕ جیپ کارس راج کُمارس دِلہٕ منٛز سال

وازٕ وان:

کشیرِ ہُنٛد وازٕ وان چھُ سبٹھاہ مشہوٗر۔ وُریکس پتہٕ چُھ مأہر وازٕ مازس درجن وادنعمژ تیار کران۔ مہرازس تہٕ سالربن ہنٛدِ باپتھ چُھ وازٕ وان سبٹھاہ احتیاط سان تیار کرنہٕ یوان۔ وازٕ وانس منٛز بناونہٕ یِنہٕ واجینہٕ کینٛہہ نعمژ چھےٚ یِم:
رِستہٕ، گوشتابہٕ، روغن جوش، قورمہٕ، میتھِ ماز، کبابہٕ، دُپیازٕ، دٔنی، آب گوش، پولاو بیترِ۔ کأشری وَنہٕ وٗنی چھِ وازٕ وانکی تمام چیز پانس اندر محفوٗظ تھأوی ہٕتی۔ مہرازٕ سَبہٕ چھِ سال دِوان تہٕ زنانہٕ چھےٚ وَنہٕ وان۔

نبس کھوٚت اوبرٗ تےٚ جبس گیٖہ گانگل اَسہٕ ژ ون توہیہٕ کیٖت ہانگل ماز
یَزأے مِنہٕ سوٚدِ گولالو لوگہٕ یو دوٚدِ گوشتابن ساد

سَتہِ سِنہِ بتہِ ترٲمی اکہ اَنہِ پولاو گولاب تھٕر ہِنٛدی مالی نے

مَہر ینہِ ہُنٛد وأرِیوٗکن نیرُ ن:

مَہرینہِ چھِ مالنِز روخصت کران۔ سو چھےٚ مہرازس ستی وأرِیوٗکن نیران۔ بروٚنہہ آسہِ مہرینہِ زأنیانن منز یوان اَننہِ۔ گٕہری أسی زأنیانہِ نکھن پیٹھ ٹلان۔ ووٚنی چھُنہِ سُہ رواج مۆجۆد۔ ازکل چھِ نۆینہِ قسمچہِ موٹر کارِ استعمال یوان کرنہِ۔ مہرینہِ ہُنٛدِ نیرنچ یہِ وِزچھےٚ مالہِ نٮ۪ن ہِنٛدِ خأطرِ سٮ۪ٹھاہ کرٛیٹھ۔ سارِنے چھےٚ چشمہِ ترسپدان۔ اَتھ موقس پیٹھ چھُ ونہِ وُن عجیب صۆرتِ حال پأدِ کران۔

وُنیکتام أسکھ ہیرِ بونہِ رأچھی — بَبہِ سِنٛزِ ٹاٗچھی گرِ گرٛتھِ کھے

مُسافر بَب موج کیٚسے کۆری ترٛووتھ — پان سکھر ووٗتھ وأرِو گُن

کورِ ہِنٛز مأج گیہِ مأربل آبس — کۆر گیہِ گُل آفتابس ستی

گُٹھن ہِنٛز گُنٛزِ کر دیٚدِ حوالے — نیرِ کۆری وأرِوکہِ سوالے

خانہِ مأج کۆر گٕیہِ نیران نیران — کورِ مأج ووٚن کتھے پھیران چھُے

وأرِیوٗ وأنتھ تہِ چھُ مَہر ینہِ وَنہِ وَنہِ ستی استقبال سپدان۔ آلرٛتھ چھِس کڈان، ژھاے چھِس کاسان تہِ کٹھاہ کوکراچھِس رتہِ چھِچھ دِوان۔

سَتن جاین گُنٛے یِکل

یوٗت ہے آیہِ کُکِل اول ییرنے

## بٹن ہُنٛد وَنہٕ وُن

### زَرٕ کاسے:

کاسہٕ مے زَرٕ تے تھووے ژھوگے  بھوانہٕ بھوگے سوٗزوٗنے
سرٕ پمپوش ٹوٗری گیہٕ تازے  زَرٕ مہرازے لُسی نم

### میکھل:

یوٚنہٕ نائی تراونچہٕ عملہٕ چھِ ونان میکھل ۔ یہٕ چھُ مذہبی رٕسم ۔ میکھل دِنہٕ ورأے ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ شُر برٛہمن یا بٹہٕ بٔنتھ ۔ میکھلہِ ہُنٛد رٕسم گرٛ ھِ شُری پانے پالنہٕ یُن ۔ میکھل دِنہٕ برونٛہہ چھےٚ گرٕچ صفأیی یوان کرنہٕ، اَشناوَن چھِ دَپنہٕ گرٛ ھان ۔ میکھلہِ مہرازس چھےٚ یِوان مانٛزلاگنہٕ ۔ زنانہٕ چھےٚ ونہٕ وان ۔

مانٛزے رأژے سومبری مے بأژے  وأژے گنگ ، جمنا تہٕ سرسوتی
سمیرٕ اندرَے مانٛزِ ہُنٛد تَر دژاو  تیٚلہِ دژاو یِیلہِ آولِیہٕ نِے گاش
(مانٛزِ راتھ)

دوٗ رِ پیٹھ أزٕ تون پنڈتھاہ گأرِتھ  لوٗنس کیُت دِیہٕ ساتھ ژھأرِتھ
سونہٕ ہِنٛدِ ٹونگرِ تہٕ روپہٕ ہِنٛدِ بیلے  شنکر آچارٕ وأج شیٚلے میٚژ
گرٕ نووتھے کونگہٕ کوٚستوٗرے  وستوٗری ونہٕ چے لژھأج
(گرٕ ناوے)

دَپنس کیُتے رَتھ منگہٕ نووے  سوو نیچھتر وُچھ نووے پے

نۆن ژوچہِ اَتہِ گتھ تورٕ ہیتھ آیہِ کھے   ڈٕپتھ آیہِ کھے باندٲون
(دپُن)

گگنہٕ یکِو دِوتا بۆمہِ یکِو سأری   کرٛشنس وأژ میکھلہِ وأری یے
وَے کونٹھٕ اَندرے منڈُل چھُ کھسان   بڑہما چھُ وَسان وُچھانے
کأ لاسہٕ پیٹھ کِس شِونا تھس تے   شُبہٕ ہے میکھلہِ پیٹھ واتُن یور
(میکھلہِ وَنہٕ وُن)

ہُم:

أگنس چھےٚ مَنتر پرٕتھ آہوتی ٹرا ونہٕ یوان، أتھی چھِ ہُم ونان۔

ییہِ وُہ مالہِ بڑہمنو گرٛھی وو جماہ   گرٛی وو ہُمُک سَما چار
أگنے کونڈٕ مَنترٕ لَخمی دژاے   ژریٚیہِ لٹہِ آے زنم ہیتھ
کِسرِ کنہِ کونگ تے پانہِ کنہِ اَمرِتھ   سومبرِتھ کھورنَے أگنے کونڈ

دِوگون:

دِوگون چھُ اکھ قدیم دھارمِک رَسِم، یُس میکھلہِ بروٚنہہ تہٕ سپدان چھُ تہٕ خاندرٕ بروٚنہہ تہٕ، اَمیُک مقصد چھُ مَہریٚنہٕ تہٕ مہرازس سرٛان کرُن۔ تم دِوتاہن ہنٛزٕ پۆزاہ کرناوِنی۔ آب مَنترونی شۆژر راوُن۔ اَمہِ شۆژِ آبہٕ سٟتی مہریٚنہِ کنہِ شرٛان کرُن۔ ہوَن چھُ یِوان کرنہٕ۔

دِوگونَس سَنٛزٕ ہیوٚت دھرمَے ماجے   والہِ سی تیل، ڈۆنی تہٕ شرٛی پھَل
دِوگونَس بیۆٹھکھ گور تے بانے   سوٚنہٕ سِنٛزی بانے وَہرأسے

کنہِ شرٛان کرِتھ چھے اِطلاس نألی    ووتے    ماتا    مأ لیے
دُری بَتہِ ناوے رَز گیہِ ڈیٚج یے    برٛگ آیہِ کوتر کھیٚج یَے ہبتھ

## لِگن:

لِگن چھ بَٹہِ خاندرُک أہم دھارمِک رَسٕم۔ أگنہِ کو نٛڈس بروٛنہہ کنہِ
چھُ مہرازِ اِقرار کران زِ سہٕ والہِ پننہِ سپدن واجیٚنہِ آشنہِ ہٕنٛدی سأری فرِض نکھ۔
لس کرِ حفاظتھ۔ مہریٚنہِ تہِ چھےٚ پننہِ نٛمن ذمہِ دأرِین ہُنٛد اقرار کران۔ مہرازِ سَبہِ
بَتہِ دیُن، مہرازِ سُنٛد ہووُر رواتُن یا مَہریٚنہِ روخستھ کرُن أسی تَن، پرٛتھ موقس
پیٹھ چھُ وَن وننہِ یوان۔

سٕدرِ کھوٚت لٕدرِ پھوٚل کورِ ہُنٛد لوٗنے    یندازُن یٚنہِ وولےٗ آو
مولہِ لےٗ کرٛ أنکھ چھُ سونہٕ سٕترِ واجے    ترٛیٚن بوٚنن ہُنٛد راجے آو
پوٚ ری کنی کھوتکھوسری بھگوانو    پچھمَس کُن سونہٕ زٕ ژےٗ ترٛاو

(مَہرازس استقبال)

سورٛگک بوزَن دودِ گلہأری    اَسہِ رٕنی کونگہِ ترکأری یے
واسدیو رازِ نہِ ہاجگر گوشو    روغن جوشَس کیٚتھ چھے ساد
بھشمکھ رازِ نہِ سودے بزاربو    دودَے ندربن ساد چھا جان
بھِشمکھ رازِنے خانے مالیو    دَمے اوٗلوٗوِ وأتی یو

(سَبہِ بَتہِ دیُن)

لِگِن چھی کران کأنی اندرٕ ے سوندری روپ چون گاہ ترٛاوان
لِگِن چھی کران دیوان خانس کری بھگوانس نمسکار
اَتھ واس کران اَتھٕ پنہٕ ڈلہِ یے کتھٕ کر لوٚہوٚری طوطس ستی
اَتھ واس کران اَتھ رَٹھ چیرٕ ے کتھٕ کر سپرے بأجس ستی

(لِگِن)

دارِ پوٗزا :

ہوٚ وِرِکس گرس منز اَژنہٕ برونٛہہ چھِ مہرازس دروازس نِش رُکاوان۔ مہرٛینٛز تہٕ چھےٚ اوتَن اَنہٕ یوان۔ دونٛوے چھِ خاص پوٗزا کران۔ اَتہٕ چھِ باقین علاوٕ یژمن، یژمن باے تہٕ گورتہٕ آسان۔ سأری چھِ گورٕ سٕنزِ رہنمأیی منز مہرٛینٛہٕ تہٕ مہرازس پوٗزا کران۔ اَتھ عملہِ چھِ ونان دارِ پوٗز۔

کوٗری کُمأری نیٖنٛدرے وُزتے اَرزن دپو دارے پوٗزے آو
سِر یہِ آو سونُے ہٕسی تِس کھٔسِتھ وٕسِتھ تہٕ گُرس مأکی دارِ پوٗزا
بھشمکھ راژٕ نہِ لوہوٚری طوطو ہوٗری دارَس پوزا کر

مہرٛینٛہِ روخستھ :

مأنٛزی چھِ کورِ روخستھ کران۔ سأری اَنگ اُشناو چھِ مایوٗس گژھان۔ پڑتھ کأنٛسہِ چھُ اُچھو منزا وُش وَسان۔ امہِ ساعتکہ وَنہٕ وُن چھُ وأنٛجہِ ترِتھ گژھان۔

کیازِ چھکھ غمگین رامہٕ رامہٕ موٗ ٹھ یے | کرمے لون چون پوٗ ٹھ یے دژاو
باہن وٗ ری ین نأری وَن چھووتھم | ہأری کتہِ ہووتھم لکہٕ وَس پان
لوہٕ ری طوطہ تہٕ کأشری ہأری | توہہِ دوان کتہِ گیہِ پأری زان
کورِ ہنٛدِ ذہنے بَرِ گوٚو وہنے | کوٗرے کسٕے کتہِ ہینے آو
تہنٛد کنہ گنٛگا سانہِ کنہِ وتہِستا | یہے گری ژبتس تھاٚوی زہن
ییٚتہِ دِژ کونگہٕ موٗنڈ تتہِ نوٚتچھ زے | کوٗر ہوٕ ئچھ زے لُکہٕ ہُنٛد مال
ترٛہن بھونن ہنٛدی لوٗکھ گیہِ جماہ | کورِ ہُنٛد طمع بٕری زنہٕ زانٛہہ
دَستارَس چھے کوٚستوٗری رچھے | أچھن أندر رٕچھی زہن

# لڈی شاہ

لڈی شاہ چھےٚ مثنوی چالہِ نظم۔ اتھ منٛز چھُ کانٛہہ تہِ واقعہٕ بیان سپدان۔ اَتھ نظمہِ منٛز گرٛ ھِ طنز تہٕ مزاح ضرٕوری آسُن۔ ہرگہہ تہِ آسبس نہٕ تیلہِ چھےٚ یہِ چھراہ مثنوی۔ امہِ کمِن شعرن ہنٛز گرٛنڈ چھِنہٕ مقرر۔ اَمیُک پرٛتھ کانٛہہ شعر چھُ اَسناوان۔ کُنہِ نتہٕ کُنہِ واقعہٕ ہس یا کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ شخصس چھِ یم شعر ٹأنہٕ ژٹان، زُرکہِ دِوان، مخولہِ کران۔ سماجس منٛز اِستحصال کرن والین چھےٚ یِژھہٕ نظمہٕ ننگہٕ کران۔ لوٗکن چھےٚ یِژھہٕ نظمہِ سبٹھاہ پسند۔ نظمہِ ہُنٛد خأنق چھُ کانٛہہ اکھ نفرا آسان۔ سأری چھِس شعرا شعراواٹان، بدلاوان یا کانٛہہ شعر ژٹان روزان، یِتھہٕ پأٹھی چھُ اَمیُک اصلی خأنق راوان تہٕ نظم چھےٚ لُکہٕ اَدبُک حِصہٕ

بنان۔ واریاہ اہم لڈی شاہ چھِ رٲوِ ژتی۔ کاشُرِ زبانۍ منز چھِ دڑاگس، نارس، ظلمس، ببگارِ، بُنلبن تہٕ گرِزامتُر بنہٕ نِس متعلق واریاہ لڈی شاہ موٗجوٗد۔ بیا کتھ اَہم کتھ چھےٚ یہِ زِ یُس شخص یِم نظمہٕ گوٚان وَکھناوان چھُ، تِمس تہٕ چھِ لڈی شاہ ونان۔ تہِ زَن گولڈی شاہ چھُ اکھ عوٲمی فنکار۔ سُہ چھُ دہرِ ہبتھ آنگنہٕ پتہٕ آنگنہٕ تہٕ کھلہٕ پتہٕ کھلہٕ لڈی شاہ وَنان۔ (لڈی شاہس متعلق چھُ پیٚتھی کتابہِ منز الگ مقالہٕ درِج)۔

## لُکہٕ نثر: کینٛہہ صِنفہٕ

### لکہٕ کتھ:

کتھ یا ذلیل یا سُہ قصہٕ، یُس سینہٕ بہ سینہٕ چلہٕ وُن روٗدمُت آسہِ تہٕ یمیُک گوڈنیُک وَنن وول یا تخلیق کار معلوٗمے آسہِ نہٕ، چھےٚ لُکہٕ کتھ۔ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ عام طور بالا فطری واقاتن پیٹھ مبنی آسان۔ یِمن منز چھِ بالا فطری کِردار تہِ آسان۔ اما پوٚز واریاہ لُکہٕ کتھہِ چھےٚ زٔمینی واقاتن پیٹھ تہٕ اِستادٕ، تِمن منز چھےٚ انسانن ہنٛز کتھہٕ آسان۔ تِمن ہنٛدی کردار چھِ انسان آسان۔ واریاہ توٲریخی واقعات تہٕ چھُ لُکہٕ کتھن ہُنٛد انہار رَٹان۔ یہِ تہٕ چھُ سپدان زِ مورِخن چھُنہٕ کُنہٕ واقعس پیٹھ نظرِ پیوان، سُے واقعہٕ چھُ لُکہٕ کتھہِ ہنٛدِس روٗپس منز چلہٕ وُن آسان روٗدمُت۔ لُکہٕ کتھن چھُ پنُن اَلگ ڈکشن آسان۔ یتھ لُکہٕ کتھہِ منز کُنہٕ جایہٕ بٲتھا تہٕ آسہِ، وَنن وول چھُ اَتھ بٲتس

زپٹھ تأنتھ کھالان، اَمہِ سبہٕ چھُ یژھہِ لُکہٕ کتھہِ "تنن" ناو پیومُت۔ لُکہٕ کتھہٕ وَنن وأرِلس ووستادس چھِ کتھہٕ گوٚر ونان۔ کأشرِ زبأنی منٛز چھےٚ واریاہ لُکہٕ کتھہٕ۔

داستان:

لُکہٕ کتھ ییٚلہِ واریاہ بوٚڈ ڈباڈو پژاوِ، تتھ چھِ داستان ونان۔ اَتھ منٛز چھُ واقعہٕ منٛزٕ واقعہٕ نیران یا واقعہٕ ہس ستیٚ واقعہٕ وأٹِتھ آسان۔ تتھہٕ پأٹھی چھِ واریاہ لوکچہٕ بجہِ ڈلیلہٕ رٔلِتھ اکھ بوٚڈ داستان بناوان۔ داستان باپتھ چھُ ضروٗری زِ اتھ گژھِ اساطیری Legendary رَنگ آسُن۔ یہِ چھُ بالا فطری ماحولس منٛز پأدٕ یوان کرنہٕ۔ اَتھ منٛز چھِ جِنَن، دیوَن، پرٔ ین، مافوق الفطرت تہٕ عقلہِ نہٕ ویژن والین عنصرن ہنٛدی قصہٕ آسان۔ اَسمأنی بلاین تہٕ آگر پچھنن ہنٛدی واقعات آسان۔ داستانن منٛز چھِ مٔنزی مٔنزی بأتھ تہِ آسان۔ کأشرِ زبأنی منٛز چھِ واریاہ لُکہٕ داستان مثلن سام نامہٕ، خاور نامہٕ، لأل نامہٕ۔ یِم قِصہٕ چھِ شأعرو منظوم تہٕ کرِ متیٚ مگر لُکہٕ داستان کس روٗپس منٛز چھِ یِم بلکل بیوٚن بدٕون چیز۔ لُکہٕ داستان وَنن وأرِلس مأہرس چھِ داستان گوٚرونان۔ مثنوی ہنٛدِس روٗپس منٛز منظوٗم کرنہٕ آمتین قصن تہِ چھِ داستان ونان مثلن گُلریز، گُل بکاوٕل، بُلبُل ہزار داستان، جنگ نامہٕ امیر حمزہ وغأرٕ۔

دیوٗ مالا:

دیوٗ بن تہٕ دیوٗتاہن متعلق قِصہٕ، تِہنٛدی فوق الفطرت کارنامہٕ،

دھارِمک قِصہٕ ، دھارِمک کتھایہٕ، چھےٚ دپو مالایہٕ منٛز شأمِل ، مثلن ستیہٕ نارائین کتھا، ہرژندر راژٕنی کتھ، سُتی سرِچ کتھ، وولرِچ کتھ ،ہنوٗ مان جی سٟنٛز کتھ ،دژ و کتھاہ۔

دِینیأتی کتھہٕ:

حضرت سلیمان سٟندِ تخٕنچ کتھ۔ ہاروٗت ماروٗت سُند قِصہٕ ،حضرت شیٚخ العالم سٟنٛز کتھ ،ہاروٗن رَشیدُن قِصہٕ۔

پادشاہ کتھہٕ:

راژَن ،رانٟہن ،وٗزیرن ،وٗزیرزادَن ،وٗزیرزادٟہن ہٟنٛز کتھہٕ۔

گاٹہٕ جارچہٕ کتھہٕ:

کأنٛسہِ کھُری سُند گاٹہٕ جار مثالے کھُری زیوٗن راج۔ کأنٛسہِ کورِ ہُنٛد گاٹہٕ جارِمثالے، تالوراز دأنی ، کأنٛسہِ وٗزیرِ سُند یا نوکرٕ سُند گاٹہٕ جارِمثالے چالاکھ نأوِد، چالاکھ کھوٚر ،داناوٗزیر ،عقلاوٗزیر بیترِ۔

بیقلأزی ہٟنٛز کتھہٕ:

مثالے: بیقل وزیر، نادان ووٗر بختکھ، پھٕٹہٕ وأڈٕ خٕرِنی۔

لولہٕ کتھہٕ:

لأل مجلوٗن، شیٖرٟہن فرہاد، ہی مال نأ گر رائے ،بوٗمرٕتہٕ لوٚلر۔ بیب آش نوٗر، گلنوٗر۔ شیٚخ ثنا نہیب۔

## اَسن کتھہٕ:

تمہِ لُکہٕ کتھہٕ یمن منٛز چاٹھ، بَتہٕ، طنٛز، ہزٕل، ٹھگل ہیتر آسہِ۔

## لُکہٕ محاورٕ:

محاورٕ چھُ دوٕیہ کھوتہٕ زیادٕ لفظن ہُنٛد مرکب۔ پرٛتھ لفظس چھ پنُن معنہِ آسان۔ اَتھ مُرکبس منٛز روٗزِتھ چھُ یمن لفظن یکہٕ وَٹہٕ کانٛہہ بدل معنہِ نیران۔ یاسہٕ معنہِ نیران یُس زبان دانو مُشخص کوٗرمُت آسہِ۔ مُرکبہٕ منٛز اگر اَکھ لفظ نبر کڈو محاورٕ گژھہِ ختم تہٕ محاورأتی معنہِ موکلہِ۔ محاورٕ کس معنہِ یَس چھِ محاورأتی معنہِ تہِ ونان تہٕ اصطلاحی تہِ۔ اکثر محاورٕ چھِ استعارن ہنٛدی پأٹھی تہِ معنہِ دِوان۔ انگریزی زبانہِ منٛز چھِ محاورس (Idiom) ونان۔ کأشر زبان چھےٚ محاورٕ وٕ نکی مالامال۔ محاورأتی زبان چھےٚ میٹھ آسان۔ یہِ چھےٚ بیانٹک تہٕ اِظہارُک زٕورقووتھ تھاوان۔

### محاورن ہنٛزٕ کینٛہہ مثالہٕ:

| محاورٕ | معنہِ |
| --- | --- |
| اَتھہٕ دیُن | مَدَد کرُن |
| اَتھہٕ پھرُن | لایُن، لاینہِ ووتھُن |
| اَتھہٕ تُلُن | وُزھہٕ سان کأم کرٕنی |
| اَتھہٕ چھلُن | موکلُن، کانٛہہ چیز ضایہٕ گژھُن |

| | |
|---|---|
| بانہٕ کڈٕنۍ | شِکس یُن، غریب گژھن |
| بُتھ ہاوُن | خصلتھ ہاوٕنۍ |
| پٔنۍ ڈٕلنۍ | ہوش راوٕنۍ، کمزور گژھن |
| تھٔنۍ کرٕنۍ | خوشامد کرُن |
| تھوڑوو تُھن | آباد گژھن، أمیر گژھن |
| ٹور پیوٚن | کانٛہہ چیز پسند گژھن، اکی نظرِ کانٛسہِ ہُنٛد محبت گژھن |
| ٹوپھ مورٕنۍ | حاجتھ پوٗر گژھن |
| چونٹھ مینٛن | سزا دیٖن |
| خرس کھسُن | بَد نام گژھن |
| رکجو پیٹھی ٹھول ترٛاوٕنۍ | چالاکی ہاوٕنۍ |

محاورٕ یوٚدوَے کینٛژَن لفظن ہُنٛد مرکب آسان چھُ تاہم چھُ اَتھ ''محاورٕ'' لفظس اکھ خاص اِصطلاحی معنہِ تہٕ۔ محاورٕ گوٚو ''روزمرٕ''۔ انگریزی ڈکشنری منٛز چھُ Idiom لفظس یہِ معنہِ دِتھ Special form of a language peculiar to a class or area. اَمیُک مطلب گوٚو، زبأنی ہُنٛز کانٛہہ خاص فارم یتھ کُنہِ خاص طبقس ستۍ یا علاقس ستۍ واٹھ آسہِ۔ چھِنا ونان فلأنۍ لِکھأرِس چھُ پنُن Idiom۔ یتھ ہٕساب چھِ محاورٕ زبان وَرتاوٕنکس خاص طریقس تہٕ وَنان۔ زبان بولن والین چھِ پنٛنۍ طریقہٕ،

تِمن چھُ پنُن ڈکشن ۔ لہجہِ پھیر تہٕ ہیکہٕ زبانٕ ہنٛدِس خاص محاورس پٮ۪ٹھ اثر انداز سپدِتھ۔

یِتھہٕ پاٹھٕ ہیکو وٕنِتھ زِ کانٛشرِ لگہٕ باوٕ ژھ پنُن مخصوص محاورٕ مثلن لگہٕ کتھہٕ وَنہٕ ٹک چھُ اکھ خاص طریقہٕ۔ وَنن وول چھُ یِتھہٕ پاٹھٕ شروٗع کران۔ ''دپان ووستاد شہرن منٛز اوس شہراہ، ناو اوسُس گُلستان ۔ اتہٕ اوس بادشاہ۔ ناو اوسُس عظم خان۔ بادشاہ پیوٚو بیمار۔ وٕزیرو اون حکیم۔ حکیمن کوٚرُس علاج۔'' یِتھے پاٹھٕ چھُ لگہٕ اَدبہٕ چَن باقہٕ ذانٛژن ہُنٛد Idiom تہٕ مخصوص۔ عام دوٗدٕ شرس منٛز چھےٚ زنانہٕ پننہٕ آیہٕ زبان ورتاوان، کانٛسِ پننہٕ آیہٕ ۔یمن سارِنٕے ہُنٛد خاص ورتاو چھُ لگہٕ محاورٕ کھر کران۔

کہاوٕژ:

کہاوت گوٚو اُردوٗ زبانٕ ہُنٛد ''مقولہٕ''۔ انگریزی یَس منٛز چھِ اَتھ وَنان Proverb۔ کہاوَت چھےٚ کینژَن لفظن ہنٛز مرکب۔ معنہٕ چھُس ''دوپ یاوٕنہٕ مژ کتھ۔ اَتھ اندر چھُ زِندگی ہُنٛد کُنہٕ لوکٹِہ بَڈٕ تجربُک خُلاصہٕ ژُومرِتھ آسان۔ گنٛڈتی تہٕ چھےٚ بذاتی کہاوٕژ ہنٛزرے بیٛنہٕ۔ ووٚنی گوٚو کہاوتس تہٕ تلمیحس منٛز چھُ خاص فرق۔ تلمیحس منٛز چھُ تجربہٕ سرن وانٛلی سُنٛد ناوچلہٕ ؤن روزان۔ یا چھُ کُنہٕ ذانٛژ ہُنٛد، کُنہٕ قبیلُک یا علاقُک ناو تہٕ ستہِ پکان۔ کہاوٕژ خاطرٕ چھُنہٕ تہٕ ضروری۔ کینژَن کہاوژن ہنٛز بُنیاد چھےٚ آسان کُنہٕ حادثس یا واقعہٕ ہس پٮ۪ٹھ۔ کینژہہ چھےٚ مشاہدس تل آمژن خاص کتھن پٮ۪ٹھ دٕرِتھ آسان مثلن نومن

کہاوژن چھِنہٕ قصہٕ یا واقعہٕ ڈکھس:

نوش لَونہٕ ہار کھوٚرتل ماٗری توس ہوٚ نڈ

کوٗر گیہِ تورِ دَب

لاگن گرٕ ھن دژال آسنز

موٚٹ ہوٗ ناتہٕ کھیوٚن واتیاہ!

نہَ مانٛچھ نہٕ ٹوپھ

ہہنٛد وہند ہارِ تہٕ ژٕ ٹتھ، خَر بُز مُہرِ تہٕ ژٕٹہٕ نے

زام ہے آسی گام تو تہِ سوزی پام

پترِ ژٕ گیہِ مرِ ژٕ پین، نژنے روزی نہٕ

زامتُر گوٚو پامتُر

یُس گیلہِ پرٕس تس گیلہِ عالم

ہوٗنی ماأنِ لون یور؟

یِمن کہاوژن چھِ واقعات پوٚت منظرس منز:

پِلم تُھتھ میٹھس بریٹھ وٲلہِ وٲلہِ کھوسہٕ کرُن

یَمہٕ تِہ تَم تہٕ تَم بُجہِ لَبیا وکُجہِ تلہٕ ژوٗنٹھ یوٚ تام تُھتھی تل گیہِ۔

پھِر ژوٗ رس دارِ کونڈ پِلم نہَ تے ژوکی گاٗم

پرٕ یرٕ ژھہٕ:

پرٕ یرٕ ژھ چھے بڈٲتی وٕٹھ سوال۔ اَمہِ سوالُک جواب ژھارن وأ لِس

چھےٚ حِسِن ہوشن پوٚرِ پوٚرِ کاٚم ہیوان ہیٚنز۔ پرٚ یژھ بأزی چھےٚ ذٔہنی ووتھٕ واشر ہُر راونک وَل۔ لفظن درمیان چھُ ترٚیم چیز یوان، سُہ گوٚو خیال۔ خیالس تہٕ یِمن لفظن درمیان چھُ ضرٗور کانٛہہ نہ کانٛہہ رِشتہٕ آسان۔ سُہ چیز یور کُن علامژ یا پرٚ یژھ ہُنٛد کانٛہہ لفظ اِشارٕ کران چھُ، سُہ چُھ گُنہِ بَدل چیزُک تخیلی نقل آسان تہٕ تمہِ چیزُک تصور کرُن چُھ جواب ژھارن وألی سٕنز کاٚم۔ پرٚ یژھِ ہُنٛد جواب ژھارُن چھُ ذہانت تہٕ سمجھدأری ہُنٛد اِمتحان۔

نومہٕ پرٚ یژھہٕ چھےٚ لوکٹٮ۪ن شُرٮ۪ن ہٕنٛدِ باپتھ:

| | |
|---|---|
| ہُہ کیا، ہُہ کیا، ہُہ کیا؟ | نظر |
| وَنس ڈُوان گُس؟ | واو |
| وَنس لوان گُس؟ | روٗد |
| وَنس بِہان گُس؟ | شیٖن |
| اوڈُر موٚ موٚ ڈُر کیا؟ | ژوٗنٹھ |
| ژمہِ رُوٚس موٚ کیا؟ | نوٗن |
| وَنس منٛز میوٚٹھ کیا؟ | مانچھ |
| وَنس منٛز زیوٚٹھ کیا؟ | ڈٕہ |

یِمن پرٚ یژھن جواب ژھارنہٕ خأطرِ چھےٚ زیادٕ کوٚشش ہیوان کرٕنۍ۔

تخیلس چھےٚ وژھہٕ وأری میلان:

وڑیجہِ ماجہِ شکرترٛپن کۄر

شکرترٛپن کورِ پسرِ نافلک

جواب: دَچھِ راٗ ٹھ

وضاحت: وَرِ ہٕج موج دَچھہِ گُج

شکرترٛپن کۄر میوٗ ٹھ دَچھ

پسرِ نافلک بیاٗلۍ پھوٚل

زِ ڈِجہِ ڈِجَس

ژوررِبہِ رۄٗ دس

اکھوامنس جواب: گُپُن

وضاحت:

زِ ڈِجہِ ڈِجس ہہنگ زِ

ژوررِبہِ رۄٗ دس زَنگہٕ ژور

زِ واوکرنس زِکن

مارس مارِ تارَس تارِ

ہارَس کھیٚاوِژوٗنٹھی کرتہٕ ٹنگ

اٗتھی مالہِ دِپان ترٛ ییم زَنگ

جواب لۄٗنہِ عاصہِ

وضاحت:

| | |
|---|---|
| مارِس مارِ | سَر پھس مارِ |
| تارَس تارِ | کولہِ ترٛنَس کرِ مَدد |
| ہارِس کھیٛاو | رہتہٕ کالہِ ہکو اَمہِ ستیٚ گُلو پیٹھ مو وأرِتھ |
| ترٛیٛیم زَنگ | انسان ہکہِ اَتھ پیٹھ بارترٛاوِتھ، زنتہٕ یہِ بیٚیس زَنگہِ ہنٛز کأم دِیہِ۔ |

بیٚیہِ تہِ کینٛہہ پرٛیٚژھ:

بالس پیٹھ مِنہِ مُراؤش تراوان

تِلہٕ وأنی نیٚچھِ وِس سونہٕ سُند ٹیوٚک

اَڈٕ گرٕز مانٛز ڈوڈٕ گرٕز پوٚژ

ہیٚرِ وٕژھ ہٹ بَرہنگن رٕٹ

جواب: i) دانس پیٹھ بتہٕ تیٚچ۔ ii) ژونگ۔ iii) ہرٛن تہٕ پنہٕ داو۔ iv) کنگے۔

بروٚنٛہہ أس پرٛیٚژھ بأزی کٔشیرِ منٛز عام۔ لۄکھ أسی بے کأری ہُند وَق گندان اَسان گساوان۔ پرٛیٚژھہِ جواب ژھارَن وأرِس ییٚلہِ نہٕ سَہل سَہل جواب میلان اوس۔ پرٛیٚژھ ترٛاون وول اوسُس دَپان ''دِسا گام'' سہ اوس کل کٔشیرِ زَنتہٕ پننۍ مِلکیت مانان۔ ہیٚوان اوس اکہِ اکہِ گامُک ناو تہٕ دپان ''رٕٹھ سا''۔ أخر اوسُس نہٕ کانٛہہ ناوٕے یاد پیوان۔ تتہٕ پأٹھی أسس

دَپان، ژٕ چھکھ زَڈٕ موٗنڈ نیرٕ ژٕ کٔشیٖر منٛز، ژٔے میلِی نہٕ ییتہٕ روزنس کرٕ جاے۔ تِتھہٕ پاٹھۍ اَس گوڈٕنچ بازمو کلان۔

## تلمیح:

تلمیح چُھ عربی زبانٕۍ ہُنٛد لفظ، معنہِ چھُس "تٔلی ٹارِ وُچھن" کہاوٕژ تہٕ تلمیح منٛز چھےٚ فرق زِ تلمیحس منٛز چھ سرن وٲلی سُنٛد ناو تہٕ تسنٛدِس کارنامس سٟتۍ برابر چلہٕ وُن روزان تہٕ کہاوٕژ خاطرٕ چُھنہٕ یہِ ضروٗری۔ کہاوتھ تہٕ چھےٚ اکِہ زِ سٹھہِ تجربک ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ نتیجہ تہٕ تلمیح تہِ چھےٚ کُنہِ گذریمتِس واقعہٕ ہس کُن ژھوٚڈی پاٹھۍ اَکھ اشارٕ آسان۔ یِمو اشارو سٟتۍ ییلہِ تَم واقعہٕ، قِصہٕ، فوراً چھن بروٗنہہ کُن یِن، یِم لفظہٕ ملونہٕن تہٕ ترکیبن منٛز ژومراونہٕ آسان چھِ آمٕتۍ۔ تہٕ یِمن واقعاتن سٟتۍ سرن وٲلی سُنٛد ناو تہٕ آسہِ یا تَمہِ جایہ ہُنٛد ناو، یِتھن واقعہٕ سپُدمُت آسہِ، زانُن گژھہِ تلمیحن کوٚر ریٚژن مقصد پوٗرٕ۔ کاشُرِ زبانٕۍ منٛز چھِ بے شمار تلمیح، یِم دوہدِشرِس منٛز ورتاونہٕ یِوان چھےٚ۔ تخلیق کار چھِ کلامس تہٕ عبارتس منٛز بلاغت پاٗدٕ کرنہٕ باپتھ تہِ تلمیح ورتاوان مگر یِمہٕ تلمیح دوہدشرِس منٛز ورتاوس چھےٚ تَمہٕ چھےٚ نہ صرف عام سماجی زندگی ہنٛز بلکہِ سیٲسی واقعاتن ہنٛز عکاسی تہِ کران۔ مثلاً

مایا راژنٕۍ نوش، شینکرٕ نٕۍ مکٕش، کھوٚکھ ہا اوے، ہرموکھُک گوٗسوٗنۍ آگر خانُن ہوٚس، لارن صحبٕن بندوبست، عظیم خانٕنۍ چیٚنڈ، زلیخایہ ہُنٛد خواب، نمروٗد دم، رُمہ ریٚشن آے، بگہ شٕہن دفتر۔

کتاب نامہٕ:

۱۔ کأشرِ لُکہٕ بأتھ: باہ جِلد۔ کلچرل اکاڈمی

۲۔ کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ: شےٚ جِلد: کلچرل اکاڈمی

۳۔ کأشرِ تلمیح: کلچرل اکاڈمی

۴۔ کأشرِ دٕپتٕ: کلچرل اکادمی



# پۆت ژھاٲر

## ا۔ناگ:

ناگ ٲسی کٔشیرِ ہِندی واریاہ پژٲنی بسکین۔ یِہ شیچھ واتناوٕ اسہِ تام مختلف توٲریخی، نیم توٲریخی، دھارمِک تہٕ اسطوٗری کتابو۔ مہابھارتس، مختلف پُرانن، ہیوَن سانگ سِندِس سفرنامس، رامایَنس تہٕ بودھ گرنتھن منز چھِ ناگن متعلق نہٕ صِرف حوالہٕ میلان بلکہِ واقعات تہِ۔ تِم ٲسی پننہٕ زمانہٕ مطابق اکھ بارَستہٕ، مُہذِّب تہٕ مُنظّم قوم۔ سیاسی تگن گری تہٕ طاقت آزماییِ منز تہِ ٲسی ماہِر۔ دپان اَہنزٕ حکوٗمژ آسہٕ یوٗنان پیٹھہٕ چیٖن تہٕ ہندوستان تام۔ آسام پیٹھہٕ کٔشیرِ تام ٲسی راج تاج کران۔ سِندھ پتھرِ منز اوسُکھ پنُن ابتدٲیی تہذیب پھاپھلوومُت تہٕ ٹیکسلا تہِ اوس تِمہٕ وِے بسوومُت تہٕ بارَس اوٗنمُت۔ ڈاکٹر تریلوکی ناتھ گنجوٗچھُ لیکھان:

”رِگ ویدِک آرِیَن ہِندِ یِنہٕ برٛونٛہہ ژور ساس ؤری قبل مسیحس منز ٲسی ناگ ہمالیہ کین دامنَن تہٕ اَمہِ چیٖن وادی یَن منز پھٔہلیمتی۔ یورپی لوٗکن ہِند مغربس کُن نیرنہٕ برٛونٛہہ ٲسی

نارڈِک ناگ مغربی ہندوستانکین سرحدی علاقن تام وأتی ٕمتۍ۔
سِند ھ پتھر اوس تہذیبٕ ابتدأیی تہذیبک مرکز۔ کینہہ کال گژھتھ
گری تم اکہ زیادٕ مہذب تہٕ طاقتوٗر نسلہٕ کیو لۆکوٗ سِند ھ پتھرٕ منٛز
نیرنس مجبوٗر۔ لہذا تیلیہ تم گڑھوال، نیپال، تبت، لداخ،
زانسکار تہٕ کشیرٕ" ۔

ناگن تہٕ آرین ہنٛزِ پانہٕ وأنی مُژکری تہٕ رتس رٕکنہٕ کرنس متعلق چھِ
مہابھارتس تہٕ پۆرانن منٛز بلکہٕ کاشرِس لکہٕ وۆترِس منٛز اشارٕ تہٕ میلان تہٕ
واقعات تہٕ۔ تم آسی اکھأ کس کوٚس رۆزتھ وہ تلتھ یوان۔ دیان سیأسی
بأزی گری تہٕ تکن گری ورتأوتھ أسی بعضے اکھأ کس ستی أشنأوی تہٕ کران۔ تہٕ
گرتھ تہٕ اوسُکھ نسلی تعصب منٛزی منٛزی گژھکھ دِوان۔ پانڈون ہنٛزِ ماجہٕ کنتی
ہنٛدِس مالکہ سُنٛد ماجہٕ بُڑی بب اوس اکھ ناگ۔ پانڈون ہنٛدی بأے ارجُنن
اوس ناگ کورِ الوپی ستی نیتھر کوٚر مُت۔ یہٕ چھے تمہٕ زمانچ کتھ ییلہٕ نارڈک
ناگ گنگایہٕ، جمنایہٕ تہٕ پنجاب کین مأدأنی علاقن کُن وأتی ٕمتۍ أسی۔ ییلہٕ
پانڈون ہنٛدی بأے ارجُنن اندر پرستس منٛز (موجوٗدٕ دِلہٕ ہُنٛد علاقہٕ) اکھ بستی
بساوٕنی ہیژ ٕمژ أس، تکھشک ناگن کوٚر رُس ٹھاکھ، وَل تہٕ ژھل گرِتھ انہٕ نَس
فیِنہٕ۔ ارجُنس آوجانہٕ منس پیٹھ تہٕ دِژِن کھانڈو ونس نار، یتھ منٛز تکھشک سُنٛد
عیال اوس۔ تسُنٛد نیچوٗ تہٕ آشینٛز گے اتھ نارس منٛز اڈٕ بزٕی۔ تکھشک ناگس رۆد
کانہٕ تل۔ مہابھارت جنگ موکلِتھ ژاو تکھشک ناگ پانڈون ہنٛدِس زُرِس

پریکھشت ہندِس محل خانس منز تہٕ سَرُ پھ لٲ رگتھ دِژن پریکھشتس، یُس مرِ
ہند رِ اوس، ٹوپھ تہٕ شیہلوٗن۔ ٹکراو روٗد جأری تہٕ جنمہٕ جے ین، یُس
پریکھشت سُند نیچو اوس یِژھو ناگس آنچ ہوٗرن مگر چلیٗوس نہٕ کینہہ۔ واسُکی
ناگ اوس ناگن ہُند زیٹھ، تٔمی دِژ پننہِ بینہِ جسرت آریأیی فرقہٕ کس أکس
ریشِس نیتھری۔ أخر دیت تِہندی بنٛتھرَن ناگن تہٕ آرِیَن صلح کرِتھ[2]۔

نیل مت پُران، یُس شیہمہِ صدی عیسوی برٛونہہ پہن لیکھنہٕ آمُت
چھُ، چھُ یِہے شیچھ باوان زِ کشیرِ منز أسی گوڈنیتھ ناگ بسان تہٕ پتہٕ آیہٕ پشاچ
تہٕ باقے ذأژ۔ وَننہٕ چھُ آمُت زِ ناگ أسی کشپ تہٕ تسنزِ آشنہِ کدروہندی
اولاد۔ دیو، دَتیہ، دانو، کھش، برہدر تہٕ گرڈ تہِ أسی کشپ ہندی اولاد۔ گرُڈس
اوس ناگن ہندِس سردار واسُکی یَس ستی شترُت۔ واسُکی ین[3] کوٚر
وِشنو دیوتاہس زار پار تہٕ تٔمی سوٗزُس کشیر، ییٚتہٕ سأری دیوتا سَمیہٕ تہٕ بال ژٹتھ
کوٚر کھستی سرخُشک، جلدابٛ دیو (راکھشِس) موٗرکھ۔ ناگن أس سندھ پتھرِ
منز چھگ لُجمژ تہٕ اکھ چھو کھاہ أس کشیرِ وأژمژ۔ پرجاپتی کشپن کوٚر نیل
کشیرِ ہُند راز مُقرر۔ نیل مت پُران کیو یمو بالا فطری واقعاتو منز چھِ کینہہ
اشارہٕ تہِ پاتھان۔ مثالے کشیر أس بوٚڈ سَر، نیل اوس کشیرِ ہُند کروفرتہٕ دبدَبہ
وول راز (حالانکہِ ستی سرخشک کرنس متعلق چھےٚ بیٚیہِ تہِ کینہہ روایژ موجوٗد[4])
پشاچن تہٕ ناگن اوس اکھ أکی سُند ضِد۔ تاہم چھِنہٕ کشیرِ منز ناگن ہندین
رازن ہندی پکہٕ تہٕ شبقہٕ حالات میلان۔ تم پھِ قبل از تواریخ کین دورن

منز آسۍ مِتۍ ،لہذا آیہ اسطۆ رچہِ غِلافہٕ وَلنہٕ۔

اما پۆز یہِ تہٕ چُھ وَننہٕ یِوان زِ ناگ نہٕ آسۍ زانۍہ کشیرِ آمِتۍ تہٕ نہٕ اَس یێتہِ اَہنز راز ِسی رۆزمژ۔ سبطھاہ سرٕ ؤن تہٕ سنجیدٕ مطالعہٕ کرِتھ چُھ حال حالے پروفیسر گُلشن مجیدن اَکس خاص مقالس منز واشگاف کوٚرمُت زِ قابلِ بھروسہٕ توٲریخی ؤسپلوٚ ستۍ چھُنی نہٕ ناگن ہنٛدِس کشیرِ منز موجوٗد آسنس تصدیق سپدان۔ نیلمت پُرانس منز چُھ ہندوستانک ناگ لور (Nag Lore) باوَنہٕ آمُت بلکہِ آسہٕ ہن ناگن متعلق خاص ذٔلیلہٕ واریاہ برٛ ؤنہہ کشیرِ واتمژ۔ اَکھۍ چھنہٕ نیلمت پُران برٛ وٚنہِ مس کُنہِ تہٕ مہاتمِیہ یَس یا پُرانس منز یا برٛہمَن ہنٛدِس تحریرس اندر ہاونہٕ آمُت زِ کشیرِ منز آسۍ ناگ موجوٗد دیا تہنٛدی رسم رواج تہٕ عقیدتی رسوٗم۔ کشیرِ دٕ ررٕ زِتھ یمو قدیم ترین مورخو سێدِ سیوٚ دیا وَرگہٕ کشیرِ ہنٛد ذِکر کوٚرمُت چُھ، تمو منزٕ چھِ مثالے پلنی (Pliny)، سٹرابو (Strabo) یا ہیرو ڈوٹس (Hero Dotus)، مگر تمو چھنہٕ ناگن تہٕ کشیرِ ہنٛدِ تعلقچ کانۍہ ذِکر کرمژ ۵

تاہم چھےٚ ناگن متعلق کاشرِس لُکہٕ وٕ ترِس منز بالا فطری تہٕ خرافاٲتی کتھہ از تہِ موجوٗد۔ ناگ یم آسۍ تہٕ تم، تم اَسیا کشیرِ منز روزان رِکنہٕ نہٕ، تمن متعلق ذٔلیلہٕ وا تراہ بێین ہنٛدِ دٔسی کشیرِ رِکنہٕ تم آسۍ پزی یێتہِ لسان بسان، یمن توٲریخی معاملن اند بٕ رتہٕ چھل چھاٲنی دِنی چھےٚ مورِخن تہٕ توٲریخ دانن ہنٛز کاٲم آسۍ تھےٚ، اما پۆز تمن متعلق یم قصہٕ، ذٔلیلہٕ، کہاوژ تہٕ خرافاٲتی کتھہ از تہِ عام

چھِ، تِمن اندر چھِ ناگ زن از تہٕ یہِ ڈٕلِی زِتہٕ نہٕ صِرف موجوٗد بلکہِ زِندٕ۔ یِمو ناگ قِصوٕ ستۍ چھےٚ سائنس لگہٕ وۄ ترِس عجیب ہِر سأوِی خوش ادأیی پاتھیمرٕ۔ حالانکہِ گُلشن مجید چھُ لِکھان زِ:

''کأشُر فوک لور چھُ سبٹھاہ موٗلُل تہٕ یہِ چھُ ناگن ہنٛز وڈٕلیکو ستۍ، یِمن ہنٛز بُنیاد جاتک کتھٕ، پُران تہٕ کلہن ہنٛز راج ترنگنی چھےٚ، زیادٕ دٔ ے موٗلُل بنٲومُت'' ؎٦

لگہٕ رِہوٕ ایژن منٛز چھُ وَننہٕ یِوان زِ ناگ أسی سَرُ پھ، ناگ أسی سر پھِ چالہِ انسان، ناگ أسی توٚنس تام سرُ پھ تہٕ توٚنہِ ہیوٚ ر انسان۔ ناگ أسی وِہٕ بدلاوان، سرُ پھ تہٕ بنان تہٕ انسان تہٕ۔ تِم أسی آسمانہٕ بأرِش والان، تِم چھِ از تہٕ آبہٕ پوکھر بن ہِنٛدِس صوٗرتس منٛز موجوٗد۔ پڑتھ گرس چھُ اکھ اکھ ناگ سرُ پھ لأ رِگتھ رأچھ آسان۔ سرپھن متعلق تہٕ چھِ عجیب عجیب اوہام۔ اقبال ناتھ بٹ چھُ لِکھان:

''ناگ لفظ چھُ سبٹھاہ کھرٕ ی دار۔ اکہِ پارٕ چھُ یہِ سنسکرت لفظ تہٕ معنہِ چھُس ہوٚس، سَرُ پھ تہٕ ناگ (دھات)۔ بێیہِ پارٕ چھُ یِہےٚ ناگ لفظ اکہِ انسان ذأژ ہنٛد ناو تہٕ۔ ستۍ چھُ ناگ لفظ اوسمُت ظُہر یا یِمن ناگ لوٚکن ہنٛزِ زبأنی منٛز ناگن یعنے پوکھر بن ہُنٛد ناو تہٕ۔ ناگ ذأژ ہِنٛدی لُکھ گلی خبر کر، پتھ روزٕ یہنٛزٕ کتھٕ۔ سرُ پھ روٗزی موٗد تہٕ تِمن اُنٛدٕ نٲو سرپھٕ ہِسی ہِنٛدی ہسی۔

ناگ چھِ سانہِ کٲشیرِ منز آتتھِ روٗس، یِمن چھِ أسۍ ناگ یا پوکھرِ
ونان۔ ناگ (دھات) تہٕ چھےٚ وُنہِ پنہٕ نِسے ناوس پیٹھ۔ وارِ وارِ
آواَتھ ناگ لفظس کھر۔ یتھۓ ناگ ذاتھ غاب گیہ، اسہِ ہیٚوت
اَتھ ذأ ژ سرپھس ستۍ لچہ واٹھ کرٕن۔ ستی تھوو اسہِ یِمن ناگن
پوکھربن ستۍ تہٕ گنٕۓ گرِتھ۔ ازچھِ أسۍ مانان زِ ناگ أسۍ تتھۍ
انسان یِمن نصف پان اوس آسان سرپھ سُند تہٕ یِم ازکل تہٕ چھِ
ناگن منز بسان۔ یوٚ تام یِم ناگن منز روزن توٚتام چھُ ناگن پوٚنۍ
نیران۔ ییٚلہِ یِم ناگ کُنہِ ژھیٚنٹہِ یارِ ستۍ یِمو ناگو منزٕ ژلن، ناگ تہٕ
چھِ ہوکھان۔ اکھ کتھ چھےٚ یہ زِ یِم ناگ ذأ ژ آسہٕ ناگن أندۍ پکھۍ
بسان۔ دوٚیِم کتھ چھےٚ یہ زِ یِم ناگ أسۍ سبٹھاہ مُہذّب، یِمو ہیٚچھِ
نٲوۍ سأنۍ جداجداد کونگ نوٚ وراوُن، تِمن ہاوبکھ تژ امہٕ کانہٕ،
یِموٕ ے منزٕ اوس نأ گ راے تیٚمۍ ہی مالٕ وُپھلاو۔ بٹہٕ شاستر تہٕ چھِ
یِمن متعلق وارِیاہ کینٛہہ ونان۔ أزۍ کین بٹن چھِ آسان گر دیوتا،
اشٹ دیوی تہٕ کولہِ برٛہمن۔ پرٛانین بٹن أسۍ آسان کولہٕ ناگ
تہٕ۔ یِم کولہِ ناگ أسۍ دیوتاہن ستۍ مُجرا۔ پوٚزا کرنہٕ وِزِ أسۍ
ناگن ہُند ناو تہٕ ہوان۔ بٹہٕ چھِ دوہےٚ تژ لیش دِوان پتمن
موردن، یِمن موردن ستۍ چھِ ناگن تہٕ تژ لیش دِوان، تِمن تژ لیش
دِنہٕ وِزِ چھِ ونان ''ناگاہ ترٛپتام'' تہٕ سرپھن تہٕ چھِ تژ لیش دِوان

''سرپاہ ترٛپتام''۔ جوٗتش تہٕ چھِ نیٚچھِ پُترٕ بن منٛز لکھان ''صاحب
سال......چشمۂ......ناگ ہمراہ گرفت'' ۓ۔

ناگ یِم اَسی تہٕ تِم اَسی، مگر تہنٛدی آثار چھِ سائنس فوک لورس منٛز اکہِ
نتہٕ بیٚیہِ رنٛگہٕ اسطوٗری کھرٕ کُرِتھ موجوٗد۔ یِم اکہِ پُیہ پتھٕ بیٚیس پُیہ تام سینہٕ بہ
سینہٕ واتان روٗدی ٚمتی چھِ۔ جنوبی کٔشیرِ منٛز چھُ کٔگی یاَر اسطوٗر از تہٕ وَننہٕ
وکھناونہٕ یِوان۔ لُکہٕ عقیدٕ چھُ زِ وَنہٕ کین شہمن رتن چھِ دیو درٛ پنٛٹھال تہٕ
تصرُف دَر یِلہٕ آسان۔ تِم چھِ وَتہٕ گتن وَتھ ڈالان، لوٗکن کھوٗتر ناوان،
تصرُف کران، تہرٕ منٛگتھ واپس نیران ییترٕ۔ وَنہٕ سوٗرِتھ چھےٚ یِم بلایہِ بہٕ گارِ
یِوان زنہٕ۔ یِمن چُھنہٕ انسانٛی بُسی تیٚن اندر بے وایہِ پاٹھی پھیرنٕک تھورنٕک
اجازت آسان۔ نِوان چِھکھ کٔگی یارِلمنہٕ تہٕ شہمن رتن چھِ یِم کٔگی یارِلمان۔
اَسی چھِ اتھ تلمیح رٕنٛگی ورتاوان زِ'' ژےٚ کیاہ کٔگی یارِلمنہٕ چُھیہِ گرٛھن''، ''سُہ
کیاہ کٔگی یارِلَمنہٕ چھٕکھٕ نیوٗمُت''۔ ژکہِ چھےٚ کٔگی یاَرا کھ خیأ لی جاے۔ عام لوٗکھ
چھِ ازاتھ متعلق رنٛگہٕ رنٛگہٕ راے دِوان۔ کینٛہہ دپان کٔگی یاَر چُھ پہلگام وادی
منٛز وپرٕ ہرن ییہِ ستی لنٛگن بل نش شروٗع سپدن وول بال۔ کینٛہہ دپان یہِ
بال چُھ پوٚت نیرِ تہٕ اتھ بالس پتھ چُھ الاین بلاین ہُنٛد بادشاہ کٔمب
روزان۔ کینٛہہ چھِ ونان کٔگی یاَر چُھ یارِ گُل۔ مگر نہٕ چھُ یہِ بال، نہٕ یارِ گُل۔
اتھ چُھنہٕ کانٛہہ وجوٗدٕ ے۔ اتھ دیوٗ بہٕ گارِ چھےٚ شاید کٔشیرِ ہنٛد بن تمہِ زمانہٕ کین
واقعاتن ستی لوٗنٛٹ رلان، یِلہ ناگو وَنٛنو کشپ ریٚشس زِ شوٗٹھ چھِنہٕ

یِژھان یَتھ مُلکس منز ظاًلم پِشاچن ستی یکہِ وَٹہِ روزُن۔ یتھ پتہٕ کشپ ریوٚش تَمن ژَ کھِ تہِ گیو و۔ ناگو وِژنُس پِشاچ چھِ ظاًلم، خوٗنخوار تہٕ نیوٗلے ماز کھنہٕ واًلی ۸۔ نیٖل مت پُرانہِ مطاًبق اُسی کشیرِ منز پاژھ کرور پِشاچ روزان، اوٗ ہُنٛد بادشاہ اوس نِکمبھ۔ سِیکہِ سٔدرس (Sea of Sand) منز تہِ اُسی پاژھ کرور پِشاچ روزان ۹۔ نِکمبھ اوس پزتھ ؤرِیہِ پاژھ کرور پِشاچ ہتھ سِیکہِ سٔدرس منز روزن والین پِشاچن ستی جنگ کرنہِ گژھان۔ سُہ اوس نہٕ پِشاچن ہنز آباًدی دہو کرورَ وعلاوٕ گژھنہٕ دِوان۔ اوَے اُسی پِشاچ رہتہٕ کالہِ کَمن شہن رتن جنکس منز آوِ ری آسان۔ یِیمہِ باپتھ تَم جبرن نہٕ اُسی یِوان۔ ہرِدٕ اُسی یِوان واپس تہِ وٕنٛدٕ کَمن شہن رتن اُسی آزاًدی سان پھیران تھوران، شِکار کران۔ نِکمبھ یِیلہِ پِشاچ ہتھ نیران اوس، ماًداًنی علاقن ہِنٛدی آریہِ اُسی تران کشیرِ، ییٚتہِ پتہٕ رہتہٕ کاٗلکی شےٚ رہتھ گنٛداًرِتھ وٕنٛدٕ بڑوٗنٛتھے ہنا کشیرِ ہِنٛدِ وندٕ کہِ خوفہٕ تہِ ہنا پِشاچن ہِنٛدِ ہیمہِ واپس گژھان اُسی۔ اٰخر چھُ کشپ ریٚشِ سِنزِ پیشن گوٗئی مطاًبق ژورِ یوٚگ گنٛذرِتھ چنٛدردیوناًوی اکھ بڑہمن ہرُ دسوٗ رِتھ ییٚتی روزان۔ پِشاچ چھِ اُمس بڑہمنس تِتھے پاًٹھی ژھلن رِگندان یتھ پاًٹھی شُری کاٗنسہِ جاناوارس زنگہِ ڈوٗرگنٛڈِتھ اورِ یورِ لتھوان چھِ۔ چنٛدردیو چھُ یتھ تِتھہٕ راز نیٖل سِنٛدِس دربارس منز واتان۔ اُتی چھُ عرض کران زِ اُسی ماًداًنی علاقن ہِنٛدی لوٗکھ روزٕ ہَو ہمیشہِ توہے ستی ییٚتھی مُلکس منز۔ راز نیٖل چھُ اکھ ہدایت نامہِ پیش کرِتھ چنٛدردیوس ونان زِ تُہی کرِ و میانین ہدایتن

پۍٹھ عمل تہٕ روٗ زِو وہرِ وٕ رِیس پیٚتی ۔ (تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھو نیٖل مت پُران)۔
ژکہِ پُھچھ یہِ ہدایت نامہٕ اکھ معاہدٕ یُس ناگن، پشاچن تہٕ آریَن درمیان
سپدان چُھ ۔ آرِیَن چھ ہدایت یِوان دِنہٕ اکھ آسن تم ۶۵ رتہوار شوٗ ژِ شانہٕ
مناوان ۱۰ بِیِہٕ آسن وتھِ کالس گرَ و منز کِہے پہن نبر نیران۔ ۶۵ رہَو تہوارَ و
منزٕ چھِ کینٛہہ خاص تہوار تم یمن منز پشاچن ہنزٕ خوشی تہٕ رضامندی ہُند خاص
خیال چُھ تھاونہٕ آمُت ۔ مثالے کھیٚنٛژ رِ ماوس، یُس وُنہِ تہِ مناونہٕ یِوان چُھ۔
پشاچن چھےٚ امہِ دوہہٕ کھیٚنٛژ ر یِوان دِنہٕ۔ حالانکہِ کھیٚنٛژر کرٕنی ، کھیٚنٛژ ر گژھنی،
کھیٚنٛژ ر دِنی محاورٕ چھِ شایدامی رُشوٕ کہِ واقعہٕ ہِکی یٲ داوار، تِکیاز کھیٚنٛژ ر کھیٲوِتھ
أسی آریا پشاچن نرماوان، خوش کران تہٕ تہِنزٕ خونخوار گی أس مدٕ وسان۔
"آشویجی مہا" ناوی تہوار چُھ خاص راز نکھمب سِندِ باپتھ۔ اتھ موقعس پیٚٹھ
چھِ پشاچن ہنٛدِس أمِس رازس پوٗزا یِوان کرنہٕ ۔ آرِیَن چُھ حکُم زِامہِ دوہہٕ
پیٚٹھٕ آسن تم گرن اندر برابر شمِن رتن ژونگ دزٕ وُن تھاوان ۔ أ کس رتس
گژھِ گرس نیٚبرٕ کنہِ تہٕ ژونگ تھاوُن دزٕ وُن۔ تِتھےٚ یٲ ٹھی گژھِ تمہِ دوہہٕ تہٕ
تہوار مناوُن یِیلہِ پشاچن ہُند راز سیکہِ سَدرس کُن نیران اوس، یتھ "پشاچ
پڑیان" وَنان چھِ ۔ رازٕ نکمبھ سِندِ واپس ینہٕ کِس دوہس پیٚٹھ تہِ اوس اکھ تہوار
مناونہٕ یِوان، یتھ "ارا منجری" وَنان چھِ۔

ساسہٕ وادٕ وری گۄذرنس دوران ما آسہِ عوٲمی ژہتہٕ وٕ ترِس منز امہِ
معاہدُک تہٕ ہدایت نامُک واقعہٕ شران شران "گُگریٖ" اسطوٗری علامت

بُنتھ محفوٗظ رٗوٗ دمُت ۔لُکہٕ کتھ تہٕ نیٖل مت پُرانس منٛز درج کینٛژن بیانن ہُنٛد

ہِشر وُچھو :

شمن رتن چھِ الایہِ بلایہِ کُنی یارِلمنہِ گرٛژھان (لُکہٕ روایت)

شمن رتن اُسی پشاچ سیکہِ سٕدرس منٛز جنکس گرٛژھان (نیٖل مت

پُران)

وٕنٛدِ کمن شمن رتن چھےٚ الایہِ بلایہِ پھیران آسان (لُکہٕ روایت)

وٕنٛدِ کمن شمن رتن گرِٛژھ گرٕ ومنٛزِ کمےٚ نبر نیرُن (نیٖل مت پُران)

الایہِ بلایہِ چھےٚ پڑاہ کران، پرٕ ٛکڑ اڑان (لُکہٕ روایت)

پشاچ چھِ انسانٔی جِسمن منٛز داخل گرٛژھان (نیٖل مت پُران)

الایہِ بلایہِ چھےٚ تہٕر منگان (لُکہٕ روایت)

پشاچ چھِ نیوٗلےٚ ماز کھوان (نیٖل مت پُران)

الاین بلاین ہُنٛد بادشاہ اوس کُمب (لُکہٕ روایت)

پشاچن ہُنٛد رازٕ چُھ نِکمبھ (نیٖل مت پُران)

اسطوٗرچین سوز ہارین منٛز چھِ عقلہِ تہٕ وجوٗنی کم کم تأجبات، یمن

لُکہٕ وۄتُر پیر در پیر برٛونٛہہ پکناوان رٗود۔ نہٕ کوٚرُکھ مورِخو تہٕ نہٕ استدلال کرن

والیو کانٛہہ ٹھوٚر۔ سائنس یتھ خلأیی دورس تہٕ ٹیکنالوجی ہِنٛدِ انقلابہٕ کِس

زمانس منٛز تہِ چھِ لوٗکھ وہمہٕ پالان۔ بالا فطری تہٕ خرافأتی کتھِ بوزان تہٕ

پھِران۔ اِدٕ لوٗکھ زن چھِ تعلیم یافتہٕ تہٕ ترقی یافتہٕ مگر شِکہٕ تہٕ لگہٕ چھِ ضروٗر

رچھان تہٕ پالان۔ گامن گٹھن منز چھ تتھن قصن ہُند زیٛادٕ رے چلن۔ گگر یارِ ہنٛدِس اسطوٗرس ستی چھ تتھ لوکچہِ ڈلیلہِ تہٕ واتھ:

دپان گرٛیوٗ ستاہ اوس کُنیٚ زوٗن ژیرِی شامن دانبس گوٗنی شیران۔ اکھ کوا کھ تہٕ وبھرٕ ژنیاہ گیہِ حاضر۔ گرٛیسی تس دوٗپُن ''بہ کرَے مدد، گوٗنہِ پیٹھ مہ وَس یون، دانہِ پلنا وَے بہٕ پانیٚ''۔ گرٛیوٗس گوٗ وگوٗنی شیران تہٕ ژٕنی گیہِ دانہِ ژا کھ ژا کھ پلوان۔ گوٗن اِلہِ یوٚ تام واریاہ تھد یوٗو۔ گرٛیوٗس اوس کامہِ ستی ارِ آمُت، ظوٗنیٚ روٗدُس نہٕ یوٚ تام تَمہِ ژَنہِ سوٗرے دانہِ پلوٗس۔ اٰخرس دوٗپُن یون رکتھ وَسہٕ۔ تَمہِ ژنہِ دوٗپُس پرواے نہٕ کینٛہہ۔ میٛانِس پھکِس پیٹھ وس۔ اما گرٛیوٗس گوٚ وظوٗنس، یا الٰہی، اکھ اوٗن ییمہِ ژَنہِ سوٗرے دانہِ ؤٹتھ، سہ پلوٗن مےٚ، ییٚمہِ روٗزیہِ گوٚنِس ستی ستی تھدان۔ یہ ماچھےٚ بلاے، رِ رے راٹنس۔ گرٛیسی تس لُج تھرتھر، اگر بہٕ اٰمِس پھکِس پیٹھ بیوٚٹھُس یہ وا تناوِم خبر کور، نتہٕ ما مارِم۔ وارِ وُچھنس، اٰمِس اٰسی کھورِ پنٛجہِ پتھ کُن تہٕ کھورِ بزٕ ونٛہہ کُن۔ اٰتی پیوٚس یاد، یہ چھےٚ بلاے مگر دپان ہےٚ اٰمِس چھےٚ مستس منز کنٛگیٚ آسان، اگر سوٗ ننہٕ ییٚس تیٚلہِ کرِ دلیہِ توٗن۔ گرٛیسی دوٗپُس ''دکھس ہیوٚر یہن بہ وَسہٕ چانِس پھکِس پیٹھ''۔ تتھےٚ پھکِس پیٹھ بیہنہٕ لوٚگ، یکدم نیٚنس کنٛگیٚ مستہ منز کڈتھ، ژٕنی

موشیہِ سم قد زٕنیاہ ہش۔ گرٛیٚس آو پتھر لاینہٕ۔ زَنہِ دوٗ پُس
''شوٗٹھ چھےٚ وِہاتھ، روٗن چھم پرٛس ککی یا رِلمان لمان موٗ دمُت،
ووٗنی کرِ ہاژیےٚ ستی نیتھر تکیٖا زِمیٖانی وِہرِ تہٕ زور چھِ کنکیہِ منٛز یوسہٕ
ژےٚ ژوٗ رِنیہِ تھم''۔ گرٛیٚس گوٚ وخوش، دوٗ پُن گرس منٛز چھےٚ داہ
کامہِ، کرِ دایہِ توناہ۔ واتناوٚن گرِ تہٕ گرٛن نیتھری۔ دوہا دوہا چھُ
گرٛ ھان۔ وندِ ہیوٚتُن مولُن تہٕ سوٗنتک پرتوٚ پیوٚ و۔ سو زٕنی لٔج
ووان ودان گرٛ پسی تس وَنہِ ''شوٗٹھِ چھُ گرٛ ھن ککی یا رِلمنہِ، کنگے دِ
واپس، اگر زِندٕ ے روٗزِس ییٖہِ والتےٚ یوٚری۔ مولِس ہےٚ تہٕ
خدایس حوالہِ ژتہٕ تہٕ بہٕ تہٕ''۔ گرٛ پسی دِژِس کنگے تہٕ وہرِ گرِتھ
دژ لیہِ سو ککی یا رِلمنہِ۔ نوٚ ہرِ دآیہِ نہٕ سو واپس۔ گرٛ پسی زون سو آسہِ
ککی یا رِ کھیٚمژ، وَدُناہ گرِتھ بیوٚٹھ لوتی'' (لکہِ کتھ)۔

سأنس لکہِ ووٗ ترِس منٛز چھُ ہی مالہِ تہٕ نأگ راے سُندٕ المیہ روٗمان ہفتا
کالہِ پیٹھٕ چلہٕ وُن۔ یہِ تعشوقہٕ تمثیل چھےٚ آریَن تہٕ ناگن ہنٛدِ ٹکراوٕچ اکھ
مثال۔ اتھ تعشوقہٕ قصس چھےٚ مختلف صوٗرژ، مگر پرٛتھ صوٗرتس منٛز چھےٚ تمام
جُزیات ہبتھ زبردست معروٗف تہٕ مقبوٗل روٗزمٕژ۔

قصہٕ چھُ یہِ زِتلپا تالُک شہزادٕ نأگ راے کھوٚت سَرٕ پھلأ، گتھ ثُپِنہٕ
ناگہٕ منٛزٕ تہٕ ژاو سدارام برٛہمن سٕندِس جولنس منٛز۔ تِمی نیوٚ امہِ خیالہِ گرِ زِمزاز
ترٛوٗش تہٕ لژایہِ گرآشینی ٹوپناوَن أمی سےٚ اتھِ۔ گرِ واتناوِتھ دژاو امہِ منٛزٕ

شہزادِ۔ سدارامن تہٕ چھور بٹنہِ رؤ چھ۔ أمِس گوٚ وراز کورِ ستی محبت، سَرُ پھ
لأ رگتھ اوس سگہِ برِ کنہِ محل خانہِ کِمن غُسل خانن منٛز اژان۔ راز کورِاوس ناو ہی
مآل، سوتہِ گیس عاشق تہٕ کوٚ رُکھ خانٛدر۔ تلپا تالہِ بۄ زنأ گر رایہِ نو آشنو، تِمن
گوٚنڈُن نار۔ تل پا تالہِ پتہِ آیہِ نأ گر رانہِ اکھ آشینٛز کرٛأج لأرگتھ تہٕ بانہٕ
ہِنہٕ نہٕ کہِ ہیتہٕ ژایہِ محل خانس منٛز۔ اتہِ وۄنُن ہی مالہِ نأ گر رانے چھے لچہِ ذأژ،
تِمس گرِ ھ پڑ ژھنہِ ذات۔ ہی مالہِ کوٚ رنأ گر رانے مجبوٗر ذاتھ ہاونہٕ باپتھ۔
نأ گر راین تژ أ ودودِ کرٛ یٚنڈِس منٛز ووٗٹھ تہٕ گوٚ وغأب۔ ہی مال گئے پریشان تہٕ
پشیمان۔ نأ گر رانے چُھ ییٚہِ یوان تہٕ والان ہی مالہِ پانس ستی تل پا تال۔
تتہِ کرسو نأ گر نو اڑِ مأرتہٕ کھأر کھ زمینس پیٹھ۔ أخرس چُھ نأ گر رانے یوان
تہٕ ہی مال چھےٚ أکہِ سوداگارن یأرون جنگلس منٛز منٛزلس منٛز تھأوِمژ۔
سوداگارن یوٚ ژھ ہی مالہِ ستی خانٛدر کرُن، خانٛدرکہِ دوہہِ ووت نأ گر رانے تہٕ
ژاو ہی مالہِ ہِنٛدِس کمرس منٛز۔ أتی وۄلنس پان۔ سوداگر ژاو مہرِینہٕ نِش، اتہِ
اوس سَرُ پھ ہی مالہِ پان وٗلتھ۔ تلوارِ ستی کرِن سرپھس ٹکرِ۔ ہی مال گئے ہُشیار
تہٕ نأ گر رانے وُچھتھ موٗرُن پان۔

اتھ تعشوقہٕ داستانس چھِ مختلف Version۔ مثالے عبدالستار
رنجورنؔ چُھ یہِ داستان مختلف آیہِ درج کوٚرمُت تہٕ وۄنمُت زِ:

''دپان یگاہ برِنو ہی مالہِ دودِ کوٚنڈ تہٕ نأ گر راین وۄن ہی
مالہِ أتھی دودِ کوٚنڈِس کُن مُدٔے گنٛڈِتھ روزُن۔ نأ گر راین دِتی

کوٚنڈِس أندی أندی شۍ گتھ۔ ستی مہِ گردِشہِ دِتِن پٔنُن زُلف

أکِس سَر پٮ۪ٹھ چالہِ کنہِ گنٛڈِتھ زورسان ہی مالہِ پتۍ کنی دوٚدِ کنڈِس

منٛز دأرِتھ تہِ پانہٕ تھأوِن پتۍ کنی دَگ۔ ہی مال رۄز دوٚہس دوٚدِ

کوٚنڈِس کُن مُدَے گنٛڈِتھ، ییٚمہِ منٛزٕ پتہٕ نأگراِیہِ سُندسہ زُلف

تہِ اکھ سَر پٮ۪ٹھ رنٛگہٕ کرٛہنی کنی دزاِیہِ۔ یتھ زُلفس تہٕ کنہِ سوسبٕٹھاہ

وِقس لولہِ للوان تہٕ فراق دِوان رۄز"۔۱۲

اَمہِ المیہ تعشوقہٕ قصہٕ کہِ حوالہِ چھِ سانہِ زبأنی منٛزازتہِ کٔھریا محاورٕ، مثالہٕ

تہٕ تلمیح پیٚوٚرَس۔ مثلن نأگراِیُن ژھوگ۔ یَتھ متعلق عبدالستار رنجور نس

بیانس مُخألِف یہِ قصہٕ مشہوٗر چھ زِیام نأگراے دوٚدِ کنڈس منٛز وٚستھ تل تلے

گوٚو، ہی مالہِ دِژِس ژھأ کِس تھپھ تہٕ ژھوگ آوتس اَتھس منٛزمگر نأگراے

گوٚ وغأب۔ اوَے چھ نأگراِیُن ژھوگ لاحأصل کامہِ وِزِ، ناکأمی وِزِ تہٕ

واوَیلا کرنہٕ وِزِ ورتاونہٕ یِوان۔ بیٚا کھنوکتہٕ چھ یہِ زِ" دوٚدٕ ستی چھٔلِتھ" محاورَس

تہِ ماسناچھ نأگراے سُند دوٚدِ کرٛنڈس منٛز وٚستھ پنٛنی ذات بلکہِ شوٗژتہٕ خألِص

آسُن ہأوِتھ دِنہٕ کِس رمزس ستی کأنِہہ واٹھ۔ أسی چھِ ازتہِ ونان قرض ادا

کرنہٕ کِس معاملس منٛز" پرواے چھُنہٕ، دوٚدٕ ستی دِمے چھٔلِتھ"۔ نأگراے

کیازِ ووٚتھ ذات ثأبت کرنہٕ باپتھ دوٚدِ کوٚنڈ سہے، آبہٕ کوٚنڈس کونہٕ، شرابہٕ

کوٚنڈس کونہٕ ۱۳؟۔ یتھے پأٹھی چھِ ونان "نأگراِنی ذات"۔ بٹنہٕ ہندی اُٹھی

سَتھ (سَدا راٮ۪نی آشنی چھورِ ہٹی أس سدارامس دوہے سَتھ سَتھ لورِ ٹاس

دِوان، سۄ اوس تنگ آمُت، اوَے یِژھون جولنہٕ منٛز نیر سَرُ پھ تہٕ بٹنہٕ تژ اوِ بچھتھ مگر تمہٕ منٛز دژاونٲ گر رابے تہٕ سدارامس رۄ دی لَٹھی سَتھ جاری)، اَتھی دارِ بِچھنیٚ میانہٕ اَچھ مہ وُچھِ نےٚ۔ (یہِ وٕنیٚو وسدارامن چھور بٹنہٕ)۔

پاتالس متعلق چھ لُکہٕ عقیدٕ زِ سۄ چھ زمینس تل Under World کھ دُنیا۔ دٔلیلہٕ گربن ہنٛدی کنہِ کھوٚت نٲ گر رابے تل پاتالہٕ پیٹھ سَرُ پھ لاٚ گتھ۔ یہِ قصہٕ چھ فارسی تہٕ کاشُرِ زبٲنی منٛز منظوٗم تہٕ کرنہٕ آمُت۔ منظوٗم کرن والیو تہٕ چھ وۄنمت زِ نٲ گر رابے اوس تل پاتالہٕ روزان۔ مثالے بابا اسرار قادری چھ ''ارزن وہی مال'' عنوانہٕ فارسی مثنوی منٛز (۱۸۱۲ء سن تالیف) ونان:

نہ پنداری کہ ہستم بے نوائی
سراسیمہ شُدہ ہمچوں گدائی
کہ من سلطانِ ایں زیرِ زمینم
ہمہ تحت الثریٰ زیرِ نگینم

تہٕ دٔپتھ گوٚو...... (نٲ گر رابے چھ ہی مالہٕ ہنٛدِس مالِس کُن ونان):

''مہ گوٚھی نےٚ خیال زِ بہٕ ما چھس بے نوا تہٕ کانٛسہِ فقیرٕ ہنٛدی پاٚٹھی پریشان تہٕ حالِ حاران، بہٕ چھس تل زمینُک بادشاہ، سوری پاتال چھم تابین''۔

اما پوٚز پاتالس متعلق یہِ تصوٗر چھ وۄنی بے بُنیاد مانہٕ یِوان۔ تِکیاز زِ

زمینس تل چھنہٕ کانٛہہ جاے ییتھ پاتال وٕنی زِ بلکہِ گرٛھ یہِ زمینس پیٹھے کانٛہہ علاقہٕ آسُن ۔ کینٛہہ تچھ تچھ کرن وٲلی چھِ ونان زِ پاتال چھُ سندھ پتھرِ منٛزا کھ شہر اوسمُت ۔ یہِ تہٕ چھُ وَننہٕ یوان زِ نأ گر راے اوس سُمانؔ شہرُک روزن وول، یُس کشیرِ تہٕ لاہورس منٛزس اوسمُت چھُ ۔ اتھ کتھِ کُن چھُ مُفتی صدر الدین وفائی ''تحفتہ العشاق'' فارسی مثنوی منٛز، یوسہٕ ہی مال نأ گر راے ڈلیلہِ ہنٛز منظوٗم صوٗرت چھے، تہٕ یوسہٕ ۱۸۰۶ء منٛز لیکھنہٕ آمٕژ چھے، اشارٕ کران:

زِ اصل و نسل من پُرسان کُنی گر
شِنو از من اگر آری تو باور
بہ خوبی سرورم خیلِ پری را
شہنشاہم سوادِ دِلبری را
سُمان را تخت گاہِ من بدانی
زِ من مشہور شُد حُسن سُمانی
سماں شہریت در کشمیر و لاہور
سمن بویانِ آں شہر اند مشہور

(تحفتہ العشاق، ص:۸۵۱)

تہٕ ڈٕپتھ گو ونأ گر راے چھُ ہی مالہِ ونان:

''اگر ژٕ میانہِ ذأژ بٕترأژ متعلق پرٛژھان چھکھ، بوز یہِ ونےٚ اگر پزٕ ھ کرَکھ، یہِ چھُس پٔرِین ہُنٛد زیٹھ، دِلبری ہنٛدِ شہرُک

شہنشاہ۔ میون تخت چھ سُمان شہرس منز۔ میانے ءِستی چھ سُمان مشہوٗر۔ سُماءِنکی سمن بوچھِ ناماوار۔ یہِ شہر چھُ کشیرِ تہٕ لاہورس منزٕس"۔

ولی اللہ متوتہٕ سیف الدین تارِٕبلی تہِ چھُ ہی مالہِ تہٕ ناٗ گر رایہِ سُندٕ عشقہٕ قِصہٕ منظوٗم کوٚرمُت۔ ولی اللہ سٕنزٕ مثنوی چُھ ناو "قصہٗ ارزُن وہی مال" تہٕ سیف الدین تارِٕبلی سٕنزٕ "سحرِ ہلال" دوٚنوَے چھےٚ کاٗشرِ زبانٕی منز۔ سحر ہلالس آیہِ نہٕ سوشُہرت تہٕ مقبوٗلیت باگہِ یوسہٕ ولی اللہ سٕنزِ مثنوٗی یہِ حاصل سپز۔ دوٚنوٕیَو چُھ وُنمُت زِناٗ گر راے کھوٚت پاتالہِ۔ تعجُب چُھ ولی اللہ سٕنزِ مثنوی منز چھ اشارٕ زِناٗ گر راے اوس مُسلمان، ییٚلہِ سُہ ہی مالہِ ہندی وبدا کھ لکھان چُھ تہٕ تسٕنزِ زیوٕ وَنہٕ ناوان چھ...... "مسلمان دپنہٕ اوسُم ناٗ گر ارزُن!"۔ تاہم چُھ کانہہ توآریخی حوالہِ دِنہٕ روٗس عبدالستار رنجوٗر لکھان:

"ناگ قبیلُک اکھ عظیم سردار ناگ ارجُن (ناٗ گر ارزُن/ناٗ گر راے) آوسُمانہٕ پتھ کینہہ ناگ چیلہٕ ہتھ ۱۷۰۲/ ق،م منز تمہِ وِزِ کشیر ییٚلہِ اُجینکی رازن کشیرِ پٹھ حملہٕ کوٚر۔ امہِ وقتہٕ اوس بلدیو کشیرِ ہُندٕ راز۔ سُہ تہِ اوس نیل مت کُے پیروکار، ییٚمہِ کٕنز ناگ ارجُن رازِ بلدیو سٕندِ فوٗجِ کمان سنبھاٗلتھ اُجینی فوٗجس شِکست دیُت"

(ناگ مت تہٕ کشیر، شیرازٕ جلد ۱۷، ش: ۴)

ہی مال ناگ گر رائے عشقہ قصُک جائے وقوع چھ پژ اُنس پرگنہٕ سُپر سمنس منز۔ ہی مال اُس بلہٕ پورِچ۔ یہِ گام چھُ شُپین پیٹھٕ کُرتام میلے دوٗر۔ امہٕ قصکی آثار چھِ اتھ ستی منسوٗب جاین ازتہٕ مثالے ہی مالہِ ہُند ناگ، ناگ رایُن ناگ، یارون، ییٚتہِ ہی مال منز لس منز اُس ییلہٕ ناگ نو اڈ مار کرتھ اور واتناوِیا یہِ، رئنی آر، بوٹہٕ مُرن تہٕ سو پر سمُن بیترِ۔ تاہم چھےٚ اکھ کتھ زِ یہِ قصہٕ چھُ ناگن تہٕ آرِیَن ہنٛدِس ٹکراوَس کُن نوٚن اشارٕ۔ یہِ کتھ چھنہٕ ژمان زِ راز بلدیو کیٚاہ اوس نیل متک پیروکار۔ اکھےٚ چھُ پروفیسر محی الدین حاجنی سُند گُف:

”ناگ گر رائے سُند دوٚدس منز ؤستھ غاب گژھن گوٚو کشیر منز ناگن ہُند ژلُن، گلُن یا سراسر آرِیَن ستی رلُن“ (مقالاتِ حاجنی)

بیاکھ کتھ چھےٚ زِ مورِخن ییلہِ یہِ قصہٕ پاتھیوٚ متےٚ اوس نہٕ، لگہٕ وۆترِ اوس تمہِ بڑ وٕنہہ تہِ محفوٗظ کرِتھ تھووُمت۔ مورِخ حسن شاہ کھویہامین چھُ تمن واریاہن رازن ہُند حال اوحال مُلا احمد سندِ ”وقایع کشمیر“ پیٹھہٕ تُلِتھ پننِس توارِیخس منز درج کوٚرمُت۔ یمن ہُند حال اوحال کلہنَس دستیاب اوس نہٕ سپدِمُت۔ دپان مُلا احمدن اوس بڈشاہ سنٛدِس زمانس منز پنڈت رتناکر سُند ”رتناکر پُران“ لوٚبمُت تہٕ تمیُک ترجمہٕ اوسُن وقایع کشمیرس منز شامِل کوٚرمُت۔ وۆنی نہٕ چھُ کُنہِ رتناکر پُران تہٕ نہٕ وقایع کشمیرُک کانٛہہ نُسخہٕ دستیاب۔ وۆنی گوٚو یمن رازن منز چھُ ہی مالہِ ہُند مول بلدیو تہِ شامِل۔ یمِس متعلق حسن شاہ کھویہامین لیوٚکھمُت چھُ:

''بلدیواوس۲۰۷ارق،م سنس منز کشیر ہُند راز بنیو مُت۔
بلدیو پوٗراَس تیسنز رازدأنی ۔ کُنہِ کورِاوسُس ہی مال ناو۔ ناگ
ارجُن نأوی اکھ شہزادِ سپُدِتس عاشق ۔ ناگ ارجُن اوس امہِ عشقہٕ
بزونہہ خاندر ترِ کوٗرمُت ۔ تو تہِ سپُد ہی مالہِ تہٕ ناگ ارجُنس
خاندر'' ۱۴۱

''ہی مال نأگ رائے'' تعشوقہٕ قِصہٕ چُھ ہفتا کالہِ پیٹھہٕ تیوٗت مشہوٗر تہٕ
مقبوٗل روٗدمُت زِ نثری فوک ادبس تہٕ منظوٗم فوک ادبس منز رٔٹ أمی
مستقل جاے بلکہِ کوٗر یمِہ سانو شأعروتہِ مختلف تخلیقی معنہٕ یوٗرٔتگی استعمال:

یا وَسکھ پاتال تنگہِ نژُناہ کرَکھ
نتہٕ ئلی بلہٕ پوٗر راوی کیٛاہ کرَکھ

(رحمان راہیؔ)

ہی مالہِ نأگ رائے یار ہے رووٗم
یار ہے رووٗم لوکچار ہے رووٗم

(غلام نبی عارضؔ)

ہی مال اوس اوترٕ اوترٕ تام کأشرِ بن زَنٔنِ ہُند اکھ مأری موٗند تہٕ ٹوٹھ
ناو۔ وُنہِ تہِ چھےٚ خوبصوٗرت زنٔنِ ہی مالہِ ستیٚ تشبیہہ دِنہٕ یِوان تہٕ مأری مُنٛدِس
جوانس نأگ رائیس ستیٚ ۔لگہٕ شأعرِ یہِ منز کینٛہہ مثالہٕ:


سونہٕ ستیٚ کأنٹھہٕ مال ترٕ أوےٚ نألی        اوٗبرٕ تلہٕ دژا ئلھ ہی مأری یے

تتہٕ وۄتھ ناگس ییٚتہِ دزاونٕن یے ہی مالہِ ناؑگ ارزُن یے آو
چانہِ پڑِتھ مندورِ زۄل کرنوۄم ساز کرنوۄم ہی مالے
باغس وَتھرِوو باغوان بایے ہِنا ناؑگ رایے گڑاے لگہِ یو
ناؑگ رایہِ مہراز ہی مالہِ آکھو برٕ سانہِ ژاکھو شملہِ کِلہٕ وان

(وَنہٕ وُن)

"ہی مال ناؑگ رائے" ڈٕلیلہِ متعلق چھُ پروفیسر گُلشن مجیدؔ لکھان زِ:

"کاشری سکالر چھِ ناگن ہنٛزِ کشیرِ اندر موجوٗدگی ہنٛدِس شہادتس منٛز ہی مال ناؑگ رائے لگہٕ کتھ پیش کران۔ ٔمنہِ لگہٕ کتھِ ہُنٛد Origin کھٕرِ کرُن چھُ واریاہ مُشکل۔ ٔمنی ڈٕلیل ہیکہِ معموٗلی ہیرِ پھیرِ سان مختلف قبیلن منٛز تہِ اُستھ۔ وسط ایشیاہکی واریاہ راجپوٗت قبیلہٕ چھِ دپان زِ اسہِ تہِ چھےٚ یژھے ڈٕلیل۔ یتھ منٛز ناگ شہزادٕ ٔتہنٛدِ قبیلہٕ چہ کورِ ستی عشق کران چھُ۔ چھوٹا ناگ پورٕ کی مہاراجہ چھِ پانس ونان ناگ بنسی راجپوٗت۔ ٔتہنٛز لگہٕ کتھ چھےٚ یہ زِ ناگن ہُنٛد راز چھُ برٛہمن کورِ ستی خانٛدر کران تہِ تم چھِ ٔتہنٛدی اولاد۔ "ہی مال ناؑگ رائے" ڈٕلیلہِ اندر ییٚتھن ییٚتھن علاقاٗیی جغرافیاٗیی نشانہٕ چھِ تم چھِ محض ادبی اختراع، تاثیر ہُرراونہٕ موکھٕ"۔[15]

کاشرِس نثری لگہٕ ادبس منٛز چھےٚ ناگن تہٕ آرِ ہنٛزِ ہُرکری ہنٛز شیچھ

باوَن واجینٛز بیٚا کھ لُکہٕ کتھا تہٕ ''ناگہٕ کورِ ہُنٛد لرٛشھجہٕ دَب'' ۱۶۔ مختصر قصہٕ چھُ یہِ
زِ راز نر (کل یُگ ۲۰۵۲) اوس نرپورس راج تاج کران۔ اکھ برٛہمن کوٚٹ
تیٚمس وِشا کھ اوس ناو، ووت زیوٚن ناگس نِش۔ زیوٚن ناگس متعلق چھُ وَننہٕ
یِوان زِ اتھ چھُ تکھشک ناگس ستیٚ تعلُق بلکہِ دپان زِ ناگن ہُنٛد یہِ سردار اوس
أتھی ناگہٕ پوکھرِ منٛز روزان تہٕ أمی أسی کأشرِ کونٛگ نوٚو راوُن ہیٚچھِ ناٲوِ متیٚ ۱۷۔
ناگہٕ منٛزٕ کھرٛ ناگہٕ کورِ جوراہ، أکِس اوس ناو ایراوتی تہٕ بیٚیِس چنٛدرلیکھا۔ یِم
آسہٕ بوچھہِ ستیٚ ژھرٛ تہٕ ژھرٛ ٹھ کران۔ برٛہمنَن پرٛژھکھ، امیُک وجہ؟۔ تمو
ووٚنُس ''ژہ پأرِ چھُ نوٚو فصل تیار مگر اتھ چھُ کھنبس ٹھاکھ۔ امہِ فصلُک
رأچھدر موکل یوٚ تام نہٕ پانہٕ نوٚو فصل کھیٚیہِ اسہِ تہٕ چھُنہٕ کھیوٚن''۔ برٛہمن گوٚو
رأچھدرسٕنٛزِ پیہرِ نِش، تمِ اوس ژولہِ پیٹھ کێنٛہہ سوٗن لوگمُت۔ برٛہمن گوٚو تہٕ
کھہوٚ منٛزِ اوٗنُن نوٚو کێنٛہہ سوٚمبرِتھ، رأسےٚ ترٛ وونُس لیٚجہٕ منٛزٕ۔ بےٚ خبری منٛز کھیوٚو
رأچھدَرن۔ پرٛ ون تہٕ نوٚو ورَلہٕ۔ ناگہٕ کورَن ہُنٛد مول، تیٚمس سرٛس ناو اوس
تہٕ یُس زیوٚن ناگہٕ کنی کھوٚتمُت اوس، گوٚو خوش تہٕ یکدم وولُن رۄد تہٕ ڈوٗنٛٹھ
تہٕ سورُے فصل کوٚرُن تباہ۔ چنٛدرلیکھا دِژن وِشا کھ برٛہمنَس نیٚتھرٕ۔ وِشا کھ
آو چنٛدرلیکھا ہیتھ شہرس منٛز۔ اکہِ پھِرِ اوس تمو دانہِ تاپس ترٛ وومُت۔ راز نَر
سُنٛد گُر لوٗگ تہٕ دانہِ کھیٚنہٕ۔ چنٛدرلیکھا یہِ دِتُس لرٛشھجہٕ ستیٚ دَب دَب تہٕ کوٚڈُن
أتہٕ۔ چنٛدرلیکھا یہِ ہُنٛد اتھ تہٕ لرٛشھجہٕ دَب لگنہٕ ستیٚ گوٚو گُرِس ہَنہٕ أکِس سونہٕ
رنٛگ۔ بادشاہن ووٚچھ تہٕ سوٗرُکھ وِشا کھ برٛہمنَس پیٚچھ زِ أشیٚنز سوزُن بادشاہ

ہِنٛدِس محل خانس منٛز۔ وِشاکھن مٔنٛج اکہِ رأژ ہِنٛز مہلت۔ أتھی رأژ منٛز کٔرن سسروَس ناگس شٔنٛچھ۔ سسروَس ناگس أس اکھ بیٛنہِ ارمنیہ ۱۸؎ تس تہِ کٔرکھ شٔنٛچھ۔ وِشاکھ ژٔول آشٕنیٛ ہٮ۪تھ لدر پتھرِ ہنٛد بن بالن گُن۔ سسروَسن تہٕ ارمنیہ کۆر راز نر ہِنٛدِس نر پورس کنہِ ورشُن۔ گگرایہِ تہٕ وُزملہٕ، سوُرے شہر گۆو وتباہ تہٕ برباد۔ انسان، حیوان، کُلی کٕٹ، عمارژ پرٛتھ کینٛہہ گۆو وفناہ۔

وَننہٕ چھُ یِوان زِیوسہٕ ژکدر وُڈٕر رویٛجہ بیٛاٚرِس نکھہٕ موجوٗد چھےٚ، یُہے چھُ نرپُہٕ رشہرِ اوسمُت۔ امہِ دٔلیلہِ ہِنٛدِ جاےٚ وقوٗعکی آثار چھہِ وُنہٕ تہِ ژٔنی۔ مثالے ژکدر وُڈٕر ۱۹؎، جاماتر ناگ (زامتری ناگ)، ہیٛبرِ سُنٛد ناگ (سسروَس ناگ)۔ یِم دۆنوَے ناگ چھہِ امرناتھ وَتہِ منٛز۔ دپان برہمن اوس آشٕنیٛ ہٮ۪تھ اوٚری ژٔولمُت تہٕ سروَس ناگ تہِ اوس اوٚری ووتمُت، یٮ۪تہِ تمو ناگہٕ پوکھر بن ہِنٛز صوٗرت پٔژ آو۔

وٕری وادن زبأنی زبأنی پکان پکان چھےٚ یِمن خرافأتی قِصن یہِ دٕپٕر زِ تہِ برٮ۪نٛے آمژ، باسان چھُ کلہنن تہِ چھُ واریاہس حدس تام لُکہٕ وۆترِ کےٚ استفادٕ کۆرمُت، مگر اصل قِصہٕ یہِ آسہِ تہٕ تہِ۔ موجوٗد قِصو تلہٕ چھُ ننان زِ ناگن تہٕ آرِیَن ہِنٛز رِش چھےٚ وقتہٕ وقتہٕ ووتلتھ یِوان آسمٕژ۔ مورِخ حسن شاہ کھوٕیہامیٛن چھُ رتناکر پُران کِس ترجمہٕ کار عہد بڈ شاہی ہِنٛدِس مُلا احمد ہِنٛدِ "وقایع کشمیرُک" حوالہٕ دِوان أمِس رازِ نرس متعلق لیٛکھمُت:

"۲۰۵۲ کُل یُگس منٛز رؤٹُن مالکی سُنٛد تخت تہٕ تاج۔ ویٛجہٕ

بیٛارِ کھ بنوٗ ن ژکدر جایہِ ویٛتھِ ہنٛدِس بُتھس پیٛٹھ شہرا کھ۔ ۳۹؍ہن وٗرِین تہٕ نوٗن رتن کوٗرن راج۔ اٛمی کٔر شُشرم ناگنہِ کورِ ستی زبردستی۔ ناگن دیُت اتھ شہرس نار تہٕ تمِسٕز بیٛنہِ رمتی دیوی کوٗرِس وٗہن میلن تام کنہِ روٗد، یِیمہِ ستی شہر ناوٗ دگوٗ و"

(تاریخِ حسن، جلد۲)

بیٛا کھ قِصا چھُ راژِ داموٗ درسُنٛد، یٛمِس برٛہمنو شاپھ دِتھ سَرُ پھ بنوومُت اوس۔ اٛمِس متعلق تہٕ چھُ رتنا کر پُران کہِ حوالہِ مورِخ حسن شاہن لیوٗکھمُت:

"۱۸۸۶؍کل یُگس منٛز بیوٗٹھ تختس۔ انصاف تہٕ احسان ورتاٛوِتھ واتنوٗ ن لوٗکن خاٗر۔ گوڑٕ سوٗتھ گام بسوواٛمی تہٕ داموٗ در وُڈٕ ر پیٛٹھ بنوٗ ن پنُن حکوٗمتی شہر۔ اکہِ دوہہِ اوس شرٛادھ ہاونہٕ موکھ ویٛتھِ گن پکان تہٕ برٛہمنو موٗنگس خاٗرات۔ تِمن دوٗپُن "بہٕ موکلہِ شرٛادھ ہاٛوِتھ تہٕ دِمہٕ خاٗرات"۔ تِمو کٔرِس وِدہوَ وتہٕ بنٛیوس سَرُ پھ تہٕ ہیوٗتُن ماٗدانن پھیرُن۔ دوٗپہس یوٗ تام نہٕ کانٛہہ اکی ساتہٕ بھگوَت گیتا پٔرِتھ موکلاوی، توٗ تام موکلی نہٕ شاپھ"[۲۰]

اسہِ چھےٛ بیٛا کھ خرافاٛتی ڈٕلیلا تہٕ۔ دپان پتھ کالہِ اوس کنہِ تام پیٛٹھ جودگار جوٗ گیاہ آمُت، یٛمی نیلہِ ناگ ٹھیلس منٛز رٔٹتھ رٛیوٗ تہٕ نیلہِ ناگے ہوٗکھ۔ ڈٕلیلہِ گُری چھِ ونان زِ جوٗ گراوٗن یِکوٗ علاقہٕ پیٛٹھ آمُت۔ تہٕ اٛسی آنٛچ وبرٛ ہے۔

توٗ ے نیوٗن نیلہٕ ناگ۔ یُتھ تتہِ آب جأری کرٕناوِ ہے۔ حالانکہِ اتھ قصس کُن چُھ اکہِ ننٛدٕ بأتہٕ کِس یتھ بنٛدس منٛز تہِ اشارٕ:

مۆت جۆ گیاہ آو در ولایت　　نیوٗن نیلہٕ ناگ یکدم جولہِ کھتھ

دۆنی زإٔجن کنٛزل ون ہۓ　　ہاے پانو دوہہٕ گوم کھبنہٕ ہۓ

راج ترنگنی منٛز تہِ چھے مہاپدم ناگ سنٛز ذِکر ڈیٛلیاہ۔ بنان چھ سأئنس ڈلپلہٕ گری سنٛز ڈلیل ما آسہِ راج ترنگنی ہنٛزِ ڈلپلہٕ ہنٛزٕ ے ژھتھ۔ دپان وولرسرس چُھ اصلی ناو "مہاپدم سرس"۔ راج ترنگنی مطأبق اوس اکھ بۆڈ ناگ، تیمس مہاپدم ناو اوس، عیال ہیتھ اتھ جایہِ روزان۔ یُہے ناگ آو راژٕ جیاپیڈس خابس منٛز تہِ وۆننس "دراوڈن ہنٛدِ علاقہٕ پیٹھٕ چھ جودگار آمُت، یُس جودِ کہِ زورٕ ستی شوٗٹھس عیال ہیتھ سیٹھا علاقس منٛز واتناونہٕ باپتھ رٔٹتھ نیہ۔ اگر ژٕ شوٗٹھ بچاوِ ہن بہٕ ہاوَے سونہٕ بال تہٕ گرٔھکھ سونہٕ سأوی"۔ راژٕ جیاپیڈن انہٕ نوو جودگار تہِ وۆننس "ژٕ کتھ ہکہٕ ہن یوٗت طاقتوٗر ناگ بیتہِ بڈِ سرٕ منٛز رٔٹتھ"۔ جودگارن نیوٗ راژٕ سرِ کِس بٹھس پیٹھ تہٕ جودِ کہِ زورٕ کۆر رُن آب خشک۔ مہاپدم ناگ تہٕ تسنٛد عیال گۆ وننگہٕ۔ تہنٛدی ارٕ سرٕ وُچھتھ کۆر راژن جودگارس ٹھا کھ تہٕ جودِ کہِ زورٕ کرٕنووٗن آب واپس۔ جودگارس دِتِن پوٗنسہِ تہٕ کۆرُن وطن کُن روانہٕ۔ مہاپدم ناگ آو راژس بییہِ خابس منٛز، دۆپنس "ژےٚ کرتھ اسہِ حفاظت مگر سأئنس عزتس کرتھ نہٕ بلکہِ کرنووتھس عیال ننہتھ ننگہٕ، یِنہٕ اُ کِس راژس کرُن شوٗبہِ ہے، لہذا ہاوَے نہٕ بہٕ سونہٕ

بال، ووٚنی ہاوَے ترٛامہٕ بال"۔ ناگن ہوو رازس ترٛامہٕ بال، یِیمہِ منٛزٕ تمی
تیٚوٚت ترٛام کوڑیتھ اکھ ارب روپیہ بنیہٕ۔

ہُپأرِ چھُ ناگن تہٕ ناگہٕ پوکھر بن ہُنٛد کھرِ لد تعلق تہِ خرافأتی تہٕ بالا
فطری صوٗرت پرٛاوان۔ کٔشیرِ منٛز چھےٚ واریاہ ناگہٕ پوکھر، یِمن کأشرِ شوٗژتہٕ
پوٚتر مانان چھِ۔ یِمن ہُنٛد شوٗژرتہٕ پأکی رٔچھنٕ گیاو ماحول صاف تھاونہٕ کِہ
رٔنگی پوٚزے مگر ازتے گامن اندر کأنسہِ گاوِ پربسان چھےٚ، گوڑنتھ چھِ دوہِ لوٚٹہٕ
ہن مُقأمی ناگس منٛز ترٛاوان۔ ازتہِ چھِ کُنہ وَنان زِ ناگن نکھہِ چھےٚ پٔریہِ
وَنہٕ وان۔ ناگن ژھیٚٹہِ یأر کرنہٕ ستی چھُ ناگہٕ پرٛاہ گژھان۔ شُر ہےَ کہر
گژھ، دپان ناگہٕ لیہِ آسبس گأمژ۔ ازتہِ چھِ ونان ناگہٕ گاڑٕ چھےٚ وُچھنہِ حلال
تہٕ کھینہِ حرام۔ اتھ متعلق چھےٚ اکھ لوکٹ لُکہٕ کتھ تہِ وَننہٕ یِوان۔

دپان اکہِ دوہہٕ اوٗن اَکی شخصن ناگہٕ اکہِ منٛزٕ گاڑٕ سیراہ۔ تسنٛزِ ماجہِ
یِیلہِ چھٔلتھ کرِتھ تمہٕ گاڑٕ تاوِ منٛز تلنہٕ ہیژ، نیٚچوِی ووٗنس "موجی! ژٕ ہےَ دپان
أسکھ ناگہٕ گاڑٕ چھےٚ تاوِ منٛز رتھ دِوان"۔ یہِ بوزان بوزانے ژھن تمہِ دأنس
آب تہٕ سولہِر منٛز دژ ایہِ کرٛ بکہٕ نادکران زِ أمی جانہٕ مرکن تلنأوِس بہٕ ناگہٕ گاڑٕ۔
یکدم ترٛاونا وبن گاڑٕ گنہٕ واپس ناگس منٛز۔ یتھہٕ پأٹھی میوٗل نہٕ صِرف ناگہٕ
پوکھر بن یوتے تقدُس بلکہِ تمن منٛز موجوٗد گاڈن تہٕ۔

یتہِ چھُ وَننہٕ یِوان زِ یِیم اصلی ناگ أسی، تمن أس "ناگہٕ موہر"
آسان۔ اتھ متعلق چھُ عبدالستار رنجوٗرٕنٕ یہٕ بیان دلچسپ:

''مُقدس ناگہٕ ہِنٛدبن اولادن اوس نسلہٕ پتہٕ نسلہٕ جسمس
پٮ۪ٹھ کُنہِ نتہٕ کُنہِ جایہِ سَر پھ ژَمہِ ہُنٛد تِتھےٚ داغ ہیوٚ آسان، یِتھ
مُقدس ناگ ہنٛز سأرٕ ے ژَم اُس۔ اُتھی سرپھ ژَمہِ ہِنٛدِس
داغس اُسی پتہٕ ''ناگہٕ موہر'' ونان۔ یُہےٚ نشانہٕ اوس اصلی ناگ
آسنک ثبوٗت۔ یُہےٚ نشانہٕ دِپٮ۪و ہی مالہِ ناگ ارجُنس ہاوٕن، اما
پۆز یہِ اوس ناگ ارجُن ہنٛدِ زمانہٕ بڑ ونٛٹھے موکلیومُت تہٕ سُہ کیاہ
ہاوِہے ہی مالہِ۔ مُقدس ناگ اوس ''روی سیشا'' ۲۱

اوترٕ اوترٕ تام اُسی کأشر بن پنڈِتانن ترٛ نگہٕ چھبن ہرٛنن، پوٚ ژِلوٚنچن تہٕ
ڈولنہِ مالن پٮ۪ٹھ سرپھ آکار بنأوِتھ آسان۔ بٹہٕ خانٛدرن پٮ۪ٹھ اُسی کرٛؤل
کھالان تہٕ سرپھ آکار بناوان۔ کأشرکی بٹہٕ چھِ ''انتہٕ ژودِش'' بۆڈ دوہ
مناوان۔ امہِ دوہہٕ چھِ گور یِوان انتھ ہتھ، پنڈِتانہِ چھےٚ یہِ انتھ کنس نألی
ترٛاوان۔ انتھ چھُ آسان پنہٕ داون ہُنٛد سَرُ پھ ہیوٚ۔ جیمی صوبہٕ کِس کینٛژن
علاقن مثالے ڈوڈِ، بنی بلاور، بھدرواہ، کشتوارڈ، مرمت تہٕ بسنت گڈس منٛز
تہِ چھِ ناگن متعلق واریاہ ڈٕلیلہٕ چلہٕ وُنہِ۔

بھدرواہس منٛز چھُ چکہٕ چاوٕ تہٕ دھارمِک عقیدٕ سان ''پٹ مأکہٕ''
مناونہٕ یِوان۔ لُکہٕ رِوایژ مطأبق چھُ یہِ قِصہٕ چلہٕ وُن زِ راژ ناگ پال دوم
ییلہِ اکبر بادشاہ ہنٛدِس دربارس منٛز حأضر سپُد، دربار کہِ رسمہٕ مطأبق اوس
ناگ پالس اکبرس برٛونٛہہ کنہِ کلہٕ توٚمرأوِتھ آداب بجا اَنُن، اما پوٚز ناگ پالن

کوٗ رنہٕ تہٕ ۔ییلہِ اکبرن ناگ پال یہِ کرنہٕ باپتھ مجبوٗر کوٗ ر، ناگ پالن ہیوٚ ت کلہٕ نوٚ مراوُن تہٕ تیٚسنٛدِ دستارِ منٛز دزایہِ ژور سر پھ تہٕ لگی اکبرس گُن پکنہٕ۔ اکبر گوٚ وحأران تہٕ ناگ پالس دوٗپُن، مےٚ اوس نہٕ امیُک پےَ ۔ اکبر بادشاہن کوٗ ر انعامات تہٕ نوٲ دِرات دِتھ ناگ پال رخصت۔ واپس یتھ کوٗ ر ناگ پالن ''واسک ناگ'' مندر تعمیر۔ یِم چیز اکبرس نِش بطورِ انعام پرٛاوِن، تم کرِن محفوٗظ۔ یِہےَ چُھ ''پٹ مأ لُک'' پسِ منظر۔ أتھی ستی چھےٚ ییہِ تہٕ واریاہ دٲلیلہٕ جوٗ ڑتھ۔

راز نیل سنٛزِ راز دانہِ چھِ نیلہٕ ناگ ونان۔ دپان ویرناگس چُھ قدیم ناوٕ نیلہٕ ناگ اوسمُت۔ دپان یِہےَ چُھ وۄنتھِ ہُنٛد آگُر تہٕ امہِ بون پھن چھےٚ وۄتھِ ووتھرچہِ ناگہٕ پوکھرِ تہٕ وۄتھِ ووتھُر چھِ یوان نیلہٕ ناگہٕ کی پأٹھی وۄنتھِ ہُنٛد بیٚاکھ آگُر مانہٕ۔ ووٚنی گوٚ ودوٚنی ناگن ہنٛزن ناٚجن چُھ کُنےٚ سرٛ بہہ پکان۔ امہِ نیلہٕ ناگہٕ علاوٕ چھِ کشیرِ منٛز زٲنہٕ پوٚ روٗڈِ رپیٹھ تہٕ یوٚس مرگہِ علاقس منٛز تہِ نیلہٕ ناگ۔ ییمن متعلق کینٛژن لوٗکن ہُنٛد خیال چُھ زِ رازِ نیل روٗ داتہِ تہِ کینٛژس کالس نیل متگ پرچار کران مگر یہِ تہِ چُھ وَننہٕ یوان زِ یِم جایہِ آسہِ رازِ نیلس ذیلی راز دانہِ۔



فُٹ نوٹ:

۱: مقالہ: راجا نیل، مقالہ نِگار: ڈاکٹر تریلوکی ناتھ گنجو، ہمارا ادب (مشاہیرِ کشمیر نمبر) جلد ۲، ص: ۶۸۔

۲: ہی مال (مرتبہ: محمد یوسف ٹینگ) بہ حوالہ لیجنڈس اِن دِمہا بھارتہ، ازالیس، اے، ڈانگے۔

۳: مانیہ چھ یِوان زِ واسُکی ناگ چھ شمبُو بھگوانس ہٹس وٗلتھ۔ بھگوت گیتایہ منز چھ یہ سرپھن ستی مُجرا۔ یُہے واسُکی ناگ چھ کونڈ قاضی گنڈ "واسک ناگ"، اتھ ناگس چھ شبن رٔتن آب وُزان پتہ چھ خشک گوٗ ھان۔

۴: بودھ دیو مالایہ مطابق چھ وَننہ یِوان زِ مہاتما گوتم بُدھن کرِنو وٲ رکس خاص بودھ ارہت ہِندِ ذٔریعہِ ستی سر خشک تہ اتھ منز موجوٗد دیو ژٔلہِ نوٗن۔ کشیر چھ اکھ ناو "باغِ سلیمان" تہ۔ سعد اللہ سعادت شاہ آبادی ین، یوسہ کشیرِ ہنز توٲریخ فارسی زبانی منز پٹھان گورنر جمعہ خان ہِندِس عہدس منز تحریر کٔرمژ چھے، تتھ چھن "باغِ سلیمان" ناو تھوومُت۔ مورخ حسن شاہ کھویہامی چھ رتنا کرتہ مُلا احمد ہِندِ حوالہ لیوٗکھمُت زِ حضرت سلیمانؑ ہِندِ کشیرِ تیٚژ روایت چھے موجوٗد بلکہِ اوس حضرت سلیمانؑ پیغمبرنے جِنَن اتھ ستی سر خشک کرِنو ومُت تہ اوّے چھ کشیرِ باغِ سلیمان تہِ ونان۔ امہِ روایتہِ باپتھ وُچھو تاریخِ حسن، حصہ دوم، ص: ۴۱-۴۲

۵: No Purana, Mahatmaya or any other Brahmanic writing, anterior to Nilamatpurana, has surfaced to bestow kashmir with naga presence or cult. Away from home no historian of remote, pliny, strabo or herodotus, who mention kashmir directly or indirectly in connection with an event, occurrence or a tribe associate it with any kind of NAGA cult. Jatakas, Mahabhratha and Purans are the original of india incorporates much of this material as per

it's requirements and once brahamans settle down in kashmir, they provide the NAG tales with geographical locales in kashmir. General tales about Nagas could have reached kashmir earlier through the immigrants particularly from the lands of Nag influences and traditions, including the brahamans invited and resettled in the parts of kashmir by the hindu rulers,

(No Naga presence in ancient kashmir, Prof Gulshan Majeed approaches to kashmir studies, Page 33-36, Gulshan Books, Srinagar)

۶: Kashmir Folklore is a rich piece of literature and it has become richer with the additon of NAG stories who have their origins in the jatakas, purans and raj trangni of Kalhana. (No Naga presence in ancient kashmir.Foot Note No: 104, Gulshan Majeed, approaches to kashmir studies. Page: 48, Gulshan Books Srinagar)

۷: مقالہٕ: ناگن ہنٛز ژھأر، بٹہٕ شاسترَ ومنٛزٕ، مقالہٕ نِگار: اقبال ناتھ بٹ ونپوہ، شیرازٕ جلد ۱۷، شُمارٕ ۴

۸: نیل مت پُران، شلوک ۳۰۷ پیٹھٕ شلوک ۳۲۰ تام۔ انگریزی ترجمہٕ: وید کماری گئی۔

۹: وَننہٕ چھُ یِوان زِ سیکہِ سُد رِ نشہِ چھُ مُراد صحرا اُسے گوبھی۔

۱۰: یِمو تھوارَ ومنٛزٕ چھِ ناگن خوش تھاونہٕ باپتھ تہِ واریاہ تھوار۔

۱۱: داں ژاکن ہُنٛد لوگُٹ تَہہ بہ تَہہ تھاونہٕ آمُت انبر گوٚو ''گوٚنٛ'' مگر ''گوٚن'' گوٚو واریاہ تھٕز تہٕ بڈٕ گوٚنٛ۔

۱۲: مقالہٕ: ناگ مت تہٕ کشیر، مقالہٕ نِگار: عبدالستار رنجور، شیرازِ جلد ۳۳، شُمارٕ ۱

۱۳: پزٕ اُری چھِ مؤرتیٖن دودار پن کران، تِمن دودٕ ستی سرٛان کران۔ نیٖل مت پُرانس منٛز تہٕ چھِ دودٕ ستی چھلنہٕ نکی تہٕ دودار پن کرنکی اشارٕ میلان۔ دپان ناگن چھےٚ دودس ستی رِش اُسمٕژ۔

۱۴: تاریخِ حسن (فارسی) حصہٕ دوم۔

۱۵: Kashmiri scholars often present the story of Hemaal and Naagrai as an evidence for the presence of nagas in kashmir. It is very difficult to fix the origin of a folk tale. Same tale with variables could be attested for many places, many rajput tribes in central india claim their origin to or their right on the same kind of a tale where a naag prince falls in love with a girl of their trible. The maharajas of chota naagpur call themselves naag bansi. They identify themselves as the progeny of naaga king and a brahaman girl. The geograhical locales and quasi historical setting given to the story are literary devices for the effect and reach. (Gulshan Majeed, No Naga presence in ancient Kashmir. approaches to kashmir studies, page:39-40, Gulshan Books Srinagar)

۱۶: کاشُر لُکہٕ کتھ، جلد ۵، کلچرل اکیڈمی سرینگر

۱۷: راج ترنگنی (اردو ترجمہٕ)، ترجمہٕ کار: اچھر چند شاہپوٗریہ۔ آفسیٹ ایڈیشن ۱۹۷۹ء، ص: ۱۳۱

۱۸: دپان اُمی سِندِ سے ناوس پیٹھ چھُ رٛنی آرس گوڈنیتھ "رمتی ندی" تہٕ پتہٕ وارٕ وارٕ "رٛنی آر" ناو پیوٚمُت۔

۱۹: راج ترنگنی (اردو)، ص: ۱۲۹

۲۰: تاریخِ حسن (فارسی) دوٚیم حصہٕ

۲۱: مقالہٕ: ناگ مت تہٕ کشیر، مقالہٕ نِگار: عبدالستار رنجور، شیرازٕ جلد ۱۷، شُمارٕ ۴

# کتابیات


| | | |
|---|---|---|
| ۱ | کلہن | راج ترنگنی، اردو ترجمہٕ: اچھر چندشاہ پوٗریہ |
| ۲ | وید کمار گئی | نیل مت پُران (انگریزی ترجمہٕ) جلد ۱ |
| ۳ | حسن شاہ کھوٚیہامی | تاریخِ حسن (فارسی) حصۂ اول، دوم |
| ۴ | ارجن دیو مجبوٗر | نیل مت پُران (اردو ترجمہٕ) |
| ۵ | محمد یوسف ٹینگ | ہی مال (فارسی) |
| ۶ | ڈاکٹر امر مالموہی | کتھا سرت ساگر (کاشُر ترجمہٕ) |
| ۷ | کلچرل اکیڈیمی | کاشِر لُکہٕ کتھ (شٔے جلد) |
| ۸ | کلچرل اکیڈیمی | کاشِری لُکہٕ بأتھ (۲ا جلد) |
| ۹ | کلچرل اکیڈیمی | شیرازٕ، جلد ۱۷، شُمارٕ ۴...... جلد ۳۳، شُمارٕ ۱ |
| ۱۰ | کلچرل اکیڈیمی | ہمارا ادب (مشاہیر نمبر) جلد ۲ |
| ۱۱ | بشیر بھدرواہی | بھدروا کی تاریخ وثقافت |
| ۱۲ | م رِ ظفر، گلشن مجید | اپروچز ٹو کشمیر سٹیڈیز |
| ۱۳ | غلام نبی آتش | کاشُر لُکہٕ ووٗتُر (تحقیق تہٕ تجزِیہٕ) |




# ۲- پانڈو

(ا)

بوٚڈٕ نیگ شاہزادٕ رینچن اوس یا کنٕز سواتگ شاہمیر، پننہٕ پننہٕ دپشہٕ پیو کھواو تہٕ زُو بچاونہٕ باپتھ وأتی کٔشیرِ۔ پیرن فقیرن ہنٛزِ پیش گوئی مطأبق اوسکھ ییٚتہٕ تاج تہٕ تخت پرٛاران۔ کأشرِس توأریخس منٛز چھےٚ واریاہن قصن ہنٛز سیر تہٕ کنویرِ پرٛھنٕے شیٚچھن پیٹھ استادٕ۔ اَمہِ قسمچ اَمہِ کھوتہٕ تہٕ واریاہ پرأنی شیٚچھ واتناو اَسہِ تام مورخ کشمیر پیر غلام حسن شاہ کھویہامی پانڈو رازٕ ہرن دیوس متعلق۔ سُہ اوس کٔشیرِ منٛز پانڈو خاندانک گوڈنیُک رازٕ۔ حسن شاہن چھُ بقولِ خود ''وقایع کشمیر'' پیٹھ تُلتھ، تمن 35 ہن راژن ہنٛدِس حال اوحالس منٛز پانڈو راژن ہُنٛد حال تہٕ درٕج کوٚرمُت، یم راج ترنگنی ہنٛدِس مولف کلہن پنڈِتس اتھی أسی نہٕ آمتی۔ سُلطان زین العابدین بڈشاہ سٕنٛدی دربأری شأعر مُلا احمدن اوس پنڈت رتنا کر سٕنٛدِ ''رتنا کر پورانک'' استفادٕ کٔرتھ ''وقایع کشمیر'' فارسی زبأنی منٛز تالیف کوٚرمُت۔ حسن شاہن چھُ لیوٚکھمُت زِ پانڈو خاندانکو 23 ہو رازو کوٚر أکس ساسس ؤرِیس کٔشیرِ پیٹھ راج۔ پانڈون ہُنٛد طاقتور تہٕ جُرت مند بوے ارجن دیو اوس ہرن دیوٚس بڈٕ بُڈی بب۔ ارجن دیوٚن نیچو اوس ابہمن تہٕ ابہمن سُنٛد پریکھشت / پریکھت۔ جنمہٕ جے دیو تہٕ ہرن

دٕپوٗ اُسی اُمی ہِسے راز پرٮکھت ہِنٛدی نچوٕی ۔ موٗل مُرتھ آو جمہ ہجے دٕپوٗ راز بناونہٕ۔ ہرن دٕپوٗس گوٚو ناگوار۔ بارٕنٛبن گیہِ مُژ کری ، اکھٕتے کوٚر رُکھ جنگ تہِ ۔ ہرن دٕپوٗن کھیٚیہِ شِکس تہٕ ژوٗل پنٕنی کینٛہہ یار ہیتھ ۔ چنٛبہ کٔنبن بالن منٛز ژورِ روزنس دوران وُچھن اُکس گوٗپھِ منٛز فقیر اہ یادِ خدا کران ۔ یار ہیتھ لوٚگ فقیرس خدمتھ کرنہِ ۔ فقیر گوٚو خوش تہٕ دِژن ہرن دٕپوٗس کٔشیرِ ہنٛز پادشاہی پاتھہٕ پنٛچ غائبی خوش خبر۔ کٔشیرِ وأتتھ کٔر ہرن دٕپوٗن ییٚتہِ کُس راز بال گونٛد ہِنٛدِس فوجس منٛز نوکری ۔ آخر کرنوٗن رازٕ قتل تہٕ کوٚرُن حکومتس پیٚٹھ قبضہٕ۔ ہرن دٕپوٗن کٔر 30 ہَن ؤرین حکومتھ۔

(ب)

عوام الناسس چھُنہٕ توأریخ چِن ہوٕدِ ہُر ہَن ہِتی زانٛہہ تہِ سیٚدِ سیوٚد دلچسپی روٗزمِژ ۔ تِم چھِ لگہٕ وٚوترِس جدی بٔ دی سٕز وز وراثت زأنتھ یادِ وٚوترِس منٛز رچھان آمٕتی ہِسے وراثت چھِ اکِہ پُیہِ پیٚٹھ بیٚیس پُیہِ تام سینہٕ بہ سینہٕ واتناوان روزان ۔ اوے چھِ ساسہٕ وادٕ ؤری گٕذرِتھ تہِ سائنس فوک لورس منٛز پانڈون ہِنٛدی کینٛہہ نہٕ کینٛہہ آثار میلان ، یِم زیادٕ پہن اسطوٗرِ چِن غلافن منٛز اُستھ تہِ تِہنٛد آسُن تہٕ تِہنٛدی کارنامہٕ یاد پاوان چھِ ۔ مورخو چھُنہٕ شبقہٕ پاٗٹھی بوومُت زِ جلاوطنی ہِنٛدِس زمانس اُسیاہ پانڈو کٔشیرِ ہِنٛد ہَن وَنن منٛز تہٕ بالن چھالن پیٚٹھ تہِ روٗ دی ہِتی ! امایوٚ زکاُشری چھ پیردریہ ہِہ مقامی لگہٕ کتھ بوزان

آءمتی زِ اکہ لٹہِ وأتی پانژوَے پانڈوموج کُنتی ہتھ پھِرٚ سلُن بالس پپٹھ۔ پھِرٚ سلُن گام چھُ لِدرٚ پتھرِ منز پہلگامس نکھے۔ لِدرٚ دٔریاو، یُس امرناتھ بالہِ کھوتہٕ منز شیشش ناگہٕ منز نیران چھُ، چھُ اپارٚی وسان۔ پہلگام وأتتھ چھُس آڈٕ طرفہٕ وَسہٕ وُن باگکر نالہٕ تہٕ رلان۔ لِدرٚ ہُنٛد آب چھُ بڈٕ بن بڈٕ بن پلن ہٕتی چھاوتہٕ یوان تہٕ بڈٕ تیز رفتأری سان پکان۔ اماپوٚز پھِرٚ سلُن گامس نکھہٕ چھِ اَمہِ دٔریاوٕکی میل تارٕ رفتار سوٚ ژراوان۔ اَتھ جسس منز نہ چھِ بڈٕی پِل تہٕ نہ چھ آنٛچ تیز رفتأری۔ دٔریاو چھُ اَتھِن سوٚ ترُ تہٕ آب چھُ وبتھِ ہُنٛدی پاٹھی قرارٕ پکان۔ دپان پانڈوو اوس ارادٕ کوٚرمُت لِدرٚ سوٚ تراونک تہٕ سوٚ مراونک، یُتھ اَمیُک رفتار وبتھِ ہُنٛد ہیوٕ قرار رٹہِ ہے۔ کُنتی ماجہِ تھووٗکھ بالہٕ ڈوکس پپٹھ ڈول بروٚنہہ کنہِ۔ دوٚپہس ہر گہہ کانٛہہ دُشمن یوان وُچھِہن یا کُنہِ وأرٚی داتُک شک گژھی، ڈولس دِژھس تہٕ أسی بچاوو پان۔ پانہٕ گیہ دٔریاو لتو ہٕتی سوٚ مراونہٕ تہٕ سوٚ تراونہٕ۔ میل زٕ ترٚے سوترأوِکھ تہٕ سوٚ مرأوِکھ، کُنتی ماجہِ آیہِ نیٛندرِ ژھول۔ ڈول گوو بالس ڈُلہِ۔ پانڈو گیہ ڈولک ٹھس بوٗزِتھ محفوٗظ جاین کُن زوٗ بچاونہِ۔ دٔریاو روٗد سوٚ تراونے۔ یوسہٕ ہن سوٚ تراونہٕ تہٕ سوٚ مراونہٕ آیہِ، تَتھ ہنہِ چھِ ازتہٕ مقأمی طور "پانڈون ہنز وبتھ" ونان۔ "ڈول "ڈُلہِ گژھن چھُ ازتہٕ کأشرِ زبأنی منز یسلہِ ورتاونہٕ یِنہٕ وول محاورٕ۔ معنہٕ چھُس سِرس فاش گژھن، چھلہِ چھانگر گژھنی، کُنہِ کتھِ ہُنٛد اعلان دوٗر دوٗر تام واتُن بیترٕ۔ امی لُکہِ کتھِ ہُنٛد بیاکھ پن چھُ یتھ قصس سٍتی تہٕ واٹنہٕ آمُت زِ

کُنتی وأ ژأ کس کرالہِ گربن منز تہِ ئُج دایہِ تأنس ۔ پانژھ پانڈو وأتس ژھاران ژھاران توٗرۍ ۔ تم روٗدۍ واریہس کالس أتھۍ گرس منز داسُت ٹلان تہِ دوٗہہ کڈان ۔ حضرت شیخ نورالدین ریشیؒ صأبن تہِ چھُ کینژَن شرُکین منز اورُکن اِشارٕ کورمُت بلکہِ چھُن کُنتی ہنٛدِ دایہِ تانیٚک یہِ واقعہٕ دُنیاہچہِ ،مال ودولتچہِ تہِ اقتدارچہِ بےثبأتی ہنٛدِس معنہِ یَس منز ورتومُت ۔

دمی ڈیٛنٹھم دزٕوٕنی گجی

دمی ڈیوٗنٹھم دٕہ نتہٕ ساس

دمی ڈیٛنٹھم پانڈون ہنٛز مأجی

دمی ڈیٛنٹھم کرأجی ماس

آدنہٕ ژہتہٕ تورٕگی رزٕنیم ولأسی ۔ یُتھ نہ زِ ہٮ۪یم ترأسی پوٚ

ٕکتین مےٚ دُنیاہکۍ زنجیرکأسی ۔ سِو زَن اوسُس گور ماندو

تتی کرالہِ گرِ لجاسس وأسی ۔ نیٛنٛدِ شوٗ کرالہٕ گرِ پانژھ پانڈو

بیا کھ روایتی قصاہ تہِ چھُ چلہٕ وُن یتھ کورَون تہِ پانڈون ہُنٛد جنگ اندواتنکِس زمانس ستۍ پھوٗل وأتھ چھُ ۔ دپان جنگ زیٚنتھ وٚون بھگوان کرشن جین زِ اکہِ بڈِ ہونک گرٛھہِ انتظام کرنہٕ ییٚن یتھ کرٕو کھیتر کس زمینس اشوٗ ژرژلہِ تکیازِ انسانن ہنٛدِ رتہٕ ستۍ گیہِ یہِ زمین ناپاک ۔ ہوَن کرنہٕ باپتھ آیہِ انتظامات کرنہٕ ۔ سوال ووٚتھ ،ہوَنس کُس روزِ بُتھِ یعنے اَچ رہنمأیی کُس کرِ؟ دپان بڈۍ بڈۍ ریٚشۍ تہِ وِدوان أسۍ حاضر کرٛشن جین اوٚن بھیم

دیوٕ پانڈوناد دِتھ۔ بھیم اوس سبٹھاہ طاقتور۔ پنہٕ نِس طاقتس پیٹھ اوس تس سخ گھمنڈ۔ دوٚپنس، کشیرِ پیٹھ اٮ۪ن زارِ پارٕ کرِتھ واگہٕ بھٹ۔ سُے ہیکہِ بِپتس بڈس ہوٚنس بتھِ روٗزِتھ۔ واگہٕ بھٹ اوس کشیرِ ہنٛدِس مشہور شہر ویٚنجہِ بیاُرِس نکھے واگہٕ ہوم گامس منز روزان، ڈلیلہٕ گری سٕنٛدی کنٛز اوس سُہ سیوٚ دساد تہٕ پھتہٕ پھیور مُفلِس گریوٚس۔ اکھ ووت پرووت خدا دوس۔ بھیم سین ووت کشیرِ تہٕ لوٚگ واگہٕ بٹن پے پتاہ ژھارنہٕ۔ واگہٕ ہامہِ ہاُوس لوٗکو تسنٛز پہر۔ واگہٕ بھٹ اوس امہِ وِزِ کھھس پیٹھ داند وایان۔ بھیم ووت کھھس نکھہٕ۔ واگہٕ بھٹ وُچھن بچور ہیوٗ ملکرٕ قمیضہِ رژھاہٕ نالہِ ژھنِتھ تہٕ لنگوٗٹی کرِتھ داند وایان۔ گر واجینِہ اوٚنس بتہٕ۔ بتہٕ کھینہِ بیوٚٹھ بٹھس پیٹھ۔ کاواہ آو تہٕ بیوٚٹھ البانہِ پیٹھ۔ داندروٗ دی زمین وایان۔ بھیمس گیہ نکھتھ۔ آخر گوس بروٗنہہ کُن تہٕ دوٚنس کرشن جیُن پیغام۔ واگہٕ بٹن مانیوس نہٕ۔ بھیم لوٚگس زارِ پارٕ کرنہٕ۔ واگہٕ بٹن دوٚپس، ژےٚ پیی اکھ وعدٕ کرُن زِ نہ کھیاوَ کھمےٚ زمینہٕ پیٹھک اناج تہٕ نہ چاوکھ کولن ہُنٛد آب، برابر توٚ تام یوٚ تام ہوَن پوٗرٕ گژھِ تکیا زِ انسانٔی رتن چھےٚ زمین ناپاک گرمژ۔ بھیم گوٚ وعدٕ دِتھ۔ بھیم تہٕ واگہٕ بھٹ ییلہِ بانہاُج بالس پیٹھ واتی، واگہٕ بھٹن دوٚپس، دِسامےٚ ترٛیش۔ دریاون ہُنٛد آب دِنس اوس نہٕ وعدے، بھیمن دوٚپس، آب کتہِ انہٕ؟ واگہٕ بھٹن دوٚپس، کھوٚڈ کھنِتھ کڈ آب زمینہِ تلہٕ۔ بالس پیٹھ سامانہٕ ورأے کھوڈ کھنُن ماچھےٚ گفہ کتھاہ۔ بھیمس اوس طاقتک نشہ تہٕ مد، سُہ لوٚگ کھونہِ وٹہٕ ستی کھوڈ کھننہِ یوٚ تام

کھونہٕ وٹھ زٕلنہٕ آس تہٕ ماز چھنیوس۔ دیان واگہٕ بھٹن وول بھیم تتھے پاٹھی کروکھیتر تام واتان واتان مَدٕ۔تورواتان واتان اوس سُہ کریٖزٕ ے یوت روٗ دمُت۔ وننہٕ چھُ یوان زِ "کھونہٕ وَٹٕہ کھوڈ کھنُن" محاورٕ چھُ اَمی واقہٕ ہُک یادگار۔یتھ لکہٕ بأتس منزٕ تہٕ چھُ بھیم سُند واگہٕ بھٹ ژھارنہٕ یِنہٕ کِس واقہٕ ہس کُن اِشارٕ۔

بھیم سینس یوٗچھِ نُے کأشرٕ ہِنٛدِ رأژٕ ے
وٕتھِتھ تہٕ دیُتن نمبلے نار
گرٕھتھ تہٕ گورِ ہِنٛدِ دود چونہٕ یِژٕ ے
بگوانہٕ چانہٕ گرٕھ نمسکار

واگہٕ بھٹ ووت کروکھیتر تہٕ ریٖشو، گورَو تہٕ درویشو کڈی بریڈی ۔ سأری گیہٕ ناراض۔منتر پرنس کوٚر رُکھ اِنکار تکیازِ تِمو کوٚر نہٕ واگہٕ بھٹُن زیٹھ بٔنُن قبوٗل۔واگہٕ بھٹن انہٕ نو وآبہٕ گڈٕو۔اَمی منزٕ لوبیُن تھوٗمبا تھوٗمبا لبن تہٕ لبو منزٕ گریٖزٕ یِیہٕ پأنی پانے منتر۔اوٗ گنہٕ کونڈس تہٕ ہیوٚتُن پانے نار۔یہٕ وُچھِتھ ہیٚزٕ سارؤ ے معأفی۔

دَ ے زانہٕ اَتھ اسطوٗرس چھُ تیاہ حقیقی توأرٕیخس ستیٚ کانٛہہ واٹھ تکیازِ وجیشوٚریاں زِ وِیجہٕ بیور چھُ اَمہٕ واقہٕ پتہٕ واریاہ کالی پانڈوراز وِزیانند یوٗن بنوومُت تہٕ بسوومُت۔ ووٚنی گوٚو عام لوٗکھ کتہٕ چھِ تأرٕیخن تہٕ سٔنن سنان۔ رازٕ وزیانندن کوٚر بقول حسن شاہ اَتھی وجیشورس منزٕ مشہور وجیشور کنہٕ مندر

تعمیر، یتھ پیٹھ اکھ لچھ اشرفی خرچاونہٕ آیہٕ ۔ وِزیانند اوس کشیرِ ہُند سُتم پانڈو راز ۔ اُمی سِندِ سے دورس منز چھُ وجیشور مندرس ستی بیاکھ مشہوٗر اسطوٗری واقعہٕ منسوٗب ۔ یہِ واقعہٕ چھُ کاشرِ زبانِ منز اکھا اہم تلمیح بنیومُت ۔

دیان اتھ مندرس منز آسہٕ کاہ گھنٹایہ اویزان ۔ مالہٕ پھولہٕ وُن اوس مندرُک راج پروہت بڈ گھنٹا وایان ۔ اَمہِ پتہٕ اُسی باقی داہ پروہت داہ گنٹایہِ وایان ۔ یِم گنٹایہِ واین وأل اُسی شہرس نکھے اَکِس بستی منز روزان ، یتھ گنٹا لکا پوٗرم ناواوس ، ازتہٕ چھُ ونجہِ بیأرِس نکھہٕ اکھ گام یتھ گانٹل پوٗرونان چھِ ۔ اکہِ دوہہ وُچھ راج پروہتن اکھ خوبصورت زٔنی مالہٕ پھولنہٕ بروٗنہہ ونتھ منز سران کران ۔ راج پروہت گوٚو اُمس پتہٕ پتہٕ گرتام ۔ زنہِ کوٚرنس سخ عزت تہٕ اورینگ مقصد پرٛژھنس ۔ راج پروہتن ووٚنس زِ شوٗٹھس گوٚو چون شوق ۔ زٔنی اُس گاٹج ، دوٚپنس ، بہٕ کڈے ژے حاجتھ ییلہِ ژٕ تہٕ مے حاجتھ کڈکھ ۔ پروہتن وونس ، کیاہ گژھی ؟ زنہِ ووٚنس مندرٕ چ بڈ گنٹا ۔ راج پروہتس گیہِ شہوت غالب ۔ یکدم اُژن گنٹا تہٕ تھاوُن اُمس زنہِ بروٗنہہ کنہٕ ۔ گوناہ کرِتھ دِژن ژھنیپھ ۔ گاشہِ مندین گوٚو مگر گنٹایہِ وایہ نہٕ کانسی ۔ رازس دِژ کھ خبر زِ بڈ گنٹا چھےٚ رأوِمژ ۔ ترٛے کرِتھ کرِ کھ لوٗکھ جمع ۔ زٔنیاہ اکھ آیہٕ تہٕ کرِن گنٹا پیش ۔ سوٗرے قصہ بوٗزِتھ ووٚن رازن زِ یتھ دھارمِک معاملس منز ہیکیہٕ نہٕ بہٕ راج پروہتس سزا دِتھ ۔ یہِ نی ہوٚن کنڈی پوٗرونس منز ( حالانکہِ از چھُ کنڈی پوٗر ونجہِ بیأرِس نکھے اکھ گام ) شوید پنڈتس نِش ۔ راج پروہتس اوس نیلہٕ

پنڈت ناو۔ نیلہِ پنڈت ییٚلہِ شوپد پنڈ ژتنس آشرمس منز واتنوٗ کھ، شوپد پنڈتن، یُس سبٹھاہ وِبد وان تہٕ خدادوست اوس، دیٚتُس شاپھ۔ نیلہِ پنڈتس بنیہٕ گنٕز۔ شوید پنڈتن وٚونُکھ زِ کاہ انسان لٲگو یتھ کنہِ اونگجہِ کاہ تہٕ واتنٲوِیٚن وجیشور مندرٕ کس براندس نش۔ أتھی کنہ وٚونُکھ ''کاہ کاہ پٔل'' دے زانہِ از کتہِ چھُ یہِ پٔل مگر أتھ ییٚلہِ کاہ زٕنی اکھا کھا اونگجِ لاگان أسی، یہِ اوس تھوٚ دوہ تھان۔

یَس نہٕ رٕکھنٕ تس کیٛنہہ ہِکی اَرٕ سَرٕ
یس پرٕ بتھ کیٛنہہ تَس کیٛنہہ نٕک ہول
زانہِ یہِ کاہ کاہ پٔل وٚیجہِ بیاریٛک
کمٕی ہیٛوک کُس تھوٚک کمٕی کیا ژول

(دینا ناتھ نادم)

## (ج)

مورخ حسن شاہن چھُ لیوٚکھمُت زِ راژٕ رام دیو اوس ہرن دیوٗن نیچُو تہٕ کٔشیرِ پیٹھ حکومت کرن وول دوٚیُم پانڈو راژٕ۔ تمٕ چھےٚ 69 ؤرِین بادشاہی کرٕمٕژ۔ واریاہ نوٚی علاقہٕ کٔرِن فتح۔ فنِ تعمیرس کُن دِیُتن دِیان۔ مٹن وُڈٕ ریٹھ بسووٗن اکھ بارستہٕ شہر، یتھ بابُل وَنان أسی۔ أتھی وُڈٕ ریٹھ کوٚرُن أتھی شہرس منز اکھ شاندار سوٚ ریہِ مندر تعمیر۔ یہِ مندر چھُ ''مارتنڈ یشور'' ناوِ سبٹھاہ مشہوٗر۔ مورخو تہٕ سأل انو چھِ مندرتہٕ اَمِک حأران گُن فنِ تعمیرُ وٕ چھتھ کرِ پمانہٕ

کَڈِۍ ہِتۍ ۔ بجہٕ بجہٕ شیلہٕ ، یِمن اَکِس اَکِس تُلنہٕ یا پننہٕ جایہِ ڈالنہٕ باپتھ ساس
ساس نفرتہِ کہٕے چھِ ، پتھ زبردس ووستادٕلہِ سان اکھاَکِس پیٹھ تھوتھ جورنہٕ
آمٕژ ، حالانکہِ اکھ سرٕ ویا درٕ زتہِ چھنہٕ کُنہِ نظرِ گژھان ۔ ازتہِ چھُ اَمہِ مندرُک
تھزر 75 فٹ تہٕ راد ہونٕژ چھُ 33 فُٹہٕ ۔ مندر چھُ 220 فُٹ زیٹھس تہٕ
142 فُٹ کھٕلِس آنگنہٕ نس منٛز باگ ۔ اماپوٚز مورخ چھِ اَمہِ شاندار مندرُک
تعمیر کار رازٕ للتادتس مانان ، تکیازِ تہندِ کِنہٕ چھنہٕ کانٛہہ معتبر تواریخی شہادت رازٕ
رام دیوٕنس حقس منٛز ماسوائے مورخ حسن سُند رتناکر پورانکہِ حوالہٕ یہ وَنُن زِ
مارتنڈ مندر اوس رام دیون تعمیر کوٚرمُت ۔ ووٚنۍ گوٚو یہ ہن چھُ پرٛتھ کانٛہہ
مانان زِ للتادتن اوس یہ مندر پرانہِ مندرچہِ پُرنہِ پیٹھ بنومُت ۔ عام لوٗکھ چھِنہٕ
اتھ مارتنڈ مندر ونان بلکہِ "پانڈولرٕ" تہِ دِتھ گوٚو یہ چھُ پانڈون ہُنٛد مکانہٕ ۔
اماپوٚز کٔشیرِ منٛز چھِ کینژَن پرٛھن کنہٕ عمارژن تہِ پانڈولرِ ونان مثلن وٕنتی پورٕ
کیٛن مندرن ، یِم رازٕ اونتی ورمنن ، پانڈو رازن ہُنٛد دورِ حکومت مولٕتھ
واریاہہ زمانہٕ پتہٕ تعمیر کٔرۍ ہِتۍ آسی یا تِسٕندِس نیٚچوی شنکر ورمنن امی طرزُک پٹنہٕ
تعمیر کرنہٕ آمُت مندر ۔ تِتھے پاٹھۍ وٕنتی پورٕ پیٹھٕ داہ کلومیٹر دوٗر برارِ آنگن بالہٕ
دامنس تل نارستان مَندر ۔ ووٚں گوٚو بیاکھ کتھ تہِ چھےٚ مورخو لیچھمٕژ زِ مارتنڈ
مندرٕ کھوتہٕ چھےٚ زیادٕ فنی نفاست تہِ مُرٕژ گرٛی ہنٛز نزاکتھ وٕنتی پورتہٕ پٹن
مندرن ہِنٛدِس تعمیرس منٛز درینٛٹھۍ یوان ۔ ووٚں چھُ دون کتھَن کُن توجہ گژھان
زِلگہٕ ریوا ۔ یتھ چھےٚ پانڈو رازٕ رام دیوس مارتنڈ مندرُک تعمیر کار مانان تہٕ تیلہِ

چھُ یہِ مندر پانڈون ہِنٛز عظیم یادگار۔ دۄیم کتھ چھےٚ یہِ زِ پانڈو ٲسی پہلوان۔
تِہنٛدِ طاقتور، قداوار، جسیم تہٕ بارعب آسنہٕ نِک تصوٗر چھُ ازتہٕ کأشرِس اجتمأعی
ذہنس منٛز قأیم۔ کأشرِ بوچھُ وارِ یہن باڈوبڈٕ ہن، وٕبِکھتن تہٕ گوبن چیزن ستی
"پانڈو" لفظ وأتِھ تِمن غأر معمولی وِبھرٕ ار عطا کوٚرمُت مثلن پانڈو پل،
پانڈو کنز، پانڈو دستار بیترِ۔ مشہور مغل روڈس پیٹھ بہرام گلہٕ پیٹھ میل کھنڈ دوٗر
یُس خوبصورت آبشار "نوری چھم" ناوِ مشہوٗر چھُ، تتھ چھِ مقأمی لوٗکھ کأشرِ زبأنی
منٛز پانڈو گریٹھہٕ ونان۔ فدا راجوروی ین چھُ پننہِ "مغل روڈ، مختصر تاریخی
تناظر" اُردو کتابہِ منٛز اَمہِ پاں ژادرِ ہِنٛدِس "نوری چھم" ناوس ستی ستی پرٕ ہتھ
جایہ "پانڈو گریٹھہٕ" ناو تہِ درج کوٚرمُت۔ پانڈوٕ پتھ چھُ مراد دیو قامت تہٕ
دیو قوت انسان تہِ۔ خبر مارتنڈ مندرس تہِ ماوٕونگھ تھوٚد، بوٚڈ، وسیع، مضبوٗط تہٕ
شیلن ہنٛدی دیوارو چھتھ "پانڈولر" تتھِ پأٹھی پٹن، ووتی پور تہٕ نارستان بیترِ
مندرن تہِ پانڈولرِ وۄنگھ۔ یڑ چھُ یہِ زِ زیادٕ زیادٕ قدامت چھےٚ واقعاتن تہٕ
چیزن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اسطوٗری بناوان۔ مقأمی طور ٲسی حال حال تام پرانہِ
پُرٛتہٕ ہنٛدی مقأمی لوٗکھ پوٗرِ پرٛھِ سان ونان زِ یِلہِ پانڈو یمہِ لرِ تعمیر کران ٲسی،
مٹن وُڈِ رپیٹھ ٲسی کنہِ پلناوان تہٕ ووتی پورٕ ٲسی رٹان یا پانڈون ہُنٛد نرِ پلو
اوس نارستانہٕ پیٹھ ووتی پورتام۔ اتھ کتھِ منٛزِ تہِ چھُ پانڈون ہِنٛزِ پہلوأنی تہٕ بالا
فطری تصوٗرک عمل دخل، فوک لور ماچھُ اکثر اوقات واقعاتن عقلہٕ ہنٛد بوٚ
پیمانو تُل کران تہٕ زبأنی فرق زنانان!

بیا کھ پانڈولر چھٔ بالواپارِ مینڈھر قصبہٕ پیٹھٕ مغربس کُن ترٛیے میل دوٗر اَکِس کھلہٕ مأدانس منٛز، تتھ جایہِ ییتھِن چھونٛگاں نالہٕ تہٕ مینڈی دریاو رلان چھِ۔ اَمہِ لرِ ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ دیوار چھُ پانژاہ گز زیوٗٹھ۔ تعمیرس چھِ اَکی گرتھکی بڈی بڈی پل لاگنہٕ آمتی، یِم نرٛم، ژٕکوٚنجل تہٕ خوش یوٗنی چھِ، اتھ لرِ چھِ تہِ ''پانڈو محل'' ونان۔ خاص محل کِس جنوٗبس کُن چھِ پانژن کوٹھرِ ہنٛدی آثار موجوٗد۔ محلس منٛز چھُ مندر اوسمُت۔ اَمہِ محلہٕ علاوٕ تہٕ چھِ کینٛہہ آثار پانڈون سٕتی منسوٗب۔ پرٛونٛژہکی خوشدیو سنگھ مِنی یَن چھُ لیوکھمُت زِ وَننہٕ چھُ یوان پانڈو اَسی اتھ جایہِ تیر اندأزی ہنٛز مشق تہِ کران۔ تیر اَسی کنِن ہنٛدی آسان تہٕ یِم اَسی وادی سُرن تہٕ پرٛونٛژہ کُن لاینہٕ یوان۔ پانڈون ہنٛدی کینٛہہ تیر چھِ وُنہِ تہٕ وُنس تل یوان۔ اکھ تیر چھُ سُرن وادی ہنٛدِس مغربس کُن بالہِ کھینگرِ پیٹھ، دوٚیم سُرن کوٹہٕ تہٕ ترٛییم پرونٛژہ شہرس قلعس سٕتی اَکِس جایہِ زمینس منٛز۔ پرٛتھ کانٛہہ تیر چھُ الہٕ پلہٕ 25 من گوٚب تہٕ دٕہ فٹ زیوٗٹھ۔ مِنی چھِ لیکھان زِ یہِ محل اوس پانڈو وجلاے وطنی دوران تعمیر کوٚرمُت، یہِ نہٕ بہِن لایق چھُ تِکیازِ جلاوطنی دوران اَسی تِم ژٔھری تہٕ چھٔنٛگ تہٕ ہٹرٕ ہٹرٕ پھیرِ نکس حالتس منٛز، بنان چھُ محل ما آسہِ پانڈو وراز و کرو کھیترٕک جنگ زینٕنہِ تہٕ حکومتھ حاصِل کرنہٕ پتہٕ یا کشیرِ منٛز پانڈو راج قایم سپدنہٕ پتہٕ تعمیر کوٚرمُت۔

(د)

کأنسہِ قداوارتہٕ طاقتور انسانس تہِ چھِ "پانڈو" ونان مثالے گٕلی پانڈو، پانڈو بأے، اکہٕ پانڈو۔ کیٹرن ستی چھُ یہِ لفظ کرام بٕنتھ لارِتھ گومُت۔ ژِک خاندان کیو مشہور پہلوانو منز اوس أکس پانڈو ژِک ناو۔ پانڈون ہٕنٛدِ ییمہِ فرقُک سُہ فرِ داوس، تتھ متعلق تہِ چھےٚ بالا فطری لُکہٕ کتھ چلہٕ ونی۔ دپان اَمہِ فرقُک جدِ اعلیٰ اوس دارو دابھسیار علاقہٕ چہٕ برٛشال جایہِ روزان۔ اتھ علاقس منز اُسی ژٕندر باگایہ پٔنٛژ راز ویر، پرونژھ تہٕ مظفر آباد تاہٕ مکی علاقہٕ شأمل۔ قصہٕ چھُ یہِ زِ اَتھ برشال جایہِ گرأکی دہن زنانہِ أکس ستی مباشرت۔ تَس لۆگ شُر ڈمب۔ شُر اوس تیوٗت وکھُت مَنٛز ہیوٗ زِ سُہ پیٚو ماجہِ ہُنٛد شکم ژٕٹتھ نبر کڈُن۔ موج مویہ تہٕ شُر بچوو۔ ناو کوٚر رہس لشکر ژِک۔ لنگر ژِک اوس أمی ہٕنٛدِ وٕے زُربو منز۔ سُہ اوٗن دُشمنو ییٚل تہٕ ووت ژلان کٔشیرِ۔ ییٚتہٕ أیسس ہرن دِہو، ریٚنچن تہٕ شاہمیرِ نی پأٹھی خوش بختی پزاران۔ پانڈو ژِک، کأج ژِک تہٕ حسین ژِک اُسی أمی ہٕنٛدِ وٕے اولادو منز، ژِکو کوٚر 32 ہن وٕرِین کٔشیرِ پٔنٛژھ راج۔

(ہ)

کأشرِ لُکہٕ شاعری منز تہِ چھُ کُنہِ کُنہِ جایہِ پانڈون ہُنٛد ناو تہٕ دبدبہٕ نظر گژھان مثلن:

اَسہٕ کۆ رورِدان سو بدرایے ارزن دیٖو نہٕ بأریایے

(میخلہ ہُر)

واسدیو راژنی کنک چھم والنۍ ارزن دیٖو چھُم اتھِ دأرِتھ

مَن مال گنڈیو صُبحے دارو ارزن دیٖو نہٕ بأرِ بایے

وۄمن ہُری ہے دأنتودن تے ارزن دیٖو یۆت دان ہێنہٕ آو

(وپگی ہُری)

اورِ آو بھشمکھ راژن پانڈو واسدِیو راژِنس منڈلس بیٖوٹھ

(دارِپوٗزا)

تم دِے پانژوَے بارِنی أسی تمہٕ نے اوسے پانڈو ناو

پانڈو راژنی سنتان أسی رام لکھمن ونو أسی گوو

(میخلہِ ہُری)

ژرارِ شریفہٕ چھُ أ رکس ناڈِ بُٹھِس ارزُن ناو، کیاپتاہ اتھ ناوس تہِ ما آسہِ ارزن دیٖوس ستی کانہہ تعلق روٗ دمُت ۔ ارزن دیٖو چھُ حضرت شیخ العالمؒ صأبن تہِ شُرٕ رکس مژ ورتومُت ۔

پھنب کأیس سلاح پأرتو

لأ رگتھ نیرتو ارزن دیٖو

ٹکان پُل صراط ترتو

اَدِ کرتو مبارکباد چھیٖو



# کتاب نامہ


۱۔مکمل راج ترنگنی (۱۹۷۹)،جلد:اول (اُردو)،مترجم:ٹھاکراچھرچندشاہپوری،لایٹ اینڈ لایف پبلکیشنز،نئی دہلی۔

۲۔تاریخ حسن (۱۹۹۹)، حصہ:دوم،مولف :پیر غلام حسن شاہ کھویہامی،جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکاڈمی،سرینگر۔

۳۔کأشرِ تلمیح (۱۹۸۵)،ترتیب کار:غلام نبی آتش،موہن لال آش، جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکاڈمی،سرینگر۔

۴۔کأشر لُکہٕ کتھ: جلد ۵،(۱۹۸۸)،ترتیب کار: نشاط انصاری،جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکاڈمی، سرینگر۔

۵۔کأشر لُکہٕ کتھ: جلد ۶،(۱۹۹۰)،ترتیب کار: غلام نبی آتش،جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکاڈمی، سرینگر۔

۶۔کأشرِ لُکہٕ بأتھ: جلد 4،5،(۱۹۷۰،۱۹۷۲)،ترتیب کار:موتی لال ساقی،جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکاڈمی،سرینگر۔

۷۔کأشُر انسائیکلوپیڈیا: جلداول،(۱۹۸۶)،جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکاڈمی،سرینگر۔

۸۔مقالات اطہر:مصنف،عبدالغنی بیگ اطہر۱۹۹۹

۹۔شیرازہ (اُردو): جلد ۱۹،شُمار:۷،مضمون :پانڈو محل ،مصنفہ،خوشدیو سنگھ مینی،جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکاڈمی،سرینگر۔

۱۰۔مغل روڈ مختصر تاریخی تناظر (۲۰۰۸)، مصنف :عبدالرشید فدا راجوروی،خالد پبلکیشنز بہروٹ،راجوری۔




# ۳۔ مغل

## (۱)

ہندوستانَس منز موغل سلطنتچ بُنیادتراون وول اوس ظہیرالدین بابر۔ یُمی سنز کرأنی ہانٛکل صاحبِ قرآں امیرِ تیمور گورگانی یَس ستی رلاونہٕ آمژٕ چھےٚ۔ امیر تیمورس أس عظیم منگول حکمران چنگیز خان نہِ خانوادِ چ اکھ شہزأز نیتھری پتھ پأٹھی اوس سُہ چغتایی تُرکن زامُتر۔ دپان تیموٗرس تہٕ تسنزِ أمس تُرک حرمہِ ہُنٛد مُشترکہٕ جدِ امجد اوس بُزن چار۔ تاریخ رشیدی ہٕنٛدِ حوالہٕ چھُ محمد یوسف ٹینگ لکھان زِ

''پانہِ اوس بُزن چار اسطوٗری حیثیت تھأوان، تِکیازِ وننہٕ چھُ یِوان بُزن چاراوس أکِس انہٕرِ شہِ زنہِ ہُنٛد اولادِ یمس ستی زوٗنہٕ گاشِ ژٕ ژہم بستر سپدِ یمژ أس ا۔

بابرس أس موج مغلستانکِس بادشاہ یونس بیگنٛی کوٗر۔ عمر شیخ میرزا اوسُس مول، یُس اندجان تہٕ فرغانہَ ہُک بادشاہ اوس۔ عمر شیخ میرزا اوس سلطان ابوسعید سُنٛد فرزند۔ سلطان ابوسعیدس أسی کاہ گبرَ۔ یمو منزٕ صرف

ژورَ بادشاہی حاصِل کٔر۔ محمد بابر میرزا یُس پتہٕ ظہیرالدین بابر ناوِ مشہوٗر گوٚو، زاو ۸۸۸ھ منز۔ سُلطان ابوسعیدس اوس امیر تیموٗر گورگانی بڑ بُڑی بب۔ یتھ پأٹھی چھِ سلطان ابوسعید ہِندِس نیچُوس بابرس ہِندِ بن لوٚتین پوٚتین چغتأیِی تہٕ ونان، تیموٗری تہٕ مغُل تہٕ۔ بابر اوس کہوٗ ہرے تہٕ موٗدُس مول۔ اَوٕ اَشناوو، وفادار وٗتہٕ مأیِل ہِندِ بوٗنمک خوارو گرٕس تاجپوٗشی۔ کینٛہہ مورخ چھِ لیکھان زِ تخت نشینی وِزِ اوس بابر صرف باہوٗ ہر۔ اماپوٚز یرہ تھ طرفہٕ آیَس دُشمن ووتلتھ، پٔنٕنی تہٕ ووپرتہٕ، سارِنٕے اوس بادشاہی ہُنٛد خارٕ۔ کاٗتی نوٚم کورہس۔ ژٕولرٕ زٕ لُجُس ژھیپہٕ ژھیپھ۔ برابر باہن ؤری بن روٗزس لارتہٕ چھار۔ اماپوٚز جگرٕ دوٗرتہٕ اوس تہٕ سخت جان تہٕ۔ کُنہِ جایہِ تھیتھ نہٕ اَستھ تہٕ اوس موقہٕ وُچھتھ شِترن شیتہٕ ژانان۔ گہے زینان، گہے ہاران مگر نہٕ ہمتھ ہاران تہٕ نہٕ برانتھ تراوان۔ مغلِستان کِس ماتامأیِل علاقس منز اوس زأنی کارن تہٕ دگدارن ژورِ ژورِ یکجا کران۔ وارِ وارِ ہِند ؤرُن تہٕ مأیِل ہِندِس وزیر خسروشاہ ہِندِ مدتہٕ کوٚرُن گوڈٕ کوٗبل فتح تہٕ پتہٕ کوٚرُن قلات، قندہار غزنین تہٕ ہزارہ علاقن قبضہٕ۔ ہندوستانس پیٹھ ٹوٗریَیس اَچھ۔ ژورِ پھِرِ کوٚرُن حملہٕ مگر گوٚو ناکام۔ پانٛژمہِ پھِرِ دِژِن دِلہِ ہِندِس بادشاہ ابراہیم لودِہی یَس جنگس منز شِکس تہٕ اٹھوٗ ہمہِ رجب ۹۳۲ھ کیٚتھ سوٗمن دِلہِ ہُنٛد تاج تہٕ تخت۔ تسٕند بوٚلوٚتو پوٚتو کرٕ ؤری وادن ہندوستانس پیٹھ حکوٗمت۔ یِمو منزٕ اکبر، جہانگیر، شاہ جہان تہٕ اورنگ زیب بہادر شاہ دبدبہٕ واٚلی، ناماوار تہٕ

قداوار فاتح اُسی ۔ بہادُر شاہ ظفر سٕنزِ معزوٗلی ہٕستی لوٗس موغلن ہُند اقتدار ۔

(۲)

مغُل بادشاہن اوس گوڈٕ پیٹھے کٔشیرِ راج تاج کرنٕک تہٕ امیُک حُسن چھاوِنکُ ہاوٕس ۔ وارِیہس کالس چھلہٕ چھانگرِ روٗزنہٕ سبہٕ آکھنہٕ یہٕ ہاوس بعمل ۔ بابر سٕنذِس نیچوٗس ہمایوں شاہس آسہٕ کٔشیرِ ہٕنٛذی تعریف بوٗزِتھ وانٹہٕ بڈٕ نہٕ گرٕ ھان مگر جنگن منٛز ہیٚنہٕ پیٚنہٕ کٔنزٕ دراس نہٕ کٔشیرِ زینہٕ نٕک تہٕ چھاونٕک شرٕ ۔ اما پوٚز میرزا حیدر کاشغرین، یمس میرزا حیدر دوغلات تہٕ وَنان چھِ، کوٚر ۹۴۷ ھ منٛز رجب رہتہٕ نہٕ اکوٗہمہِ دوہہٕ کٔشیرِ پیٹھ قبضہٕ ۔ سُہ اوس سلطان سعید کاشغری سُنٛد باپتھر تہٕ بابرس ماسٹر بوے ۔ شاعر تہٕ اوس تہٕ مروجہ علوٗمن پیٹھ اوسُس دسترس تہٕ ۔ تاریخِ رشیدی چھےٚ اُمی لیچھمٕژ ۔ اتھ وقتس منٛز اُس کٔشیرِ منٛز مسلکی مُژ کری، اوے اُسی کینٛہہ امیر وزیر ہمایوں شاہس کٔشیرِ پیٹھ حملہٕ کرنہٕ باپتھ دعوت دِنہٕ تہٕ گمتی ۔ ہمایوں شاہن دُیُت پننہٕ نوٚ مجبوٗرِ بوٚ کٔنزٕ کأشرٕ بن ہٕنٛذِس دعوتس کنہٕ ڈول مگر میرزا حیدر ووت کٔشیرِ، واریاہ جنگ وجدل کرنہٕ پتہٕ تہٕ کأشرٕ بن لیڈرن پانہٕ وأنی کأنزس لگر پھٹنہٕ پتہٕ کٔرن کٔشیرِ حاصِل ۔ داہن ؤرِہن کٔرن کٔشیرِ پیٹھ حکوٗمت ۔ سِکہٕ تہٕ خطبہٕ کوٚرُن سلطان نوزُک شاہنہٕ ناوِ جأری ۔ نوبَن کارن کسبن دُیتٕن رواج ۔ کأشری ہیٚچھِ ناو نأوِن حمام سأزی، نارِ لبلبن منٛز دانہِ ہوکھناوُن، تکی یہٕ داردارِ گرنہِ لکرِ ہٕنٛز پنٛجر کأری تہٕ رنگہٕ رنگہٕ کار ۔ اکھُتے چھِ دپان سبز چایے تہٕ کٔرن متعارف ۔ اُمس

متعلق چھےٚ اکھ اسطوٗری لُکہٕ روایت تہٕ چلہٕ وُنی ، دپان ژٕمو اوس خابَس منٛز أرکس صحراوس منٛز اکھ نوٗرٕ بوٗ رُت بُزرگاہ أڈی جہِ سوٚ مبراوان وُچھمت۔ میرزا حیدرن کوٚر عرض تہٕ کم چھوٕ تہٕ أڈی جہِ کیاز ژھوٕ سوٚ مبران؟ بُزرگن وٗنُس ، بہٕ چھُس شیخ نوٗرالدینؒ ریشی، کأشرٕ بن ہنٛزٕ أڈی جہٕ سوٚ مبراوان۔ تِمن چھِ بے رحم حکمران قتل کران تہٕ قتل کرنہٕ خأطرٕ چھکھ تِہٕی صحراوس منٛز واتناوان۔ دپان میرزا حیدرس دُیتِکھ کشیرٕ ہِنٛک اِشارٕ تہٕ۔ یہٕ روایت یوٚ دوے حضرت شیخ نورالدینؒ ریشی یَس ستیِ لُکہٕ عقیدٕک نتیجہٕ چھےٚ مگر امیُک اِشارٕ چھُ یتھ اسطوٗری شعرٕ بنٛدس منٛز تہٕ موٗجوٗ دیُس لُکہٕ شأعری ہُنٛد اکھ لوکٹ نموٗنہٕ چھُ ۔

خاب ییلہٕ وُچھنَے مبرٕ ز کاشکأری
تاب تَس روٗ دُے نہٕ کشیرٕ آو
مارنہٕ آسی کأشرٕ بن زوان ژأری ژأری
یا شیخ نورالدین یأری کرٕ[۲]

میرزا حیدر کاشغری آو ۹۵۷ھ منٛز أرکس مقأمی جنگس منٛز مارنہٕ۔ تِمس پتہٕ تہٕ ہیوٚک نہٕ موغلو الہ پلہٕ ژٕتیجہن وُرٕ بن کشیرٕ پٹھ باضأبطہٕ قبضہٕ کٔرتھ۔ کأشرٕ لیڈر تہٕ فوجی جرنیل یوٚ دوے پانہٕ وأنی رٔتس رٕکنہٕ تہٕ کران آسی مگر شالس شال دُشمن ٹنگہٕ وِزٕ کُنی۔ تِم آسی بیروٗنی حملہٕ آورس خلاف سمُت کران۔ اکثر جنگن منٛز بیہہ ناوِ کأشرٕ بو بہوٗدُر و مغل فوجس زسمہٕ۔ أخرس کوٚر موغلو یوسفؒ شاہ چک ۹۹۴ھ منٛز یَب گٔرتھ گرفتار تہٕ کشیرٕ ترأوکھ پننہٕ حول منٛز۔ وار یہو محبِ وطن

کأشر بوڈزایہ نارس زِمگراندیوکھ تہٕ کینہہ ۔مغلوٕ کرالہٕ پلہٕ دۆنن دون ہتن وٕرِین کٔشیرِ پیٹھ حکوٗمتھ۔اتھ وقتس دوران رۆٹ کٔشیرِ موغل تہذیبک رنگ تہٕ رٔس، یمہٕ پزرٕ باوجوٗد زِ کٔشیرٕ اُس موغلن کیٛاہ سارنٕے ووٕ پرحکمرانن ہنٛدِ باپتھ اکھ عأش گاہ، دُیت موغلو کٔشیرِ وارِیاہ کینہہ ۔موغل چھِ حسن فطرتکۍ عاشق اُسی متۍ، تمو کٔری کٔشیرِ منز باغ تہٕ ناگ تعمیر۔مغل فن تعمیرس دُیتکھ رواج، لسنس بسنس، ووتھِ نٔس بیہنس، شأعری، خوشنویسی، اتھِ کامٕن تہٕ موسیقی پیٹھ ترٛوٚکھ زبردس اثر۔تہنٛز زبان اُس فارسی۔کأشر بوتہٕ کوٚر فارسی زبان ہیٚچھِ نٔس منز وارِیاہ کمال، امہٕ زبأنۍ ہنٛدِ اثرٕ سٟتۍ لوٚب کأشرِ زبأنۍ زبردس وُسعت۔

(۳)

الہٕ پلہٕ پانٛژ ہتھ وٕری گٔذرِتھ تہٕ چھُ کٔشیرِ پیٹھ موغلن ہُنٛد اقتدار راتچ کتھ باسان۔مغل اُسی عاشق حُسن فطرتکۍ، ناگن، باغن، ونن، سبزارن تہٕ کولہٕ رادن ہنٛدۍ ۔تہنٛدۍ ناو بوزان بوزانٕے چھُ تہنٛدِ فن تعمیرک حُسن نوٲزی ہُنٛد تہٕ ذوقِ جمالک خیال یِوان۔تہنٛدۍ تعمیر کٔرۍ متۍ، شہرۍ متۍ تہٕ پرٕ متۍ باغ تہٕ ناگ چھِ از تہِ اسہٕ برۆنٛہہ کنہٕ۔تہنٛدۍ کٔہ یاہ تعمیرات تہٕ کٔہ یاہ تعمیراتن ہنٛدۍ پھُٹہٕ پھرانٹہٕ نِشانہٕ مثالے کأدل، مسجدِ، لرِ، بالادرِ، فرودگاہ تہٕ سرایہٕ بیترِ چھِ وُنہٕ موجوٗد۔تِم اُسی حملہٕ آورٕ، حأکم، وارِیاہ رِژٕ کامہِ تہِ کرکھ تہٕ تہنٛدبو گورنرو منٛز کوٚر رواریہو کأشرن سٟتۍ تِتھے سلوٗک یِتھ جأبر حأکم غلام رٔیژٕ سٟتۍ کران چھِ۔مغل اثرات چھِ از تہِ کأشرِس لُکہٕ دۆترس منٛز نظرِ گژھان۔

یۄ دوَے اَسہِ نِش چھُکھ نہٕ تمہِ زمانٕک سوٗرُے لُکہٕ وۄ ترٛ موجوٗد۔ تو تہِ چھِ تم لُکہٕ وۄ ترِ چِن بدس وتھ زاٗ ژن منٛز ہُتہٕ یتہِ چھاٗوِتھ۔ وُچھتَو یہِ ترکیبہٕ تگ:

مغٕل، مغلاٗنی، مغل باغ، مغل مزار، مغل سراے، مغل ماٗدان، مغل بچہ، مغلی چاے، مغل روڈ، مغل مار، مغل دربار۔

مغٕل چھُ وُنہِ تہِ کاٗنسہِ کاٗشر زنہِ ناو، اَکِس زمانَس منٛز اوس یہِ ناو سبٹھاہ عام۔ مغلاٗنی چھِ ونان تَس باڈو بجہِ صحت سامرتھ واجینہٕ زنہِ یوسہٕ جلال وجمال واجینۍ آسہِ۔ مغلاٗنی چھُ مغل اسمُک صیغہٕ مونث۔ مغل باغ چھِ اسہِ برونٛہہ کنہِ، اکھتُ چھِ تم ازتہِ بے بدل مثالے شالہٕ ماٗر، نشاط باغ، اچھِ ول باغ تہٕ وارِیہن مغل باغن ہنٛدی چھِ یاتہٕ محض نشانے یاٗتی پتھ کُن روٗدِمِتۍ نتہٕ ناوِے یوت۔ مغل روڈس چھِ کاٗشرۍ نُنہٕ وتھ تہِ ونان، مغل اَسی امی وتہِ کشیرِ یِوان گژھان۔ اتھ وتہِ اَسی تتھ زمانَس منٛز گجراتہٕ پیٹھ بھمبرکنۍ ہیرِ پورٕ شُپین تام باہ پڑاو تہٕ زِ پھر اوُسس الہٕ پلہٕ ڈوڈ ہتھ میل، پڑاو اَسی ین یم، گجرات، بھمبر، سیدآباد، نوشہرہ، چنگس، تھَنہ، بہرام گلہ، پوشانہَ، علی آباد، ہیرِ پور، شپین۔ مغلو آسہٕ مختلف پڑاوَن پیٹھ سرایہٕ تعمیر کرنا ومژِ۔ مغل گورنرعلی مردان خانَس متعلق چھُ ونہٕ یِوان زِ کہِ بناوناوِ مغل فوج تہٕ بادشاہن ہنٛدِ خاطرِ یم ستھ مظبوط تہٕ رنگین سرایہ۔

خاںپور سراے، شاجہِ مرگ سراے، ہیرِ پور سراے، پوشانہ سراے، سوختہ سراے، بہرام گلہ سراے تہٕ تھنہ سراے۔

کأشر زبأنی منز موٗجوٗ دواریاہ محاورٕ تہٕ ضرب المثلہٕ چھےٚ مغلن ہنزٕ فارسی دأنی، حوصلہ مندی تہٕ ژودیہٕ سأزی ہنزٕ گواہ، مثلن ۔

مغل ڈینشتھ گرٛدھِ فارسی پھوٗرن، مغل ہے پھلہٕ زہن آسبس سنگلاخ، مغل مار گوٚو گٹہٕ کار، مغل گوٚو دوگل، مغل گوٚو دغل دوٗز،

سانہِ لکہٕ شأعری چھُ مغلن ہنزٕ زأ ژہُنُد تھزر، تہُند دبدبہٕ تہٕ حسن نواز مزاز رٕ چھتھ تھوٚو مُت ۔ وُ پھتوٚیم ونہٕ وَن ہُرک ۔

سونہٕ ہنزٕ سدرے روپہٕ ہنزٕ کرٛ دوچہٕ
ژٕ ہا چھکھ مغل بچہٕ کونہٕ ونہٕ ووے
کربکھ گئے کوبلس بینہٕ پیشوٗرس
لالہِ دراو صُبہٕ درس کوٗر منگہٕ نَے
کلس چھےٚ تاج دِتھ تاجکستأنی
شُملہٕ چھےٚ تُرکستأنی یَے

(مہرازس ہووٗرنیرنہٕ وِزِ)

دِپنہٕ درایکھے گوگل ڈأری منزی یَے
مغل بأے یزمن بأیی یَے

(دِپنہٕ گرٛ ھنس ونہٕ وُن)

تلَے کیا کوٚر نَے گُلہِ میوٗٹھ کرأنی
کوٗری سأنی سونہِ موغلأنی یے

نِشانہِ سۆتھ ووت سانہِ مغلانے
سۆزمُت جانے عزیزن
(نشاٲنی)

علی آبادُک ووستہِ چھُ آمُت
لاٲلہِ چھُ زامُت شاہزادے
(ختن ہاٲج مہرازس)

سوٚنس روٚپھس کوٚرم دوٚگل
مغُل دُیتھے بلایَے

وُچھتن یہِ تیموٗر عالمس چھُ مشہوٗر
لَنڈ چھے زنگ تس اوزٕ جان منگتس
(منزلی باٲتھ)

کینژٕ کھاسِن مے ہاگرٕ چاپاہو
مے ہسا گرٕ مغلی چاپاہو
(خاندر باٲتھ)

مغلن ہنٛدی کہی یاہ قصہٕ تہٕ واقعہٕ چھِ سیٹھہٕ بہ سیٹھہٕ بروٗنہہ پکان روٗدمتۍ، باقے تِم مورخو لیکھی مَتۍ تہٕ چھِ مگر لگہٕ وُنہ ترس منٛز چھِ زباٲنی زباٲنی اکہِ پیٹھہ بییس پیٹھہ تاں واتاں واتاں تِم داستانوی رنگ رَٹان روٗدمتۍ، مثالے علی

مردان خانٕن خزانہٕ ۔علی مردان خان اوس شاہ جہانٕس سٕندِس وقتس منٛز دوٕیہ لٹہِ
کٔشیرِ ہُنٛد گورنَر، گوڈٕ نِچہ لٹہِ ۱۰۵۲ھ منٛز أکس ؤرِیس تہٕ دوٕیمہِ لٹہِ ۱۰۶۱ھ
پیٹھ ۱۰۶۸ھ تام۔ أمِس متعلق چھُ مشہوٗر زِ کٔشیرِ منٛز اوس کمیٚ تام پرأنی
بادشاہن اکھ بارٕ خزانہٕ زمینٕس منٛز دوٕبرِتھ تھوومُت۔ بادشاہ موٗد تہٕ تٕمسٕندی
وأرِث گٔے خزانہٕ کڈنہِ، اتہِ وُچھکھ خطرناکھ اژھدَر خزانس رأچھ۔ وارِیاہ
کالا گوٚو خزانہٕ ہیٚوک نہٕ کأنسہِ کڈِتھ تِکیازِ أژھدر اوس نارٕ پھکار دِوان تہٕ
خزانہٕ ژھارن والین اوس انہٕ پیٚوان۔ یوتام لوٗکن گوٚو خزانہٕ مٔشی تہے۔ وقتا
گوٚو، علی مردان خان آو کٔشیرِ۔اکہِ دوہہِ رأژ وُچھن خاب، سرپھ کلہٕ گرِتھ
شخصاہ آس تہٕ ووٗنہٕ نَس خزانٕک نیب، دوٗپنَس شوٗٹھ چھُ تمیٚک رأچھِ در،
وأنسا گیم تتھ چانہِ موکھہِ رأچھ کران۔ پگاہ گوٚو علی مردان خان سپاہ ہیٚتھ خزانہٕ
کڈنہِ۔خزانہٕ پرأٹتھ کڈٕکھ بے انتہا دولتھ أژھدر اوس غأب گومُت۔ ڈٕلیلہٕ
تہٕ چھےٚ عجیب پأٹھی اورِ یور سفر کران کران بدلی پراوان۔ مورخو چھُ علی مردان
خانہِ خزانٕک قصہٕ لیوٚ کھُمت مگر بدل آیہِ۔ قصہٕ چھُ یہِ
"علی مردان خان اوس گاٹُل تجربہٕ کار تہٕ تابڑتوڑ حملہٕ کرن وول۔
بروٗنٹھہ اوس شاہ عباس صفوی سٕندِ طرفہٕ قندہارُک حأکم۔آسمأنی تأیِد کٔر
اوسُس کیکاوس بادشاہ سٕندِ وقتہٕ پیٹھک کھٹِتھ خزانہٕ اتھِ آمُت۔امیٚک قصہٕ
چھُ یتھِ پأٹھی مشہوٗر زِ قندہارُک اکھ پوٚہوٗل اوس جب ہیٚتھ بالن گُن درامُت۔
اتہِ اوس امہِ بالہٕ تیٚتھالہِ پیٹھِ دوہے اژدرا اکھ وسان تہٕ امہِ جیہِ منٛز کینٛہہ کٹھ

عنہگلا وان۔ علی مردانن بۆ زیہِ معاملہٕ پہلی سٕنز زبِو تہٕ لوٚگ دِلہِ جانہٕ اتھ کتھِ تحقیقات کرنہِ۔ أکی برنو وکٹہٕ بستن منز چۆنہٕ، یِمن نہٕ آب اژِہے تہٕ تراوٕن اژدرس وتہِ پیٹھ۔ اژدر وۆتھ پننہِ وقتہٕ کۆھ کھیٚنہِ۔ کٹن ہنز برأنژ ژاپٕن ساریٚے کٹہٕ بستہٕ۔ چۆنہٕ تہٕ بستہٕ کھبتھ چیٚپن گُتجِ تریش۔ آب ییٚلہِ تیٚندِس شِکمس منز چۆنس ستی ریلیوۆ چۆنس لۓ ریہہ اژدرس دراوٹاس تہٕ مۆد۔ علی مردان خان ژاو اژدر سٕنز گوپھہِ منز، گوڑ کٔڈن اژدر سٕنز لاش نبر تہٕ پتہٕ لوٚبُن کیکاوس سُندگنج" (تاریخ حسن، دوِیم حِصہٕ کاشُر ترجمہٕ، ص ۵۸۷)

یُہے قِصہٕ چھُ کشیرِ وأتتھ اسطوٗری رنگ رٹان تہٕ اژدر چھُ علی مردان خانس پانٔے خابس منز خزانہٕ ہاوان۔ أمِس گاٹہٕ لِس گورژرس متعلق چھُ لعل غلام جایہِ ستی تعلق تھاون وول قِصاہ تہِ مشہوٗر۔ لعل غلام جاے چھےٚ مغل روٗڈس پیٹھ ہیرِ پورِ پیٹھ علی آباد سرایہِ کُن شیٚے میل دوٗر۔ بالہٕ دامنَس تل چھُ یہِ سبٹھاہ سرۆن ناڑ، انسان چھُنہٕ اتھ کُن وُچھنگ جِگرے کران۔ شایدآسہِ گژہتھ جوراسرۆن ۳۔ اتھ ناڑس ترنہٕ خأطرِ چھےٚ واریاہہِ پھرِ یٔڈی وتھ بنأوِنہٕ آمژ۔ سوأس نہٕ دران تہٕ اکثر مسافر أسی ناڑس منز گژھتھ مران۔ چونکہِ یہِ أس خطرناک آدم کھاو جایا، اوَے گیہِ اتھ متعلق عقلہِ نہ وبژن واجنہِ کتھہٕ مشہوٗر۔ اکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ اتھ منز اوس اکھ خطرناک آدم کھاو دیو روزان، یُس وتہٕ یٔڈی نہہ وان اوس، یٔڈی وتن درنہٕ دِوان اوس نہٕ تہٕ وتہٕ گتن کھوان اوس۔ لگہٕ روایت چھےٚ زِ منجمن ہنٛدِ مشوٗر تھوۆ کھوتھ شیرنہِ بروٗنہہ وتہٕ ہنٛدِس کنس تل

اکھ مولُل لعل۔ بیاکھ لگہٕ روایت، چھےٚ زِ لعل نہٕ بلکہٕ ژُکونجل ژونٛژ۔ یتھ ترتھ بنأوِکھ ییٚنس گرٛ ھنٛس لایق وتھ۔ دوٚیمہِ وُریہِ ییٚلہِ بادشاہ کٔشیرِ ترٛ ٲکِہ غرضہٕ شأہی قافلہٕ ہیتھ آو، اتھ جایہِ وأتتھ گوٚ وخوش۔ پرٛژھن سہٕ لعل کتھ جایہِ چھُ تھاونہٕ آمُت۔ اَکِ غلامن، ییٚمِس صحیح خبر اَس، ہاوِس سو جاے۔ بادشاہن نیوٚس امی ساتہٕ تلوارِ سٟتی کلہٕ ژٹتھ۔ یُتھ نہٕ یہِ غلام کُنہِ ساتہٕ لعل کڈتھ نیہِ تہٕ وتھ گرٛ ھِ فناہ۔ امی موجب پیوٚ واتھ جایہِ لعل غلام ناو۔ بیاکھ مقامی روایت، چھےٚ منجمن ہنٛدِ ہدایتہٕ آو لعل تہٕ غلامہٕ سٕنٛز کلہٕ ہیروتہٕ ہنٛدِس کنٛس تل تھاونہٕ۔ بہرحال، یہِ سورُے خرافات چھُ ازتہِ وننہٕ وکھناونہٕ یِوان۔ پزر چھُ یہِ زِ علی مردان خان اوس زبردس گاٹُل، تٔمی گراتھ ناڈس ترنہٕ باپتھ ترٛبن سیرٕ بن پیٹھ وتھ تیار۔ مگر یُس قصہٕ تٔمِس متعلق وننہٕ یِوان چھُ، تمہِ مطأبق ییٚلہِ تٔمی مغل روڈس پیٹھ وارِیاہ سرایہِ تعمیر کرناوِتہٕ پتہٕ ووت کارکُن تہٕ کأرِکر ہیتھ اتھ سٕنِس ناڈس نِش، سارِوے کوٚر اتھ منٛز وسنس اِنکار۔ تمو ووٚنُس اَسہِ کھیاوناوَونہٕ آدم کھاو دیوٕس اتھِ پان۔ علی مردان خان ووٚتھ پانے، امہِ ساتہٕ اوس اتہِ آدم خور دیوٕ سُنٛد نیچوٚ۔ سہٕ موٗرُن اتہٕ تمہِ پتہٕ دراونہٕ بوٚڈ آدم خور دیونوٚن۔

مغل روٗڈس سٟتی چھِ مغل دورٕکی وارِیاہ واقعات وابستہٕ، یِم عام لوٗکو اسطوٗری رنٛگس منٛز رٔنگتھ سینہٕ بہٕ سینہٕ بروٗنٛہہ پکناوِ مٕتی چھِ تہٕ اصل واقعہٕ چھِ لُکہٕ ووٗترِ کس وشال سٕندرس منٛز ہینہٕ آمٕتی۔ مورخو چھُ لیوٚکھمُت زِ ترٛییٚمہِ پھِرِ کٔشیرِ سأل کرِتھ تہٕ کونٛگہٕ پھُلے چھاوِتھ اوس ۱۶۲۷ء منٛز جہانگیر واپس تران تہٕ

بہرام گلہٕ جایہِ وأتتھ گوٚ وییمہِ عالمہٕ۔

''بعدِ تماشائی زعفران زار بصوب لاہور رایت مراجعت افراخت و بہ مقام بہرام گلہ رسیدہ بہ نشاط شکار پرداخت یکے از دلاورانِ آں دیار آہوی زندہ اسیر کردہ پیش پادشاہ از کوہ فرؤد آورد۔ آہوی مذکورہ برسر سنگے نشتہِ ماندآں جوان پائین آمدہ آہوی مذکورہ راکشش نمؤدہ درحالت کشش ریسمان از دستِ اوُ جدا شُدہ آں جوان از کوہ بزیر افتادہ بیک دوضرب قلابازی جان داد۔ بہ معاینہ ایں حال مزاجِ پادشاہ منقلب شدہ ضعف و بیہوشی غالب گشت۔ ازاں جا کوچ کردہ بہ مقام راجور قیام ساخت و بوقتِ پاسِ اخیر ۲۸ ماہ صفر ۱۰۳۷ھ از عالم فانی بہ ملک جاودانی بشتافت۔ تابوتِ او درلاہور رسانیدہ بمقام شاہدرہ اندفان پذیرفت''

(تاریخ حسن۔ حصہٕ دُوم ص ۴۸۴)

ترجمہٕ: ''کونگہٕ پھُلے چھاونہٕ پتہٕ دراو سُہ لاہور کُن واپس تہٕ ووت بہرام گلہٕ جایہِ۔ اتہِ ہیوٚتُن شِکار کرُن۔ اتکِی أکی بہوٚدُرن وول اکھ ہرنہٕ زِندے رزٕ گنڈ پھرِتھ، یُتھِ بادشہس نِش واتناوِہس۔ ہرنہٕ بیوٚٹھ أکِس پلس پیٹھ، جوان ووٚتھ بون تہٕ لوٚگ رزِلمنہٕ۔ لمان لمان ژٕجس رزاتھٕ منزٕ نیرِتھ تہٕ آو بالہٕ پیٹھٕ بون لاینہٕ، کیٛنژہہ ڈُلگنٕ لگنہٕ پتہٕ وأتژ تسنژٕ لاش بادشہس نِش۔ یہِ حال وُچھتھ گوٚو بادشاہ بےہوش۔ اتہِ نیرِتھ ٹھہر یوو راجوری منزٕ، أتی گوٚو ۲۸ صفر ۱۰۳۷ ہجری ژٕنژ پاسِ أخرس ییٚمہِ عالمہٕ۔ تسٕنژ تویٛد واتنوٚو کھ

لاہور، بادشاہ آوتَی شاہدرہ جایہِ دفن کرنہٕ"۔

لُکہٕ ریوایژو چھِ نورالدین جہانگیر سِنٛدِس اتھ واقعس گگرٕ ہُنٛد کن زِتھُر وومُت۔ اکھ قصاہ چھُ یِتہِ زِ رنٛگا تہٕ رنٛگی أسی بہرام گلہٕ جایہ روٗزان۔ دوٗنوَے أسی سبٹھاہ مأری منٛدِ۔ لوٗکہِ پانہٕ پیٹھے أسی شأہی قافلن خدمت کران۔ رنٛگی أس نور جہانہِ وارِیاہ ٹأٹھ۔ رنٛگاہس اوس رنٛگی ہُنٛد محبت تہٕ رنٛگی اوس رنٛگاسُنٛد۔ جوان سپدِتھ یوٚژہ تمو خاندر کرُن۔ نورٕ جہانہِ اوس اہنٛدِ عشقُک پَے لوٚگمُت۔ نورالدین جہانگیر تہٕ نور جہان یام أخری پھرِ کٔشیرِ سأرس آیہ، بہرام گلہٕ جایہ پڑاو ترأوِتھ انہٕ نأو نور جہانہِ رنٛگی۔ مو ہر ہلماہ دِتھ وِوٗنُس یوتام أسی کٔشیرِ پیٹھ پھیرِتھ یمو خاندرٕ چ کُری زبو تیأری۔ تہٕ چھوٗ وونِ جوان۔ مےٚ چھےٚ تہنٛدِ لوٚچ خبر۔ رنٛگی گٔیہ سبٹھا خوش۔ شأہی کاروان دراو کٔشیرِ کُن۔ کٔشیرِ ہُنٛد سأل کرِتھ ییٚلہِ شأہی کاروان بیٚیہِ بہرام گلہٕ جایہِ ووت، بادشاہس گوٚو شِکار کرنُک شوق۔ رنٛگا اوس خوش زِ رنٛگی چھم حاصِل سپدن واجینٛز، بادشاہس خوش کرنہٕ باپتھ رٔٹ تمی روٗسی کٔٹ، مارِنیکُ ترووُنس تہٕ ہیٚژِن زندے بادشاہس نِش واتناوِنی۔ مارِکس لمان لمان کوٚرُن زور، روٗسی کٔٹ پیٹھ أکس پلس ژھایہِ، ماریک آوژھینٛتھ تہٕ رنٛگا گوٚو بالس ڈُلہٕ، ڈُلگنٛی کھوان وأژ تسنٛزٕ لاش بادشاہس برٛونٛہہ کُن۔ رنٛگی آیہ وردَن تہٕ وَس ہیٚتھ نوٗرجہانہِ نِش، دوٗپ نس، وونِ کتھ لگِم یہ سامانہٕ۔ بادشاہس تہِ گوٚو سخ اثر، امی رأژ أس رنٛگی تہِ خودکشی کٔرمٕژ۔ دون جوان عاشقن ہُنٛد المناک

مُرن وُچھتھ گو ٚ وبادشاہ مُرتھ ہے۔

جہانگیر سِندِس مرُنس ستۍ چھُ امی گاچُک بیأکھ واقعہٕ تہٕ مشہوٗر۔ راز ویرِ ہندبن گامن گُٹھن منز چھُ یہِ واقعہٕ ازتہٕ دِلچسپ لگہٕ کتھ ہِنٛدِس صورتس منز پھِرنہٕ یِوان۔ سُرنکوٹ کِس معروف وکیل جناب سرفراز خان جنجوعہ سِنٛدِ زبأنی روایتہٕ چھِ فدا راجوروی ییَن یہِ دلچسپ لگہٕ کتھ پننہٕ "مغل روڈ، مختصر تاریخی تناظر" کتابہِ منز یتھٕ پأٹھی درج کٔرمٕژ۔

"جہانگیر سِنٛزِ ملکی کانہٕ نوٗر جہانہٕ أس اکھ خوبصوٗرت ایرأنی کنیز، ناو اوسُس حُسن بانو۔ ییٚلہِ ییٚلہِ جہانگیر تہٕ نوٗر جہاں کشیٖر تران أسی، حسن بانو أسکھ ستۍ آسان۔ علاقہ پنج سراں اوس جہانگیرن شہزادِ بہرامس دُیتمت محض اِو سبہٕ زِ سُہ آسہِ شأہی قافلن ہِنٛز رأچھ راوٹ تہِ کران تہٕ دربارچ خدمت تہِ۔ بہرام اوس پانہٕ تہِ یاوِ تہٕ شأہی قافلن ہُنٛد من رٔنز ناونہٕ باپتھ اوس یاوِ گبوٗن والِبن تہٕ گیوٗن واجبن ہُنٛد انتظام کران۔ حُسن بانو أس بہرامس عاشق گأمٕژ تم أسی ژوٗ رِژوٗ رِاکھأ کِس سمکھان۔ أہنٛدِ لولہِ ویو ہارٕچ خبر نہ أس جہانگیرس تہٕ نہ نوٗر جہانہِ۔ ۱۶۲۷ عیسوی اوس، جہانگیر سُنٛد شأہی قأفلہِ آو کشیٖرِ پٔتھ پھیرِتھ تہٕ کوٗ رُن چندی مڑھ جایہِ قرار۔ جہانگیرس گو ٚ و صحت خراب۔ بہرامن کوٗرُس پرٛتھ رنگہٕ مدد، زبردس خدمت کٔرنَس۔ جہانگیرن یام کم زیادٕ سندور، انہٕ نوٗن بہرام ناد دِتھ۔ دوٗ پٔنس، ژٕے کٔرتھ اسہِ واریاہ خدمت کیٚژھا منگ أسی کرووے عنایت۔ نوٗر جہاں تہِ أس

حاضِر ۔ بہرامن مٕنٛز حسن بانو ، جہانگیر گۄ وخوش مگر نور جہانہٕ کھۄژ کھ۔ سوٗ اُس

نہٕ حسن بانویہِ اَکِس معموٗلی شہزادس ستۍ کھاندر یژھان کرٕن۔ حسن بانو گیہِ

پریشان ۔ نوٗر جہانہِ کرنو وٲتھی راٲژ منٛز بہرام قتل تہٕ تسنٛزٕ لاش دِژٕ کھنوری چھمس دٲرِتھ۔ پگاہ بوٗز حسن بانویہِ ، سخ پریشان گیہِ ۔ جہانگیرن دیٖت

بہرام سنٛز لاش ژھارٕنک حُکم ۔ لاش آیہ نہٕ اتھِ ۔ یتھ جایہِ لاش ژھاران

اُسی ، حسن بانویہِ دِژ یکدم تتھ جایہِ آبس منٛز ووٗٹھ ۔ دوٗنوے لاشہِ گیہِ غاٮ۪ب ۔

بہرام تہٕ حسن بانویہِ ہِنٛدِ مرنٕک صدمہٕ گۄ ونہٕ جہانگیرس برداش ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ

ییلہِ شاہی قافلہٕ بہرام گلہٕ پیٹھٕ تھَنہ منڈی کُن روانہٕ سُپد ، اَکہِ شکاری دیٖت

جنگلس منٛز اَکِس ہرٕنس ٹاس ، ہرنہٕ سنٛزٕ لاش پیہٕ دریاوس منٛز ۔ یہِ وُچھتھ

ژٲج جہانگیرس وٲنٛج تہٕ گۄ وییمہٕ عالمہٕ ۵ ۔

لُکہٕ روایت چھےٚ زِ نور جہانہِ کرنو جہانگیرس اِ موکھہٕ شکم چاکھ زِ لاہور

تاں واتان واتان گژھِ نہٕ میت خراب گژھنۍ ۔ روٗتُس راتھ کرناوِن جہانگیر

سنٛدی اندرم چٹکس جایہِ دفن ۔ سفرس دوران بغاوتہٕ کہِ خوفہٕ موکھ آو جہانگیرُ

ن مُرن صیغہ راز تھاونہٕ یوٗ تام لاش لاہور واتناوٕ کھ ۔

(۴)

کاشُر زبٲنی منٛز چھِ راتہٕ مغُل ، شِنیاہ مغُل تہٕ پوگہٕ مغُل ہوی کینٛہہ لفظہٕ

مِلوٗنہٕ تہٕ ورتاونہٕ یوان ۔ ونہٕ چھُ یِوان زِ یمن چھےٚ مغُل حکمرانن خلاف نفرت

پریڈان تہٕ تضحیک پہلوٗ چھکھ نوٚن ۔ راتہٕ مغُل چھُ اکھ جانا وار ، یُس دوہلہِ

کھت مُت کرِتھ. بہان چھُ تہٕ روتلہِ چھُ پھیران آسان۔ اتھ سِلسلس منٛز روزِ محمد یوسف ٹینگ سٕنٛدِ اکہِ خاص تحقیقی نوشتہٕ منٛز تُلنہٕ آمُت یہِ اقتباس فأیدٕ منٛد تہٕ دلچسپ۔

''راتہٕ موٗنگُل [راتہٕ مغل۔ الوٗ (اردو، ہندی) بوم (فارسی) owl (انگریزی)] کأشرِس منٛز چھُ اتھ صوتیأتی لرِ پھر نوٕ سٟتی منٛزم ''ن'' رٕ نیومُت تہٕ تنیوٗمُت۔ تہٕ عام طور موگُل بنیوٗمُت۔ یتھ کینٛہہ دوس پننہٕ نٕہن غلط اندیشن ہُنٛد ابوس مُلتھ مغل پران چھِ، تہٕ اوٚے راتہٕ مغل، شنیاہ مغل، پوگہٕ مغل بیترِ۔ اکھُتٕے چھِ تِم اتھ لسأنی رٕکنہِ چھکنہِ پٕرِتوأریخی پلوأ گنٛتھ یہِ لفظ کٔشیرِ پیٹھ راج تاج کرن والین مغل بادشاہن نألی ژھنان۔ تِہنٛد استدلال چھُ زِ مغل أسی کٔشیرِ پیٹھ حملہٕ کرِتھ املی حأکم بنیمتی۔ تِموٚ کر کأشرٕ بن سٟتی واریاہ زیادتی تہٕ توٚے تھوٚو کأشرو یہِ ناو أکِس تِتھس پکھشی یَس یُس دُہلی گاشس ژھیبھ دِوان تہٕ رأژ گٕٹِس منٛز نژان پھیران تہٕ بولان چھُ۔ اکھُتٕے چھُ شنیاہ مغل تہٕ پوگہٕ مغل ہوی ناوتہٕ أتھی کھاتس تل اننہٕ آمٕتی۔ اتھ ترکیبہِ پیٹھ ہرگاہ ہن کھنٛڈ تہٕ غور کرٕ وِیہِ سوٗرٕے لداوتہٕ پشاو چھُ وٕستھ پیوان۔ زیرِ بحث پکھشی چھنہٕ کٔشیرِ مغلن سٟتی آمُت۔ بلکہِ ینہٕ پیٹھ ییتہٕ لساو بساو شروٗع گوٚو۔ أمی سٕنٛدِ بیٚیہِ کُنہِ ناوٗک چھنہٕ کأشرِس منٛز کانٛہہ پے موٚجوٗد۔ مغلن گٔے کٔشیرِ آمٕتِس ژور ہتھ ؤری پیٹھی پہن ؤری۔ اگر یہِ ناو معتبر ماننہٕ ییہِ تیٚلہِ پیٚیہِ یہِ مُلے غلط کتھ تہٕ مانٕنی زِ ییٚلہِ تہٕ مغل یوروأتی ئٕتی أسی تمہ وِزِتہٕ اوس یہِ جاناوار تِہنٛد ناوچہ کمٛندِ منٛز گنڈٕ ژٕ

ژھٔنِتھ گلہٕ ناونہٕ یوان۔ دراصل چھُ یہِ راتہٕ موٗنگل۔ جان پلیٹس نہٕ ڈکشنری منز چھُ منگل سنسکرت لفظ ہاونہٕ آمُت۔ یمیُک اکھ معنے مہراز یعنے دُلہا چھُ۔ ہیٚنٛدی خاندرُک مشہور زیور منگل سوٗتر چھُ أتھی مفہوٗمس ستی وأٹھتھ یعنی سہاگن آسہٕ نک نشانہٕ۔ ’’جنگل میں منگل‘‘ محاورس تہِ چھےٚ یہےٚ باش تہٕ چاش۔ ’’الوٗ‘‘ چھُ دوہس زِیہٕ تہٕ زولہٕ کران تہٕ رأتی گٹس منز ژھوہ ماران۔ اوٚے بنیوٚ و روت مہراز یعنی راتہٕ موٗنگل۔ یہِ چھُ بے شک اکھ استعارأتی ناویُس أمی سٕنزِ امہِ عجیب خصلژٕ ہنٛز ژینہٕ وِن دِوان چھُ۔ یوگہٕ مغل ربژھ بنأوِتھ پیش کرن والین پزِ دیان دِیُن زِ ہندو پرمپرایہ منز چھُ یوگ (شنکھ) وایُن مرنہٕ علاوِ شأدِیا نک تہٕ اکھ سازتہٕ ازتہِ چھِ ہیٚنٛدیِ مہرازن ہنٛدِ مہرٔنزانہٕ خاطرِ نیرنہٕ وِزِ وایان تہٕ توٚے منٛگل یعنے شأدِیانٔس ستی وأٹھتھ۔ بیٚیہٕ چھُ ہیٚنٛد بن ہُنٛد اکھ جان تعداد أمِس جانا وارس واریاہ گنوان مانان، أمی سنٛدٕ بن صفتن تہٕ کاروا ٓسنٔس پیٹھ چھُ ’’الوٗ تنتر‘‘ نأمی بڈ پستک تہِ موٚجوٗد۔ ہرگاہ أکِس کلچرس منز کانٛہہ جانا وار شأپٕٹھ ماننہٕ یِوان چھُ بیٚیِس منز ہیٚکہِ سُہ فریژرُک تہٕ رٕژرُک ہوٗنزرِ لأگِتھ پکھن واش کڈِتھ۔ راتہٕ موٗنگل چھُ امیُک اکھ پرتو۔ فارسی پأٹھی چھِ أمِس ’’بوم‘‘ ونان۔ کأشری ہکہٕ ہن بلبل کِس طرزس پیٹھ أمِس ’’بوم‘‘ تہِ وٕنتھ مگر اتھ ستی یِم واریاہ کلاسیکی خیال منسوٗب چھِ تِمو دژِنہٕ تِمن یہ کرنٔس اتھ وتھ۔ حالا آنکہِ ’’بوم‘‘ سٕنزِ منحوسی تہٕ بدشگونی ہُنٛد مفہوم اوٗن تِمو پہہ تہٕ ’’بوم‘‘ بومہٕ لدتہٕ ’’بوم وسان‘‘ ہی لفظ گرِ کھ امہِ کفیتہٕ خأطرِ‘‘ (کأشر

کِتاب ص،۳۱۶۔۳۱۴)

بیاۂ کھ کتھ تہٕ چھےٚ توجہِ طلب، مرازس منز چھِ راتہٕ موٗنگلس ''ڈورِ کون'' تہٕ ونان حالانکہِ یہِ لفظ چھُنہٕ یسلہٕ ورتاوس منز مگر امیُک معنہِ چھُ دولہٕ تہٕ ژۄ رِژۄ روچھُن وول سُہ شخص ییمِس اَچھن ژھاپنہ آسہِ۔ امیُک مونث چھُ ''ڈورِ کاۂز'' یہِ چھُ عام ورتاوس منز تہٕ ''راتہٕ مونٛگ'' یا ''راتہٕ مونٛغ'' بجایہِ چھُ یہے ناو عام ورتارس منز۔ بنان چھُ اَمس جاناوارس ماوس کاشُر ناوِلی تہٕ مغلن ہنٛدِ کشیرِ یِنہٕ پتے ماوٗ نہس راتہٕ مغل یا راتہٕ موٗنگل۔ بہرحال کتھ چھےٚ دِلچسپ مگر تحقیق طلب۔

## حوالہٕ

۱:۔شیرازہ (اردو) مُغل اور کشمیر نمبر۔ص۔۶۔۵
۲:۔میرزٕ کاشکاۂرُ، چھُ میرزا حیدر کاشغرس وننہٕ آمُت امہِ لُکہٕ روایژ ہُنٛد اِشارٕ چھُ بابا کمالن تہٕ ریٚشی نامس منز دُیتمُت۔
۳:۔تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھِو فدا راجوروی سٕنز کتاب ''مغل روڈ، مختصر تاریخی تناظر'' ص ۱۰۷، ۱۵۲۔
۴:۔رنگاتہٕ رنٛگی ہنٛز یہِ لُکہٕ کتھ وُنی مےٚ ڈوگری زبانۍ ہنٛدی معروف شاعر سورگہ واسی تارامنی سمیلپوٗرُن، ۱۹۸۸ء منز راز دیرٕ ہنٛدس سفرس دوران (آتش)
۵:اردو پیٹھ ترجمہ۔

## کتابیات


۱۔کاشرِ لُکہٕ بأتھ (داہ جلد) کلچرل اکیڈیمی
۲۔کاشرِ تلمیح۔کلچرل اکیڈیمی
۳۔کاشر کتاب۔محمد یوسف ٹینگ
۴۔تاریخ حسن (دوٚیم حصہ) حسن شاہ کھویہامی، اردو ترجمہ۔پروفیسر شمس الدین احمد

۵۔مقالات ۔ پروفیسر محی الدین حاجنی
۶۔واقعات کشمیر۔محمد اعظم دیدہ مری اردو ترجمہ۔ پروفیسر شمس الدین احمد
۷۔مغل روڈ، مختصر تاریخی تناظر۔فدا راجوروی
۸۔مغل اور کشمیر (شیرازہ) کلچرل اکیڈیمی
۹۔مکمل تاریخ کشمیر۔محمد دین فوق
۱۰۔آلو (فوک لورنمبر)۔محکمہ اطلاعات عامہ جموں وکشمیر
۱۱۔وبتھ آگر (جلدِ۱۲) مرازادبی سنگم ویچہ بیور
۱۲۔ہمارا ادب (لوک ادب نمبر)۔کلچرل اکیڈیمی



# ۴۔ پٹھان

## (۱)

موغل اقتدارس ییٚلہِ کشیرِ منز ہرٕنۍ زردی پھٲر ، یتھ پتایہِ روٗ زِتھ ٔ گمتٕن تہندٕن پٔلون تہٕ چمچن لٔج تاج سامنس پیٚٹھ ٹھولہٕ ٹھوٚل۔ آخری مغل صُبدار اللہ قلی خان دربو مسامسا پانژَن رٕتن اقتدارچہِ کُرسی پیٚٹھ۔ أمی بنو میر مقیم کنٹھ ،یُس اَمہِ بروٚنہہ پانہٕ صُبداراوس تہٕ وقتہٕ وقتہٕ اوس بڈٕن منصبن پیٚٹھ روٗ دمُت ،پنُٕن قأیم مقام،خواجہ ظہیر دیدٕ مٔری تہِ اوس وقتہٕ وقتہٕ بڈٕن منصبن پیٚٹھ روٗ دمُت ،افراسیاب خان ہٕندِس وقتس منز اوس سُہ اکھ بوٚڈ وزیر۔یوہے خواجہ ظہیر بنووا اللہ قلی خانن مدارالمہام۔میر مقیم کنٹھ اوس پرٕ ہتھ ساتہٕ لوٗکن ہٕنزِ آسأیشہِ باپتھ کأم کران۔ اماپوٚز ابوالبرکات خان،یُس موغل عہدس منز وارِیاہِ لٹہِ گورنر روٗ دمُت اوس ، ہٕندی نیچوٚی ابوالقاسم خانن ژٔلروو میر مقیم کھو یہوم علاقس کُن تہٕ پانہٕ بیوٚٹھ تختس۔ میر مقیم کنٹھ تہٕ خواجہ ظہیرن کوٚر اَتھ عداوتس پیٚٹھ احمد شاہِ ابدالی یَس ،یُس اَمہِ وقتہٕ لوہور ووتمُت اوس، کشیرِ پیٚٹھ قبضہٕ کرنہٕ موکھ ووٚلہٕ ووٚلہٕ۔ تٔمی سوٗز عبداللہ خان ایشک اقاصی پنداہ ساس فوجی ہتھ کشیرِ۔ ابوالقاسم خان آو گرفتار کرنہٕ تہٕ عبداللہ خانن دیُت

**1166** ھ مطأبق **1753** ء منز کشیرِ منز افغان حکوٗمتس ءکن ، افغانو کۆر
**1234** ھ تام (الہٕ پلہٕ ارہأ ٹھن وٗرین) کٔشیر پیٹھ راج تاج۔

افغان دورس منز ژألی کأشرٕ و زبردس ظُلم تہٕ ستم۔ افغأنی گورنر تہٕ تہندی افغأنی تہٕ کأشری چمچہٕ تہٕ پتہٕ پتہٕ صأب رٕ ؤدی کأشرٕ ن بے بَس لۄکن مانگنن ہنٛدی پأٹھی رَتھ چھوان۔ عوامس ءستی اوس غأر انسأنی سلوک یوان کرنہٕ۔ یہ اوس فتنن فسادن ہُنٛد دور۔ یِسٕے گورنر کوبلہٕ پیٹھ سوزنہٕ یوان اوس، کیہ کألی اوس سُہ بتھی پھیُر گژھتھ خودمختأری ہُنٛد اعلان کران۔ اُمس کلہٕ دَگنہٕ باپتھ اوس ءستی بیا کھ گورنر یوان سوزنہٕ، یتھہٕ پأٹھی اُس غأر یقینی صورتِ حال دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ ہُران۔ لۄکٕٹ بَڈی حأکم اُسی دوہہ راتھ دوٗن کامن ءستی آوری روزان، اکھ گیایہٕ اُکس اَکھ زنگہٕ کڈنچہٕ ژٕ ویہ، دوٗیم گیایہٕ لۄکن ہُنٛد داش نداش تِمن نِش جبرن وصول کرُن، چیٖنٛڈ یٖنٛز، مردن دگہٕ مار کرُن تہٕ زنٛنن بے عزتی کرٕنی۔ تبأہی تہٕ برُبأدی اُس طیَس پیٹھ۔

پُرسیدم از خرأبی گُلشن ز باغباں

فُغاں کشید و گُفت کہ افغاں خراب کرد

(نا معلوم)

(ترجمہٕ: باغچہٕ وأرأنی متعلق پرٛژھوم باغوانس، کریکھ دِتھ وٗ نُن زِ افغانو کۆر روأران)

مورٕ خویوٗ دوٕے افغان گورنرن ہنٛدبن ظُلمن تہٕ ستمن ہُنٛد حال تفصیلہٕ

سان درج چھُ کوٚرمُت ،تاہم چھِ اَمہِ دورِکی واقعات تہٕ اثرات کأشِر لُکہٕ باؤژ ،رٕژھرأوِمتۍ ۔لُکہٕ باؤژ وٕوٕن دِتھ چھِ واریاہ واقعہٕ تہٕ نشانہٕ بدِ یوان ،یِم محاورن، تلمیحن ،پرٕ ژھن تہٕ ونہٕ ون ہُرٕ بن منٛز ژوٚ مراونہٕ آمتۍ چھِ ،مثالے:

## 1۔چیٚٹہِ کرِم:۔

چیٚٹہِ کرِم گوٚ وکرمٕنی چیٚٹ ، بلاوجہ ہینہٕ یِنہِ والہِ ٹیکسہِ وِزِ ،ہنگہِ منگہِ بڈِ بوٚڈ جُرمانہٕ ہینہٕ وِزِ تہٕ ببگاروِزِ چھُ یہ تلمیح ورتاونہٕ یوان ۔ژکہ چھےٚ کأشرو ظأِلم اَظلم پٹھان گورنر حاجی کریم دادخانس یہ ریٚژھ کڈٕمژ ،سُہ اوس 1190 ھ منٛز کشیرِ ہُنٛد گورنر مقرر آمُت کرنہٕ ۔سُہ بے عارتا ٹأری اوس لوٗکن ہنگہِ منگہِ رنگہِ رنگہِ چیٚٹہٕ ہوان ۔عام تہٕ خاص سأری اَسِن ذلیل تہٕ خجل کرِ ۂمتۍ ۔مورخ حسن شاہن چھُ لیوٗ کھمُت زِ أمی حیوان صِفت ظأِلمن کراکھ ساس انٛہرِی شُن کورِ بن عصمت ڈٔری ۔بٹہِ کیٚو مُسلمان دِتِن خجالتہٕ کِس چھس دأ رِتھ ۔ہیٚتِن تہٕ ہانٛزٕ ن زأرِگتھ اوس نٔوِی نٔوِی جُرمانہٕ عأید کران ،ستن وٕرِی ین کرِن حکوٗمت ،سبٹھاہ تبأہی تہٕ برٕبأدی کرِن......"منصب دار تہٕ جأگیردار طبقس کیُت کوٚڈُن نیازِ ہارِ دِنگ بدتھ ،یُس تِمن جأگیر چھِ آمدنی دوگنہٕ تہٕ تروگنہٕ رقم ہُر یمانہٕ اوس واتان ، یہ رقم ہینہٕ خأطر اوس تِمن سُہ پھش انان زِ کالہٕ پیٚچ تہٕ اَسکھ نہ صورت روزان ۔اکھُے ژٔلی واریاہ تِمو منٛز مال جاداد کٔنِتھ یِیمہِ مُلکہٕ منٛز ۔دیارِ والین ، تأجرن تہٕ شہرِ کیٚن ژھٔین کُس کوٚڈُن نِ چھرِ ہارِ دِنگ بدتھ بٔنٛخ عذاب کرِتھ

اوس یمہٕ ہاۂ ہوان۔ زمیندار طبقن کیٚت نوٚ وروٗن پھل ہاۂ بدتھ۔ شہر گام ژٹہٕ ناٲوِن موٚکلی، تِمن ہُنٛد زِیُن کِنتھ برناٲوِن سرکارس کُن رقم۔ بادشہن تہٕ بڈٕ بن لوٗکن ہِنٛدی باغ یم ڈلس أندی أندی تہٕ شہرکِین طرفاتن منز ٲسی تہٕ ژٹناٲوِن۔ أمی تھاٲوی اکہٕ دوہہ اسلم ہرکارتہٕ بابو ہرکار، یم بدذاتھ ٲسی مظلوٗم لوٗکن نِش نیاز ہاۂ زِچھرہاۂ تہٕ پھل ہاۂ ڈُگراوان، ژورِ تہٕ ہیٚنٛدی زِٹھن ہنٛزِ أکِس جمأ ژلأ جن ہانژہ زِتم مأرِوتوہہ۔ اَمی بہانہٕ لِدِن تھانہٕ چہٕ کوٹھرِ منز تہٕ دیٚتنکھ بٹھی دِ ہہ۔ پانژاہ ساس روپیہِ گرنکھ جُرمانہٕ۔ یہ رقم اوس پربتھ ؤریہٕ تِمن نِش ڈُگراوان تہٕ اَتھ چیٚٹہِ اوس ناوِہی ہاۂ۔ کھنڈ واون کیٚت نوٚ وروٗن پشمینہٕ داغ بدتھ۔"

(تاریخ حسن دوٚیم حصہٕ، کاشُر ترجمہٕ ڈاکٹر شمس الدین احمد صفہٕ ۷۷۳)

## 2۔آزاد خانُن دبدبہٕ:-

آزاد خان اوس کریم داد خان سُنٛد نیٚچُو، مألی ہِنٛدِ مرنہٕ پتہٕ کرِتمی دون ؤری ین تہٕ پانژن رِتن حکوٗمتھ۔ ظُلم تہٕ سِتم کرنس منز اوس مألی ہِنٛدِ کھوتہٕ پوٚو کھنٛڈ زیادے ہیوٚر۔ لڑایہ تہٕ جنگ کرنہٕ باپتھ اوسُس پربتھ وِزِ کاڈبن ہسر ہسر گژھان۔ مألی ہِنٛدی پأٹھی اوس لوٗکن جُرمانہٕ تہٕ ڈنٛڈٕ ہوان۔ سبٹھاہ وأنجہِ دوٗرتہٕ بے عار اوس۔ لوٗکن اُس أمی سُنٛد ناوبوٗزِتھے تھرتھرووتھان۔ أمِس متعلق چھےٚ لُکہٕ رِوایت زِ أمی وٚون آشنہِ زِہرگاہ کوٗرزایی، دوہنہٕ وَے ماجہِ کورِ کرِ ہووقتل، نیٚچُو وے زاوُے تہٕ سبٹھاہ عزت تہٕ کرے تہٕ لول تہٕ برے۔

تِمس زایہِ کوٚر، أمی ظاٗلمِ اظلم تاتاری کرِ دوٚنوٚے ماجہِ کورِ قتل، معتمِدن اتھِ
دوٚ براوناوِ بن لاشہِ۔ اَتھ زمانس منٛز اوس زاٗنہٕ کدٕل خبرن ہُنٛد مرکزٕ ماننہٕ
یِوان۔ اورِ کی یورِ کی لوٗکھ آٗسی اَتہِ سمان تہٕ افواہ باٗزی کران۔ زاٗنہٕ کدلچہٕ خبرٕ
آسہِ بڑٕنٛزٕ بن منٛز شہرس تہٕ اَمہِ کٕنہِ طرفاتن واتان۔ آزاد خانن وُن،
معتمدِس زِ زاٗنہٕ کدٕل گژھتھٕ ہےٚ ژٕ مُشکاہ زِ سانہِ ژٕوٚ رِژٕوٚ رِ کرنہٕ آمتہِ قتلُک
ماچُھ تورِ شہرٕ پَتاہ ووتُمت۔ تیٚمس یہِ پَیہِ آسہِ لوٚگمُت سُہ گژھِ گرفتار کرنہٕ
یُن۔ معتمدن بوز اَمہِ قتلچ خبرٕ کینژن نفرن نِش۔ فورن آیہِ تم گرفتار کرنہٕ۔
پرٛژھِ گاٗر کرنس پتھ وٚون أکی زٕنی زِ شوٗٹھس وُن از شبس منٛز أکی بُزرگن
خابس منٛز زِ آزاد خانن گرآشینٛزِ تہٕ ستہٕ زاو کوٚر قتل۔ شوٗٹھ ووت صُبحاٗے زاٗنہٕ
کدٕلس پتھ تہٕ ووٗنُم یہِ راز باقین۔ معتمدن واتناوٕ آزاد خانس شیٚچھ۔ سُہ
ناعاقبت اندیش گوٚو نارونار، دوٚپُن میاٗنی دبدَن تہِ ہیوٚک نہٕ راز وبہِ راٗوِتھ،
حُکم دیُتُن زِ زاٗنہٕ کدٕلس دون اندن، دٔریاوِ کٕنہِ دون بٹھن تہٕ کدٕلس أندی
پکھی یِمہِ عمارژ چھےٚ، تِمہِ سارے لُہراوِ تہٕ لرِ پار گرہوٚکھ۔ حُکم آو بامل انِنہٕ۔
اماپوٚز زِ واریاہ جنگ لڑنہٕ پتہٕ تہٕ کٔشیرِ تہٕ اتھ أندی پکی علاقن منٛز دبدبہٕ تہٕ اہرٕ
بہناونہٕ باوجود گرآزاد خانن أخرس خودکشی۔ نہ رُوٗد آزاد خان تہٕ نہ تسُند
دبدبہٕ۔

### 3۔ عظیم خانٕنی چیٚٹھ:۔

سردار عظیم خان اوس 1819 تام شبن ورین کٔشیرِ ہُنٛد پٹھان گورنر۔

أمِس پتہٕ روٗد سردار جبار خان کمہٕ ہِے کالس کشیرِ ہندِس تختس پیٹھ، یہ ڈٕلی زِ تہٕ پٹھان راج بچاونکی أخری بے مقصد جتن کران۔ سُہ اوس عظیم خانس بوے، مگر پٹھان راجس اوس کسرِ تلی پۄنی ژامُت، سُہ ہیوٚک نہٕ سِکھ فوجکس یلغارس بُتھ دٕرِتھ۔ قصہٕ چھُ یہ زِ عظیم خانن أسی پنڈت بیربل در، مہر زِ پنڈت در تہٕ سوکھِ رام صفایا مألیہِ وُگراونکی منصب دار بنأوِمتی۔ دانبس رَے لگنہٕ موکھِ اوس سخ دراگ وۄتھمُت، اَمہٕ دژا اگُک اثر روٗ دوار یہن وٕرین۔ بیربل درن ہیوٚک نہٕ مألیہِ وُگرأ وِتھے، تَس نِش اوس اکھ لچھ روپیہ بقایا۔ عظیم خانن کٔرِس سبٹھاہ سختی، أندری أندری أس تمِس بیربل دریٕشز دِے تکیا زِ تَس اوس مُشک آمُت زِ تَس اوس رنجیت سنگھس ستی لچہِ واٹھ۔ بیربل درس پیٹھ ییلہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ سختی کرنہٕ آیہ۔ أمی سوٗز آشینز واسہٕ کاکھ ہرکارٕ سٕندِ ڈٕسی عبدالقدوٗس گوجوأرِی سُنٕد گرٕ، یٚیتہٕ سَہ ژوٗر رِوٗز۔ نچو وراجہِ کاک در اوسُس دیوسرٕ مألیہِ وُگراونک افسر، دیوسر وأتِتھ تُلن راجہِ کاک ستی تہٕ ژلان ژلان وأتی جۄم۔ گولاب سنگھن کٔرِس قدٕر دأنی تہٕ دِژنس دھیان سنگھنہٕ ناوٕ چِٹھی لیکھِتھ، اَتہٕ دژا اوتہٕ پرأون زنجیت سنگھس نِش مُلازمت۔ عظیم خانس ییلہِ خبر لٔج زِ زُلفکار ملک تہٕ کامران مٔلِک سٕندِ مدتہٕ ستی چھُ بیربل دَر دِوٕسرِی کَنِی ژلُمت تہٕ رنجیت سنگھس نِش، کشیرِ کیُت سِکھہٕ راج انِنہِ گوٚمُت۔ تمی کوٚر کھوٗری مٔلکن لوٗٹھ تہٕ مالس جاداس دٕیتِنکھ نار۔ واسہٕ کاکھ ہرکارس وۄنُن، یوٚ تام نہٕ بیربل در سُنٕد عیال ہاوَ کھ توٚ تام چھے پرٕ بتھ دہ ہہ اکھ اکھ ساس

روپیہ چیٛنڑ بڑنی ۔نَو دوہہ گژھتھ ییٚلہِ بیربل درہٕنٛدی زامٕتری تِلک چند مُنشین بیربل دُرن عیال قدوٗس گوجوارنہٕ گرِ کڈنو و۔بیربل درنہٕ آشنہٕ کھیوٚ وشیرگڈھِ کھسان کھسان ناوِمنٛزٕ ے زہرتہٕ مو یہ۔أکی ہٕنٛزٕ نوش آیہِ کوبٕل سوزنہٕ۔کیٚ کالا گژھِتھ گٔر عظیم خانن حکوٗمت جبار خانس حوالہٕ۔ربتھ کھنڈ بروٗنہہ سوزُن سہزٕ رام درنقدٕ جنسہٕ اکھ کرور روپیہ ہتھ کوبٕل۔ یہ رقم اوسُن کأشرِن ہوٗٹ چیرِتھ جُر مانو تہٕ چیٛنڑیو رٔنگی ہیوٚتمُت۔أتھی تھپہ تھارِ چیٛنڑہِ وٹہٕ نس پیٹھے چھُ ''عظیم خانٕنی چیٛنڑ'' تلمیح بنیومُت۔ یہ تلمیح دوہِ دشرس منٛز ورتاونہٕ یتی چھُ فورن کأشرِ تواریخ کس تتھ دوسہٕ دروسہٕ ،أدرِ کھلہِ تہٕ ٹھولہٕ ٹھولہِ ہٕنٛدِس دورس کُن ظون گژھان،ییٚلہِ پٹھان درایہ تہٕ سِکھ آیہ۔

(2)

لُکہٕ تھیٚرس منٛز تہِ چھِ کُنہِ کُنہِ جایہِ پٹھان دورکی ژھایہِ گتی نظرِ گژھان۔تٔمی پأٹھی چھےٚ زبأنی ہٕنٛدِس معاملس منٛز کشمکش سپدان۔پأٹھرن ہٕنٛدی کردار چھِنہٕ وو پرزبان قبوٗل کرنس آمادٕ، یہ چھُنہٕ اوسبہٕ زِ تِم أسی نہٕ وو پرحأکمن ہٕنٛزٕ زبانہٕ زانان بلکہِ اِمو کھٕ زِ تِم أسی نہٕ زبأنی پیٹھ تسلُط برداش کرنس رواداد، تکیازِ کأشُر زبان أس تیٚلہِ تہِ کأشرِن ہٕنٛز پرٛزنتھ تہٕ ازتہِ چھےٚ۔سرکأری طوریوٚ دوَے ہتہٕ بدہن وٗرین فارسی زبأنی ہُنٛد چلے جاورٕ دتہٕ کأشُر بوچھوٚ واتھ زبأنی منٛز موجوٗدٕ عِلم تہٕ عرفان گلبوٗ گلبو مگرعوامٕچ زبان اُس پرٛتھ دورس منٛز کأشُر ۔ دونٕ پأٹھرس منٛز چھُ وسہٕ آمُت

درُ د:- با ہم دُ وتا بود، کسے برُ د، ہا ے گُم شُد۔

مسیحر۔1:- ہاژ کیا ساوونکھ پیٹہِ تتھ شایہ۔ اگر ہے ژےٚ وَنُن چھُے کینہہ تہِ وَن ژِ اَسہِ صِرف کأشرِ پأٹھی۔

درُ د:- اچھا، پنجأبی دانم۔

مسیحر۔1:- آ۔ کیازِ نہٕ! پنجأبی ونتہٕ، گرُ مُکھی ونتہٕ، شاستر ونتہٕ، عربی ونتہٕ، ہِیٚنٛدی ونتہٕ یالدأخ ونتہٕ، تہِ چھنہٕ کتھے۔ اِلانہٕ فارسی وارسی کینہہ۔

راژِ پأٹھرس منٛز چھُ راژِ تہٕ فرأری پٹھان صِرف فارسی بوٗلتھ پأٹھر کٔمن کردارن وأنج زالان۔

راژ:- رہےاول! تو کُجا آمدی؟

رہےاول:- بلے قربان، ما از مُلکِ کابُل آمدیم۔

راژ:- بلَے بلَے، زبان پنجأبی گُفتند۔

رہےاول (یُس اکھ فرأری پٹھان چھُ آسان):- بلے خداوند۔ زبان فارسی دانم، پختو' دانم، پنجأبی دانم، اِلا کشمیری نمے دانم۔

پأٹھرن منٛز چھُ سورنیہ، ڈول تہٕ نگارس پیٹھ واینہِ یِنہٕ والین دردِ ناد، سأل گاہ، ہندِ پوش تہٕ شراب ناوِ کٔمن مقامن ستۍ ستۍ "پٹھأنی" ناوُک مقام تہٕ واینہِ یوان، یُس پٹھان دورِ کہ اثرِ کُے نتیجہِ آسُن گژھِ۔ مبرز رضہٕ ہُن گاڑ آرِ، وقتِ سوکھ جُو، پٹھان سٕنٛدی ٹُل، پٹھان دستار، پٹھکہِ واو تہٕ پژھ ہشہِ کٔہی یاہ ضرب المثلہٕ، تلمیح تہٕ محاور چھِ پٹھان دورِ کٔمن واقعاتن ہنٛز نشاندہی

گُری تھے اماپوٚ زنومن پرٚیٚژھن منز تہِ چھُ اَمی دوُرک پوٚت گریز کنَن گرٕ ھان۔

بروٕنہہ بروٕنہہ عشہِ مال لشہِ کون ہتھ

پتہٕ پتہٕ جُمعہٕ خان ڈُم ڈُمہٕ ہتھ

اَتھ پرٚیٚژھِ چھُ جواب وُزمل تہٕ گگراے، دزٕ وُنس لشہِ تیٚشس چھِ وُزملہِ سٟتؠ تشبیہ دنہٕ آمٕژ۔ گوڈٕ چھےٚ وُزمل گرٕ ھان، عشہِ مال (فرضی ناو)، چھےٚ زنتہٕ لشہِ سٟتؠ بز ژزِس ژہس گٹہِ منز گاش ہاوان تہٕ ادِ چھےٚ گگراے گرٕ ھان، گگرایہ چھےٚ جُمعہ خانہٕ سٟنڈِس ڈُمہٕ ڈمس سٟتؠ تشبیہ دِنہٕ آمٕژ۔ دپان جُمعہٕ خان وُنتھ چھُ یتھ پرٚیٚژھِ منز پٹھان گورنر جُمعہ خان الکزٔئی سٟنڈِس طُمطراقس کُن اشارٕ، اُمؠ اُس 1207ھ تام ژون وٕرین تہٕ ستن رٕتن گورنری کرٕمٕژ۔ تِتھے پاٹھی وُچھتو یہِ پرٚیٚژھ۔

ٹِنڈِس پیٹھ ٹِنڈٕ تےٚ

ٹِنڈِس لٕج زیر

کوبُل قندھار

مُلکِ کشمیر ـــ (جواب: بٹیُل)

ازتہِ چھِ کشیرِ منز کواکھ، صحت مند، جگرٕ ڈرِس، نہ کھوژن وأرلس، مضبوٗط نل وُسخان وأرلس، بُتھِ برٕتس تہٕ گون ریٚش وأرلس خوش یِونس مردس ونان، یہ چھُ پٹھان ہیوٚ۔ خوب روٗ، حوصلہِ مند، مظبوٗط نل نکھ واجنہِ تہٕ بےخوف زنہِ چھِ ونان پٹھأنؠ ہش۔ پٹھانن چھِ عام پأٹھی خان ونان، اصلی پٹھان چھِ پشتو بولان۔ کشیرِ منز چھےٚ واریاہن لوٗکن پٹھان کرٲم تہِ۔ پٹھان

دورس منز آیہ وارياه پٹھان کٔشیرِ ۔سر والٹر لارنس چھُ لیکھان_ ''پٹھانن ہنز گرٕند چھےٚ مغلن ہنٕدِ کھوتہٕ زیادٕ۔اوتر مچھی پورِ تحصیلس منز چھےٚ پٹھانن ہنز وارياه بٔستیہِ۔سبٹھاه دلچسپ بٔستی چھےٚ درنگ ہامہِ کُکی خیل آفریدی قبیلچ ،یمو قدیم پٹھان ریوایژ قائیم چھےٚ تھاوِمژ،وُنہِ تہِ چھِ پشتو بولان۔پننہِ بہوڈری پٹھ چھُکھ فخر ،خاص قسمُک پوشاک چھِ لاگان ،خنجر تہٕ تلوارِ ہتھ چھِ پکان۔ مچھی پورس منز چھےٚ بیاکھ بٔستی ،مگر کأشرٮ۪ن ستۍ خشی کرنہٕ ستۍ چھےٚ تمو افغأنۍ ریوایژ وارِ یہس حدس تام مشٔراوِمژٕ۔بُڈ چھِ وُنہِ پشتو بولان مگر نٔو پُتہٕ نَے چھےٚ کأشرٮ۪ن ستۍ رٔلتھ کأشُر بولنہِ لٔجمژ۔مچھی پوٗری پٹھان چھِ یوسف زٔی قبیلس ستۍ تعلق تھاوان،یمن چھِ معروف خانی پٹھان تہٕ ونان۔ یوسف زٔی چھِ حمل گامس منز روزان،سواتی تہٕ پُنیری چھِ بیر وعلاقہٕ کٮ۪ن گامن منز روزان۔پننہٕ نٮ۪ن بٮ۪ن ہنز رأچھ کرنہٕ موکھ انٲوی راز گولاب سنگھن وارياه پٹھان افغأنستانہٕ پٹھہٕ تہٕ بسأوِن کٔشیرِ منز۔خیبری یا آفریدی چھِ گلگت روڈٕ چ رأچھ راوٕٹ کرنہٕ باپتھ پانژ ترٔ ہہ تہٕ مچھی پوٗری پنژٕ ہہ پٹھان سوزان۔اَمہِ کامہِ بدلہٕ چھِ تمن کینْہہ گام جأگیر رٔنگی دِنہٕ آمتۍ تہٕ تمن ہُنٕد مألیہِ چھُکھ معاف کرنہٕ آمُت ۔

(دِ ویلی آف کشمیر،ص309)

پٹھانن ہُنٕد دبدبہ تہٕ حُسن ،افغانستانکٮ۪ن شہرن ہُنٕد شوہر تہٕ افغانٮ۪ن ہُنٕد جلال چھُ مذہُم مذہُم پأٹھی سأنِس وننہٕ وٚلس منز تہٕ رٔژھرِتھ ۔

کانٕدرٕ وانٕچ بأ کر خأنی وولے پٹھأنی مس ہے مژٕ روے

آب تژاووے آگرووني بوزِ پٹھأني آبُک شوٗد
یِہے ڈوٗلی شوٗبان تیٚلہِ چن رائمن یِہے ڈوٗلی أز چن پٹھائمن

(مہرِینہِ مس مٔژرن، آب شیٖرُن تہٕ ڈولہِ ونہٕ وُن)

یِزمَنن وُرِلأج منز وِرِ وارس خبر گیہِ کوٗبُل قندہارس
کوٗبلچ مأنز تٔر پیٚشوٗر سالس اَسہِ لأج لالس کھورن مأنز

(وُرِتہِ مأنزِ ونہٕ وُن)

یار قٔندی گُر چھےٚ پانہٕ سوارے سانہِ وَن ہارے چھےٚ منزٕلس ہأل
پٹھکہٕ چھُس پھیکہِ بون توٗراسانس از چھُ پٹھانس ہوٚوُرِ سال

(مہرازس ہوٚ ورِ استقبال)



# کأشرِ لُکہٕ ووترٕکی کینٛہہ توٲریخی کردار

کأشرِس لُکہٕ ووٗترِس منٛز چھِ بے شُمار قسماقسم کردار وَرتاوس منٛز۔ کینٛہہ چھِ واریاہس کالس پیٚٹھرس روزنہٕ سببہٕ أکِس لفظس یالفظہٕ تگہِ منٛز موٗژِمتی۔ کینٛہہ چھِ تلمیحن منٛز محفوٗظ سپدیٚمتی۔ کینٛہہ کردار چھِ بالافطری تہٕ اسطوٗری۔ کینٛہہ چھِ خیألی طور تھٲرنہٕ آمتی۔ کینٛہہ چھِ تِم یِموپیٚزِ پأٹھی سماجس منٛز روٗزِتھ پننٛی کارنامہٕ انجام دِتیٚمتی چھِ۔ پھیرِ وُنی تھورِوُنی، کأم کارکرِوُنی، گنٛڈِوُنی اسہٕ وُنی، رڈٕ گری۔ ٹڈٕ تہٕ ٹنٛڈ کرن وألی، کمزور، طاقتور، بڈٕی بڈٕی معرکہٕ سرِ کرن وألی، سبدارٕ تہٕ مُفت خور، رٕتی تہٕ کرٕتی، ژوٗر، ٹھگ، پیر، گلوان، وَتہٕ ہاوک وغأرٕ۔ لُکہٕ ووٗترِس منٛز چھِ أہنٛدین ناون ستی ستی أہنٛدی کارنامہٕ تہٕ اکہِ پُیہ پیٚٹھ بیٚیِس پُیہٕ تام واتان۔ گُلہن، کٹہن، کنہن، کولن تہٕ کوہن تہٕ چھِ لُکہٕ ووٗترِس منٛز کارپُشر اونہٕ آسان آمتی تہٕ یِم تہٕ چھِ اتہِ پننٛی کردار اداکران۔ گُلہم پأٹھی چھِ یِم سأری کردار پننٛی کارنامہٕ ہیٚتھ لُکہٕ باوٕژہنٛدِ ذٕریعہِ گردِشس منٛز روزان تہٕ مخصوٗص زبأنی ہنٛدین بولن والین ہنٛدِ سماجٕچ بلکہِ سمأجی زِندگی ہنٛزٕ عکأسی تہٕ ترجمأنی کران۔ یِم کردار چھِ دوٚہدِش چہِ کتھ باتھِ

منز، لُکہٕ شاعری منز، لُکہٕ کتھن، داستانن، چاٹھن، گنڈ تی ین، تلمیحن، مثالن
تہٕ لڑاین جھگڑن منز یسلہٕ پأٹھی یِوان ورتاونہٕ۔ اما پوٚز بولن والین ہنٛز یکتھ
چھنہٕ یمن ہنٛدِ اصلہٕ نِشہٕ وأقف آسان۔ بعض اوقات چھُ کأنٛسہِ انسانس اصل
ناوٕ بدلہٕ تفحیکہٕ وول ناو، یتھ ربٕژھ ونان چھِ لأرِتھ گرٛھان تہٕ لُکہٕ باوتھ چھےٚ
اتھ یتھٕ پأٹھی قبوٗل کران زِ کردارِ سُنٛد اصل ناو چھُ گال کھالتس گرٛھان۔ یہ تہٕ
چھُ سپدان زِ کأنٛسہِ چھُ ٹاٹھِنیارٕ یا کُنہِ صِفتہٕ موکھہٕ موٗلی ناوٕ بدلہٕ بیٚیا کھےٚ ناوادِنہٕ
یِوان۔

ربٕژھ چھُ سُہ ناو یُس لۆکو کأنٛسہِ انسانس پھودِتُلنہٕ خأطرٕ کوٚ ڈُمت
آسہِ۔ بعضے چھےٚ حیوانن تہٕ ربٕژھ یِوان کڈنہٕ۔ موٗلہٕ کتھ چھےٚ یہ زِ ظرافت
ییٚلہِ گرٛھنہٕ گرٕھتھ ؤستھ درجہٕ پڑاوِ لبکہٕ، ووہوٚ تہٕ ربٕژھ ہوی ناشایان تہٕ غأر
مُہذب الفاظ چھِ زایُن لبان۔ یِم سأری چھِ عریان گۆیی ہنٛدِس زُمرس منز
یِوان۔ ربٕژھ لفظس چھےٚ لغوی وبژھنےٚ یتھٕ پأٹھی کرنہٕ آمٕژ:

ربٕژھ......(م: ربٕژھ <رچا>)

۱۔ ریٚژا: ویدن ہُنٛد پدیا منتھر۔

۲۔ کُنہِ کارٕ بیترِ کٔنی کأنٛسہِ درٛ امُت ناو۔

۳۔ کأنٛسہِ کوٚ ڈُمت سُہ ناو ییٚمہٕ کٕنہ سُہ وَنہٕ آسہِ یِوان۔

۴۔ اصلی ناوٕ ورأے، سُہ ناو، یُس کأنٛسہِ لۆکو پھودِتُلنہٕ خأطرٕ کوٚ ڈُمت
آسہِ لے۔

ربڑٕ ھ کڈن وول چھُ کأنسہِ خلاف ژ کھ، ژ کھر تہٕ نفرت چھانٹان۔ اتھ منز چھُ تضحیکک تہٕ منٛد چھاونک عنصر زوردار تہٕ غألب آسان۔ ییٚلہِ کأنسہِ دُشمنس، سرزورانسانس، ظألم حأکمس کمزور شخص کُنہِ رنگہٕ پوشان چھُنہٕ، سُہ چھُ تس ربڑٕ ھ کڈنہٕ ستۍ تہٕ بدرَددنہٕ ستۍ وأنجہِ ترٛ تُلان۔ یہ زن چھِ سبھٹاہ غأرمُہذِّب تہٕ وُسی پایہِ کأم مگر چھِنا وَنان ''ہیوٚ رنۍ پلۍ زنگۍ زِلۍ''۔ کأشر بوچھۍ ظألم تہٕ جأبر وو پر حُکمرانن خلاف احتجاج تہٕ بغاوتہٕ پڑھی تمن تہِ ربڑٕ ھ بُجرِ۔ سانہِ لُکہٕ باوٕژ منز چھِ تتھی واریاہ کردار چلہٕ وُنی یم بذاتِ خود توأریخی حقیقت چھِ، یہِندی کارنامہٕ سأنس تحریری توأرٛکھس منز موجوٗد چھِ مگر یم چھِ صِرف مختلف ناون تام موژٕیامتۍ، یم ناوٕ تمن رِتیو کارنامو کِنی دِنہٕ آمتۍ چھِ یانا کارٕ کامو موکھہ تہنز ربڑٕ ھ چھِ، مگر لُکہٕ باوٕژ منز شرٛ پنہٕ باوجوٗد تہِ چھِ تم توأریخی کردارٕ ے، یمو منز کینژن ہیٚتھن وژن دِنچ کوٗشش کرنہٕ چھۍ آمژ:

## نلسان / نڈسان:

راز نل سینؔ اوس ۴۵۰ اکل یُگ سنس منز کشیرِ ہندِس تختس بیوٗٹھمُت۔ یہ چھُ تمہٕ وِ ے ۵۲ رہو رازوٕ منز اکھ، یم کلہنؔ پنڈتس راج ترنگنی مُرتب کرنہٕ وِزِ دستیاب اُسی نہٕ سپدی متۍ۔ اماپوٚز حسن شاہ کھویہامی چھُ تمن ہُند حال و احوال مُلاؔ احمد سِندِ ''وقایع کشمیر'' پتھٕ تُلتھ پننس توأرٛکھس منز درج کوٚرمُت۔ مُلا احمدن اوس بڈشاہ سِندِس زمانس منز پنڈت رتناؔکر سِندِس ''رتناکر پوٗرانس'' فارسی ترجمہٕ کٔرِتھ ''وقایع کشمیر'' توأرٛکھس منز تمن رازن

ہُند حال درج کۆرمُت ـ یِم چھِ توأریخی وَرتہٕ کھُری ـ اما پۆز ساسہٕ وادٕری گژھتھ تہٕ رٕو دراز نَل سین سُند ناو کأشرِ ہن ہِندِس اجتمأعی ژیہتہٕ وٕترِس منز موجۆد ـ مورخ حسن شہَن چھُ لیوٚکھمُت زِ:

''یہ راز اوس حدِ رؤس ظإٔلم تہٕ بے عار ـ أمی مأری اکہِ نَتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ پنٔنہِ ۲۵ رٕہن وٕرِین ہِندِس دورِحکوٗمتس منز اکھ لچھ انسان ـ أخرس ہیوٚتنَس گرس نارتہٕ دۆ دعیال ہتھ'' ۲

ظُلم تہٕ سِتمہٕ نِشہِ اہر نیمتو کأشر بو کۆرُس نَل سین بدلہٕ نلسان ناو، کینٛہہ چھِ نلسان بدلہٕ نڈسان لفظ تہٕ ورتاوان ـ اتھ ناوس چھُ از تام اہرِ، ژکھ، نفرت تہٕ احتجاج پڑیڈان تہٕ ریٚژھِ پژھی یہِ تذلیلہٕ بۆرُت ناو چھُ وُنہِ تہٕ گردشس منز ـ

۱ ـ سُہ چھُ نڈسان، ۲ ـ تِمس نلسانس چھا عار یِوان؟، ۳ ـ یوہے نڈسان ہیوٚ چھُکھ ـ

ہَرکشہِ دیو:

راز ہرش دیواوس ۱۱۵۶ بکرمی سنَس منز کٔشیرِ ہُند راز بنیوٗمُت ـ تِمی کر کہن وٕرِین أٹھن رتن تہٕ نوٚن دوٕہن حکوٗمت تہٕ أخر موٗ دانتہأیی بے بسی ہِندِس حالس منز ـ راج ترنگنی ہُند مولف مورخ کلہن چھُ تِسندِ دورُک چشم دید گواہ ـ اکھتہٕ اوس کلہن سُند مول چمپک ہرش دیو سٕندِس دربارس منز وزیر تہٕ ـ کلہن چھِ ہرش دیو تہٕ تِسٕندِ دورِ حکوٗمتکہِ حالات تفصیلہٕ سان بیان

گٲرۍ ہتی۔ یہِ چھُ سُہ راز تیمِس بدکردار، بداخلاق، جابر، ظٲلم تہٕ قٲتل آسنہٕ موکھہٕ کاشُربو "ہٕرۍ شہِ دِبو" رہٕتھ کڈ۔ مورِخو چھُ لیوٗکھمُت زِ گوڈٕ گوڈٕ کرِ تمۍ عوامچہِ پاپرجاۓلی خاطرٕ رٕژٕ رٕژٕ کامہِ، اماپوٚز وارٕ وارٕ روٗٹ غلط یارو دوستو تہٕ مشوٗرٕ دِنہٕ والیو رٕژو کامو نِشہِ پتھ۔ اکھتیُ چھُ وُنہِ تہِ "واتل پاۓتھرس" منٛز یہِ بیان اُمی زمانچہِ اُتھی رہوایژُکُن اشارٕ کران:

> "دپان ہٕساۓ ہٕرۍ شہِ دبو اوس پادشاہ، وٕرِشہِ دبو اوسُس وزیر، ابہور اوسُکھ مسخرٕ تہٕ دیٔت اوسُکھ ماگُن"[۳]

تعجُب چھُنہٕ ہرگاہ دیٔت، ویٛشہِ دَت یا دہمت ہوٚبن ناون ہٕنٛز ژھوٚٹرن وٕرِشہِ دبو تہٕ ابہور بیترٕ آسہِ، ییم اُسی ہرش ہٕنٛدِس مالی ہٕنٛدی تہٕ ہرش ہٕنٛدی چاپلوٗس تہٕ خود غرض مشیرٕ"[۴]

کلہنَن چھُ لیوٗکھمُت:

> "زنتہٕ ہرش دیوس دولت سوٚمبراونس کُن ہوومُت اوسُن۔ ییٛلہِ سُہ پزٕرٕ چہِ وَتہِ پیٚٹھٕ ڈوٚل، لوٗگ لوٗکن نِش جبرن پوٚنسہٕ ٹوٗنک وٹنہِ۔ زِنا کٲرۍ ہُنٛد ژاس چسکہٕ تہٕ وَتو پیٚٹھٕ اوس حسین کورِ بن رٕٹتھ انناوان تہٕ محل خانس منٛز دٲخل کران۔ تِہٕنٛدِس محل خانس منٛز آسہٕ ترٛےٚ ہتھ تہٕ شیٚتھ رانہِ۔ اکھ وقت واتہِ زِ لوٗکھ کرن نہٕ تِہٕنٛدِ بن ذلیل کارن پیٚٹھٕ پرٛژھ، مگر مالی ہٕنٛز ویمو رانو یُس کھوٚنہِ روٗچھمُت اوس تمن ہتی تہٕ گٔرن بدفعلی۔ پنٛنہِ بیٚنہِ ہتی کوٚرُن

ناجائِز تہٕ پۆپھتر بێنہٕ گٲرن بے عزت۔ پزتھ شامن اوس تِسنٛدِس محل خانس منٛز ساس ژٲنگی زاٲلِتھ زوٗل کرنہٕ یِوان۔ شہوتن تہٕ دۄ ءلتکی جوٗنن آسس وُنہٕ واتمژ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس بہوٗدُر تہٕ رعیت پرور مگر پتہٕ بنیو وبد اخلاق تہٕ حکمتِ عملی نِش رۄ دخاٲلی۔ دانا ہے ہرِشؔ دیوٗس ژھارن، سُہ پیگھ شیطانن ہِنٛدِ بن سر گرۄ ہن منٛز لبنہٕ'' ۵ہ

ہرِشؔ دیوٕ سِنٛدِس زمانس منٛز آوا کھ خطرناک سہلاب، یُیمہٕ ستؠ دژاگ وۄتھ تہٕ واریاہ لۄکھ مۄدی۔ رازن گٔری لۄکن پێٹھ بارِ ٹیکس عاٸد تہٕ یم لۄکھ تہٕ تِتھ ییٚہ تہٕ دژاگہٕ منٛز زِندٕ ے دژا یہٕ، تِمن پھُٹر وو ٹیکسَو تہٕ جبری وصوٗلی وارٕے کٔمبر۔ گوڈٕ گوڈٕ یۆ دوٚے ہرِشؔ دیوٚن کینٛژھہ سرکش طبقہٕ زیر گٔری، رازِ وپرِ علاقہٕ کۆرُن فتح۔ تاہم رۄ ز گُلہٕم پاٹھی لۄکن ہِنٛز حالت خراب، عصمت تہٕ وَسمتھ اُس غار محفوٗظ۔ لۄکن بیوٗٹھ اہر تہٕ کۆرہَس ''ۂرِشہٕ دیو'' ناو۔ کاشُر ڈکشنری منٛز چھے اتھ ناوس یہِ وبژھنے دِتھ:

ۂرِشہٕ دیو (< س۔ ہرشہٕ دیو >)

۱۔ وُٹکُر۔ وبکھُتھ۔ ظاٸلم

۲۔ اُڈٕ اُڈٕ دژامُت۔ بدنام گومُت ۶ہ

واٲنہٕ دَت:

وینادت اوس راز رنادت سُنٛد نیٚچُو کینٛژھہ چھِ اُمہِ سُنٛد ناو وینادت

لبھان۔ مورخ حسن شاہ ہِنٛدِ لیکھنہٕ مطابق چھ ویناد َت مالکہ ہِنٛدِ مرنہٕ پتہٕ ۵۳۱ بکرمی سنس منٛز کشیرِ ہُنٛد راز بنیومُت۔ سُہ چھ سبٹھاہ نیک راز اوسمُت۔ کلہنن چھُ لیٛوکھمُت زِ تمہِ مانیی نہٕ بادشاہی رٹنی، لوٗکو کوٗرُس زار پار تہٕ اِد کرناوی ویناد تَن مُلکُکی اکابر تہٕ رسوٗخہٕ والکہ وعدٕ زِ میٲنِس راجس منٛز گژھ نہٕ کانٛہہ انسان اپُز وَنُن۔ کانٛہہ جانوٗر گژھ نہٕ مارنہٕ یُن۔ کانٛہہ گژھ نہٕ وعدٕ خلافی کرُن۔ کانٛہہ گژھ نہٕ کانٛسہِ ہُنٛد حق کھیوٚن۔ یہِ وعدٕ ہیتھ بناوُن لگرِ بل جایہِ پانس رِکژنر کانٛہن ہنٛز پٔہر تہٕ اُتھی ستی بناوناوِن زِ بڈی گدام، اکھ مراز علاقہٕ کِہن لوٗکن کیُت تہٕ بیا کھ کمراز کِہن لوٗکن کیُت۔ حکُم کوٚڈُن زِ پرٛتھ کانٛہہ نفر گژھ پننہِ آمدنی تہٕ فصلُک دٔہم حِصہٕ پٲنی پانے یمن گدامن منٛز پانہٕ دٲرِتھ دیُن۔ پننہِ باپتھ اوس پانہٕ رزق کماوان۔ مُلکس منٛز نہٕ وۄتھ فساد، نہٕ دژاگ تہٕ نہٕ آولوٗکن کانٛہہ ووگتہٕ۔ رازٕ اوس پرٛتھ ساتہٕ خدایہِ ہِنٛدِس عبادتس منٛز آوُرروزان۔ اٲمِس متعلق گیہٕ واریاہ بالافطری قصہٕ مشہوٗر۔ زِراتھس لَج برکت، فصل اوس گُنٛل نیران۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ فصل ووپدنہٕ موکھ آو اٲمِس رازٕ ہِنٛدِ تعلُقہٕ "وٲنہٕ دت فصل" دٔپیُت بارسس۔ یہِ روٗدنہٕ ڈلِتے بلکہِ بنیو و تلمیح۔ وٲنہٕ دتَ یُس "ویناد َت" ناوُک ژھوٹر چھُ، سپد لُکہٕ باوٕژ منٛز جٲری تہٕ معنہِ پرٛ دوٗن "گُنٛل، سبٹھاہ، واریاہ" وغٲرِ۔ مورِخ حسن شاہن چھُ یہِ تہِ لیٛوکھمُت زِ پنڈت رتناکرس ورأے چھُنہٕ بیٚیہٕ کانٛسہِ تہٕ اٲمِس رازٕ سُنٛد تذکرٕ کوٚرمُت، تاہم چھُ یہِ لُکہٕ باوٕژ منٛز محفوٗظ:

سوٚنتہٕ کوٚر گوٚنگُل تےَ ہرُدٕ کوٚر نوٚوٕیے
وأنہٕ دت بوٚویے شاہ وُلگے

(وَنہٕ وُن)

(گوٚنگُل: گوڑٕ سوٚنتہٕ زمیندأری شروٗع کرنُک رسم۔ نوٚو کرُن: پٔیٖوٚمُت نوٚو فصل گوڈنچہِ لٹہِ کھٮٚنُک رسم۔ وأنہٕ دت بوٚوُن: گٔتُل وٕپدُن۔ شاہ وُلگ: اکھ تھدِ قِسمِچ داں ذاتھ)

توٚنگہٕ:

وَنہٕ چھُ یِوان زِ اتھ ناوس چھُ وزیر تُنگسؔ ستی تعلُق۔ کلہنن چھُ لیوٚکھمُت زِ:

"تُنگ اوس أکِس کھٔو (کھشؔ) بان سُند نیٚچُو، یُس پژھٔنژھ کہِ بُدلؔ گامُک روزن وول اوس۔ سُہ اوس کٔشیرِ گُپن گوٚر (پوٚہوٚل) بٔنِتھ مأنشہِ رچھنہِ آمُت۔ پٔتمن پأٹھن باین سٔگند ھیشؔ، پربٹؔ، ناگؔ، اٹا یکؔ تہٕ سانکھسؔ ستی یور یتھ بنیوٚ سُہ وارِ وارِ قأصد۔ اکہِ دوہہٕ اوس سُہ دبد رانہٕ ہٕنٛدِس خأرجی معاملن ہٕنٛدِس وزیرس نِش ییٚتہِ سُہ دبد ارنہٕ نظرِ گوٚ وتہٕ تیٚمِس دِل۔ سوأس شٔیچھ سوٗ زِتھ تس چوٚ برس نادِتھ انا وان تہٕ تس ستی تی کران یہِ تقدیر اوس یعنے تس ستی سُے لول تہٕ مایہ بأگراوان یُس تمہِ تس بزوٗنہہ تہٕ کتین یارن ستی بأگرمُت اوس۔ تُنگسؔ ستی بے

پناہ یارِ ز کنِ نیوٗ پاپی تہٕ بےشرم رانہِ بھٮ۪یا زہر دِتھ مأرِتھ، تکیٚاِ زِ سہ اوس نہٕ ووٚنی تس ماز أنی'' ۷۔

دبد رانہِ (۱۰۰۳-۹۰۸۰ء) ہٕنٛدِس دورِ اقتدارس منٛز بنیوٚ و تنٛگ زبردس، اختیار تھاون وول وزیٖر، تٔسٕنٛد بن باین تہٕ آیہ تھٔدی تھٔدی عہدِ دِنہٕ۔ دبد رأنی أس تنٛکس عاشق تہٕ تمہِ کٔر دیٚت پوٚر وفادأری ہٕنٛد تہٕ حکمتِ عملی ہٕنٛد ثبوٗت۔ حالانکہِ مورِخو چھُ لیوٗکھمُت زِ تنٛگ اوس سیأسی حکمتِ عملی منٛز مأہر مگر دغاباز اوس نہٕ۔ ووٚنی گوٚو کأشُر لُکہٕ باوٕ ژ منٛز چھِ کینٛہہ اہم تہٕ عام لفظ، یِم وزیٖر تنٛگ سٕنٛد بن کارن تہٕ رورَ کانن کُن اشارٕ کران چھِ۔ مثلن تونٛگ، تونٛگ کرٕنی، تونٛگہٕ، تونٛگل، تونٛگ وَتنی۔ عام پأٹھی چھِ یِم لفظ دوکھہ دِنہٕ کس تہٕ ٹر وَنہٕ نہٕ کس معنہِ یَس منٛز ورتاونہٕ یِوان۔ حالانکہِ کأشرِ ڈکشنری منٛز چھُ تِتھٕ کٔنی لیکھنہٕ آمُت:

توٚنٛگ، توٚنٛگہٕ......[<س: تنٛگہ>]

ٹر: اپُز کتھ، معموٗلی کتھ بڑٕ رأوِتھ وَنٕنی ۸

اوٚپ:

اوٚپ چھِ تِمس انسانس ونان یُس نہٕ وٕچھن بانہٕ آسہِ، یُس لوٚژر آسہِ، یٚمِس نِش نہٕ یِیہ سٕنٛد بِہر کھٕٹِتھ روزِ۔ اوٚپ شخص چھُ بیعقل تہٕ لوٚت ماننہٕ یِوان۔ تِمس چھُنہٕ اوبر گوبر تہٕ اعتبار آسان۔ دپان ''اوٚپ'' ہیوٚ رُت لفظ چھُ أکِس احمق بادشاہ سٕنٛز وحماقژٕ وٕستی بارسس آمُت:

"آج سے بہت پہلے اوپدیو نام کا ایک راجا کشمیر کا حکمران تھا۔ یہ راجا معاملہ فہم اور سنجیدہ ہونے کی بجائے حماقتوں کا ایک مجموعہ تھا۔ چنانچہ آج بھی پیٹ کے ہلکے انسان کو راجا اوپدیو کی نسبت سے "اوپ" کہتے ہیں۔ سوچنے کی بات ہے کہ ایک احمق بادشاہ کی حماقتوں نے ہماری زبان کو کتنا اچھا لفظ دیا ہے" ۹

مورِخ حسن شہن چھ لیوٗکھمُت زِ اوپیہ دیو بیوٗٹھ ۱۲۳۲ / ربکرمی منز راز تخنس ۔ نوٗن وٗرِین تہٕ ژوٗن رتبن راج کٔرِتھ موٗد ۔ أمی سنٛزِ بیقلأ زی ہنٛدی چھِ کم کم قِصہٕ مشہوٗر ۔ برباأدی تہٕ شِنأے کرنہٕ ورأے آونہٕ کہیں أمی سنٛدِ ذٔسی ۔ ۱۰

## تأزی بٹ:

تأزی بٹ اوس بڈشاہ سنٛدِ وقتہٕ اکھ سبٹھاہ غریب شخصاہ ۔ تٔمی اوس نہٕ تیوٗت علِم پوٗرمُت زِ سرکأری مُلازمت بہٕتِھ ہیٚس تہٕ بوٗڈ عُہدٕ پرٛاوُنک اوسنہٕ سوالے ۔ تیوٗت رسوٗخہٕ وول تہٕ اوسنہٕ زِ کانٛہہ پرٛ ژِھ ہیٚس ۔ وون گوٗو تیٖر چلاوُن اوس زانان ۔ دپان بڈشاہ اوس اکہِ دوہہٕ فوجی کمانڈرن ہنٛز تیٖر اندأزی امتحان کران ۔ سارِوے فوجی کمانڈرَو ییٚلہِ نِشانس پیٹھ تیٖر لأیتھ ہیوٚکنہٕ تہٕ تماشہِ وُچھن والیو اندرٕ دزٕ اوتأزی بٹ ژھیٚنہٕ مژرن زچن منز نِشانہٕ پاونہِ ۔ مأہر کمانڈرن زٔٹ کرنہٕ خأطرٕ دیٚت بادشاہن أمس تیٖر چلاوُنک اجازت ۔ خدایہ سُنٛد کرُن زِ تأزی بٹن ییتھُے کأرِ منٛزٕ تیٖر ترٛ وو، یہٕ لوٗگ

سیوٚ دٕے نشانس پٮ۪ٹھ۔ بادشاہ گوٚ وخوش تہٕ کمانڈر خجل۔!!

گاہ باشد زِ حکیم روشن راے
بر نیاید درست تدبیرے
گاہ باشد کود کے ناداں
بہ غلط بر ہدف زند تیرے

(سعدیؔ شیرازی)

"کانٛہہ ساتھ چھُ سُہ تہِ ییٚلہِ روشن دماغ تہٕ رٕژ راے دِنہٕ وول دانا انسان تہِ صحی تدبیر چھُنہٕ ہیکان وٕنتھ۔ کانٛہہ وق چھُ سُہ تہِ آسان زِ ییٚلہِ کانٛہہ نادان شُر ہنگہٕ منگہٕ غلطی سان مُقرر نشانس پٮ۪ٹھ تیر لایان چھُ"

امی وقتہٕ دِژ بڈشاہن تاٰزیؔ بٹس فوجس منز نوکری۔ طالع اوسُس رُت۔ فوجس منز رُوٗ زِتھ ہاٰوٕن بہودری تہٕ وفاداٰری تہِ۔ اِمو کھٕ پژ اٰوِن رسہٕ رسہٕ ترقی۔ حالانکہِ تسُند اصل کمال دژ اوسلطان حسن شاہ سٕندِس زمانس منز نوٚن۔ سُلطان حسن شہن گر بہن وٕرِین حکوٗمت۔ تٔمی کوٚر تاٰزیؔ بٹ فوجک سالار مُقرر۔ ییٚلہِ سُلطان حسن شٕہنی پیٚترن، ییٚمس بہرام خان ناو اوس، بغاوت کٔر تہٕ بارٕ فوجاہ ہیتھ آو حملہٕ کرنہٕ۔ تاٰزیؔ بٹن کوٚر سُہ گرفتار:

"تاٰزیؔ بٹ بالشکرِ گراں بمبازرتِ بہرام آمدہ در موضع تولہٕ پور محاربۂ شدید واقع شُد۔ اتفاقاً بہرام خان را تیری بر دہن

رسید و شکست یافت و افواجِ شاہی بہ تعاقب او دوید معۂ پسر گرفتار کردند۔ و مال و متاع و اسبابِ او بغارت بردہ بہ حالِ تباہ نزدِ شاہ رسانیدند و میل در چشمانِ او کشیدہ بعد سہ روز وفات یافت۔ ملک احمد یتو در انتظام مہام مملکت مُسلّط گشتہ ملک تازی بٹ میر لشکر بود''۱۲

''ترجمہ: تأزی بٹ آو بارِ لشکراہ ہیتھ بہرام خانس مقابلہٕ کرنہِ۔ تولہٕ پٔورگامس منٛز (سوپور) سپُد زبردس جنگ۔ بہرام خانس لٔوگ اُسس تیر تہٕ کھیٚین شِکس۔ بادشاہ سُنٛد فوج دورِیٚوس پتہٕ تہٕ نچوی زِ تہٕ پانہٕ، ترٛینوے مالی پٔتھر اُنِکھ رٔٹِتھ۔ مالس جایِدادس کوٚر ہس لٔوٹھ تہٕ خراب حالتس منٛز واتنووُکھ سلطان حسن شاہس نِش۔ تمِ وسلہِ یوٚ ستی کجہِ ہَس دۄنوٚے اُچھ تہٕ ترٛییہِ دوہہ مۄد۔ ملک احمد یتو اوس وزیر اعظم تہٕ ملک تأزی بٹ فوجُک زِ یُٹھ''

امہِ علاوہٕ تہٕ اوس تأزی بٹ واریاہ بغاوٕژ دَباونس منٛز کامیاب رُو دمُت۔ بہلوٗل پور تہٕ سیالکوٹ کٔنن حأکمن دوٗگُن کلہٕ۔ اکھتےٗ کرِن یِم دۄنوے علاقہٕ تباہ تہٕ برباد۔ اما پوٗز سلطان حسن شاہنہِ دورِ حکوٗمتہٕ پتہٕ چھُنہٕ تو اُرِ تکس منٛز تأزی بٹنہِ عسکری سرگرمیٚن ہُنٛد خاص تذکرِ میلان۔

تأزی بٹُن بگدتن نشانس تہٕ لگن چھُ کأشرِس لُگ وقترِس منٛز ''تأزی بٹُن

کان''، تلمیح کِس صوٗرتس منز ازتہٕ محفوٗظ۔ ازتہٕ ییٚلہٕ کأنٛسہٕ ہنگہٕ منگہٕ کُنہٕ کامہٕ سبز رگژھہ، تس چھِ ونان أمِس گوٚ وتأزی بٹُن کان۔

چیٚٹہٕ گرِم:

چیٚٹہٕ گرِم تہٕ گرِم ننہٕ وور چھِ کأشرِ لُکہٕ باوٗژ منز یسلہٕ پأٹھی ورتاونہٕ یوان۔ چیٚٹہٕ گرِم گوٚ وگری منز چیٚٹۍ۔ یہٕ مُرکب چُھ تمہٕ وِزِ ورتاونہٕ یوان ییٚلہٕ کأنٛسہٕ نِش جبرن چیٚٹۍ وصوٗل کرنہٕ یِیہِ، چیٚٹۍ گوٚ وہنگہٕ منگہٕ جُرمانہٕ۔ گرِم ننہٕ وور چھِ تس شخصس ونان، یُس ہمیشہٕ پرٛتھ جایہِ واتان روزان چُھ۔ یوان چیٚٹہٕ گرِم چھےٚ ربٕژھہ، یوسہٕ کأشر بوٚ کشیرِ ہنٛدِس دُرأنی گورنر ظأٔلم اظلم حاجی کریم داد خانس کٔڈمژ أس۔ یہٕ ظأٔلم تہٕ جأبر تاتأری اوس ۱۱۹۰ھ ہجری منز کشیرِ ہُنٛد گورنر بنیوٗ مُت۔

گرِم داد خان اوس لوٗکن رنگہٕ رنگہٕ جُرمانہٕ کران، عامن تہٕ خاصن اوٗسن ستیتھہٕ تلُمُت۔ زِٹھِن، دیٚارِ والین، تأجرن تہٕ باپارِن کیُت کوٚ ڈُن زِچھرِ ہارِ دنٛک بدعت۔ شہر وگام ژٹناوِن موٗکلی، تمن ہُنٛد زِیٚن کِنتھ وچھن ہارِ۔ نیاز ہارِ، پھل ہارِ، دِہی ہارِ تہٕ پشمینہٕ داغ ٹیکس لأگتھ تھأوِن لوٗکھ سوٗرس پیٹھ سأوِتھ۔ اکھتےٚ ژٔلی واریاہ لوٗکھ کشیرِ ترٛاوِتھ۔ اکھتےٚ کٔرِن بے شُمار زنٛین ستی بدفعلی تہٕ انسانیت، شرم تہٕ شرافت کٔرِن خجِل۔

آغر خان ژایوو گگروأج:

محمد شاہنہٕ وقتہٕ ییٚلہٕ مُغل سلطنژ سوٗسُر اوس لوٗ گمُت، آو کشیرِ اکھ نائب

صوبیدار آغر خان ۔ یہِ اوس تھپل ۔ اَکِس ؤرِیس اندر اندر یپاَرِ یپاَرِ اَمِس اتھ پیٛل، تپاَرِ تپاَرِ رۄ دٹیکس وصوٗل کران ۔ اَتھی تھپہِ تھارِ اندر دپان ییٚلہِ اَمی اَکِس کاشرِس دۄپ زِ ژےٚ کونہٕ چھےٚ ہٕسی ٹیکس بۄ رمُت ۔ تَمی دۄپُس، جناب کشیرِ منز چھنہٕ اکھ ہۄس تہٕ کُنہِ ،یہٕ کتھ دِمہٕ ٹیکس ۔ آغر خانن وُنس، گۄ وژ چھکھ یۄت گستاخ زِ میٲنس تخمینس تہِ چھکھہٕ کٹھ کڈان ۔ لہٰذا چھےٚ ژےٚ امہِ گستاخی ہٕندِ جرمانہٕ خاطرِ برابر سےٚ ٹیکس ادا کرُن، یُس اسہِ لوگمُت چھ ۔ اَتھی واقعہس پیٹھ بنیوو "آغرِ خانُن ہۄس" تلمیح ۔ از یَس اَکِس تتھ چیزس ٹیکس ادا کرُن پییہِ، یُس نہٕ تمِس آسی، سُہ چھ ونان "مےٚ گۄو آغر خانُن ہۄس"[۱۳]

اما پوٚز تو اَر تخس منز چھنہِ یہِ واقعہٕ درج ۔ یہِ چھ صِرف لُکہٕ باوٕ ژمنز میلان ۔ تتھےٚ پاٹھی چھےٚ سانہِ زبٲنی منز یہِ مثال تہٕ ورتاونہٕ یوان "آغر خان ژایو وگگروٲج تتہٕ تہِ میچس نہٕ جاے" ۔ یہِ مثال چھےٚ تمہِ وِزِ پھرنہٕ یوان ییٚلہِ کانٛہہ ظالم، جابر، بدکار حاکم مظلوٗمن ہٕندِ بغاوَتہٕ ستی کمزور گژھتھ پان بچاونہٕ باپتھ ژھینہٕ ژھینہٕ کرِ مگر کانٛہہ تہِ بچن باپتھ پاتھبس نہٕ ۔

واقعاتِ کشیٖرِ کی مولف خواجہ اعظم دیدمری ین چھ آغر خانس متعلق لیوٚکھمُت زِ سُہ اوس مۄن کالہِ بوج سےٚ مےٚ نش اوس اکثر یوان تہٕ کاشرین ہٕندِ باپتھ رِژرِژ کامہِ کرنکی وعدٕ کران ۔ اسہِ اوس علم وادب تہٕ شعر گۄیی رکنی اکھ اَکِس ستی تعلق اُدسی مُت ماَیب صوبیداری ہٕندی گوڈنکین پاژن

شمٕن رتٕن رٔ دسہ جان کامہٕ کرنس پتھ ڈٲنتھ۔اما پوٚز کینژٕ وبَد اندیش مشیرَ و ڈول اصلیچہٕ وَتہٕ نِش۔نیت ڈٲجس، یِم میانہٕ موجوٗدگی منز وعدٕ گرٕی متی اٲسن تِم پھُٹرٲ وِن۔لوٚگ لوٗکن پتھ ظُلم وستم کرنہٕ۔بے رحم بے انصاف لٲ رٕگتھ کوٚرُن لوٗٹہٕ مال جمع، ییٚتہٕ یہٕ کینژھا نظرِ گژھہٕ ہیس تہٕ اوس وٹان۔لوٗکھ آیہٕ تنگ، شکایت واتناوٕ کھ بادشاہس تام۔بادشاہٕسٕندِ کانٛہہ چارٕ کرنہٕ بژونٛہے گیہٕ کاشرٕی جمع تہٕ آغر خان کوٚرُکھ کشیرِ منزٕ نیرنس مجبوٗر۔۱۳ اررمضان ۱۱۴۴۳ ار ہجری کیٚت ژوٗل ورمُلی کنی۱۱۴۴۔حالانکہٕ اٲتھی دوران آوتس بادشاہٕسٕندِ طرفہٕ عہدٕ ترٛاوُنک تہٕ کشیرِ منزٕ نیرنک حکُم، مگر کاشرو اٲس تس امہٕ بژونٛہے لار گرٕمژ۔دپان زوٗلرٕز کریایِن چھپن جاے ژھارٕنٛچ سخ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹ، سو بیٹیَیس نہٕ کانٛشہٕ نِش۔کوکرٕ مُرِس منز تہٕ دیٚت ہٕس نہٕ روزنہٕ۔یتہٕ ژتھٕ ژوٗل۔

سوکھہٕ جو:

راجا سُکھ جیوَن مل کھتری اوس کوبلس منز زامُت۔احمد شاہ ابدالی سٕندِ زمانہٕ بنٛیو کشیرِ ہُنٛد حاکم۔گوڈٕ گوڈٕ کرِ اٲمی وارِیاہ رٕژ کامہٕ۔مورخ حسن شاہن چھُ لیوٗکھمُت:

"سُکھ جیوَن اوس خوش روزوُنہٕ طبیعتُک مالِک۔کلام زانہٕ وُن۔شاعرتہٕ سخاوت کرن وول شخص۔مسلمان عالمن تہٕ فضیلتہٕ والین اوس سیٹھاہ قدرتہٕ مہربٲنی کران۔جُمعہ دوہہٕ اوس

بَجہِ مشیدِ منز حاضر سپدان۔ اولیا اللہ ہن ہند بن مقبرن ہنز
زیارت کرِتھ فائض لبان۔ بۆ موارِ دوہہ اوس شاعرن ہنز شعرِ
مجلسہ کران۔ کأشرِ بو شاعرو منز اُسن سَتھ شاعر ژأری متی تہٕ
کشیرِ ہنز تواریخ لیکھنہٕ خاطرٕ اوسُن پرٕتھ اَکس الگ الگ حِصہٕ
پُشر وومُت۔ اَکھن وُرِین دون رتبن تہٕ اَکھن دوہن روٗزا اَمی
سنٛز حکوٗمت'' ۱۵

سُکھ جیوَن مَلس یتھِس کالس ابوالحسن خان وزیرِ اعظم اوس، تتھِس
کالس واتنوُن تہٕندِ بورِ تھو مَشوروٕ ستی گُلہُم کأشرِ بن سوکھ۔ اما پوٗز مورخ حسن
شاہنہِ لیکھنہٕ مطأبق زِ:

"ابوالحسن خانس تہراج تہٕ وَتہٕ ویٚلأے کرنہٕ پتہٕ بنوُون
مہانند پنڈت دھرمُلکُک زِیٹھ وزیرِ اعظم تہٕ وہرأون تعصُبچ علم،
پھیوٗر مسلمانن بے حرمتی کرنس کُن تہٕ کوٗرُن نمازِ ہنٛز بانگ پرنس
تہٕ گاؤ مارنس ٹھاکھ۔ امہِ ستی گیہ اُمِس لُکھ تہٕ فوجی ناراض تہٕ گیس
مُخالِف'' ۱۶

گُلہُم یأژھی ووت تیٚندِس وقتس منز کأشرِ بن سوکھ تہٕ تِموتھو وپنہِ لُکہٕ باؤژ
منز سوکھ جُو ناو دِتھ محفوٗظ۔ حالانکہِ ازِ تہٕ یپلہِ کانٛہہ شخص گُذریمتہِ کُنہِ زمانک،
یتھ منز سوکھ تہٕ پاپر جأیِی آسہِ ہے، ناو ہوان چھ، اَتی چھ ونان ''کُجا وقتِ
سوکھ جُو''۔ خاص پأژھی چھ ''وقت سوکھ جُو'' دُیتھ کأشرِی پنڈت یسلہٕ

ورتاوان۔

## کرپارام:

دیوان کرپارام اوس ۱۲۴۳ ہجری پتھ پانژن ؤرین کشیرِ ہُنٛد سِکھ گورنر۔ اَمی ورتوولؤکن ستی جانہہ۔ رِ ژرِ ژ کامہِ کرِ بن۔ مورِخو چھُ لیوٗکھمُت زِ کرپارام اوس گاٹل، حوصلہِ مند تہٕ عوام دوست۔ شراب تہٕ اوس چوان، گیوٗن بوزُن اوسُس خوش کران۔ عاشاہ عشر تھا کرن وول شخص اوس۔ دیان پرنٛدس لمن والبن ہانژن اَسن ووزلہِ رنٛگہِ پلوِ نائلی لاگناوی متی۔ وایہ ءنکبن نقش دار کھوربن آسن روسہِ لاگناوِمژ تہٕ بنٛگرِ لاگتھ زنانن اتھِ ناوِلمناوان اوس تہنٛدِ بنٛگرِ شرٛ وسہٕ ستی حظ تُلان۔ اوے وونُس کاشرٕو "کرٕپہ شرٛ وٕنی"۔ اَمی سنٛد حال چھُ لارنس صحیبن یمن لفظن منٛز لیوٗکھمُت:

"In A.D 1825 KIRPA RAM was Governor. He was a mild, self indulgent man, fond of boating and boat women and nicknamed Kirpa Shroin " SHROIN" being the kashmiri word for the sound of the boat paddle. In 1827 there was a severe earthquake and the city was almost destroyed. This was followed by cholera. It is said in jest by the kashmiri that Kripa Ram introduced crows in kashmir"17

ترجمہٕ: ۱۸۸۲ء منٛز اوس کرپارام گورنر۔ سُہ اوس نرم تہٕ شفیق انسان۔ ناوِ سائلُک اوسُس چسکہٕ۔ زنٛین اتھِ ناوِ چلاوسہٕ اوسُس خوش کران۔ اوے اَسہٕ ہَس "کرٕپہ شرٛ وٕنی" ربٕتھ کڈِمژ۔ "شرٛ وٕنی" چھےٚ کاشرِ زبٲنی منٛز پھیوٗ

وانیچہ آواز۔ ۱۸؎ ۔ ۱۸۲۷ء منز آوز بردس بُنیل تہٕ الہٕ پلہٕ گو وسوُرے شہر تباہ۔ ہستی وۄتھ وو با۔ کاشری چھِ ٹسنہٕ رٕنگی ونان زِ کرپارامہٕ نے اُنی کاوگشیرِ"



حوالہٕ تہٕ حاشیہ

۱: کاشُر ڈکشنری، جلد ۷، ص: ۲۲۹، کلچرل اکیڈیمی سرینگر
۲: تاریخ حسن، جلد ۲، ص: ۳۳۳، مولف: پیر غلام حسن شاہ کھویہامی، ناشر: محکمۂ تحقیق واشاعت
۳: بانڈٕ پتھٕرٕ، مولف: محمد سبحان بھگت، ۱۹۸۴ء
۴: بانڈٕ پتھٕرٕ، مولف: محمد سبحان بھگت، ۱۹۸۴ء، مقالہ: پرٕانی آثارٕ ئورٕ ژھرن، مقالہٕ نگار: پی این پُشپ
۵: راج ترنگنی، کلہن پنڈت، اردو ترجمہ: اچھر چند، ۱۹۷۹ء، ص: ۲۵-۷۴۴-۷
۶: کاشُر ڈکشنری، جلد ۷، ص: ۲۲۹، کلچرل اکیڈیمی سرینگر
۷: راج ترنگنی، کلہن پنڈت، کاشُر ترجمہٕ: سید رسول پوٗمپُر، جلد ۲، ترنگ ۶، شلوک ۳۲۲-۳۱۸، کلچرل اکیڈیمی سرینگر ۲۰۰۶ء
۸: کاشُر ڈکشنری، جلد ۲، ص: ۳۵۳، کلچرل اکیڈیمی سرینگر
۹: کشمیر...... تاریخ وتمدُن چند گوشے، مُصنف: موتی لال ساقی، ۲۰۰۴ء، ص: ۱۰۵، ناشر: وِجے ساقی
۱۰: تاریخِ حسن، جلد ۲، کاشُر ترجمہٕ: پروفیسر شمس الدین احمد، ص: ۲۱۸، ۱۹۹۹ء، کلچرل اکیڈیمی
۱۱: مقالات، مُصنف: پروفیسر محی الدین حاجنی، ۱۹۶۶ء
۱۲: تاریخِ حسن، جلد ۲، (فارسی)۔ ص: ۲۰۹، مولف: پیر غلام حسن شاہ کھویہامی
۱۳: مقالات، مُصنف: پروفیسر محی الدین حاجنی، ۱۹۶۶ء
۱۴: واقعاتِ کشمیر، مولف: خواجہ محمد اعظم دیدمری، اردو ترجمہ: پروفیسر شمس الدین احمد، ۲۰۰۱ء، ص: ۷۰-۴۰۶، ناشر: اسلامک ریسرچ سینٹر سرینگر
۱۵: تاریخِ حسن، جلد ۲، کاشُر ترجمہٕ: پروفیسر شمس الدین احمد، ص: ۴۹-۷۴۳، ۱۹۹۹ء، کلچرل اکیڈیمی
۱۶: ایضاً ص: ۷۴۷
۱۷: دِی ویلی آف کشمیر، مُصنف: سر والٹر لارنس، ص: ۲۰۰، پبلشر: چنار پبلِشنگ ہاؤس، سرینگر، ۱۹۹۸ء
۱۸: شرٕ ونی چھے رونبن تہٕ بنگربن ہنزٕ آواز۔ چھانچھِ پوٗتیک شرٕ ونی، بنگرِ شرٕ ونی، رونہٕ گوڈٕ ک شرٕ ونی بیترِ

# سماجی زندگی ہُنٛد آئنہٕ

## ا۔ کأشُر لُکہٕ وٕتُر :

لُکہٕ ادب تہٕ تخلیقی ادب یوٚ دوے انسأنی تخیلکی زٕ مختلف بہاو چھِہ، تو تہٕ چھِہ یمن درمیان ژور اہم رشتہٕ موٚجوٗد۔ یمو کنی لُکہٕ ادب تہٕ تخلیقی ادب ہمیشہٕ اکھ أکس مددگار چھِہ روزان۔ اکہِ شعبُک مطالعہٕ روزِ بیا کھ شعبہ سمجھنس منز مدد کران: لُکہٕ ادب چھُ ہمیشہِ تخلیقی ادبُک یہٕ ڈٕلِ زِ تہٕ آگُر روٗدمُت، کینٛہہ ادیب تہٕ شأعر چھِہ لُکہٕ ادبُک تقلید کران، کینٛژن قومن منز چھِنہٕ لُکہٕ ادبس تہٕ تخلیقی ادبس منز کانٛہہ فرق ماننہٕ یوان، لُکہٕ ادب تہٕ تخلیقی ادب، دوٗنوے چھِہ علامت سأزی ہنٛزِ انسأنی جبلتکی نتیجہ"۔ [1]

فوک لور مأنی تون باڈ وبڈ، چھٕج دار تہٕ قداوار بوٗنی تہٕ لُکہٕ ادب امیُک تناور شاخ۔ لُکہِ باوَتھ یوٚ تام نہٕ تحریر کرِتھ محفوٗظ تہٕ تھامہِ کرنہٕ یوان چھےٚ، توٚ تام چھِنہٕ تتھ لُکہٕ ادب ونان بلکہِ چھےٚ سو لُکہٕ باوتھے روزان، یوسہٕ گنہِ تہِ لُکہٕ چھو کہِ ہنٛدِ اجتمأعی سونٛچُک پیداوار آسان چھےٚ۔ اکہِ پُیہٕ پتھٕ بیٚیس پُیہٕ تام زبأنی زبأنی واتن واجینٛز یہِ لُکہٕ باوَتھ چھےٚ قومہٕ کِنن تمام فردن ہنٛز سرٛوز وراثت آسان۔ اَمہِ لُکہٕ باوٕژ ہنٛدٕ بن مختلف انہارن ہنٛدی موٚلہٕ

تخلیقکار چھِ نا معلوم تہٕ اوێدی روزان ییلہِ زَن تخلیقی ادب پارٕ تخلیق کارٕ سٟندِ انفرأدی سوچُک تہٕ زبأنی ہٕنٛدِ وکھرٕ تخیُلی تہٕ تخلیقی ورتاوُک نتیجہ آسان چھُ۔ کٕلہُم فوک لورٕ کی پأٹھی چھُ لُکہٕ ادب تہِ قومن ہٕنزن سوچن تراین، ژیٖنن ؤ طیرن، رسمن رواجن، زندگی گذارنہٕ کٮ۪ن طریقن، عقیدتس تہٕ عقیدن، وٕہمن گُمانن، مافوق الفطرت روٗرکانس، کردارن، سمأجی زِندگی تہٕ پتھ کالُک امانت دار تہٕ ترجمان تہِ۔ تتھٕ پأٹھی چھُ پننہِ قوم چہِ تہذیبی، نفسیأتی تہٕ معاشرتی زِندگی ستی لُکہٕ ادبس سٕر ون واتھ آسان۔ لُکہٕ ادب چھُنہٕ تتھ تنوظرس منٛز توأریخ، یُس أسی تحریری توارتخن منٛز وُچھان چھِ، بلکہِ چھِ امہِ کہِ مُطالعہٕ ستی تحریری توارٟخکی ژھٕنن تہٕ بٕہن پُرنس تہٕ واٹہٕ نس منٛز مدد لگان۔ یہٕ چھُ سمأجی زِندگی ہُنٛد اصلی أنہٕ۔ یُس تِم کھوٚتی أنہٕ ناوان چھُ، یمن کُن نہٕ مورخن نظرے پِلان چھےٚ۔ ڈاکٹر فاروق فیاض سُنٛد گُف چھُ زِ......

"جدید ادبہٕ رِکس اثرس تحت یٮ۪تہِ سمأجی اجتماعیتکس تصورس نفی اوس یوان کرنہٕ تہٕ أتھ برعکس اوس انفرأدی ژیٖنن ترایہ تہٕ فردٕ سٟندِس رولیس تہٕ ردِ عملس بوٗش یوان کھالنہٕ تتہِ چھُ ووٚنی ادبی تہٕ توأرٟخی منظرنامس تحت Social Plurality پٮ۪ٹھ زور یوان دِنہٕ۔ أمی نٔوی تہٕ انقلأبی ادبی تہٕ توأرٟخی نظرِیہن دیٚت روایتی توأریخ نویسی ہٕنٛدٮ۪ن اصولن دُلتہٕ تہٕ Total history ہٕنٛدِس نظریہس تحت پروو ادب تہٕ خصوصاً لُکہٕ ادٕبکی شعبن توأرٟخی مطالعس منٛز اکہِ باوقار تہٕ بھروسہ منٛد آگر آسنُک مقام تہٕ

مرتبہٕ۔ وونی چھُ توأرتخی ادبس تہٕ پتھ موژین (Archaeological relics) ہٕنٛدس مطالعس ءستی کُنہٕ مُلکچ یا قوٗمچ توأرتخ زانٛنہٕ موکھہٕ تمہٕ قومہٕ ہِکس لسأنی ڈھانچس تہٕ ادبی سرمایس خصوٗصاً عوأمی ادبی سرمایس زول دِنس پیٹھ زور دِیوان دِنہٕ"۔[٢]

چنانچہٕ سپُد یورپس تہٕ امریکہ ہس منٛز أتھی نظریہ ہس تہٕ مقصدس تحت فوک لورتہٕ لُکہٕ ادبُک مُطالعہٕ شروٗع۔ حالانکہِ کأشرِ لُکہٕ ادبٕچہ سوٚمبرن کأری تہٕ اَمہِ ہِکس مطالعس تہِ تُل کُنوٗہمہِ صدی عیسوی منٛز یوٗرپی فأضلو دس۔ تمو کوٚر اعتراف زِ کأشر زبان چھےٚ لُکہٕ ادبہٕ رٔنگی بختاوار تہٕ مالامال۔ امہِ کہِ سنٛجیدٕ مطالعہٕ ءستی ہیکہِ پزی کٔشیرِ ہنٛز سمأجی توأرتخ مرتب سپدِتھ۔ کأشرس لُکہٕ ادبس منٛز چھِ رنگارنگ ذأژ تہٕ انہار۔ اتھ چھِ زِ بجہِ لنٛجہِ، نثر تہٕ نظم، دونوے چھِ مختلف صنفوٕ ءستی سبتھٕہ ہے مالدار۔ اَسہِ چھِ شُری بأتھ، منٛزلی بأتھ، نژن بأتھ، کامیٚن کارن ہنٛدی بأتھ، ماتٕمی بأتھ، شادیانٕکی بأتھ، لڈی شاہ، ونہٕ وُن تہٕ خاندربأتھ تہٕ یَسلہٕ دسیاب تہٕ واریاہ نثری صِنفہٕ تہٕ مثالے پادشاہ دٔلیلہٕ، عقیدتی قصہٕ، دیو مالأیی تہٕ اسطوٗری دٔلیلہٕ، داستان، لُکہٕ پأٹھر، تلمیحات، دٔپتی، مثالہٕ، گنٛڈتیہٕ تہٕ داستان بیترِ۔

واریاہ لُکہٕ ادب چھُ توأرتخس لِرلوٚر پوٚکمُت بلکہِ چھُ کأشرِس لُکہٕ ادبس تہٕ فوک لورس یہِ خاص امتیاز حأصِل مورخ پنڈت کلہن چھُ پننہٕ منظوٗم سنسکرت توارتخ "راج ترنگنی" باپتھ اکثر مواد امی منٛزٕ تُلمُت۔ حالانکہِ اَمہِ

باوجوٗد تہٕ آیہٕ نہٕ کلہن پنڈِتس یِمۍ راج ترنگنی ۱۱۴۸ ءتہٕ ۱۱۴۹ ءدوران لیچھمٕژ اُس تہٕ یتھ منٛز کٔشیرِ ہِنٛدِس پانٛژن ساسن ؤرِین ہِنٛدِس توٲرٟخس احاطہٕ کوٚرمُت چھُن ، راجٕ گووند دوم سِنٛدِ زمانہٕ پتہٕ پنہٕ والہن ژ ووے ترٛہن رازن ہِنٛدۍ حالات بدس۔ اوے رٕو د ۱۸۸۵ءتام اوٗ ہُنٛد حال اوحال رٲوِس تل۔ اُتھۍ ؤرِیس منٛز کوٚر پیر حسن شاہ کھوٗیہِ ہامۍ پننہٕ تٲریخ حسنُک دوٚیم حِصہٕ مکمل تہٕ وقایع کشمیرِ کہِ اکہِ نُسخہٕ پیٹھہٕ کٔرِن رٲوِمتۍ رازو منٛز ۳۵ ہن رازن ہِنٛدۍ حالات اتھ توٲرٟخس منٛز درٕج۔ وقایع کشمیر چھُ کلہنس برونٹھ مِس پنڈت رتناکر سِنٛدِ ''رتناکر پورانٕک'' فارسی ترجمہٕ ،یُس مورخ حسن شاہس تِسنٛدے ونہٕ پنڈی پاکستانہٕ دستیاب سپدُمت اوس۔ اماپوٚز رتناکر پورانٕک یہِ فارسی ترجمہٕ چھُنہٕ دستیاب ،شاید چھُنہٕ حسن شاہس ورٲے یہِ بیٛیہٕ کانٛسہٕ وُچھمُت۔ یہِ ترجمہٕ چھُنہٕ تِمس نِش تہِ محفوٗظ روٗدمُت۔ اَمی منٛزٕ چھِ کینٛہہ تِم رازٕ تہِ یِمن متعلق ژٕلیلہِ عام کانٛشرِ ہِنٛزِ لُکہِ باوٕژ منٛز تیٛلہِ تہِ آسہٕ ،ییٛلہِ مورخ یِمن ہُنٛد نیب تہٕ پےٚ پتاہ ژھارنس منٛز آوری اُسی۔ مورخ اُسی تلاشس منٛز مگر عام کانٛشرۍ اُسی زِ چھن تہٕ کرِچھن وَنٛدِ رٲژن دوران یِمن رازن ہِنٛدِ بن واقعاتن حظ تُلان اکہٕ نٔندُن ،ہی مال تہٕ نٲگ راے سُنٛد عشقہٕ داستان اُسی تن، بومبوٗرتہٕ لولرِ ہُنٛد المیہ روٗمان اُسی تن، یا نرٕ پور چہٕ تباہی ہُنٛد واقعہٕ نتہٕ یتھ ذٲژ ہِسی تعلق تھاون وٲلۍ مافوق الفطرت قِصہٕ ،راجٕ دامو در سِنٛدِ سرپھ بنہٕ پنٛچ کتھ یا جوٗگ سُنٛد جولہِ برِتھ وٕ ڈلرہ وارِ پنٛج کتھ تہٕ سُند طمت گرک قصہٕ ہیم تہٕ تیتھی ہوی

قصہٕ چھِ تواریخ نویسی ہنٛز عمل شروٗع سپدنہٕ بروٗنہہ تہٕ سائنس نثری تہٕ منظوٗم لُکہٕ ادبس منٛز چلہٕ وُنی روٗدِمٕتۍ تہٕ ازتہٕ چھِ، اکھتُے چھِ یِم تمام تفصیل تہٕ جزیات ہیٚتھ کاشُرِس اجتماعی ذہنیتہٕ وُترس منٛز محفوٗظ۔ یِم قصہٕ تہٕ اَہنٛدی کردار گری تخلیقی ادب لیکھن والیو مختلف معنیو خاطرٕ استعمال۔ اکھتُے چھِ یِمن ڈیٚلیٚن ہنٛد بن جاے وقوٗعن ہنٛدی Topograhical نشانہٕ تہٕ آکاروٗنہٕ تہٕ موٗجوٗد۔ ووٗنی چھِ مورخ ہی مال تہٕ ناگرائے یا راز نرسنٛدی قصہٕ آرِبن تہٕ ناگن ہنٛدِ ٹکراوچہٕ مِثالہٕ رٔنگی پیش کران۔ سانیو شاعرو دِژ وارِیاہن لُکہٕ ڈیٚلیٚن مثنوین ہنٛز صوٗرت۔

کاشُر لُکہٕ تھیٹر چھُ ہفتا کالہٕ پیٹھ سماجی تہٕ سیاسی وٕبھرٕ ارن نوٚن کڈنُک تہٕ تِم من رنٛزونہٕ کہِ وٕسیلہٕ رٔنگی پیش کرنہٕ علاوٕ پھبلن دبل تُلہٕ نُک خاص وٕسیلہٕ روٗدمُت۔ یِم لُکہٕ پاتھر تہٕ اَسی سینہٕ بہ سینہٕ اکہِ پیٖیہِ پیٹھہٕ بییِس پیٖیہِ تام واتان تہٕ وُہمہِ صدی ہنٛدِ ستی مہِ دٔہلہٕ پیٹھ آیہٕ یِمن Documenation کرنہٕ۔ اَسہِ چھِ ووٗنی وارِیاہ لُکہٕ پاتھر دسیاب، کینٛژن ہُنٛد پن چھُ رازٕ ہرش دیوس تہٕ تیٚنٛدِس زمانس ستی رلان۔ یِم پاتھر چھِ بھانڈ فنکار کھلہٕ مادانن منٛز گندان مثالے واتل پاتھر، رازٕ پاتھر، گوسائنی پاتھر، درزٕ پاتھر، انگریز پاتھر، ہانٛز پاتھر، دودٕ گوٗری پاتھر، شکارگاہ پاتھر، بکروال پاتھر، تِلہٕ وانی پاتھر، بُڈٕ پاتھر وغارٕ۔ کتھ چھےٚ صاف زِ یِمن منٛز چھےٚ کلہُم پاٹھی اکثر طبقن ہنٛز کتھ کرنہٕ یوان تہٕ وٕبھرٕ ارن تہٕ ظالمن پیٹھ ٹیچھ تہٕ ٹسنہٕ ژٹنہٕ یوان۔ یِم

سأری ہسکن استہِ سمأجی توارٖیخی کِہ یاہ پہلوٗ بدِ کڈنس منٛز مدد کرِتھ۔

کأشرِ تلمیح چھِ بےشُمار سیأسی تہٕ سمأجی واقعات پانس اندر ژوٗمرأوِتھ۔ یِم چھِ تخلیقی ادبس منٛز زبردس اہمیت تھاوان تہٕ لُکہٕ ادبس منٛز تہِ ورتاونہٕ یوان۔ اَسہِ چھِ تیتیاہ زیادٕ تلمیح، یِمن ہنٛز دوربندی ہیکہِ کرنہٕ یِتھ تہٕ یِم مختلف دورن ہنٛدی تہِ تھۍ کِہ یاہ واقعات ژٔتبس پاوان چھِ، یِم مورخن ہنٛد بوزالوٗ ژٕلی یِتی آسہٕ ہن مثلن تازی بٹ کان، وانہٕ دت فصل، ہاوتم کیچم خانی، آغرخانن ہوٗس، عظم خانٕنی چیٚنڈ، بدری ناتھنی ادرٕ ےموہر، بگہٕ شٕہن دفتر، بمبۍ لار، رُمہٕ ریٚشُن آے، نلہٕ راژُن پلو، موکندرازٕ نی کن، شدادُن باغ، نمرٕ دُن نار، اوخن زردی، ژٔری بوزبہِ وُہرِ بڈشاہ مؤد، ہؤنی حمام، انہٕ ہنٛزستھ ہنٛدٕ، والہٕ والہٕ کھوسہٕ۔

کأشرین ہنٛدِ مجموٗعی ذہانتچہِ، سوچن ترایہِ، حأضر جوأبیہ، زندگی ہنٛدین أنتہٕ رٕوس تجربن، گندن تراین تہٕ اَسن تراین ہنٛز بہترین مثالہٕ چھےٚ لُکہٕ وٕوترس منٛز موٗجود۔ بےشُمارٕ مثالہٕ، محاورٕ تہٕ پریٚشٕہہٕ، یِمن کُن دوہدِشرکہِ یِسلہٕ ورتاو کرٕ عام پأٹھۍ ظوٗنۍ گژھان چھُنہٕ مگر یِمن منٛز نفسیأتی، نسلیأتی، تخیلی، بالافطری تہٕ رلہٕ مِلہٕ سمأجی تہٕ تمدنی معاملات، اندرٕ ٹی مجلسی تہٕ سمأجی زندگی ہنٛدی لوکٕٹۍ بڈۍ انہار، آکار تہٕ وٕہوار جاے پرأوِتھ چھِ، یِمن ہُند بارٕ فأیِد تخلیقی ادب پأدٕ کرن وألۍ تُلان چھِ، مثالے یِم کیٚنہہ دِ یِتی:

☆ پترٕ گوٚو میٹھ رِی کونٛڈ　　اڑنہٕ بغأر پژی نہٕ

پترٕ نی گیہِ مرنہٕ پٔتۍ　　خٔنہٕ بغأر ژٔونی نہٕ

☆ بایہِ وَنہٕ یوِ باپتھر ونہٕ یوِ وورِتھرٕ کریو ہوتے ہو

زمین وُچھِی زبن ، بٹھہِ ، بیرِ تہٕ اندٕ

زنٕی وُچھی زبن گوڑٕ ، گلہِ تہٕ اندٕ

یایم کہاؤ ژ ے

☆ زام ہے آسی گام کأنسہِ اتھِ سوزی پام

☆ سوندرِأکس لجوودب کھرِاکہِ تژ ووُس اسُن ۔

☆ زامتُر ہے ہنگس منزٕ چھی زبن رنگس منز مندٕ چھاوی

☆ موقدمس نے پھو کہٕ دم آسی گامس کاسی شامس تام

یایم گنڈ تیہ:

دٕرٕ دٕرٕ نہ ہوٗنی مأنتھر ، موٗٹ ہوٗ ناہ تہٕ کھیوٗن واتیاہ ، کوٗر گیہِ تورِدب ہوٗنی مأنٕی لِون یور۔

''ونہٕ وُن'' چھُ سانہِ لُکہٕ شأعری منز اکھ انتہأیی جاندار تہٕ شاندار شعرٕ ذاتھ۔ یہِ چھُ زنانن ہنٛزٕ مخصوٗص تہٕ زیادٕتر خاندرن دوران وکھناونہٕ یوان۔ یہِ شعرٕ ذاتھ چھ بدیہہ گوئی ہنز بہترین مثال۔ ونہٕ وُن چھُ موقعہٕ سے پیٹھ خاندرن ہنٛدبن تمام رسمن رواجن تہٕ طور طریقن ہنٛز بہترین Documentation کران روٗ دمُت ۔اتھ منز چھے جذبن ہنٛزٕ گتھ موٗجوٗد،یوسہٕ بوزن وأرلس پانس ہنٛزٕ ییرٕ نِوان چھے۔چھُ تہٕ یہِ رسمن رواجن ہُنٛد بیان مگر اتھ منز چھُ تیُتھ تأثیر زِ بعض اوقات چھے چشمہٕ أدران تہٕ بعض

اوقات چھِ خوشی نال ولان۔ کورِ ہُنٛد وأریوٗگن نیرنٛک لیس ووٚدأسی ماحول ونہ ون ہُربن منٛز باونہٕ یوان چھ، سُہ چھُ سانہِ سمأجی زندگی ہُنٛد نموٗنہٕ تہٕ فی البدیہہ شأعری ہُنٛد کمال تہِ، مثلن:

| | |
|---|---|
| بیہٕ سنٛزِ ٹاچھی گرِ گرٛشھہِ کھے | ونیوکتام أسکھ ہیرِ بون رأچھی |
| کوٗر گٔیہِ گُلِ آفتابس ستہٕ | کورِ ہنٛزٕ موج گٔیہِ مأربل آبس |
| پان سکھرووٗتھ وأرِیو گُن | مسافر بب موج کیسہٕ کوٗری ترووتھ |

یِمن ونہٕ ون ہُربن سٔنِتھ چھُ کأشرِ بن زنٛن ہُنٛد فی البدیہہ تخلیقی ووپزاو نہ صرف حأرت انگیز نقشہِ ووتلان بلکہِ کینٛہہ تہذیبی آکار تہِ چھِ ڈینٛشمان سپدان۔

| | |
|---|---|
| أوجہِ لٹھہِ پُژ بٹھہٕ دروٗیے | یزمن بأیے مالٔین اویے |
| واش کڈ پکھہٕ نٕے گاش ہو آو | بانگہِ دژاو کوکروسون لدنکھہٕ نٕے |
| توہہِ دوٗن کتہِ گٔیہِ پأری زان | لوہوٗری طوطہٕ تہٕ کأشری ہأری |
| کورِ ہُنٛد یاوُن بب تے موج | وٕنتھہِ ہُنٛد یاوُن ہارتے شرٛاوُن |
| پوشہِ ضمیرس موج لٔج یو | پھیرتھ آکھو مُلکِ کشمیرس |

کأشرِ لُکہٕ باوٕژ منٛز چھِ مختلف قومن، بادشاہن تہٕ دورن ہنٛدی نہ صرف آکار تہٕ آثار، کردار تہٕ وہار موٗجوٗد بلکہِ دوٚیمبن مُلکن ستہٕ تمدنی تہٕ تجارتی لین دینٛکی اشارٕ تہِ ٹاکارٕ۔ بُنیأدی طور چھُ فوک لور تہٕ لُکہٕ ادب سمأجی تبدیلین ہُنٛد پاس وأرڈ (Pass word) پتھ دورس منٛز پدن واجینہٕ تہذیبی تہٕ

اقتصأدی تبدیلیہ اگر وچھنہٕ تہٕ ژینہِ ژٕترنہِ آسن،تیٚلہِ گرٕھہِ لکہٕ ادبک سٕنتھ تہٕ سٕزتھ مطالعہٕ کرنہٕ یِٕن۔



حوالہٕ تہٕ حأشیہ:

۱ لوک ادب اور علاقیت : ہمارا ادب ،لوک ادب نمبر:ص : ۱۹۵۔ کلچرل اکاڈمی ۔ مقالہٕ نگار: پروفیسر شفیع شوق۔

۲ کأشُر لکہٕ ادب ،سمنأرِ مقالہٕ۔ساہتیہ اکاڈمی ۔ص: ۳۰ ۔ مقالہٕ: مقالہٕ نگار: ڈاکٹر فاروق فیاض۔

۳ دِ ویلی آف کشمیر:ص:۲۰۰۔سر والٹر لارینس۔



# ۲۔ کأشِر لُکہٕ شاعری

انسانَس چھُ لَے ہٕنگراونُک تہٕ گیونُک جذبہٕ ازلَے دِنہٕ آمُت ۔ لَے ہٕنگراوِنُک یُہ ہے جذبہٕ چھُ آدن کالہٕ پیٹھے کامہٕ کارن تہٕ پیداوآری عملہٕ سٟتۍ وابستہٕ روٗدمُت ۔ یہِ لَے بیٚلہِ لفظ پرأوِتھ ترنُم ریز مصرعٕچ نیم مصرعٕچ یا تُک بندی نتہٕ شعرٕچ ہیٔت پراوان چھےٚ ، بأتھ چھُ وجوٗد ِس یِوان ۔ گوڈٕ چھُ سماجُک کانُہہ فرد، زٟنۍ ، مرد، شُر ، بۄڈ یا بزرگ بأتَس گوڈ ہوان ۔ زبأنۍ زبأنۍ اورِ یورتہٕ اکہِ پٮ۪یہِ پیٹھٕ بییٚس پٮ۪یہِ تام واتان واتان چھُ اتھ منٛز مصرعن ، ووجہِ مصرعن تہٕ شعرن ہُند ہُر برسپدان ۔ یہِ یمِس نِش ووت ، تٔمۍ کٔرِس ژٕٹھ واٹھ تہِ ، بأتھ گوٚو مقبوٗل مگر امیُک خألق روٗد نامعلوٗم ، ییٚتہٕ پأٹھۍ چھُنہٕ لُکہٕ بأتن ہُند خألق کانُہہ اکھ شخص آسان ۔ کأنسہِ معروف شاعر سُند بأتھ تہٕ لُکہٕ شاعری ہِندِس انبارس سٟتۍ رلہِ ، سُہ چھُ لُکہٕ بأتُک رنگ تہٕ مُشک رٔٹِتھ پننہِ نِس اصل خألقہٕ سُند ناو تام اویُہ دکران ۔ ییٚتہٕ پأٹھۍ چھُ لُکہٕ بأتھ کُلُہم سماجٕچ مُشترکہٕ تخلیق بنان ۔ عام لُکھ چھِنہٕ عروٗض تہٕ شاعری ہِندۍ زأو جارزانان ، نہ چھِ تِمن سنان تہٕ نہٕ چھُ یہِ زانٛن تِہنٛد باپتھ ضروٗری تِمن ہِندۍ جذبات

،خیالات تہٕ احساسات چھِ سیدِ سیٛو دتھنٛزِ دوٚہہ دبنچہٕ عملی زندگی ستی وأٹھ آسان تہٕ یِمن ہُنٛد سوٚت سوٚت ،مُدرُ ،سیٛو دساد تہٕ منہٕ مون اظہار چھُ لُکہٕ بأتن منٛز سپدان ۔ عام ناخواندٕ انسان چھُ بےٚ پھرٛوک پأٹھی لُکہٕ بأتن ہنٛدِ اظہارٕ وسیلہٕ ستی بوٚس ژھانٛژ ھناوان تہٕ من رنٛزٕناوان ۔

کأشرِ لُکہٕ شأعرِی چھِ ہمیشہٕ بہار پوشہٕ تھرٕ ہنٛدی پأٹھی ویلہٕ پتہٕ ویلہٕ پوٚش پھولان روزان ۔ یہِ شأعری چھےٚ کم تعلیمیافتہٕ ، ناخواند ، نیم خوانٛدٕ تہٕ اقتصأدی ترقی ہنٛزِ باثرِ لددٕ ودِ منٛز ہینہٕ آمہٕ تِہنٛ عام کأشرٕ بن ہنٛدِ ذوقِ جمالٕچ نوزکی تہٕ نیزمی ہنٛز ترجمان تہٕ تہٕ تہنٛد بن دوکھن سوکھن ، امارن ، ارمانن ، سوچن تراین ، تہٕ زندگی ہنٛد بن طور طریقن تہٕ انہارن تہٕ أنہٕ ہاوان ۔ کأشرِ لُکہٕ شأعری منٛز چھُ کلھم پأٹھی کأشرٕ بن ہنٛزِ زندگی ہُنٛد حسنُ تہٕ حُزن ، صبر وستمِک وبو ہار ، وہمن گمانن ہُنٛد اظہار تہٕ لطیف طنز ومزاح گرایہٕ ماران ۔ یہِ شأعری چھےٚ اکھِ زور دار کیمرہکی پأٹھی سمأجی زندگی ہنٛدی آ کار تہٕ انہار عکس بنٛد کران آمٕژ امیک یہِ سلسلہٕ چھُ ازتہِ جأری تہٕ آینٛدِ تہِ روزِ چلہٕ ؤن ۔

سأنٛی لُکہٕ شأعری چھےٚ رسمن تہٕ رواجن ہُنٛد پٹارٕ ، کأشُر بٹہٕ چھُ یا مسلمان ، زبنہٕ پیٹھٕ مرنس تام چھُ یہِ بےشُمار رسم پالان ، کینٛہہ روایتی ، کینٛہہ اسطوٗری ، کینٛہہ نیم مذہبی تہٕ کینٛہہ دھارمک ۔ رسمن رواجن ہنٛزِ دجہٕ ؤلتھ چھِ أسی بے شُمار خرافات رچھان تہٕ پالان ۔ حالا آنکہٕ یتھ اکوٗہمِہ صدی عیسوی منٛز تہٕ چھِ تُھدی تعلیم یافتہٕ لوٗکھ تام واریہن خرافاتن لأرکی ۔ شُرتھنہٕ پینہٕ چہٕ عملہٕ پیٹھٕ

زندگی ہٕندِس أخری شٕہس تام، یُس یُس رسما انسان رچھان تہٕ پالان آمُت چھُ، سُہ چھُ لُکہٕ باؤژ منز، یمیُک اکھ زوردار حصہٕ لُکہٕ شأعری چھےٚ محفوٗظ سپدان روٗ دمُت۔

منزلی بأتھ أسۍ تن یا ژُری بأتھ، ونہٕ وُن أسۍ تن یا لڈی شاہ، نینڈ بأتھ أسۍ تن یا نپری بأتھ، یمن ہُنٛد موٗلہٕ مقصد یوٚ دوے بوس لوٚ ژراوُن تہٕ من رنٛزناون چھُ۔ تاہم چھےٚ یمن منز سمأجی زندگی ہٕنٛز نہ صرف عکس بندی میلان بلکہِ سمأجی تبدیلین ہُنٛد آکارتہٕ انہار تام چھِ یم رٕژھراوان۔ نی تون یہ ژُری بأتھ۔

| | |
|---|---|
| نانہِ دُیتٕم دانہِ | دانہِ دُیتٕم کنٛزِس |
| کنٛزن دُیتُم تومُل | تومُل دُیتٕم گریٹس |
| گریٹن دُیتٕم اوٹ | اوٹ دُیتُم ڈُلہ جے |
| ڈُلہ جہِ دِژُم میٹ | میٹ دِژُم تاوے |
| تاوِ دِژُم ژوٹ | ژوٹ دِژُم ماس |

مامن بأگرأوگاس

امہِ ژُری بأتہٕ سٟتۍ چھُ ژُرِس منز مشترکہٕ سمأجی زمہ وأرِین ہُنٛد احساس ووتلاونہِ یِوان۔ زِندٕ روزنہٕ باپتھ چھُ سماجہِ کٕین فردن ہُنٛد پانہٕ وأنی اتھٕ واس ضروٗری۔ اوزقہٕ کماونہٕ خأطرٕ چھِ مختلف مرحلن منز مختلف کامہٕ، یمہٕ اکھأ ٕکس سٟتۍ وابستہٕ چھےٚ أنٛزراونہِ یِوان۔ انسان یہ کینٛژھا کماوِ یراوِتھ پیٹھ چھُ

سارے سماجُک حق۔ پرانہِ کاشرِ سماجُک یوٚہے پزر چھُ یمہِ شُری بأتہٕ ستی کأشُرس شُرِس ہیچھِ ناوٕنہٕ آمُت۔ شُر چھُ نانہِ ہوٚان دانہِ، امہِ پتہٕ چھِ کامہِ ہنٛدی مختلف مرحلہٕ شروٗع گژھان، دانہِ مُثُن، توٗمُل ژھٹن، توٗمُل گریٹس پٮ۪ٹھ واتناوان، اوٹ پہتھ اٹھُن، اوٹ ماننڈن، ژوٗٹ ٹھُرنی، ژوٗٹ تاوِ منٛز انٛزِ۔ تیار گرہٕ ژوٗٹ ماس اتھِ دِنی تہٕ مام چھُ ژوٗٹ سأری ہے گامس بأگراوان۔ یُتے یوت نہ زِ یتھ بأتس منٛز چھُ اشتراکِ عمل تہٕ مساواتُک سبق بلکہِ چھُ شُرس رشتن ہنٛد، تقدُسُک تہٕ مشترکہ خاندانہٕ کہِ تصوٗرُک، یتھ منٛز نأنی تہٕ چھے تہٕ مام تہٕ چھُ اوپ ژوپ تہٕ کرناونہٕ یوان۔

مرحوم اختر محی الدینن یہِ وٚنن زِ.......... "شُری بأتس معنہِ کڈن گوٚ شُر فوتہٕ ٹُلن" چھُ صحی زِ شُری بأتُک موٗلہٕ مدُعا چھُ نہٕ مورخہٕ سنٛدی پأٹھی تاریخی واقعہٕ محفوٗظ کرنُ بلکہِ گژھِ یہِ من رنٛزوٗن تہٕ اخلاقی تہٕ سمأجی قدرن ہُنٛد بے شوٗنکی پأٹھی تہٕ گنٛدان گنٛدان اوپ ژوپ گُرن، مگر یتھ پزرس کیاہ گری زِ امہِ باوجوٗد چھُ یمن منٛز تہِ سمأجی زندگی ہُنٛد عکس پاتھان، حالانکہِ یہِ عکس ڈینشنچ کوٗشش گرگوڑِ انوار دینا ناتھ نادِمن یٮ۪لہِ تمی "گریٹہٕ پاہ دی توٚ" شُری بأتس متعلق لیچھو وزِ...... "یہِ چھُ سانہِ خود کفیل ابتدائی سماجُک مکمل تصویر" یہِ مشہور و مقبوٗل شُری بأتھی چھُ یہِ۔

گریٹہٕ پاہ دِی توٚ ییٚتہٕ چھُنہٕ کاتھہ

تَم کوٚت گاٮ۪ہتی؟ نوٚنس تیلس

| | |
|---|---|
| بُڈ مأج کتہِ چھوِ | کچھِ پپٹھ پیاٗمژ |
| کیا چھُس زامُت | نیچوٗ ی پلاہ |
| ناو کیاَ کوٗ رووس؟ | حبیب اللہ |
| نألی کیاَ ترٛ ووس؟ | لوچھ تہٕ پوژھ |
| ووڑِ کیاَ دیُت ووس؟ | کورِ کلہٕ پوٗش |
| سُئین کیا رونہٕ ووس؟ | سوٗژل تہٕ ہاکھ |
| گمی ہٕنژِ وارے | گلہِ ہٕنژِ وارے |
| ِگل ما مارے | روپےَ دارے |

بنیأدی طور چھُ یہِ ''ِگندن بأتھ''۔ زٕ کورِ یا اکھ لڑکہٕ تہٕ اکھ کوٗرچھِ جوٗڑی بنأوتھ اتھ مِلہٕ وِتھ نرا اکھأ کی ہِنٛدِ پھیکہِ پیٹھی ترأوِتھ تہٕ اکھأ کس گُن تھرکرِتھ نژان تہٕ یہِ منظوٗم مکالمہٕ وکھناوان۔ اکھ بوج چھُ سوال پرٛژھان تہٕ بیا کھ چھُ جواب دِوان، کلہم پأٹھی چھےٚ امہِ ستی اکھ ڈرامأئی صورت حال ووتلان۔ مکالمہٕ چہِ ووکھنیہِ تلہٕ چھُ ٹاکارٕ زِ۔

ا۔ لوٗکھ چھِ غریب۔ ۲۔ لوٗکن منٛز چھُ اکھأ کس حال اوحال پرٛژھنک، پلزنک تہٕ حاجت روأئی کرنک جذبہٕ موٗجوٗد۔ ۳۔ محلس یا گامس منٛز چھےٚ أکس گرس گریٚنٛژ، یوسہٕ سأری بلکل پننی زأنتھ استعمال کران چھِ۔ ۴۔ لوٗکھ چھِ نوٗن، تیل تہٕ زندگی ہنٛدی باقٕے ضروٗرت ژھارنہِ گاٗمتی۔ ۵۔ لوسن أس کُچھن پپٹھ تھاوان۔ ۶۔ کوٗرزبنہٕ چھُ سارنے دَم گژھان تہٕ نیچوٗ زبنہٕ چھِ

سأری شأدی کران۔ ۷۔ زاشُرِس چھِ گرس منزٕ دٕنُمت لوچھ تہٕ پوژھ نألی تراوان۔ ۸۔ چشم بد نش رچھنہٕ موکھٕ چھِ نیچہ وِس دِوان کورِ ہُنٛد کلہٕ پوش ووڑِ۔ ۹۔ لوسن چھِ ہاکھ ہنٛد تہٕ سوژل دِوان۔ سو تہٕ چھِ ہمسأیے بایہِ گلہِ ہٕنزٕ وارِ منزٕ انان۔ ۱۰۔ گلِ بچأر چھےٚ روپیہٕ ہنٛز مقروٗض۔

کامیٚن کارن ستی تعلق تھأون وٲلی لُکہٕ بأتھ چھِ از تہٕ باوان زِ سانہٕ کشیرِ منز کم پیشہِ ور، کأسبِ تہٕ کأمہِ کار بیٚترِ اُسی موٗجوٗد۔ انسانہٕ سنٛز ورنگہٕ رنگہ ضروٗرژ و دُیت بے شُمار کامیٚن کارن زایُن۔ انسان روٗ دہٕ ہارچن تاپہ کراہن منز عرقہٕ سٕری گرِ ھتِھ دجن ڈوٗ رہن، ونن ونیٚن، تھزرن تہٕ سنہِ رَن منز جفاکشی کران۔ اکثر کامہِ آسہٕ تمہٕ ییمہِ وار یاہ انسأنی قوت کھٕبتھ تہٕ کم فأیِد واتناوان آسہٕ۔ أزکی پأٹھی آسہٕ نہٕ مشینہٕ تہٕ نہٕ أسی کامہِ ہُنٛد بار لوٗ ژراونہٕ باپتھ آلات بیتر۔ مشینی دورس منز گیہِ کامہِ اثر راوٕنکی وار یاہ طریقہٕ گأل کھاتس۔ تِتھین وار یہن طریقن تہٕ کامیٚن ہٕنٛدی نیب نِشانہٕ چھِ ووٚنی صرف لُکہٕ شأعری منز موجوٗد مثلن موہلوٕ ستی کنٛزن منز دانہِ منہٕ پچ کڈُرکأم، ییٚندرٕ موہلہِ ستی دانہِ مٕنُن، ٹٕڑ کأری ییٚندرِ چلاوُن، ترہن رِتِن کھہن منز نیٚنٛدِ کرنہِ۔ بڑی مہنوی ڈولین منز اورِ یوٚر پکناوٕنی، مہرینہِ ڈولین منز وأرِیو واتناونہِ تہٕ تِلوأنی وان چلاوُن بیتر۔ پیداوأری عملہِ ستی تعلق تھاون واجیٚنہِ کامہِ آسہٕ ہن، غأیلہِ تہٕ حأدِثہٕ آسہٕ ہن، دوکھ تہٕ سوکھ آسہٕ ہن یا خاندر کھنٛدر تہٕ تعزِیتکی معاملہٕ، کأشُری أسی پرِ بتھ صوٗرَتس منز اکھ أکس پلزان۔ گامس منز آسہِ ہے کأنٛسہِ خاندر سٕہ اوس گامکی

گامہٕ باپتھ مشترکہ جشن۔ ماتم تہٕ تعزیت آسہٕ ہے کأنسہِ سُہ اوس محلہٕ کِس محلس یا گامہٕ کِس گامَس اجتماعی ماتم۔ پیداوأری عملہٕ ستۍ تعلق تھاون واجبنہٕ کٔڈِرکامہِ أنزراونہٕ باپتھ أسی لۆکھ بأج وٕٹھ کران۔ بِلا معاوضہٕ پلزنچہٕ عملہِ أسی ونان ''کاد''، مثلن تھج کاد، گوڈٕر وِی کاد، نیندٕ کادوغأرٕ۔

بُڈۍ دوہہ پأنزٕ تہٕ مناوِنۍ چھُ دنیاہِکِس پرٛتھ قومس منٛز خاص رواج روٗدمُت۔ یِم خالِص مذہبی نوعیتکۍ أسی تن، محض روایتیٕ قسمکۍ أسی تن یا صرف سماجی حثیتکۍ یِمن ہُنٛد اثر چھُ سماجی زندگی پیٹھ واریاہ سرٛون آسان۔ یِمن بڈٕہن دوہن دوران کتھٕ کٔنۍ چھِ لۆکھ اکھأکِس نکھہ ہتھ شادِیانہٕ کران، باے تم کُنۍ عقیدکی، کُنے مذہبکی یا بیۆن بیۆن مذہبن تہٕ عقیدن ہُنٛدی آسن، تہٕ چھُ سماجی زندگی ہُنٛد اژھن حصہٕ، کشیر منٛز چھِ مالِہ تہٕ وورسہٕ یہٕ ڈٕلٕ زِتہٕ گامہٕ پتہٕ گامہٕ محلہٕ پتہٕ محلہٕ مناونہٕ یوان۔ یِمن ہُنٛد تعلق عقیدعلاوٕ سیٛدِ سیٛو دسماجی زندگی ستۍ تہٕ چھُ۔ عیدأسنِ، ماہ رمضان چہٕ مقدس رأژ أسنِ، کأنسہ وٕلی سُنٛد دوہہِ أسن، ہیرٕتھ یا کاوٕ پنُم یِمن موقن پیٹھ اوس ونہٕ ونٛگ تہٕ بأتھ وکھناونٛگ رواج۔ امہِ قبیلہٕ کِمن بأتن تہٕ ونہٕ ون ہرٕبن منٛز چھِ أسی ازتہٕ یِمن تقریبن ہُنٛد نیت تہٕ آکارلبتھٕ ہبکان۔

ونہٕ وُن چھُ کأشِر لُکہٕ شأعری ہُنٛد جزٕیُس خاندرن کھنٛدرن ہِنٛدبن تمام رسمن ہِنٛزٕ بہتربن (Documintation) کران روٗدمُت چھُ۔ اکھاکھ ونہٕ وُن ہرٕ چھُ اکھ ڈرامأئی صورت حال پیش کران روٗدمُت۔

ونہٕ وُن چھُنہٕ صرف خاندرٕ رِکس جشنَس تمام جزیات ہتھ وحاطہٕ کران بلکہِ امہِ
علاوٕ چھُ ونہٕ ونگ رٕسم بیین بیئن موقن پیٹھٕ چلہٕ وُن اوسُمت تمن ہُنٛد تصورتہٕ
تصویر تام چھُ ازتہِ کہِٕ یاہ دسیاب ونہٕ وُن ہُرہن منٛز موجوٗد مثالے زرٕ کاسنہٕ،
کورِکن ژوٗمبنۍ، لڑکس ختنن ہال کرنۍ، بٹہٕ شُرِس میکھل دنۍ، حال حال تام اوس
کاشُرس سماجس منٛز خاندر کرنُک مہذب عمل سارِنے ہُنٛد مشترکہٕ شادِیانہٕ۔
امہِ رِکس پرٕبتھ مرحلس پیٹھ اَس ہمسایَن تہٕ رشتہٕ دارن ہنٛز شرکتھ ضروٗری۔
ونہِ وُن چھُ خاندرٕ کین تمام مرحلن ہُنٛد یہِ دٔلِ زِتہِ فوٹوٗ اَچھن ڈینشمان
تھاوان۔ یِم مرحلہٕ چھِ نِشانٔی، زِیُن ژٹُن تہٕ پھالہٕ وُن، مصالہٕ اُنُن، مصالہٕ
دگُن۔ وردن انُن، مہرازس مس کاسُن، مہرازس سران کرن، مہرینہِ مس
شیرن، مہرینۍ پآراونۍ، مہرازٕ پھِرناوُن، قندٕ شربتھ، ملہٕ مانٛز، مانٛزِ راتھ، سال
سب، وٹھل، مہرینہِ ہُنٛد سکھراو، مہرینہٕ ہُنٛد وآرِوواتن، سالہٕ مہنیو، دودٕ موج،
سازٕ گرٕ، پوہ، گُلہِ میوٗٹھ، دِوٕ گون، ویوٗگ تراوُن، وغارٕ۔ یِمن مرحلن ہنٛدی
تفصیلات ہیکہِ نہٕ اسہِ کانٛہہ تہِ کتاب فراہم کٔرِتھ۔ بلکہِ چھُ یہِ سورُے سأنٛس
ونہٕ وِنس منٛز محفوٗظ۔ ونہٕ وُن چھُ ونہِ تہٕ جوش تہٕ جذبہٕ سان جأری، ووٚنۍ گوٚو
بٹہٕ ونہٕ وِنس یُس بقول موتی لال ساقی ...... "ہفتا کالہِ پیٹھٕ گشنہٕ آمُت چھُ"
چھُ ووٚنۍ ٹھہراو آمُت۔ ونہٕ وٕنس چھےٚ سمأجی زندگی منٛز اہمیت تہِ تہٕ پذیرأیی
تہٕ روٗزٕ مژٕ۔ حالاآنکہِ یہِ چھُنہٕ خاندرٕکی مرحلہٕ تہٕ رسم صِرف رٔژھران
روٗدمُت بلکہِ چھُ امہِ سمأجی تبدیلیہِ ہنٛزٕ عکاسی تہٕ کران روٗدمُت۔

اکھ زمانہٕ اوس زِ کشیرِ اندر آسہٕ نہٕ سڑکہِ تہٕ موٹر گاڑِ۔ لۆکھ آسی وو کھلِ پکان نتہٕ گُربن پٮ۪ٹھ سوار سپدِ تھ اورِ یور گژھان۔ خاندرس پٮ۪ٹھ یٮ۪لہِ مہرازِ تہٕ سالرِ مہرازِ سُند ہۆور گژھان آسی، بڈٕی مہنوِ آسی سالرن گُربن پٮ۪ٹھ سوزان تہٕ مہرازس کُیت گیاو خاص گُر آسی تھے۔ یپأری یپأری أبی وتن ہنٛز گنجأیش آسہِ ہے تپأری آسی ژھٹہٕ شکاربن یا رنگہٕ ناون منٛز گژھان۔ پتہٕ سُپد وارِ وارِ ٹیکسین، بسن تہٕ مٹاڑارن ہُنٛد چلے جاو۔ سأنی ونہٕ ؤنی چھُ یہِ سورُے عکس بند کۆر مُت مثالے

استہٕ استہٕ گُر پکہٕ ناو جو
رونہِ وزناو جو وضع دار
کینٛہہ آے وو کھلِ تَے کینٛہہ رنگہٕ ناون
ہاوس گیر آیہِ کھراون پٮ۪ٹھ
موٹر کارس سۆت تیِل ترأوی تَو
لالس ہأوِ تو بجلی گاش
سال چھُہٕ جُمس تے اِدُہم پورس
آیہِ وِحض میٹاڑورس منٛز
براند چھے تھۆد تَے تگہِ یو کھسونُے
ژٕنے گۆژھُے سۆتے ژۆرِ آسونُے

کشیر روزٕ رِ یہِ وادن وۄپرن ہِنٛدِس قبضس منٛز بعضے اوس اتھ لاہورٕ پٮ۪ٹھٕ تہٕ باضے دِلہِ پٮ۪ٹھٕ راج سپدان۔ وسطِ ایشیاہس ءتی چھُ اَتھ پرانہِ زمانہٕ پٮ۪ٹھٕ تمدنی تہٕ تجارتی ہیٚوت دُیت رٕوٗ دمُت۔ وُچھِو نوم ونہٕ وُن ہُرِ کتھٕ چھِ تمہِ زمانک تہٕ ماحولک اَنہٕ ہاوان۔

لوہٕ رِ طوطہ تہٕ کأشرِ ہأری
توہیہِ دون کتہِ گیہِ پأری زان
لوہُرچ مأنزٕ تے ییٚتہِ لُز بُرزن
ییٚتہِ کٕمن مہرزن مأنزٕے راتھ
پنجابٕچ مأنزٕ تٔر پیشوٗر سالس
اسہِ لأج لالس کھورن مأنزٕ
کربکھ گیہِ کوبلس بیٚیہِ پیشوٗرس
لالہِ دراو صبہٕ درس کوٗر منگہِ نَے
یارقنٛدی گُر چھے پانہٕ سوارے
سانہِ ون ہارے چھے منزٕلس ہأل
ایبٹ آبادُک ووستہٕ چھُ آمُت
لألہِ چھُ زامُت شہزادے
وردن اوٚنمے دِلہِ ہِنٛدِ والٕنے
گِلہِ ہنٛدی تھأوی زبس نشانے

وَنہٕ وَنس منٛز چھَ نہٕ صرِف عیأشی ہُنٛد بن بدلوٗنہن سامانن تہٕ معیارن جاے میلان بلکہ یِہ بتھ نوٗس طور طریقس، من رٹنٛہٕ وِنکس سامانس سیأسی ژوٚیہٕ ژوسرِس، نوٚپٕنہٕ کھیلن، ووتہٕ نَس بیہنس تہٕ واژٕ وانہٕ چِن نوٚہن نوٚہن ضیاٗفژن تہٕ۔ بروٗنہہ کالہِ یِیلہِ مہرٛینٛز تہٕ مہرازٕ وأنٛسہِ تہٕ حسنہٕ کٔنز ہوس ہوِی آسہٕ ہن، ونہٕ ون واجینہٕ آسکھ ونان۔

ہأرِنٛ دوٗہہ تَے پوٚہنہِ رأژٕرے
بوٚمبرِنٛ بأژٕرے برابر

اما پوٚز زاز کل چھِ ونان۔

ایم، ایس، سی، لڑکہٕ تہٕ بی ایس سی کوٗری
توٗہہِ دوٚن جوٗری برابر

بیٚون بیٚون دورن ہٕنٛدی ونہٕ وُن ہُری چھِ پٔتنہِ پٔتنہِ زمانٕک ماحول، لفظہٕ وٚوٗترٕ، تمثیلہٕ تہٕ مزاژٕ پیش کران۔ یتھ دورس منٛز یتھ چیزس اہمیت تہٕ مقبوٗلیت اُس، تمہٕ رٔٹ ونہِ ونس منٛز جاے مثلن اکہِ زمانہٕ آسی مہرازس تھٕیوٚ ونہٕ وُن ہربوٗستی استقبال کران۔

تتہِ دراو سُلہِ تَے یوٚت ووت زوٗنے
یوسف حبہٕ خوتوٗنے آو
سترٕنجہِ وُتھری مے کولہٕ ڈنجہٕ رادس
شیرینہٕ سال کوٗر فرہادس

یۆت نہٕ چون گُرتے تیۆت گُری پلہٕ نَے
گُری دُمہٕ ستیٖ آو باغ ولہٕ نَے
بجہٕ وتہٕ کھوتکھو بجہٕ صُبہٕ دارےٚ
راجہٕ سُنٛد گُر چھُے سوارے

وونی چھِ پیش موجوٗدٕ دورٕک کینٛہہ ونہٕ وُن ہُری۔

تتہٕ دراو سُلہٕ تَے یۆت ووت ژیری
یہٕ ہے اوس "نۆری" کھیل وُچھِ نے
تتہٕ دراو سُلہٕ تے یۆت ووت دِگرس
یہٕ ہے اوس "رِگلس" شو وُچھِ نے
رول گول گرِ چھُس سونہٕ سُنٛد موویے
یۆت ہے آو نوو ےٚ منشٹر
کارِ ہُنٛد نمبر چھُس تھری، فور، زیرو
یۆت ہے آو ہیرو سایڈ ترٲوی توس
فوٕچہٕ بُنیانہٕ ہے نیک نال چھُے
سال چھُے سنیماہالس منٛز

وٲریو تاثیک کرٕتھ چھر، ہشہٕ نوشہٕ ہُنٛد نیاے تہٕ زٲم کاکہٕ نِنہِ ہُنٛد ہنہٕ درِ نہٕ چھِ سانہٕ لُکہٕ شاعری ہنٛدِ پرٲنی موضوٗع۔ سون یہٕ مشہوٗر تہٕ مقبوٗل لُکہٕ بأتھ۔

''ہی یِہ مے گوڈئو رباغ وسہِ وُن یِہ''

چھُ خبر کمہِ زمانہٕ پیٹھٕ زنانن ہنٛز ژالن ہأری، شراپچ تہٕ اخلاقچ ترجمانی کران روٗدمُت۔ بأتک لُبِ لباب چھُ یہِ۔

حال حالے ہُر شأدمژ کۆریس ہمسایہِ گی منٛزٕ باگنٛز آمژ چھےٚ تہٕ از چھےٚ مالنٛز گرس منٛز وأروِکی سنٛزٕ سامانہٕ کران۔ ہی پوشہِ گوٚنڈی تھأوِن تیار، کچھِ منٛز کوٚژن پرون کنکہِ پھوٚت، پہتھِ تہِ اوٗن تہٕ ژوچہِ تہِ انہِ نَس کُرتھ۔ بوے گوس یہِ ژوچہِ پھوٚت ہتھ وأریوٕستی تتہِ دُیت ہَس نہٕ سلامہِ جواب تہِ۔ ہشہِ دُیتنَس ژوچہِ پھوٚت دارِکنٛ نیٚبر دأرتھِ۔ کانٛہہ خأطرِ کوٚریکھ نہٕ پتہٕ چھےٚ یہِ دِل ملوٗل کأشر کۆریارِ بلس پیٹھ مأرِلس سمکھان۔ سُہ چھُس گرِنوان۔ کورِ ہنٛد ودُن تہٕ داد بداد ہٕ زتھ چھُس مول ونان

دوٚپ نَم گژھِ کۆری گرِ پٔنن یِہ
مالنٛز گرِ نارے گژھِ روزُن یِہ
یارِ بلہِ آیہِ نوٚٹ گژھِ کھارُن یِہ
ہشہِ تے ہیٚرِس کھور چھلنٛز یِہ
وأرِو گرِ گژھِ ڈاڈ کرن یِہ
ہی یَہ مے گوٚندی کُری باغ وسہِ وُن یِہ

یہِ اُس تمہِ زمانچ حقیقت مگر تعلیم عام گژھنَس ستی ستی زنانن ہنٛد بن حقوٗقن ہنٛدِ تحفظہِ باپتھ تحریکہ تہٕ پروگرام چلاونٕ ستی آیہِ اتھ منٛز تبدیلی۔ یہِ تبدیلی

گٔر سانہِ لُکہٕ شأعر یہٕ یکدم محفوٗظ۔ ووں چھےٚ زنانہٕ مردن ہٕستی ہٕستی کأم گٔرتھ پانہٕ کماوان تہٕ خود کفیل سپدان۔ لہٰذا پچھنہٕ وأرِ وٚیک کرِتھ زٕ روان۔ ووٚنی چھےٚ ملأزم پیشہِ زٕنی شٔر رچھنہٕ خأطرٕ داے تھاوان یوسہٕ شُرِس تتھی ہوی منٛزلی بأتھ وٕنی وٕنی ساوان سُلہٕ وان چھےٚ۔

وولا نِکہٕ بہٕ ہا لگے تام شوٗنگوٗ ساوتھ

وولا نِکہٕ ہا لگے تام شوٗنگوٗہ ساوتھ

مِمی ہا چھےٚ افسرسٕہ ہا گٔیی دفتر

یوٚ تام تورٕ پھیرِتھ یی توٚ تام سلہٕ ناوتھ

یا ووٚنی چھےٚ نوشہِ پانہٕ پٔنن بور وترِان تہٕ وأرِ وچہِ تھپہِ نِش مُچھہِ روزُن پزھان۔ یتھ لُکہٕ بأتس منٛز چھےٚ امی صورت حالٕچ طوٗلأنی سپد پمٕژ، شوٗٹھِ چھےٚ ہش ستاوان۔ وأریوٚ چھُم کروٗٹھ، مالٕین چھِم نہٕ دوان گژھنہٕ، رُت کھٔنن چٔنن چھِم نہٕ دِوان۔ اوے

مالِنٛن مےٚ فون کوٗر موج آیم دورانہ تےٚ

امہِ ماجہِ میانےٚ جیپ انہٕ نأو ننہِ وانہ تےٚ

لتھ لٔز مےٚ چیٚنےٚ جیپ میأنٕ گےٚ روانہ تےٚ

امہِ جیپہِ میانےٚ تھکھ دُیتُم مِسہٕ خانہ تےٚ

مِسہِ کھیوٚ و افسوٗس یہٕ چھےٚ زوٗن گٔمژ ننہِ وانہ تےٚ

وأریوٚ ہے کریۆٹھ بیام گوم جگرس پیانہ تےٚ

## کتابیات:

ا۔کأشرِ لٕکہٕ بأتھ۔کاہ جلدٕ۔کلچرل اکاڈمی

۲۔کأشرِ لٕکہٕ شأعری،وکھنٕے تہٕ ؤیژھنٕے:۲۰۰۷ءغلام نبی آتش

۳۔کأشرِ انسایکلو پیڈیا:جلدٕ ۶۔کلچرل اکاڈمی



# ۳۔ وان

دۄہدِش یَسلہٕ پأٹھؠ ورتاونہٕ یِنہٕ وول لفظ ''وان'' چھُ لغوی معنہِ بۄ علاوٕ
کٕہی یاہ لفظن ہُنٛد پۄت لۄگ تہٕ بروٚنٛہہ لۄگ بٔنتھ نٔوی محاورٕ تہٕ نوِ ترکیبہٕ
بارسس أنتھ معنہِ ین ہنٛز یلتھ پیش کران۔ ''وان'' گوٚو دوکان، داتھر،
کارخانہٕ، آواز، ہٹھ، نیاے، کارٕ وول، داندٕ البانہٕ ستی زمین وایُن بیترِ[1]۔
یتھہٕ پأٹھؠ مِثالے کھارٕ وان، بزازِ وان، تِلوأنی وان، عدالتٕ وان، وۄوُر
وان، کنہٕ وان، ڈیڈی وان، باغوان، وانہٕ وول تہٕ وانہٕ موٚنٛڈ وغأرٕ لفظ ورتاوس
منٛز چھِ یایم تہٕ تِتھؠ ہوی وار یاہ محاورٕ: تھانس مول وانس پیٹھ، وانہٕ وانہٕ بانہٕ
ہیتھ پھیرُن، وانہٕ وانہٕ پھیرِ تھ نانہٕ پیٚوُوے ناو، وان وہراوُن، وان بڈاوُن
وان وٹُن تہٕ وان لاگُن۔ اماپوٚز بیاکھ معنہِ چھُ اَتھ لفظس ''وڈُن'' اصطلاحس
منٛز چھِ ''وان''، تِمن خاص منظوٗمن ونان یِم بروٚنٛہہ کالہِ کأنٛسہِ ہٕنٛدِس مرنس
پیٹھ لہر ترأوِتھ وکھناونہٕ یوان أسی۔

ژھبنہٕ ژُھد ایہٕ تہٕ جورِ جُدایہٕ ہُنٛد دودتہٕ دۄکھ محسوس کرُن تہٕ اَچھ باوَتھ
کرٕنی چھ اکھ خاص جذبہٕ، یُس انسانس ازلے عطا چھُ کرنہٕ آمُت۔ حالانکہِ
حیوان تہِ چھِنہٕ اَمہِ نِشہِ مُچھِ۔ انسان بامے گُنہِ تہِ مُلکس منٛز روزان آسہِ، سُہ

چھُ کأنسہِ ٹاٹھی ہنٛدِس مرنس پتہٕ باکہٕ ژھٹان تہٕ وبدا اکھ وبلاپ دِوان۔ یہِ
عمل چھے پرٛتھ قومس منٛز پتہٕ وتھ چلہٕ وُنی روٗزمُت۔ وِدن لہرن منٛز دگ، دوکھ
تہٕ دود باوٗن آو وارِ وارِ کہِ یاہ قومن منٛز اکھ دھارمِک رسم مانہٕ۔ کٔشیرِ منٛز تہٕ
چھُ مرنس پتہٕ وبلاپ دیُن سبٹھاہ پرون رٕسم۔ حتاکہِ ویدن، رامایِن تہٕ
مہابھارتس منٛز تہٕ بیٚین وارِیاہن دھارمِک گرنٛتھن تہٕ پوٗتھین منٛز چھُ تھدِ تھدِ
وبلاپ دِنہٕ کہِ دھارمِک رسمُک ذِکر موٗجوٗد۔ کرمہٕ کانٛڈ کہو رسمو مطابِق چھُ
کأنسہِ ہنٛدِس مرنس پتہٕ، تٔہنٛدِس گرس منٛز اَنگن اَشناون، اولادن تہٕ زُرٕ ہن
داہن دوہن تام ہتیھے ماتم کرُن پیوان۔ یِمن دوہن دوران چھِ وارِیاہ رٕسم
یِوان پالنہٕ، اماپوٚز دوہے چھِ صُبحٲے وان پرنہٕ یِوان تہٕ شامس کتھاہ
بوزناوُنک بندوبست یِوان کرنہٕ[2]۔ یِمو وانو ویداکھو ذٔریعہِ یہِ کینژھا ونہٕ
وکھناونہٕ یِوان اوس، رسہٕ رسہٕ سپُد سُہ لُکہٕ بأتن ہنٛدی پأٹھی اکہِ پُیہِ پتہٕ بیٚیس
پُیہِ کُن سینہٕ بہ سینہٕ منتقل، یِمو موزوٗن ویداکھو تہٕ وبلاپو پرأ ومنظوٗمن ہنٛز
صوٗرت تہٕ یِم آیہِ لُکہٕ شأعری منٛز ماتمی بأتن ہنٛز صِنف مانہٕ۔ وانکی ہُری چھِ
ژھوٚٹ ژھوٚٹ آسان مگر یِم اَسی زٕ سٹھ تائتھ کھأرِتھ قرار سان وکھناونہٕ
یِوان[3]۔ عام لُکہٕ بأتن ہنٛدی پأٹھی چھنہٕ وانن ہنٛز مصرعہِ گرہنٛد مُشخص، کانٛہہ
وان چھُ زٕ مصرعہٕ، کانٛہہ ژور یا شےٚ مصرعہٕ وول تہٕ۔ وون گوٚو لُکہٕ بأتن ہنٛدی
پأٹھی چھِ وانس وارِیاہ ووجہِ مصرعہٕ تہٕ واٹنہٕ یِوان۔ ژھوچن بحرن منٛز ونہٕ
آمتی یِم وانہٕ مصرعہٕ چھِ تیتھے پأٹھی زیٹھہٕ رأوِتھ پھِری پھِری وکھناونہٕ یِوان

یتھہِ پأٹھی بٹہٕ ونہٕ وٕنکی ہُری وَنونہٕ یوان چھہِ۔ گوڑ گوڑٕ أس کأنٛہہ خاص معتبر تہٕ تجربہٕ کار بزرگ زٔنی وان پرنہٕ چہِ عملہٕ ہنٛز پیشوأیی کران تہٕ باقے زنہٕ آسہٕ تیٚنٛد سے آرتس منٛز تمے وانہٕ مصرعہٕ تُلان یٚیمہٕ سو زٔنی وکھناوان أس۔

حالانکہِ امی طریقہٕ اوس بٹہٕ ونہٕ وُن تہِ پیش یوان کرنہٕ۔ دونٕوی منٛز أس یہِ بارٕ فرق زِ وان أسی ماتمی ہُری تہٕ ماتمی ماحول أسی پأدٕ کران تہٕ ونہٕ وُن ہُری أسی خوشی تہٕ شادمأنی ہُنٛد ماحول ووتلاوان۔ شاید چھُ سومناتھ پنڈتن "کأشرٚ بٹن ہنٛدی رسم تہٕ رواج" کتابہِ منٛز، اوے "وانہٕ ہُربن""وانہٕ ونہٕ وُن" ناو دیٚتمُت۔ تٔمی چھُ لیوٚکھمُت:

"یتھہٕ گٔنی خاندرس پیٹھ ونہٕ وُن چھُ آسان، تتھے گٔنی چھِہ موردس "وان" لگان، اَتھ چھِہ "ودن وان" ونان۔ یِم چھِہ لمہٕ رٕسمکی تیتی ضرۆری حصہٕ، یۆتاہ ونہٕ وُن خاندرٕ خأطرٕ چھُ۔ یہِ "وانہٕ ونہٕ وُن" چھُ پرٚتھ کُنہِ تہذیبس تہٕ دُنیاہکین سارِنے سماجن منٛز اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ رنگہٕ موجوٗد"۔ (کأشرٚبن بٹن ہنٛدی رسم تہٕ رواج: ص: ۱۶۸)

وق گذرنس ستی آیہِ وان پرنٕچ ذمہ وأری، تٔمی سے معتبر زنہٕ پٔترٛاونہٕ، یوسہٕ گوڑ گوڑ ودن وانہٕ چہِ اَتھ مجموٗعی عملہِ پیشوأیی کران أس۔ ووٚں أس یہے زٔنی صُبحأے صُبحأے داہن دوہن وان پران۔ أمِس چھِہ وانہٕ رینٛز تہٕ ونان تہٕ وانہٕ گرتہٕ۔ یہِ أس سبٹھاہ عزت دار یوان مانٛنہٕ تکیازِ أمِس أس کرمہٕ کانٛڈ کین رسمن ہنٛز پۆرٕ پۆرزانکأری آسان۔ لۆکھ أسی أمِس عزتہٕ

سان ڈالہِ تہٕ بخشأیشہِ دِوان۔ اماپوٚز وارٕ وارٕ بنو وأمہِ یہِ کارپٔنن پیشہِ۔ وان پرٕنگ تہٕ وانہٕ گرِ ہُنٛد زِکرِ چھُ ابراہم گریرسنس[5] علاوٕ وارٕ یہو مُلکی تہٕ غأرمُلکی تذکرٕ نگاروتہِ کوٚرمُت۔ وانہٕ گرٕ بن اوس زبر چلے جاوا اماپوٚز رٕسہٕ رٕسہٕ آو وان وکھناونک یہِ رٕسم وأنسٹھ لوٚکن ہٕنٛدِس مرنس تامے محدوٗد کرنہٕ۔ مورٕدِ یتھ وأنسٹھ آسہِ رٕسم تہٕ رواج تہِ چھِ آسان تیتۍ زیادٕ۔ اڈٕ ژٕٹس چھُنہٕ یوان زیادٕ آڈمبر کرنہٕ[6]۔ بڈس پچھے صُبحأے وانہٕ گرٕ ہنٛزٕ پیشوأیی منٛز شُر بن بأژن ہٕنٛدِ ذریعہ وانہٕ باکھ یوان تراونہٕ مثالے یہِ وان:

نیٚنٛدرِ وُزتَے مأج یے

یارٕ بل وق اوے مأج یے

شرانک وق اوے مأج یے

دیانک وق اوے مأج یے

وانن ہُنٛد موٗلہِ موضوٗع چھُ دوکھ تہٕ ماتم، یمن ہٕنٛدی بُنیأدی بناون وألی تہٕ وٕنن وألی چھِ تیتھے کُنۍ نامعلوم یتھہٕ کُنۍ لُکہٕ شأعری ہنٛزن باقے صنفن ہٕنٛدی موٗلی تخلیق کاراویٚدی چھِ۔ یِم چھِ زیادٕ پٔہن زنانن ستۍ منسوٗب تہٕ لُکہٕ ووتٕرس منٛز گردشس منٛز روزنہٕ سببہٕ چھکھ علاقہٕ وارو کھٕنیہٕ پھیرٕ تہٕ۔ ووٚل گوٚو یمن منٛز چھِ مرن وألی سٕندِ بن صِفتن تہٕ تٕسنٛدِس دُنیأوی بجرٕس کیٛو دھارِمک کامبن پٕزٕ ابزٕ تُھر یوان کھارنہٕ۔ تیمس پزی یِم صفتھ آسہٕ ہن تمس تعریف کرنی گیوو أسی تِھے مگریس یِموٗ نشہٕ چھِ آسان اوس نس تہٕ أسی ہوٚل گنڈِتھ ٹلی

تعریف یوان کرنہٕ ہیٚأری چھُ شاستر ومطأبق ضروٗری زِمرن وألی سُند گرٕھۍ رتےٚ رت وننہٕ یُن ۔ تِتھِین وانہٕ مصرعن چھُ وأجس ووج واتنہٕ یوان مثلن :

| | |
|---|---|
| ۱: مأج دژ ایہ لبہِ ٹلی گاہ تر اوان | مأج دژ ایہ لبہِ ٹلی گاہ تر اوان |
| ٹاٹھِین ہُنْد چھِس تھکہٕ ناوان | زُربن ہُنْد چھِس تھیکہٕ ناوان |
| دژِ ین ہُنْد چھِس تھیکہٕ ناوان | مأج دژ ایہ لبہِ ٹلی گاہ تر اوان |
| ۲: بب گوٚو برُزل باغ اندر | نوشہِ کورِ انِہن کیٚاہ سوندر |
| ویداہ پوٚرُن کیٚا زبر | یوگ یوگ سوٚرُن کیا زبر |
| سمیاہ کوٚڈُن کیٚا سوندر | بب گوٚو برُزل باغ اندر |

وانن ہُنْد دوٚیُم قسم چھُ سُہ ییٚتھ منز تم دوکھ باونہٕ یوان چھِ یم مرن وول بزرگ ییٚلہِ دھنہٕ دولتہٕ وول تہٕ سما جس منز رٕژ پرتیٚتھ تھاون وول آسہِ ، تہنْدِ مرنہٕ چھےٚ پوٚت وانِہن پرتیٚتھ راوان تہٕ ڈوکھ چھُکھ نپر تھ ژلان ۔ ییٚتھ وانس منز چھُ گرِ چہِ مرن واجینہِ بزرگ زنہِ "ٹلی یارِ ہُنْد نانہٕ گنڈ" وننہٕ آمُت ۔ اتھ تشبیہأتی ترکیبہِ چھنہٕ شاید کلُہم کأشرِ شأعری منز بیٚیہِ کُنہِ جایہِ نیب یوان ۔ گرِ چ بزرگ زٕنی چھےٚ سارِنے بأژن یکجا رٔٹتھ مشترکہِ خاندانس واوُ رلکنہٕ نِش بچاوان ، بلکل تِتھے پأٹھی ییٚتھہٕ پأٹھی ٹرُنن ، کانِہن تہٕ باٹھِچ ٹلی یأرِ تیٚلہِ سُوتہٕ ڈ رروزان چھےٚ ییٚلہِ تتھ منزم اِرِ ورٹرُن ییٚتھ نانہٕ ٹرن یانانہٕ موٚرتہِ ونان چھِ ، منزی میٚو مضبوٗط گنڈ ویٚتی سُوتہٕ چیرِ رٔٹتھ آسہِ :

| | |
|---|---|
| ٹلی یارِ نانہٕ گنڈ ییٚلہِ گیہِ ہم | وننتےٚ مأجی کوٚت گیہِ ہم |

زِپھ ہالہِ تلے سرٕ گیہِ ہم    ونتے مأجی کوٚت گیہِ ہم

پوزا یہِ تلے سرٕ گیہِ ہم    اونتے مأجی کوٚت گیہِ ہم

موردن ڈٕری گنڈٕ گنڈٕ وِدِنک تہٕ وان پرنک رسم کوتاہ پرون چھ، اَتھ متعلق شبقہٕ پأٹھی کینٛہہ وَنُن چھ مُشکل، ووں گوٚو ماتم کرُن تہٕ دوکھ باوُن چھ تیوٚتے پرون یوٚت انسان بجاے خود پرون چھ۔ تم کأشرِ وان کرآیہِ گنڈنہٕ یم کأشرِ بٹہٕ حال حال تام پران تہٕ ورتاوان أسی تہٕ چھُنہٕ معلوٗم۔ حالانکہِ وان پرنک تہٕ پرناوِنک قدیم رٕسم گوٚو رَسہٕ رَسہٕ گأل کھالتس۔ نہ روٗدی وانہٕ ہُری محفوٗظ تہٕ نہ روزِ وانہٕ گرِ موٚجوٗد۔ اوٚہُند ناوچھ ووٕنی لُکہٕ وٚترس منٛز محض لوٗسی متہِ کردارٕ رٕنگی ہیٚنہٕ یوان۔ موتی لال ساقی تہٕ شام لال پردیسی کیٚو سومناتھ سادھو سنٛزِ کوٗششہِ ستی نے کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ طرفہٕ شایع سپدیمژن لُکہٕ شأعری ہنٛزن دون سوٚمبرنن (جِلد ۵ تہٕ جِلد ۷) منٛز کُل بُیل ستر[۳۷] ہہٕ و ان شأمل سپدی ہتی آسہٕ ہن، شاید سپدِ ہےٚ نہٕ ازنمونہٕ باپتھ تہٕ کانٛہہ وان دسیاب۔ وُنکین چھ اسہِ نِش اَمہِ رٕنگی یُتے سرمایہ موجوٗد۔

اسلام کٔشیرِ منٛز عام سپدتھ تہِ اوس لوٗکن منٛز مرن والین ہنٛدِ باپتھ وبدا کھ دِنہٕ ستی تہٕ لِلِل کرنہٕ ستی ماتم کرنک رواج۔ اتھ طریقس أس نہٕ بٹن ہنٛدِ دھارمِک طریقہٕ وان پرنہٕ نِش زیادٕ فرق۔ حالانکہِ مسلمانن منٛز تہِ سپُد أکس مخصوٗص زنہٕ ہنٛدِ ذریعہِ موردس ودِنک، لِلِل وأنی کرنک تہٕ وبدا کھ دِنک رٕسم شروٗع، أمس زنہٕ اوس باضابطہٕ معاوضہٕ یوان دِنہٕ۔ یہ أس وانہٕ

گرِ ہنٛدی پأٹھی ماہرتہٕ تجربہٕ کار آسان ۔ أمِس أسی "رینٹہٕ گر" ونان۔ "زینٹ" گوٚودن وان۔ "رینٹھ لاگنۍ" گوٚواگادِ گرٛوٗھن، تھپھ تہٕ ٹلٕنۍ۔ چونکہِ یہ ماہرٕ زٕنۍ أس وانہٕ گرِ ہنٛدی پأٹھی وبداکھ زیٹھہٕ رأوِتھ پھران تہٕ پھران، اوے پیوس "رینٹہٕ گر" یا "رینٹھ" ناو۔ رینٹہٕ گرِ یارینٛچہٕ ہنٛدِ ذریعہِ موردن ہنٛدِ باپتھ ودٕنکہِ رسمُک نیب چھُ حضرت شیخ نور الدینؒ ریشی سٕنٛدِس یتھ شرُکس منٛز تہِ پاتھان، ییٚلہِ تِم ونان چھِ زِ رینٹھ چھےٚ بیٚین ہنٛدِ دوکھہٕ منٛزے پٔنٕن سوکھ پراوان ۔

ہوٗنس واسٕرِ پیٹھہٕ سوٗر لارے
برأرِس گجہِ اندرے سوکھ
ریوٗ شاہ ونن خداے گارے
رینٛچہٕ چھُ دوکھے سوکھ [8]

أخرتہٕ موکلیووِیہ رٕسم تہِ، رینٹہٕ گرٕ گیہِ محض أکِس سوریمہٕ تِس لگہٕ کردارٕ سٕنٛدِ حثیتہٕ لگہٕ ووترِس منٛز جاے پرأوِتھ تہٕ بَس۔

وان صِنفہِ ہُنٛد دوٚیُم اہم پہلو چھُ یہِ تہٕ زِ یم وان کأشرٕ بن مرثی ین منٛز موجوٗد چھِ تِمن چھےٚ نہ صرف بٹٕن ہنٛدٕ بن وانن سٟتۍ مشابہتھ بلکہِ چھِ أکی سے فارمہِ منٛز گنٛڈنہٕ آمتۍ۔ حتاکہِ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھُ کربلاے وانن ہُنٛد اکھ مولل خزانہٕ موجوٗد۔ کلاسکی مرثی ین منٛز چھےٚ کربلاے وانن واریاہ صوٗرژ اختیار کرِمژٕ۔ "کأشرٕ مرثی ہُنٛد توأریخ" کِس تازٕ ایڈیشنس منٛز چھُ شاہد بڈگامی

ویٚژھناوِتھ ونان زِ ''وان'' چھُ کأشِر رثأیی شأعری ہُنٛد آگُر[9]۔ تمو چھ لیٚوکھمُت:

''اسلام یور واتنہٕ پتہٕ گٔیہِ کشیرِ منٛز کربلاکین شہیدن ہٕنٛز عزادأری شروع سپدنہٕ پتہٕ گٔیہِ اجتمأعی رنٛگس منٛز کأشِرِ مرثی شروع۔ اِو کٔنہ یہ کینٛژھا اسلام یور واتنہٕ پتہٕ کربلأے مرثی ورأے کأنٛسہِ ہٕنٛدِس مرنس پتہٕ وان کَس صوٗرتس منٛز وننہٕ یا لیٚکھنہٕ آو، سُہ گوٚو رَسہٕ رَسہٕ محدوٗد تہٕ زمانو ترووانفرأدی حأری ثاتن ہٕنٛدی پأٹھی پتھ کُن مُشرأوِتھ، البتہٕ ''وان'' فارم آیہِ کربلاکین ظُلمن باوَتھ کرنس منٛز سبٹھاہ راس۔ کأشِرِ مرثی ہٕنٛز ابتدأیی شکل چھےٚ بلکُل ''وان'' ہِش۔ ہتہٕ وادوٗرِین دوران یِمہٕ کأشِرِ مرثیہ لیٚکھنہٕ آمٕژ چھےٚ، تِمن منٛز چھِ جایہِ جایہِ ''وان'' یا وأنی مصرعہٕ موٗجوٗد۔ وان یا وأنی مِصرعہٕ چھِ اکثر ذأکرِ مجلسن منٛز وجدِ کِس حالتس منٛز پران۔ کربلاہکِس دلدوز واقعہٕ ہس ویٚژھناونس چھےٚ وان فارم تیٚژاہ راس آمٕژ زِ کأشِرِ مرثی ہُنٛد گوڑٕ کال یعنی سُلطان سکندرٕ سٕنٛدِ (۱۳۹۲ء) پتہٕ ازتام چھِ پربتھ زمانس منٛز مرثی ہٕنٛدِس فارمس تہٕ طرزس منٛز تبدیلی یِنہٕ باوجوٗد ''وان'' تِمے انداز ازتام لیٚکھنہٕ یِوان۔ ساسہٕ واد ''وان'' چھِ بےٚ ناوتہٕ واریاہ ''وان'' چھِ کأشِرِ مرثی ہٕنٛدِ بن ژوٚشوٚنی دورن منٛز مرثی نگارو وٚنی متی۔ ''وان'' چھِ ازکل تہٕ مقام بندروایتی مرثی۔ یِم چھِ جدید مرثی، نوحہ تہٕ باقے طرزن لرِ لوٚر عام لوٗکھ مجلسن تہٕ جلوٗسن منٛز پران۔ یِم چھِ پرانین مرثین ہٕنٛدی کینٛہہ وان مصرعہٕ یِمن مرثی ہٕنٛدِس صنفس منٛز تہٕ ''وان'' ناو چھُ

اَدِ دیدِ وٚودنس — ترٛیشہِ ہتہِ بوٚچھِ ہتہِ

دوٚدِ رٕستہِ میٚانہِ — کان أیو جان درٛ أیو

کیاہ گوم — کیاہ گوم

ژٕ ہبامےٚ رنش مٕرِتھ پتہٕ — کوچھِ پیٹھ ہیمتھ

بوٚچھِ ہتہِ میٚانہِ اصغرٕ — ہاشِر خوارو

ہباہ أسی کروٚوے ماٗنزِ راتھ

شاہ قاسمو بییہِ وٚولو

ہاے کمٕ کرٕ ے سکہِ راتھ

(یا)

ژٕ بوزتم بہٕ وئے رسہِ رَسہِ مالِنہِ — دیان چھس زِندِ پانہٕ قبرِ وَسہِ مالنہِ

آلیس کیا بأے دادِ ستی بوسہِ مالنہِ — ترٛشہ وان تراوِ ہے ہاوسہِ مالنہِ

حضرت فاطمہؑ سنٛز کوٚر چھسہِ مالِنہِ"

(کاشُر مرثی ہُند توأریخ: ص:۱۲۱تا۱۲۶)

حوالہٕ تہٕ حأشیہِ:

(۱) کاشُر ڈِکشنری: جلد ۷: ص:۶۲۔ کلچرل اکاڈمی۔

(۲) کاشُر بن بٹن ہندی رسم تہٕ رواج: ص:۱۶۹ ؤری:۱۹۸۳ء۔ مرتب: سومناتھ پنڈت۔ کاشُر شعبہٕ، کشمیر یونیورسٹی حضرت بل سرینگر۔

(۳) کاشُر لکہٕ بأتھ: جلد:۵۔ص:۱۵۱ ؤری:۱۹۷۱ء مرتب: موتی لال ساقی کلچرل اکاڈمی

کاشُر انسائیکلو پیڈیا: جلد:۵۔ص:۳۱۰۔ؤری:۲۰۱۰ء کلچرل اکاڈمی۔

ٍWan: A dirge, elegy, phrenody, sung by women under

a leader each mourning for ten days after a death especially of an old man or woman.

۵۔Wangur: A woman who leads the singing in such as elegy.(A dictionary of Kahsmiri language:p:1120-21- George Abraham Griesson: Lowprice Publications, Delhi 1993)

(۶) کأشرِ بن بٹن ہندی رسم تہٕ رواج: ص:۱۶۹ ؤری۱۹۷۱ء مرتّب: سومناتھ پنڈت۔ کأشُر شعبہٕ، کشمیر یونیورسٹی حضرت بل سرینگر۔

(۷) کأشری لُکہٕ بأتھ، جلدٕ: ۵۔ ص:۱۵۱ ؤری:۱۹۷۱ء مرتّب: موتی لال ساقی کلچرل اکاڈمی

کأشری لُکہٕ بأتھ: جلدٕ: ۷ ص:۱۹۶ ؤری: مرتّب: سومناتھ سادھو، شام لال پردیسی۔ کلچرل اکاڈمی۔

(۸) کأشُر انسائیکلوپیڈیا۔ جلد:۴ ص: ؤری: ۱۹۷۵ء کلچرل اکاڈمی سرینگر۔

(۹) کأشرِ مرثی ہُند توأریخ: ص۱۲۱ تا ۱۲۶۔ ؤری:۲۰۱۳ء۔ شاہد بڈگامی



# ۴۔ بانڈٕ پاٲتھر

ٲنس یہ یوٚر ہاوَوتی ہاوِتوٗر مگر لُکہٕ وۄنٛژ چھُ سہ ٲنہٕ یُس سٲری عکس، پرتو تہٕ آکارا کی ساتہٕ محفوٗظ کران چھُ۔ یام اَتھ ٲنس زیٚٹھم زیٚٹھِ زمانٕچ گرٕد صاف کرن وول ووستاد پیٚیہِ، ٲنہٕ گرٕدھِ صاف تہٕ تہِ سورٕے سپدٕ ڈیٚنشمان یہ ٲنن محفوٗظ کوٚر رمُت آسہِ۔ یسلہٕ پاٲٹھی لُکہٕ وۄنٛژ ورتاون والین چھُنہٕ تِمن جذبٲتی نفسیٲتی، سیٲسی، سماٲجی تہٕ مذہبی حالژن تہٕ کیفیژن کُن یِژ پاٲٹھی ظوٗنے گرٕدھان، یِمہٕ اتھ منٛز یہ ڈٲلی زِتہٕ پٔبھ دِتھ آسان چھےٚ۔ سون لُکہٕ تھیٹر تہٕ چھُ لُکہٕ وۄنٛژرِ یکُے حِصہٕ۔ رِوٲیتی لُکہٕ پاٲتھرن ہٕنٛدی موضوٗع تہٕ پلاٹ چھِ تِمے یِم پتہٕ وَتھ سیٚنہٕ بہ سیٚنہٕ اکِہ پُیہٕ پٔتھ بیٚیس پُیہٕ تام واتان رٔودی۔ ہرگاہ بانڈٕ پاٲتھر اِکھٕلرمانٛز زبٕن تیٚلہِ چھُ یہِ پزر تہٕ ٹاکارٕ زِ ماگُن، مسخرٕ، روٗپ بدلاون وٲلی اداکار تہٕ موسیقار چھِ اَمکی ٲری ڈٲری کوٗنٛجہِ ژٕہنی، پلاٹ چھُس کُن تہٕ ادٕرے چھےٚ لٕر استادٕ۔ بانڈٕ پاٲتھرن ہٕنٛدی تخلیق کار چھِنہٕ تِتھے کُنہٕ وِیدی تہٕ تھہٕ کُنہٕ لُکہٕ کتھن تہٕ لُکہٕ باٲتن ہٕنٛدی تخلیق کار معلوم چھِنہٕ۔ لُکہٕ وۄنٛژرچہِ تمام وَنٛتی ذاٲژ چھےٚ اجتماٲعی زِہنچہِ پاٲداوار۔ یِم چھےٚ عام لُکن ہُنٛد میراث، لُکہٕ وِ ے چھےٚ آسان وقتہٕ وقتہٕ رٕلتھ میلتھ یِمہٕ تخلیق کرمٕژٕ۔ ژکہِ چھُ بانڈٕ پاٲتھر لُکہٕ اداکٲری ہُنٛد فن۔ بانڈٕ پاٲتھر چھِنہٕ لُکن تام کانٛہہ تھوٚدٕ عِلم، کانٛہہ فلسفہٕ یا مخصوص مذہبی

پأ غام واتناوان، نہ چھِ یمن منز سیأسی ہوۄ ہرٕن تہٕ شأہی تو تمن کأنہہ جاے۔ یمن ہندی چھِ زٕ مؤلہٕ مقصد، اکھ لۄکن ہندی من رنز ناوٕنی تہٕ دۆیم سماجہِ کِمن وبکھرٕ ارن ٹسنہٕ ژٕٹنی، طبقأتی مفادن ہنزٕ ٹھولہِ ٹھولہ پیٹھ زُبد طنزٕ کرُن، وو پر حأکمن ہندِ زٲری یہِ کأشرٕ ہن پیٹھ سپدن والہِ ظُلمکہٕ تہٕ گوگل ئژ کڈٕنی تہٕ ورگہٕ احتجاج کرُن۔ یتھہٕ پأٹھی چھِ لُکہٕ پأتھر اکھ سبٹھےٕ اہم سمأجی تہٕ تمدنی ضرورت پۆرٕ کران رٔودی ہٕتی۔

کٔشیرِ منز چھےٚ پأتھر رٕگنڈ نچ روایت واریاہ پرأنی۔ نیل مت پوران، بھرت منی ہنٕدِس ناٹیہِ شاسترس پیٹھ ابھینو گپُت سُنٕد لیۆکھمُت شرح ''ابھینو بھارتی'' راج ترنگنی ہشہِ اہم توأریخی تہٕ نیم توأریخی کتابہٕ چھےٚ اَسہِ لُکہٕ پأتھرٕ چن روایژن ہندی نیب دِوان، اماپۆ زیر زرچھُ یہِ زِ ہندو دورٕکی پأتھر چھِنہٕ اَسہِ تام وأتی متی، اَسہِ چھِ واریاہ لُکہٕ پأتھر رأوی ہٕتی، مثالے مُغل پأتھر، اُٹھن پأتھرن ہنزٕ سومبرن چھےٚ مرحوم محمد سُبحان بھگت سنزٕ ''بانڈٕ جشن'' کتابہِ منز سپزٕ مٕژ۔ واریاہ ہن پأتھرن ہندی باقیات چھِ وُنہِ تہِ اورِ یورأخری شہہ گنزراوان، تاہم چُھ محمد سُبحان بھگتس پیتہٕ یہِ اہم کارنامہٕ غلام محی الدین عاجز انجام دِوان۔ تمِ کٔری رأوی ہٕتی پأتھر بازیافت، سبٹھاہ محنت کٔرتھ کٔرن تمن ہنزٕ Documentation حالانکہِ بأنز پأتھر، آرمیہٕ پأتھر، بٕسنی پأتھر تہٕ ؤشٕہٕ وأتی پأتھر کٔرن پننہِ ''بانڈٕ پأتھر تہٕ رنگہٕ باوٕژ'' کتابہٕ منز شأمل۔ درِدٕس بانڈٕ پأتھرن منز کٔشیرِ ہُنٕد پیتہ کال ہٕتھ ماچھِ اسی کٔرو نان زِ یمن منز

چھُ قدیم ترین زمانو پیٹھٕ کاشرٕ ہنٛز سماجی زندگی ہُنٛد عکس۔ اَسہِ تام واتی یِتھ لُکہٕ پاُتھر چھِ نہٕ زیادٕ پرأنی باسان، اکھ چھِ کینٛہہ پاُتھر ماضی قریبس منٛزٕ بارسس یِنٛگ باس دِوان[1]۔ واتل پاُتھرس متعلق یہِ وَننہٕ یوان چھُ زِ اَمہِ کِس نفسِ مضموٗنس چھےٚ راجہِ ہرش دیو (1089-1101ء) سٕنٛدِس زمانس سٕتی لوٗنٹ رلان تہٕ چھُنہٕ صحی تِکیازِ اَتھ منٛز چھُ صرف یہِ وننہٕ آمُت زِ راجہِ ہرش سٕنٛدِس زمانس منٛز اوس گالندر پانٛپرِ بانڈٕ جشنہٕ لگان، ہرش دیو اوس راجہِ، ہٕرش دیو اوس وزیر، ابھوٚ راوسُکھ مسخرٕ تہٕ دُیت ماگن۔ اَمیُک مطلب ما گوٚو زِ واتل پاُتھر، یتھ منٛز راجہِ ہرش تہٕ تسٕنٛد بن کرشٕہ کوٚہن ہنٛدِ پاُتھر گِندنُک اشارٕ چھُ، کیا چھُ ہرش سٕنٛدِ زمانُک پاُتھر، باقٕے لُکہٕ وِترکی پاُٹھی چھ بانڈٕ پاُتھر تہٕ سوٗرے رٔژھران آمُت یہِ نہٕ مورخن یادِ پیوٚمُت چھُ یا مصلحتٕ کِنی یِمن واقاتن متعلق گوٚشے دیُت مُت چھُکھ یا یِمن تام پلوِ پھکھنہٕ اوسمُت۔

لُکہٕ پاُتھرن ہُنٛد کرٛزٕ چھ پرٛزی قدیم ترین زمانہٕ پیٹھ سٕے اوسمُت یُس از چھُکھ، مگر رتھ مازتہٕ زُوزبتہٕ چھُ بدلان روٗدمُت، توے تہٕ یُس ریوأیتی پاُتھر اَسہِ نِش چھُ تتھ ہرگاہ نہٕ زیادٕ قدیم کأل سماجُک اَنہٕ وٗنتھ ہکو تاہم چھ دہ یوتر یوٗہتی لوٚ پیٹھٕ کاشرِ سماجکی عکس تہٕ آکار اَتھ منٛز باتہِ یوان۔

1. بلکہِ چھُ پروفیسر پُشپ سُندِ یہِ وَنُن صحی زِ واتل پاُتھرِ یوت چھُ یُو پاُٹھی گوٗہمہِ صدی برونٹھم باسان۔ باقٕے پاُتھرن اندر چھ مُنزی مُنزی ٹُنگہٕ فارسی ستہِ ستی والٕہ پاُریم کتٕہ پنجابٕی تہٕ اُڑ کاچھر ڈوگری تہٕ وننہٕ آمُت۔ گوٗہمہِ صدی برونٹھہ اُس نہٕ یہِ کتھ ممکنٕے (انہار، 1999ء، کشمیر یونیورسٹی)

عام کأشر بوٚیم وۄ پرحأ کمن ہنٛدی سٕتہٕ وأکی برداش کٔری، تِمن ہنٛز دگ
ہکہٕ کأنٛہہ تہٕ شخص ازتہٕ ریوأیتی لُکہٕ پأتھرٕ وُچھان وُچھان ژٕہنتھ۔ راز پأتھرس
منٛز چھےٚ کرہٕسی تِس، کرالس، بٔنأوِس، کأشرس پہلوانس، تمام سرکأری کارندن
ہنٛز ناز بردأری پہٕوان کرِنی، کرال تہٕ نأوِد چھُ قدیم کأکی بٕگارِ ہنٛز علامتھ،
گرٕپوس چھُ رازٕ سٕنٛز مِلکیت۔ دربأری اوٚخن، کاردار، کاردار سُنٛد مہنیوٗ حتیٰ کہِ
شاہ گأسی سُنٛد ہوٚنی روچھ تام چھُ ہُمن بچارن کلہٕ دِگنس تہٕ ٹٕتھ تُلنس پٔتھ۔
شُکُر جو چھُ کاردار، یُس ظأکم کارندن ہنٛز جماتھ ہتھ پرٕ ہتھ ہر دِشہرٕ پٔتھ گام
کھٔسِتھ کاشکارن ؤری تیٚچ کمأے اتھِ موٗرِتھ چھُ نوان۔ اماپوٚ زبانڈ فنکار چھِ
طنز تہٕ مزاح ورتأوِتھ یِمن ظأکمن ژوٗک تل آب واتناوان۔ بانڈ فنکار أسی
ظأکم سرکأری کارندن لاگان، طنز کران، زُرکہٕ دِوان تہٕ کٕلس ڈوٗل لأگِتھ کرِ
ٹاس وہترٕ اوان وہترٕ اوان لوٗکن من تہٕ رنزناوان تہٕ ظُلمس تہٕ ظأکمن خلاف
اداکأری ہنٛدی مختلف وَل ورتأوِتھ احتجاج تہٕ کران۔
سِکن، پٹھانن، ڈوگرن تہٕ انگریزن ہنٛدِس زمانس منٛز کِتھٕ کٔنی آو کأشرس
رنگہٕ رنگہٕ وۄگتن تہٕ وُٹکر یارن ہُنٛد مَنٛزٕ دَب والنہٕ، تِمٕیُک تصویر تہٕ تصور چھُ
ریوأیتی لُکہٕ پأتھرن منٛز ٹاکارٕ۔ چوٗکی در، سزوٗل، کاردار، پٹوأری کُٹوال تہٕ
تھاندار ہوی کارندٕ أسی مانٛگنن ہنٛدی پأٹھی کأشرن خوٗن ژٕشان۔ یہ أس نہٕ
گٔتھ زِ کأشرن کیاہ أس نہٕ وۄپرحأ کمن تہٕ تِہنٛدن کارپردازن ہنٛز چھاون
دأسی، دغل دوستی تہٕ فِنٛد بأزی فِکرِ تل، بلکہٕ أسی تہٕ تِم أتھ خلاف وٕنتھ

ہبکان کینہہ، تِمن اَسی نہٕ جاۓ گیرداَری نظامس منٛز سِتم باوٕنس تہٕ احتجاج کرنس نہ کوٗتھی دران تہٕ نہ زبو سمان۔ وو پرجاۓ کم اَسی کاشُر بن پٔنٕز زبو زوان تہٕ پرزبو دِوان۔ سون لُکہٕ تھیٹر چھُ یِمن سارِنٕے پھبلن نسترٕ ستی چاکھ دِوان۔ واتل پاۓ تھرس منٛز یمہٕ ساتہٕ نابُدی واتلس تہٕ داۓج میٛنڈِس ساعت نامس پیٛٹھ نیاے وۄتھ، ہُر دُس تہٕ بُر دُس تلنہٕ پتہٕ تۄر تِمن فِکرِ زِ اَمہٕ نیا یک باعث چھِ دُپن دَلاَ زی موقدم تہٕ چۄکر در، تِمو کۄر تِمن کھوش اَتھس کیتھ جواب زِ ساَنس مسلس مہٕ سئِو، اَسہٕ چھُ سۄنبٹ کۄر رمُت تہٕ ژٹو کیازِ؟ تہٕ اَخر چھُ کُٹوال ساَری ہے واتل مجلس جاین نار دِوان۔ درزٕ پاۓ تھرس منٛز چھےٚ یہ مانہٕ ساَوتہٕ واۓنجہ تِرتھ گرٕھن واجیٚنٕز کتھ زِ مسخر چھ درز رازس شرط تھاوان، اَسی مانہٕ ہوتھ ضرٕو رراز ہرگاہ ژٕ کُلس زبو اَنکھ۔ کُلس زبو اَنہٕ نک استعارٕ چھُ کاشُرِ زباَنی ہنٛزِ وو پر وۄسی مولہٕ وسنٛچہٕ تہٕ لرٕ ھِ گرٕھنہٕ چہٕ عملہٕ ہنٛز باوَتھ۔ پاۓ تھرن منٛز مسخرن ہنٛز واٹہٕ پاَریم بۄلی تہٕ چھِ اَتھی مسلس کُن ظون پھِران۔ یہٕ چھُ پرٕ زنٛژ ہنٛدِ راونک اِحساس۔

بُہری پاۓتھر چھُ گاَمی زندگی ہنٛز پرٕنہٕ پاَٹھی ترجماَنی کران۔ گریوٚس کتھہٕ پاَٹھی چھُ ٹیٛچہٕ ہارِ شینہٕ پیٛٹھے ہُر دتام عرقس تہٕ رلس گُنٕے گرِتھ زمین کماوان، زمینداَری ہنٛزن تمام کامین ہُنٛد تفصیل چھُ اَتھ پاۓتھرس منٛز داندواتنی، ییٛتہٕ پھُر، تاچھے کرٕنی، بیر گنڈ، لتھ دِنی، ترینٛیہٕ پھِرِ عنٛد کرنہٕ تہٕ اَخرس پیٛٹھ دانہٕ لوٗنُن۔ امہ پۄز یہٕ سوٗرے چھُ تِمہٕ فنکاَری سان پیش سپُدمُت زِ اَسن تہٕ چھُ

یوان تہٕ باضے چھُ مایوسی ہُند احساس تہٕ گرٕ ھان ۔ اَتہِ چھُنا گاٗمین ہُند بوچھ
بوچھِ کران بیٚین ہِندِ باپتھ محنت کرِتھ ان کماوُن واٗنجہِ تُرٕ ٹلان ۔ گاٗمین ہند
کھبن چن تن وٗلیُن تہٕ غلاٗمی ہنٛز زندگی گذارِ ٹنک حال ہے ژیٔثن آسہِ کاٗنسہِ،
تمہِ باپتھ چھُ بُہری پاٗتھرٕ وُچھن کاٗنی ۔ یمن پاٗتھرن منٛز چھےٚ ظاٗلم پاسکھدرن
تہٕ سماٗجی وِبھرٕ ارن یہِ ذٕلِ زِ تہِ پرٕنمن آمٕژ خبر ہینہٕ، ظُلمس خلاف کاٗشرٕ بن
ہِندِ بن سیٚنن منٛز یُس الاو اٗندری شولان اوس تہٕ نبر ژھٹہٕ ٹنک وار وبستار تہٕ
ویلہٕ اوس نہٕ کاٗنسہِ دسیاب، لگہٕ پاٗتھرن ہِندی کردار اٗسی یوہے الاوطنز، مزاح،
مسخری تہٕ اسن وادِ ہوٚی وٚل ورتاٗوِتھ نیٚبر ژھٹان ۔ اٗتھی بُہری پاٗتھرس منٛز ییٚلہِ
کاردار مران چھُ، موقدم چھُ نوٚو کاردار ژھارنہٕ شہر گرٕ ھان، اتہِ وُچھن بُہراہ
اکھناس ژیٹان، زارِ پارِ کوٚرنس تہٕ کاردار بناٗوِتھ واتنانوٗن گام، مطلب چھُ زِ
ناس ژیٹن واٗلی، حاٗکمن ہِندی ہوٗنی رچھن واٗلی، گُربن ہنٛز لید صاف کرن
واٗلی تہِ اٗسی عام لوٗکن ہِندی مانگن حاٗکم ۔ اٗتھی پاٗتھرس منٛز چھَ موسمن
ہنٛز سَمیہِ باگے تہٕ ڈنڈی دار سنٛز بوٗلی تظر گرٕ ھان، یوسہٕ وُنہٕ تہِ گامن گُٹھن
منٛز راٗتج چھےٚ ۔ سونتھ، ربتہٕ کول تہٕ ربتہٕ کاٗلس منٛزٕ ے ننبدِ کال، بہہ وَچہِ کال،
لپے کال، ہرُ دتہٕ وندِ ۔ ننبدِ موکلاٗوِتھ ییٚلہِ گاسہٕ لاٗے تہٕ باچھِ لاے شروٗع
گرٕ ھان اٗس، دانہِ اوس آسان پیہٕ نے، گاٗمین اٗسی پھری پھری فاقہٕ لگان،
یہ اوس دزاگنگ وق آسان، اَتھ اٗسی ونان لپے کال تہٕ اَدِ گیا وہرُ د ۔ ڈنڈی
دارٕ سنٛز بوٗلی چھےٚ ازتہٕ چالان، مثالے ہرکہٕ لفظن زیٚو، زُو زُو، ترایوترٕ و

تۄ ووغاءِ ۔ راژِ پاۍ تھرس منز ییٚلہِ شاہ گاسۍ اَکس شخصس اَتھس منزٕ لوٗرتہٕ نکھس

پیٹھ الباۍنۍ وُچھان چھُ، ہکہٕ چھُس پرٛژھان:

ایں چیست ؟ گریوٗس چھُس ونان: ''جناب بہٕ گریوٗس آستا ہے مگر

کمأوِتھ فاقے روزتا ہے'' گوٚ وناتی، نمن میٚژ تہٕ کمن رِکژ، بَتہٕ بَتہٕ تہٕ پیادٕ پتہٕ۔

پتھ کالہِ اوسُے نہٕ گاٗمی زندگی منز غمورُس کینٛہہ، ببگارِدیوٕ سنز لار، شُتلی بجہِ

ہنز تھار، سرکاری کارندن ہُندِ سُتہٕ، کاردارتہٕ سزوول سُند بیم تہٕ بیہِ، آغرخانن

ہُسی ٹیکس، اتھ پیٹھ نہٕ دردِلاہ تہٕ غم خواراہ کانٛہہ اوَے تہٕ اُسی بانڈٕ پاۍ تھر

وُچھنہِ لوٗکھ ژٕسِتھ یوان، سروالٹرلارینس ہِنٛدِ ونہٕ مطأبق ''یم پاۍ تھر اُسی گاٗمین

ہنز غمنأکی دوٗرکران تہٕ اُہند بٕن جذبن تہٕ ارمانن ہنز ترجمأنی کران''۔ بانڈٕ

پاۍ تھر چھِ اِموکھ تہٕ پتھ کالک اُنہٕ زِ اَتہٕ چھُ تمام طایفہٕ درن، کاسبن،

حاۍ کمن، ذاۍ ژن، مردن، زنانن، گاٗمین تہٕ باضے شہر باشن ہِنٛدبن زُوَن

طرزن تہٕ سوچن تراین ہُند اظہار میلان۔ تہِ گُرِتھ ییٚلہِ بانڈٕ دُعاے خاٗرِس

منز ییٚتہٕ ماجہِ کٔشیرِ ہُند خاٗر کانٛچھنہٕ یوان چھُ، تَتہٕ چھِ حاۍ کمن تہٕ امیرن تہِ اٗہی

کرنہٕ یوان، اتہٕ چھُ کٔشیرِ ہِنٛد باۓ بندٕ تیک، انسان دوستی ہُندتہٕ راواداٗری

ہُند مولُل جوہر نظرِ گژھان، ظاٗلمس تہٕ رُت دُعا کرُن چھُ پزی کاٗشرِ ہِنٛدِ

دِلہٕ وُسعتُک غماز۔ دُعاے خاٗر چھُ بانڈٕ پاۍ تھرُک اہم جُز، وُچھو یتھ سانہِ

ماجہِ کٔشیرِ خاٗر، کُل دُنیاہس خاٗر، شہرن تہٕ گامن خاٗر، ہیٚنٛدبن تہٕ مُسلمانن خاٗر،

امیرن تہٕ غریبن خاٗر، راژن تہٕ حاۍ کمن خاٗر، کمایہ کلین خاٗر، کارٕ بارس تہٕ

زِ رالتس خأر۔

پٔژن کھین چن، پلو پوشاک تہٕ طور طریقہٕ بدلاونس آسی نہٕ کأشرۍ گأمی روا دار، پٹھانن ہُند اوس اکھ طرزِ زندگی، ڈوٗگرن ہُند اکھ تہٕ انگریزن ہُند اکھ۔ یہ چھُ پوٗز زِ عام ناخواندٕ، سیوٗد سادٕ، غلأمی ہٕنٛز زندگی گذارن وألی کأشرۍ آسی نوٗ پنہ تمدنی اثراتو نِش بے خبر مگر بانٛڈٕ پأتھرن اوس یہ شوٗنکمُت، تِمن اوس باسان زِ کأشرِس چھُ کیاہتام راوان، توے نہٕ آسی یم بانٛڈٕ فنکار پنہٕ نٮ۪ن پأتھرن منٛز وٕ پرن ہُند پلو پوشاک تہٕ کھین چن پسند کران، تِہنز زبان تہٕ أسِکھ نہٕ ہٮ۪ٹِہ وسان، سَہ ییٚلہِ نہٕ فکری أسِکھ تران تہٕ باوٕژ اوسُکھ گنٛڈ گرٕھان۔ اَمہِ چہِ مخالفژ تہٕ دِیہٕ ہٕنٛز کہِ یاہ مثالہٕ چھےٚ لُکہٕ پأتھرن منٛز موجوٗد۔ ییٚلہِ ڈٕرزٕ پأتھرس منٛز اَکھ کأشُر پانہٕ پأرِیم لاگان چھُ، مسخرٕ چھُس یہ زٕرٕ کی دِتھ دِوَتھ نوان ژٕلِتھ۔

''نوٗ تہٕ یہِ ہےَ چھُ وارٕ کارٕ کأشُر، کأشرِس گاسس پیٹھ زامُت، یہ کتھ اوس اَسہِ یہ فارسی چھکان، ہمیں دم، تفتم تہٕ گفتم''

بُہرۍ پأتھرس منٛز چھُ مسخرٕ ونان۔ ''یم مہراجِٕھن تٔسی یُس اَسہِ پیٹھ بد آسہِ، یُس یتھ سأرۍ ہے عوامس روگہٕ روگہِ آسہِ وُچھان'' وٕ پرن ہٕنٛدِس واٹہٕ پأرِیم بولہٕ نِس چھِہ مسخرٕ سٕخ لاگان تہٕ ٹأنہٕ ژٕٹان۔

لُکہٕ پأتھر چھُ عوأمی زندگی ہٕنٛز عکأسی تہِ کران تہٕ بوس ژھانژ ھنا وٕنک وُسپلہ تہِ بہم تھاوان۔ ہٕنٛزٕ آسَس تِھٕ کُنہِ تشھیوٗ نمُت گریوٗس اوس

اَتھ منز تی لبان یہ سہ پانہٕ محسوس کران اوس، یہ نہٕ سہ ہأوِتھ تہٕ بأوِتھ ہیکان اوس۔ پأتھر گری اُسی رِگنداں تہٕ اَسان اُمی ہنزن آشن تہٕ خأہشن زبو دِوان۔ اُمی سُنٛد دود باوان۔ لکہٕ پأتھرن منز چھِ تمن الہٕ پلہٕ تمام سبزین ہنٛدی ناو میلان یمہٕ گأمی وو پداوان اُسی، اَکھتُے چھِ وُسنی سبزین ہنٛدی قسم تہٕ اَتہٕ نظرِ گژھان۔ داں ذأژن ہُنٛد اکھ زیوٗٹھ فہرست ہیکہِ ترتیب دِنہٕ یتھ ہرگاہ یمن پأتھرن منز ژھأرِ دِمو۔ یمن داں ذأژن ہنٛدِ وو پداونک رواج چھُ کرتام سوریامُت، مثالے لٔوکی انزُن، مُشکہٕ بُدِج، بڈٕ زگ۔ یہ وو پید أس تہٕ تمن بوچھِ ہیکان ہومرأوِتھ تکیازِ یہ أس وو پرن ہنٛدِ باپتھ، تمن اوس سوٚت موچھِ پیٹھ، ژیر کھالنہٕ ہنٛدِس وُگرس پیٹھ الہٕ تھپن تہٕ ٹیٛچھ چایہ پیٹھ گذارِ پیوان کرُن۔ کُلس اُسی مَل کرِٹوٗلِ دِوان، نألی اُسی پاژھی پھمبرنا یا مُنل پھمبرن جنداہ تراوان تہٕ مندل کأٹھی لأرِ گتھ ننہٕ وأری اُسی جکھان تہٕ دوہ دوہ کڈان، کینٛہہ اُسی پُلہٕ ہورلاگان۔ کورِگوٚ برس ہے خاندر آسہِ ہکھ جایہ پاوٗر تہٕ زمین زراعت اوسکھ وُڈ دارس رِنش بند پیوان تھاوُن۔ سانہٕن لکہٕ پأتھرن منز یم کردار نظرِ گژھان چھِ، کلہم پأٹھی چھِ تم سأری سماجکی نمایندٕ



# ۵۔ لڈی شاہ

''لڈی شاہ'' چھُ اکھ ادبی اصطلاح، یتھ اکِہ کھوتہٕ زیادٕ معنہِ چھِ۔ گوڈنچے چھُ یہِ اصطلاح تِمَس عوٲمی فنکارس کُن ظون پھِران، یُس دہرِ ٹھسس پیٹھ مزاحی، طنزی تہٕ ہزلی شعر بوزناوان چھُ۔ لڈی شاہ چھِ تتھ کلامس تہِ ونان، یُس یہِ فنکار پیش کران چھُ۔ یہِ کلام چھُ نامعلوم یا معلوم شاعرن ہُند آسان تہٕ بعضے چھُ سُہ پانہٕ تہِ یہِ کلام موزوٗن کران یا کانٛسہِ ہٕندِس کلامس ژٕٹھ واٹھ کرِتھ تہِ چھُ تتھ دہرس پیٹھ کھالان۔ لہٰذا چھِ اَتھ اصطلاحس ترٛےٚ معنہِ، عوٲمی فنکار، شعرِ گوڈٕ تہٕ شعرِ صنف۔ یتھہِ پاٹھی چھُ لڈی شاہ اکی ساتہٕ ترٛبن لُکہٕ فنن کُنٕے کرِتھ ہیکان، یاں زِ سُہ چھُ اَکی وقتہٕ لُکہٕ شاعر، لُکہٕ گلوکار تہٕ سازواین وول۔

سُہ پزٕ ون لڈی شاہ، یُس وو پرٛاجس دوران کاشرِن ہٕنزِ غمنا کھ تہٕ دِیہِ وِنہِ زندگی منز خوشی بأگراوان اوس، اَدِ سو خوشی زَن اُس عارضی تہٕ بُرٛنزِ پہرِ باپتھے آسان، اوس خولہٕ خط، روروکانہٕ، پلو پوشاک تہٕ مِزاز کنہٕ مزاح بوٗرُت۔ ملکُت دستار کلس دِتھ، دٕچھنہِ پھیکہِ پیٹھی سفید کپر ژادر الوند ترأوِتھ، زیوٗٹھ پوژ ھنالی ژھٕنتھ تہٕ پھرانٕل کھور بانہٕ، آزار پکھور یا چینہِ رِگالیا کھورن

لاٗ رگتھ، تنگ مُر شرعی یزار لاٗ رگتھ، گوٚن ریش تھاٚوِتھ، ہوٚل گنڈِتھ تہٕ زتچھ گوژھہِ تھاٚوِتھ، یام سُہ کُنہِ کھلس کھسہ یا آنگنس منٛز دہرس ٹھس کران اوس، أنڈی پکھکی شُری بڈی اُسی ژٔستھ یوان۔ تماشہِ گیرن ہُنٛد من رٔنزناوِتھ مانکیہِ موچھِ ہن وٕژنی اوس تسُنٛد پیشہٕ۔ ہرِ کالس منٛز اُسی لڈی شاہ زیادے نٔژ نیران۔ لڈی شاہ اوس اَکُے سامانہٕ استعمال کران، یوہے اوس أمِ سُنٛد ساز، سُہ گوٚود ہرِ۔ دہرِ چھُ زِ سوادزِ فُٹہٕ زیوٚٹھ سیٖخہٕ ٹُکرِ، یتھ عاصکی پاٗٹھی تھپھ ہش آسان چھےٚ۔ اَتھ سیٖخہٕ ٹُکرس چھِ لوٕکٕٹی لوٕکٕٹی شِشترٕ گٔری بٔرِتھ آسان۔ دہرِ چھُ یوان کھوٚ ورِ نرِ پیٹھ رٹنہٕ تہٕ دٔچھنہِ اتھہٕ سٟتی شِشترٕ گٔری اکہِ خاص رفتارٕ سان واینہٕ سٟتی چھِ خوش یوٚنی آواز گرٛھان پاٗدٕ۔

لڈی شاہ چھا لُکہٕ شاعری ہنٛز صنف رکنہٕ نہٕ؟ اَتھ متعلق چھےٚ مُتضاد رایہِ دِنہٕ آمژٕ۔ نشاط انصاری مرحوم سُنٛد گُف چھُ زِ یہِ چھنہٕ لُکہٕ شاعری ہنٛز بیوٚن بدٕوٚن صنف (۱) تاہم چھُ ڈاکٹر فاروق فیاضن لڈی شاہ لُکہٕ ادبہٕ چِن صِنفن منٛزٕ شاٗمِل تھوومُت (۲)۔ انسائیکلوپیڈیا آف انڈین لٹریچرس منٛز چھُ وننہٕ آمُت زِ لڈی شاہ چُھ خاص تہٕ بے مثال قِسمُک منظوٗم داستان۔ اَمہِ قسمکی داستان چھِ پھیرِ وُنی شعرٕ گرٔی یم فنکار تہِ آسمان چھ، پیش کران [۳]۔ اماپوٚز اکثر ادبین ہنٛز رائے چھےٚ زِ لڈی شاہ چھُ فنکار تہٕ اکھ شعرٕ صِنف تہٕ تہٕ شعرٕ گوٚو رتہِ بیا کھ توجہ طلب کتھ چھےٚ زِیم منظوٗمہ یہِ عوٲمی فنکار دہرس پیٹھ ونان چھُ، تمن چھُ "لڈی نامہٕ" تہٕ وننہٕ یوان۔ یتھہِ پاٗٹھی ونان چھِ زِ لڈی شاہ

چُھ ''لڈی شاہ'' بوزناوان، تِتھے پأٹھۍ چھُ یہِ تہٕ ونُنہٕ یِوان زِ لڈی شاہ چھ ''لڈی نامہٕ'' بوزناوان۔ ''نامہٕ'' لفظس چھِ واریاہ معنہٕ، قِصہٕ، چِٹھۍ تہٕ داستان بیترِ۔ ''نامہٕ'' گوٚ لیکھنہٕ آمُت مواد، کانٛہہ تحریر، با مےسہٕ منظوٗم آسہِ یا منثوٗر۔ نامہٕ چُھنہٕ خود بذات کانٛہہ بیوٚن بِدٲن صنف۔ وٕنۍ گوٚو یہِ چُھ مختلف موضوعن تہٕ موادس ''پوٚت لوٚگ'' رٕنگۍ واتنہٕ یِوان مثلاً فردوسی طوسی سُند شاہ نامہٕ (بادشاہن ہٕنٛدۍ قِصہٕ)، مقبول کرالہٕ وأرۍ سُنٛد ''گریسۍ نامہٕ'' (گریستن ہٕنٛدۍ قِصہٕ)، امیر شاہ کریری سُنٛد سام نامہٕ (سام پہلوان سٕنٛدۍ قِصہٕ) تہٕ اکبر نامہٕ بیترِ۔ یِم سأری ''نامہٕ'' چھِ منظوٗم تہٕ بذأتی مثنوی فارمہِ منز۔ أسۍ چھِ کٔہ یاہ نثری لیکھن تہِ ''نامہٕ'' پوٚت لوٚگ واٹان مثالے کرایہِ نامہٕ، دعوت نامہٕ، نکاح نامہٕ، خُلع نامہٕ تہٕ خواب نامہٕ بیترِ۔ سوال چُھ اگر لڈی شاہ یا لڈی نامہٕ الگ صِنف چھِ، باقٕے ادبی صنفن ہٕنٛدۍ پأٹھۍ کیا گرٛھن اَمکۍ بُنیأدی لوأزِم آسنۍ۔ تہٕ چُھنہٕ کانٛسہِ دأنروومُت۔ وٕنۍ گوٚو ہر گہہ مانو زِ لڈی نامہٕ یا لڈی شاہ چھِ صِنفہِ رٕنگۍ مثنوی فارمہِ منز آسان مگر مثنوی چھےٚ واریاہ طوٗیل تہٕ بعض اوقات ساسہٕ بدٕن شعرن پیٹھ پھٔہلتھ آسان، کینژن منظوٗمن چھ یِم لڈی شاہ دہن پیٹھ کھالان چھ، پرٕتھ بنٛدُک ژوٗرِم مصرعہٕ ووج آسان۔ تِتھہٕ پأٹھۍ ہیکہِ ہوکھاہ أسۍ معروف مثنوی یہِ لڈی شاہن ہٕنزٕ گیچہِ گنڈِتھ؟ واریاہ داستانوی منظوٗمہٕ، یِم شأعرن ہٕنزٕ تخلیقہٕ چھِ، تہٕ شأعر تہٕ چھِ وِیڈۍ چھِ فنکار لڈی شاہ دہس پیٹھ کھأنتھ پیش کری مٕتۍ تہٕ تِتھہٕ پأٹھۍ

چھکھ لکہٕ شاعری ہنٛدِس وانٛگس منٛز ترٲوِ یمٕژ ۔ دراصل چھُنہٕ لڑی نامہٕ یا
لڑی شاہ ، تتھ تنوظرس منٛز بیٛون بدٕون صِنف ، یتھ منٛز مثالے غزل ، مثنوی ،
مرثی بیترِ یا وژُن بیترِ خود مختار صِنفہٕ چھےٚ ۔ یہِ کینٛژھا لڑی شاہن دہرس پیٹھ
پیش کوٚر ، تتھ وٚنکھ لڑی شاہ مثلن "لڑی شاہن بوزنو ولڑی شاہ " ۔ یتھہٕ
پأٹھی چھُ لڑی شاہ منظوٗمہٕ خاطرٕ ضروٗری زِ اتھ منٛز آسہِ کُنہِ موضوعس متعلق
تسلسلہٕ سان باوتھ سپدان ، سُہ منظوٗمہٕ گژھہِ تیٛوٗتے زیوٗٹھ آسُن یوٗت اکھ
لڑی شاہ اکہِ ساتہٕ یادِ وٚترِ کہِ مدد ستی تہٕ پانہٕ فی البدیہہ شعر واتنہٕ ستی ، آسأنی
سان پیش کٔرِتھ ہیکہِ ۔ پرأنی لڑی شاہ آسی نہٕ کاغذس پیٹھ لیکھِتھ لڑی شاہ
بروٗنہہ کنہٕ تھأوِتھ سُہ پیش کران ۔ سارِوے کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ اتھ منظوٗمس
منٛز گژھہِ طنز تہٕ مزاح آسُن ، یہِ گژھہِ تماشہِ گیرن تہٕ بوزن والین اساوُن تہٕ
وِسناوُن ۔ موضوع کینٛہہ تہِ آسی تن یا ہیّت کینٛہہ تہِ آسی تن ، لڑی شاہ گژھہِ
سہل لفظن منٛز آسُن ، ہزل ، مزاق ، مزاح تہٕ طنز چھِ اَمکی وَس ، نتہٕ چھُ یہِ
ژھوٚ رُے منظوٗم داستان یتھہٕ پأٹھی مثالے دژ وژ ربتھ ، شولگن ، منصوٗر نامہٕ
تہٕ سام نامہٕ یا گلریز بیترِ مثنوی یہِ چھےٚ مگر لڑی شاہ یا لڑی نامن ہنٛز گیٚجہِ ہیکن نہٕ
گنٛڈنہٕ یتھ ۔ لڑی شاہ یِیلہِ لکہٕ شاعری ہنٛز صنف چھےٚ تیٚلہِ گژھہِ یہِ سینہٕ بہ
سینہٕ اکہِ پیٚہِ پیٹھہِ بیٚیس پیٚہِ تام واتان روزٕنی ، یتھہٕ پأٹھی بروٗنہہ کالہِ سپدن
اوس ۔ ہتہٕ بدبن یا ساسہٕ بدبن شعرن پیٹھ مشتمل مثنوی یہِ ہیکن نہٕ ژیٚتہٕ
وٕترِ کہِ مدد بیٚین پیٚین تام منتقل کرنہٕ یتھ ۔ لہٰذا چھُ لڑی شاہ منظوٗمہٕ باپتھ

اختصار ضرۆری، تیؤت تہٕ نہٕ زِ گژھن تام شعرن پٹھ سپدِ اکتفا بلکہِ اکھ گژھِ واقعہٕ، قصہٕ یا کتھ پۆرٕ کرنہٕ تِنٛزٕ تہٕ بیٛیہٕ گژھِ فنکار مقررہ وقتس منٛزٕ یہٕ منظوٗمہٕ پیش ہیکِن کٔرِتھ۔ لڑی نامُک موضوٗع ہیکہِ کینٛہہ تہِ آستھ۔ کاشُر انسائیکلوپیڈیا کس پوٗژمس جلدس منٛز تہِ چھُ وننہٕ آمُت:

''لڑی شاہ چھِ تتھ منظوٗم کلامس تہِ ونان، یُس لڑی شاہ دہرِ وایان وایان اکہِ مخصوٗص آہنگہٕ تہٕ تیز تیز رفتارٕ گیوان چھُ۔ اتھ چھُ وزن یسلہٕ پأٹھی فاعلن فاعلن فاع باسان۔ موضوٗع لحاظہٕ چھُ لڑی شاہ شاعریہِ ہُنٛد مأدان ییٛلہٕ مگر ٹریٹمینٹہٕ (Treatemnt) تہٕ تاثُرکنی چھےٚ یہٕ ژکہِ مزأحی، طنزی تہٕ ہزلی آسان''۔ (۴)

فنکار لڑی شاہ کرٲو وجۆدس منٛز، تہِ چھُنہٕ شقہٕ پأٹھی معلوٗم۔ وننہٕ چھُ یوان زِ یہٕ چھُ پٹھان دورس منٛز بارسس آمُت۔ اَمہِ بروٗنٛہہ اوساہ لڑی شاہ کِنہٕ نہٕ، تِمچ چھنہٕ کانٛہہ خبر اتر۔ اگر اوس تہٕ پیش کیا اوس کران، بنان چھُ بدل گُنہٕ صوٗرژ منٛز ما آسہِ ہایہٕ فنکار! اَتھ متعلق ہکو نہٕ کینٛہہ تہِ وَنِتھ۔ آسہِ یُس لڑی شاہ نظرِ تل چھُ، سُہ اوس اوترٕ اوترٕ تام سانٛہن کھہن کھلن تہٕ وَنہن وارن منٛز دہرِ وایان۔ اَسہِ وُچھ ژتجی پانژاہ وٚری بروٗنٛہہ تسُنٛد سورِ وُن چمہٕ خم تہٕ از چھِ أمِس فنکارٕ ہنٛدی تہٕ تِسنٛدِ فنٛکی صرف پۆت موٗژی ( archaeological relics) اَسہِ بروٗنٛہہ کنہِ۔ سون أزیُک لڑی شاہ چھُ خالے گُنہِ ساتہٕ سرکأری تقریبن منٛز، یٹہ یوأٹی وی پیٹھ نظرِ گژھان۔ سُہ چھُنہٕ ووٗنی کھہن

کھلن تہٕ آنگنن منز آسان، تِہندٕ عوٲمی مقبوٗلیت چھےٚ کرتام رٲوِمژ۔ یہِ تہٕ چھُنہٕ شبقہٕ پٲٹھۍ نتیوٗمُت زِ ٲمِس عوٲمی فنکارس کیاز اوس ''لڑی شاہ'' ناو پیوٚمُت۔ از بروٗنہہ الہٕ پلہٕ وٗری ژتجہہِ مرٕ، یِیلہِ لڑی شاہ تہٕ تِسُند فن چمہٕ خمہٕ سان مقبوٗل اوس تہٕ پرتھ ہرٕدٲسی لڑی شاہ زنتہٕ پچہِ تلہٕ نیرتھ، لوٗکن ہُنٕد من رٕنزٕوِتھ مانگیہِ موچھِ ہن وٹان، لیوٚکھ مرحوم نشاط انصاری ین:

''آج سے بہت ہی عرصہ قبل سرینگر میں ایک سُتھرا'' نام کا قبیلہ رہا کرتا تھا۔ اس قبیلے کے مرد ہاتھ میں دو چھوٹی سوٹیاں اُٹھا کر شہر کے کسی دُکاندار کے پاس جایا کرتے تھے۔ وہاں اُسے کوئی گیت سُنا دیتے اور ان دو چھوٹی سوٹیوں سے ساز کا کام لیا کرتے تھے۔ گیت سُنانے کے بعد وہ دوکاندار سے نقدی یا جنس کی صورت میں کُچھ مانگتے۔ اگر دوکاندار سُتھرا کو اچھی طرح سے رضامند کرتا تو وہ دوسری دوکان پر جا کر یہی سانگ رچاتا۔ اگر وہ دوکاندار ستھرا کو کچھ دینے سے انکاری ہوتا تو سُتھرا اپنے سر سے پگڑی اُتار کر دوکاندار کے سامنے ہی آہستہ آہستہ پھاڑ دیتا تھا۔ یہاں تک کہ دوکاندار سُتھرا کو اُس کی پگڑی کی پوری قیمت ادا کرنے کے علاوہ اور بھی کُچھ دینے پر مجبور ہو جاتا تھا۔ اس واقعہ سے یہ نتیجہ اخذ ہوسکتا ہے کہ سُتھرا قبیلے کے لوگ دوکانداروں سے نقدی یا جنس لڑ کر لیتے تھے۔ اسی نسبت سے بعد میں اُن کا نام لڑی شاہ پڑا۔ چنانچہ سُتھرا شاہی نام کا محلّہ آج بھی سرینگر کے نئے سیکریٹریٹ کی عمارت کے عقب میں واقع ہے۔ (۵)

یہے کتھ چھےٚ کاشُر انسائیکلو پیڈیا ہس منز تہٕ درٕج سپز مژ، تاہم چھُ اَتھ منز یہ تہٕ ونُنہٕ آمُت:

''قیاس چھُ کرنہٕ آمُت زِ مذکوٗر ''لڑاک'' لفظے ما آسہِ وارٕ وارٕ صوٗرت بدلاوِتھ ''لڈی'' بنیومُت۔ اَتھ قیاسس چھُ یہِ وٕنتھ دربر کرنہٕ آمُت زِ اکہِ اَنٛدٕ چھُ سُتھر الفظُک اکھ معنہِ، فقیرن تہٕ منگتھ یارن ہُنٛز جماتھ'' تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ کھڑی بولہِ ہُنٛد ''لاٹھی'' لفظُک اسم تصغیر ''لٹھیا'' یُس ممکن چھُ بگرتھ ''لتھی'' یا ''لڈی'' بنیومُت آسہِ۔ رؠ دسوال زِ ''لڈی شاہ'' اصطلاحُک پوٚت لوٚگ ''شاہ'' رٕتھہٕ پأٹھی چھُ ''لڈی'' لفظس ستۍ رلیومُت۔ اَتھ نسبتھ تہِ چھُ کینژہاہ لغوی لحاظہٕ تہٕ کینژہا قیاسہٕ پأٹھی ونُنہٕ آمُت زِ چونکہِ سرینگرس منز چھُ سُتھر اشاہی ناوٕ اکھ محلہٕ وُنہِ تہِ آباد، توٚرٕکنی ما آسہِ اتھ محلس منز بسن والیو لڈی شاہ کاریانہٕ نو ومُت تہٕ لڈی شاہ ما آسہِ ہن امی جایہِ پیٛٹھہٕ کشیرِ ہِنٛدِ بن طرفاتن وأتی ئتۍ'' (٦)۔

لڈی شاہس متعلق چھ یم محض قیاس۔ تہٕ قیاسن ہُنٛد یہ سلسلہٕ چھُ چلہٕ وُن۔ ڈاکٹر فاروق فیاض سُنٛد خیال چھُ زِ:

''لڈی شاہ ما آسہِ ہے گأمی فقیر (بیچھِ وُن)، یُس پُلوامہِ رٕکس لٕر (Ler) گامس منز روزان اوس۔ گامن منز چھِ پھیرِ وٕنِن شعرِ گرِہن، بانٛڈن یاڈوٗمبن ہِنٛدِ بن ناون ستۍ ''شاہ'' پوٚت لوٚگ ورتاونہٕ یوان۔ (٧)

کاشرِس لڈی شاہس متعلق کتھ کرنہٕ وِزِ چھُ یورپہ کٕنہِ باڑن

(Bards) کُن تہٕ ظون گژھان۔

مگر "بارڈ اَسی پنہٕ نِہن قومی ہیروون ہُنٛد بجر باوان تہٕ قومی فتحن کامرٲنِہن ہُنٛد رویداد بیان کران۔ ووں گوٚو لڈی شاہس تہٕ بارڈس منٛز ہِشر پریز ناوُنہٕ وِزِ گژھہِ نہٕ یہِ حقیقت مشراوٕنی زِ بارڈ اَسی سماجس منٛز بلکُل اَکِس وکھرٕ طبقس سٟتی تعلق تھاوان تہٕ تِمن اَسی وراثتی مراعات حاصِل آسان۔ یہِ نوکتہٕ تہِ چُھ توجہس لایق زِ انگریزٕ چھِ شیکسپیئرٕ تہٕ مِلٹن ہوٚبن عظیم شاعرن تہِ بارڈ (Bard) ونان۔ امہِ حسابہٕ چُھنہٕ کاشرِس لڈی شاہس تہٕ یوٚرپین بارڈس کانٛہہ قریبی واٹھ یا ہِشر" (۸)۔

(۲)

لڈی شاہ چُھ من رنٛزناون وول عوامی فنکار۔ یہِ چُھ سماجہِ کِہن وِکھرٕ ارن اسان اسان نہ صرف وُرن تلان بلکہِ چُھ تِمن طنٛزٕ کی ترٛسی تہِ دِوان۔ جاگیرداری نظامس تہٕ شخصی راجس دوران اوس نہٕ کاشرِبن بوس ژھانٛژناوُنک جگرٕ گژھان۔ نہ اَسکھ زیوٚ سمان تہٕ نہ آسکھ زسمہٕ ووتھان۔ تِم اَسی غلام تہٕ غلامن چُھ پیوان آغس تابیاروزُن۔ مگر لڈی شاہ اوس فنکٲری تہٕ اداکٲری سان تی باوان یہِ کاشرِی ویتراوان اَسی یایہِ تِمو وبتر وومُت اوس مثالے انگریزی قونٛون، گِلگت بگٲری، مُجوزٕ نامہٕ۔ اَمہِ علاوٕ اوس سُہ ناگہانی آفژن ہُنٛد حال احوال تہٕ تِموٕ سٟتی پادٕ سپدٕ یمٕتی عذاب تہٕ مُصیبت طنٛز ومزاحک مُلہِ مایہِ کُرِتھ پیش کران۔ دزاگ، نار، سٔہلاب، واوٕ طُفان، کُڈٕ روندٕ، شِنہٕ

طُفان، سہلاب، شُتلی بہماری، وبا، فاشن، خانہٕ داماًدی سِسٹم بیترِ اُسی لڈی شاہ ہِنٛدی عام موضوع، یِمن لولہٕ کھولہٕ کرنس ہِتی ہِتی اوس نہٕ سُہ حاًکمن تہٕ جاًبرن ہِنٛدی تیٚز گوگل نیٚز کٹنس وایہٕ بران۔ گامہٕ نیاین، آبہٕ لڈاین، ہشہٕ نوشہٕ ہِنٛدِ بن نیان تہٕ مجادلن، غاًر صحت مند قدامت پرستی، نوبن سماًجی مسلن تہٕ کہِ یاہ موضوعن متعلق منظومہٕ بوزناًوِتھ اوس لڈی شاہ پھبلن دبلہٕ ٹلان تہٕ یِمن مسلن متعلق سوچنس کُن تہٕ ظون پھران۔ ہِتھہٕ پاٹھی چھُ سُہ عواًمی زندگی ہُنٛد ترجمان۔

بروٚنٛہہ کالہٕ اوس کٔشیرِ منٛز "خانہٕ داماًدی" ہُنٛد رواج طیس پیٹھ۔ یِمس شخص نیچو واسہٕ ہے نہٕ سُہ اوس کاًنسہِ ہُنٛد لڑکہٕ گرٕ انان تہٕ اوٚسس کورِ ستی خاندر کٔرِتھ گرے رٹان، اُمِس اُسی "خانہٕ داماد" یا "گرِ پیٹھک زامتر" ونان۔ تیٚلہِ کالہٕ اُسی ستہٕ وٕری شُنے کورِ بن مہریٚنہٕ بناوان، یِمن "روٚنہٕ مہریٚنہٕ" ونان اُسی۔ مگر یوٚ تام نہٕ لڑکی تہٕ لڑکہٕ بلوغتس واتہٕ ہن توٚ تام اُسی تِم اکھ اکِس نِش الگے یِوان تھاونہٕ۔ وننہٕ چھُ یِوان زِ "خانہٕ داماًدی" سِسٹمس دیُت پٹھان تہٕ سِکھہٕ عہدس منٛز کینژہ وسماًجی ضروٗرژ وزنم۔ اکھ یہِ زِ گرِ پیٹھ رِکس زامترس اوس ہوورِس منٛز روٗزِتھ زمین زراعتک حِصہٕ پاتھان تہٕ گرواجینٛز تہٕ حاصِل سپدان، دوٚیم یہِ زِ یِمس شخص کورے یوت آسہٕ ہن تِمس اوس نیچو وبتان، اماپوٚز بیٚے سُنٛد یہِ نیچو، یُس خانہٕ داماد بناونہٕ اوس یِوان، اوس واریاہن وٕرین نہٕ خریدِ نوکرٕ ہُنٛد پاٹھی ہوورِس منٛز کاًم کران،

ہشہٕ ہیٚہرس تہٕ باقےٚ بأ ژن اوسس پوان یہٕ ذٕلِ زِ تہٕ تھوکن اَتھہٕ دارُن۔ بعض اوقات اوس اَتھہٕ چھونےٚ کڈنہٕ یوان۔ ''خانہٕ داماأدی'' ہٕندِ اَمہِ سسٹمہٕ ستی اوس نہٕ لڑکہٕ ہٕندِس مأ لِس تہٕ کورِ مأ لِس خاندرس پیٹھ زیادٕ خرٕچ لگان۔ خاص کتھ چھےٚ زِ گرٕ زامتُر اوس گلگت بٕگارِ یوان سوزنہٕ، ییٚمہِ ساتہٕ سرکأری کارندٕ بٕگارِ خاطرٕ نفر ژھارنہِ یہن، لٔوکن اُس ژھیٚپہٕ ژھیٚپھ لگان۔ گرٕ زامترِس اوس مجبورن بٕگارِ گژھن، سُہ ہے نکار کرِ ہے تہٕ ہووری اُ سس کڈِتھ ژھنان تیٚلہِ اوسُس وارِ یہن وٕرِین خدمت تہٕ محنت کرِتھ تہٕ ژھوٚرُے نیرُن۔ گیاوٕے بٕگارِ تہٕ خالے اوس واپس یِوان، یا گژھہِ ہے بالہٕ بُزی، نتہٕ ییہِ ہے چھوکہٕ لد گژھتھ۔

گرِ پیٹھکِس زامترٕ ہٕندی مُشکلات تہٕ مصیبت اوس لڈی شاہ دہرس پیٹھ پیش کران:

| | |
|---|---|
| کیا گوم پانو کیا بٔنتھ آو | گرِ پیٹھ گژھہٕ نٕک ہیٚزٕ نو ناو |
| ہش کیا اُہم خوش کلام | اکھ لمبر پتھ لتس نیرتھ آم |
| پھش دِو لگہٕ یوغش کوٹھہِ آو | گرِ پیٹھ گژھہٕ نٕک ہیٚزنو ناو |
| وأ لتھ دیٚتہم داں بورا | دوگ دِوان منز اتھن وٕتھ کرورا |
| نصف رأ ژ تام سےٚ منز دلہٕ دژاو | گرِ پیٹھ گژھہٕ نٕک ہیٚزنو ناو |

گرِ پیٹھ گژھہٕ نس رٔو نو وار کمہ وتھ ہیٚہرن گرٕم لارِ لار

گوٚبرٕ مأژلس لوگُکھ پٔن تہٕ گرٕژھن — لوکُٹ ہیوٗ اَسہِ گرٕژھِ گرِ پیٹھ دِیُن

چھِ مُنزِم یأرِس گنڈٕن دستار — گرِ پیٹھ گرٕژھہٕ نِس رٔودنو وار

ڈوٚپہم لأ جتھس لونچہِ ستۍ لوٗنٹ — ژٕ چھُکھا آدم کِنہٕ چھکھ وٗنٹ

چوب دِتھ تُلہم گردوغُبار — گرِ پیٹھ گرٕژھہٕ نِس رٔودنو وار

مأژلۍ کڈٕ چندٕ منٛز سوزٕہأرا — گِنڈٕنۍ کِرٕ دِژنس اچھِ دأرا

مےٚ دوٚپُن ژٕ چھِہس خدمتگار — گرِ پیٹھ گرٕژھہٕ نِس رٔودنو وار

کأشُر بوچھِ واریاہ لوٗکٕٹ بڑۍ دڑاگ ویٚترٲوِتھ ،بتہٕ دڑاگ،آبہٕ دراگ، نُنہٕ دڑاگ بیترِ۔ ''شیر سِنگھن دڑاگ'' چھُ وونۍ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد اکھ تلمیح بنیوٚمُت ، پرأنۍ أسۍ اتھ بوٚڈ دڑاگ تہِ ونان ۔ مورخو چھُ لیوٚکھمُت زِ شیر سِنگھ اوس رنجیت سِنگھُن نیچو و ۔ سُہ اوس 1831ءمنٛز کٔشیرِ ہُنٛد گورنر مقرر آمُت کرنہٕ۔ کٔشیرِ وأنتھ کوٚر تٔمۍ سرکارُک سورُے کأم کار بیساکھا سنگھس تہٕ ویشاکھاہ سنگھس حوالہٕ۔ أتھۍ وقتس منٛز ووتھ شیر سنگھنہِ لورِ دستار گورنری کِنۍ زبردس دراگ۔ مُشیرو ودیُت بدانتظأمیہ زیادے ہوا،لوٗکن کوٚر نہٕ کأنٛسہِ تہِ مدد۔ دڑاگ اوس یوٗت شدید زِ مالوٕ کنٛز شُری، خاوندو ژھنہِ گرو منٛزٕ آشنہِ کڈِتھ، رِشتہٕ دأری ہُنٛد رٔود نہٕ کأنٛسہِ خیال،لوٗکھ أسۍ وتن پیٹھ مران۔ یہِ دڑاگ چھُ کأشرِ توأریخُک بوٚڈ واقعہٕ (١٠)۔کأشر بو کوٚر شیر سِنگھس دڑاگہٕ موکل ناو۔لڑۍ شِہن تھووأمہِ دڑاگُک عذاب ،ستم تہٕ ستیچہِ ،یُس کأشرٕ ن ویٚترُ ن پیوٚو،محفوٗظ کرِتھ۔

اِلٰہی سرو ما پٔژھ قیامتھ علی رِنٛی الہِ تھپھ تٔج یامتھ

تھاپر وأجنٛس فضہ تامتھ ساریے الہِ اِدِ نِیٚنس کھبتھ

مُلکِ کشمیرس کیٛا وُنتھ آو شیر سنگھ دزاگہِ موکل بٔنتھ آو

پوشہِ کُجہِ کُن وۄن وۄمہِ بھانن میٛادس چھم نہٕ ووٚنی پونی روژن

گاڈِ ٹھۄل ہیوٚ چھم کلہِ گروژن ژہہٕ اَدِ دیٚتنس پستانن

مُلکِ کشمیرس کیٛا وُنتھ آو شیر سنگھ دزاگہِ موکل بٔنتھ آو

مأکی ماجہِ شُربن ہُنٛد سریٛہہ مٔشرِوو مأکی ترٛوو نچُو تے نچۆی مول ترٛوو

ہاپت ناڑِ گُجری أکی مول مارِنوو چاپہِ کنہِ ہانہٕ ڈۄنی رس چاونوو

مُلکِ کشمیرس کیٛا وُنتھ آو شیر سنگھ دزاگہِ موکل بٔنتھ آو

سپر جأگیر اوس محی الدیٚنس اِلٰہی غضب کر بے دیٚنس

بچارس کبہٕ شہس مِسکیٚنس دبہٕ ترٛوو کوٚرنس ضأمیٚنس

1947ءمنٛز گیہِ برصغیرس ژِھہٕ۔ کأشربن اوس کوہستأنی نۆن کھیٚنگ عادتھ۔ پاکستان وجوٗدس منٛز ییٚنہٕ سبہٕ گیہِ اَمہِ کوہستأنی نۆنچ سپلَے بند۔ تٕنہٕ دزاگ وۆتھ، یہ اوس نہٕ کانٛہہ معموٗلی واقعہٕ۔ مورخولیٚو کھیٚتے زِ کوہستأنی نۆن ہیٚوک نہٕ کشیرِ تارنہٕ یتھ تہٕ لۆکن آیہِ مُشکلات، یِم عارضی أسی۔ اماپۆز اَمہِ دزاچ شدِتھ اُس پیٚژ زیادِ زِلٕہ کھییٚنہِ پسارِ۔ کأشربن موٚش نہٕ سہٕ تکلیف، یُس اَمہِ دزاگہٕ ستی ووتھ۔ یۆ تام وارِ وارِ کوہستأنی نۆنک چاش تہٕ باش منسأوِتھ سمندری نۆنک عادتھ ہیوک کرُن۔ مگر 1947ءکہِ تُنہٕ دزاگہٕ ستی یِم سماجی

مسلہٕ پٲدٕ گیایہِ، تم رٗودِ کھ وار یہس کالس یاد۔ مثالہِ پٲٹھی گرن منز پننہٕ ننے بٲژن پپٹھ ننہٕ ژٗورِ ہُنٛد شکھ کرُن، زیادٕ پہن نوشن ننہٕ ژٗورِ ہنٛز ہاژٕ ھ لاءِ گنی، أشناون اکھأ کِ سُنٛد ملالہٕ گرٛھن۔ لڑی شاہ رٗودنہٕ ننہٕ دزاگ تہٕ اَمکی اثرات نظمأوِتھ پیش کرنس پتھ۔ تٔم وأج یکدم اتھ سلسلس منز پننۍ ذمہٕ وأری نکھہٕ:

پاکستانٕو کوٚر ییٚلہِ زور ۔۔۔ کٲشیرِ منز نٔون گوٚو غٲب فِل فور

کالہٕ پپٹھہٕ صُبح تام لوٚگس زن نار ۔۔۔ ننہٕ دادِ ضایہِ گیہِ کم مدنوار

سارِنۍ لاریوٚو ژٗورِ ہُنٛد عٲب ۔۔۔ لوٚنچہِ منز زٔنہِ گوٚو ننہٕ پھوٚل غٲب

رحتہِ ہَو قسم گٔری بے شُمار ۔۔۔ ننہٕ دادِ ضایہِ گیہِ کم مدنوار

ننہٕ جہازا منگہٕ نووٗکھ ۔۔۔ ہوأیی اڈس پپٹھ بیہنووٗکھ

نٔون نیٚو حأکمو اَسہِ گٔرکھ لار ۔۔۔ ننہٕ دادِ ضایہِ گیہِ کم مدنوار

روز ساتھاہ بوز تھاو کنے ۔۔۔ ننہٕ دزاءِ گکی سخن ونے

چھُنہٕ مرد زنانہِ پژان ۔۔۔ پانہٕ کُنز ہبتھ وَلیس اژان

یُتھنہٕ خرٕچ کرکھ بونے ۔۔۔ ننہٕ دزاءِ گکی سخن ونے

کم کم نٔون گژھس تژاوُن ۔۔۔ پژھہِ تُلا گژھس ہاوُن

مُشکہٕ ستۍ دیو بتہٕ یہِ کھینٛے ۔۔۔ ننہٕ دزاءِ گکی سخن ونے

گِلگت بَگٲری اَس کٲشرِ ہِنٛدِ باپتھ اکھ مستقِل دہشت۔ والٹر لارینٛس، ہیمس کٲشری "لاڑ صٲب" دپان آسۍ، چھُ لیکھان:

''بہگارِ ہُنٛد مطلب چُھ، پرٛتھ کانٛہہ چیز کُنہِ معاوضہٕ ورأے
لۄکن نِش جبراً وصوٗل کرُن۔ یِیلہِ شوٗوَے گرٛ ھان اُس زِ
فوجہِ باپتھ گلگت تام رَسد تہٕ سامانہٕ واتناونہٕ باپتھ چھُ
بِلا معاوضہٕ بورسارن وألی ضرٗورتھ، گاٗمین منٛز اُس کھل ئلۍ
پأدِ سپدان''(۱۱)۔

گلگت بہگارِ ہُنٛد نتیجہِ اوس موت نتہٕ معذوٗر گرٛھن۔ مورخو تہٕ تذکرٕ نگارو چُھ لیوکھمُت زِ حأ کم اُسی لۄکن بہگارِ نوان مگر یم بہگارِ لگان اُسی تِہنٛدی اِرسرٕ، واویلا، جُدأئی تہٕ بےبُسی چھےٚ لُکہٕ ادبن بلکہِ لڑی شاہن تِتھِن شعرن منٛز محفوٗظ کرٕمژ۔ یِم بنٛد چھِ اکہِ منظوٗمکی، یُس فتح بٹِ ہُوگاٗمی لیوٚکھمُت اوس، مگر لڑی شہَو اوس دہرس کھولمُت (۱۲)۔

روپہٕ بدنن کمن شیر سُمن ہاے پیٚیکھ مائنزے نمن
برہم دُنیا روزِ دوہن تارن رأوِمتِن در دِل ژھارن
تھوکہٕ ژِھنٛزتوَ تورچن وتن بوٹہٕ بہگأری، پیٚنٛدر کتن
تی وُچھنأوی واحدالقہارن رأوِمتِن در دِل ژھارن
یم کتھہٕ گُس ونہِ مہاراجس تھوکہٕ ژِھنٛز ہےٚ بوٹنی راجس

اکہِ پھرِ آو بارٕ سہلاب۔ وُرن ہال نأوی گامس منٛز لوگ لِدرٕ دٔریاوس
شاٹھ، یاں زِ آبن انہِ اورِ یور کنہِ، سکھ بیترِ تہٕ أکی سےٚ جایہِ کوٚرنکھ بوٚن۔
آبس گوٚو ٹھوٚرے شاٹھ ژٹنہٕ تہٕ ٹھوٚرکاسنہٕ موکھہ پییہٕ سرکأری کارنٛدٕ وأتتھ۔

سارنے گامہٕ والین دیتٕھ حُکم زِنیرِ وسہٕ شاٹھ ژٹنہٕ ۔ لۄکو کریوٚ وتنہٕ نَنہٕ زِبرٕگاری دِہن نہٕ مگر جأبر حأکم کیٛا بوزِ ہے ۔ جبرأ کٔڈِ کھلۄکھ نگرلڑی شاہ بیٛوٚٹھ وُٹھن ٹیب دِتھ:

زرأڈی والن بد اوس طالع شاٹھ لوگمُت منز وُرن ہالے
اسد صوٗفس کرِکھ ریزٕ فانے کوٗل کھنہٕ ہٕکی بوز افسانے
شاٹھ لگی تھپے گاٹھ ییٛلہِ بنٛد گوٚو ہوٗل بارو ۋوتھ اند وٕنٛد گوٚو
آیہِ حأکم ڈالہِ مارانے کوٗل کھنہٕ ہٕکی بوز افسانے
گرٕ پتہٕ گرٕ مونگہِ ہکھ اکھ اکھ مرٕ دنے آسہِ زٕنی ییہِ بے شک
رَلہِ مِلہِ أسی شاٹھ پڑاٹانے کوٗل کھنہٕ ہٕکی بوز افسانے
کوٗت جأبرٕ پیوٚس لسہٕ پنڈتھ نیوٗن مومہٕ ڈار گاسہٕ رزِ گنٛڈتھ
ڈارٕ بابہِ چھس پتہٕ دورانے کوٗل کھنہٕ ہٕکی بوز افسانے
أس خوتن وُنہِ انٔہری شی لٔج تاوٕنس دِژہس بٔری شی
کتہِ رۄدس سازِ چندانے کوٗل کھنہٕ ہٕکی بوز افسانے
سِکہٕ چیرأسی لأیس تھاپر نبہِ لأنژھس ویٛسہِ رسیٛہِ کھاپر
ہٕکی لگی لگی اوٗش ہارانے کوٗل کھنہٕ ہٕکی بوز افسانے

زیادِ کھوتہٕ زیادٕ اقتصأدی ترقی پراونہٕ باپتھ مان مأنی ہٕنزٕ ہیتھپے دَودَوتہٕ کالہِ کاجہِ رنگہِ رنگہِ سمأجی تبدیلیہِ تہٕ عأش پرستانہٕ زندگی ہٕنزٕ بے شُمار ضرۄرژ بارسس پنہٕ ستی گیہِ انسانن بے فُرصتی تہٕ ژلہٕ لارٕ گاژِ ییٛمہِ کِنہٕ من رنز ونکین

کِہی یاہ وٚسپلن تہٕ طرٕیقن ٹھٔنجر آو۔ لُکہٕ ادبس رووجاین، لُکہٕ کھتن روو موقہٕ محل تہٕ لڈی شاہس تہٕ لگی برٕنہن تاٗری، یێلہٕ نہٕ تمٕس موقہٕ ماحول آیُت روٗد، تمٕس کلیٚہ زیو۔ کریک ڈاوٕن، نارتہٕ مار، کراس فائرنگ، والٹینکیک شنہٕ طوٗفان، شُمٲلی کٔشیرِ ہُنٛد بنٛیل، مختلف سِکنڈل تہٕ واریاہ کینٛہہ آو تہٕ گوٚو، مگر لڈی شاہن کھول نہٕ امہِ منٛزٕ کینٛہہ تہِ دہرس۔ تتھہٕ پأٹھی چھےٚ کتھ صاف زِیُس لڈی شاہ اَسہِ نظرِ گژھان چھُ، سُہ چھ اَمہِ مقبوٗل روایتُک محض اکھ پوٚت موٚژ۔ اگر أمِس فنکارس تہٕ تِسنٛدِس فنٕس نوٚو زوٗزہٕ دیُن چھُ، تیٚلہِ پہن ادبی تہٕ ثقافتی ادارن سنجیدٕ قدم تُلٕنی۔ تمہِ مخصوٗص جایہِ گژھن بدٕ کڈنہِ، یم اَمہِ فنٕکہِ تہٕ فنکارن ہٕنٛدی ناماوار مانٛژ روٗدِمِتی چھِ تہٕ ییٚتہِ یہٕ فن وُنہِ تہٕ شہہ ہوان چھُ۔ تمن مانٛژن پیٛٹھ روزن وألی موروٗثی لڈی شاہ ژھاأرِتھ گژھِ تمن حوصلہٕ افزأی سپدٕنی۔ یم مانٛژ مثالے دروگُمُل، کُلی شُہن یا واہتھور چھِ۔ تمن فنکارن ہٕنٛدِ کھلہٕ پتہٕ کھلہٕ تہٕ آنکنہٕ پتہٕ آنکنہٕ پھیرنک زمانہٕ موکلیوو، یمن گژھ روزگارٕچ گارنٹی آسنی تہٕ اوہُنٛد فن ہیکہِ ہے ییٚہ پھاپھہِ لتھ۔ نتہٕ چھُ ووٗنی لڈی شاہ سانہِ تمدُنی پسِ منظرُک محض اکھ سبٹھاہ معموٗلی جُزٕ کہِ ژٔٹی یتہٕ ناوہوان لایق چیزٕ تہٕ بَس۔

لڈی شاہ سوٚمبراونٛچ کأم گٔر سارِوے بروٗنٛہہ مرحوم نوٗر محمد روشنن 1955ء منٛز شروٗع۔ اَمہِ پتہٕ گٔری موتی لال ساقی، ناجی منوّر، شام لال پردیسی تہٕ سوم ناتھ سادھو تہٕ نوٚم حرف لیٚکھن وألی تہِ لڈی شاہ جمع، یم کلچرل اکاڈمی ہٕنٛدِ اہتمامہٕ شایع سپدن لُکہٕ اَتن ہٕنٛزن سوٚمبرنن منٛز شأمل چھِ۔

یِمن ہنز گرنِد پانژ واہ پیٹھی چھے۔ اما پوٗز زاسہِ چھِ بے شُمار لڈی شاہ رأوی متی۔ نہ چھِ تِمن لڈی شاہن ہنِدی ناو موجوٗد تہٕ محفوٗظ تہٕ نہ تِم منظومہٕ یِم زَن تِم دہرن پیٹھ پیش کران روٗ دِمتی اَسی۔ نوٗم حرف لیکھن وألس چھِ لو کچارس منز بوزِ متمِن لڈی شاہن ہنِدِ اہمیتُک احساس از گرِ ھان، یِم نہٕ ووٗنی دستیاب چھِ مثالے:

۱۔ بَد اوس ہرِ تے ردگرِن کار — جانکی ہتھ کوٗ رُکھ پیر وپار

۲۔ ہوائی جہازِ آو مُلکِ کشمیر — خلقو پرٕ وسا توبہٕ تقصیر

۳۔ ٹانچس پیٹھہٕ پیوٗ و آنچہِ باپار — آنچہِ باپارن کوٗر رنجل خوار



حوالہ تہٕ حاشیہ:

۱۔ ''کوئی کہے کہ لڈی شاہ کشمیری لوک شاعری کی ایک صنف ہے۔ میرے خیال میں غلط ہے۔ لڈی شاہ اصل میں ایک پیشہ ور گویا ہوتا ہے۔ وہ کسی بھی صنفِ سخن کو، خواہ وہ غزل ہی کیوں نہ ہو، اپنے مخصوص ساز ''دہرہ'' پر گاتا ہے''۔ ہمارا ادب، لوک ادب نمبر: ص: ۲۱۵۔ مقالہ: لڈی شاہ، کشمیر کی عوامی زندگی کا ترجمان۔ مقالہ نگار: نشاط انصاری ۔ کلچرل اکاڈمی: سال اشاعت: ۱۹۷۶-۱۹۷۷ء۔

2.Kahsmir Folklore, A study in historical prespective: Author, Dr. Farooq Fayaz Page No:36. Gulshan Book, Srinagar.

3.A unique kind of Ballad, known as (Ldi Shah, brings out wit and worldly wisdom of Kahsmiri people..... Ladi Shah Ballds are sung by the ministrels in one single tune accompanied by the music created by stirring the

iron rings strung on an iron rod" Encyclopedia of Indian literature: page: 345: ED: Amaresh Datta.

۴ کاشُر انسائیکلوپیڈیا: جلد: ۵۔ ص: ۲۶۹۔ کلچرل اکاڈمی: نوشتہ نگار: میر نوشین نگہت۔

۵ ہمارا ادب لوک ادب نمبر: ص: ۲۱۵۔ کلچرل اکاڈمی۔ سال اشاعت: ۱۹۷۶-۱۹۷۷ء۔ مقالہ نگار: نشاط انصاری۔

۶ کاشُر انسائیکلوپیڈیا: جلد: ۵۔ ص: ۲۶۶۔ کلچرل اکاڈمی: نوشتہ نگار: میر نوشین نگہت۔

7.Our research tends us to suggest that Lari Shah might have been a village Faqir (mendicant) who hailed from "Ler", A village in Pulwama district. The surname "Shah" is still used in rural Kashmir for folk minstrel, bhand or dooms. In all probablity, since the village ler, falls in flood prone zone and during the peroid of our study has been situated in the low lying area near Kandizal (a vulnerable caused to save the Srinagar city). Some elderly members of the "Shah" family (Professional folk singers) of Ler village might have composed a peom, describing the destruction caused by flood waters. Secondly the consonant"R" sound is generally pronounced as "D" sound in both Urdu and Kahsmiri. Lari Shah is pronounced as "Ladi Shah" when i visited the village Ler, in the year 1997, I found some members of (Shah Family, professional ministrels) still living there. They even today earn there livlihood from singing and sweeping" Kashmiri folk Lore, A study in historical perspective: by: Dr. Farooq Fayaz. Page: 44-Gulshan books: 2008

۸ کاشُر انسائیکلوپیڈیا: جلد: ۵۔ کلچرل اکاڈمی: ص: ۲۶۷۔ نوشتہ نگار: میر نوشین نگہت۔

9. "The system of Khana Damadi is said to have

become common in Sikh times, and if forced labour was wanted for transport, the unfortunate Khana Damad was always sent. It he came alive he won his bride. If he died it did not matter. In the first place, father of the girl receives a drudge who works like as slave for seven years.": The valley of Kahsmir: by: Walter Lawrence: Chinar Publications, Srinagar: page;267: reprinted in India: 1998.

10. Sher singh, the reputed son of Ranjit Singh, became nominal governor in 1831, But he amused himself and left all business to Baisakha Singh. A serious famine occured and Jamadar Thushal Singh was sent up from Lahore to watch events. He by unwise interference deepend the famine and numbers of Kashmiris fled to Punjab. The famine of Sher Singh is still a great mark in Kahsmir history", The valley of Kashmir: by : Walter Lawrence:Page 200. Chinar publications, Srinagar.

11. I have seen whole villages bivouacking on mountains when the agents for the collection of transport arrived in their Tehsil, and i have seen inhuman dealt out to men who demurred to leaving their homes for two or three months with the prospect of death from cold and starvation. I have seen villagers mained from frost bite or Shrivelled and Paralyzed from exposure to cold, and it is no marvel that the Kashmiri should loathe the very name of Gilgit" The valley of Kashmir:By:Walter Lawrence:Page:413.

۱۲۔ فتح بٹ اوس لدر وادی ہِندِس أکِس گامس منز یتھ "ہُوگوم" چھِ ونان، روزان۔ دپان سُہ اوس پانہٕ تہٕ گلگت بگارِنہٕ آمُت تہٕ زندے واپس آمُت۔ سُہ اوس شأعر تہٕ تہٕندی منظوٗمہٕ آسی دہرس تہٕ کھسان۔ واریہن شأعرن ہندی منظوٗمات تہٕ چھِ لڈی شاہ دہرس پیٹھ پیش کران روٗدِمتۍ۔ حالانکہِ تِم شاعر چھِ ویدی تہٕ۔

۱۳۔ کأشری لُکہٕ بأتھ: باہ جِلد: کلچرل اکاڈمی۔

۱۴۔ کأشُر لُکہٕ ادب (سیمنأری مقالہٕ): مرتب: غلام نبی آتش۔ مقالہٕ: لڈی شاہ: مقالہٕ نگار: محمد احسن احسن۔ ساہتیہ اکاڈمی دہلی۔ ۲۰۱۳ء۔

۱۵۔ ڈاکٹر اروندر سنگھ امن سُند گُفتچھ زِ پنجأبی ادبس منز تہٕ چھُ "ستھرا شاہ" اکھ خاص کردار تہٕ وننہٕ چھُ یوان زِ ستھرا شاہ سُند تعلق اوس کشیرِ ستۍ۔



# کینٛہہ اسطوٗر

## ا۔ مرازٕ کی کینٛہہ اسطور:

اسطوٗریات چُھ علم الخرافات۔ تہٕ دٕپتھ گوٚو اَتھ منٛز چھےٚ تمہٕ دٔلیلہٕ بیترِ شأمل مانٛنہٕ یِوان یِمن حقیقی زِندگی ستیٚ واٹھ چُھنہٕ آسان۔ یِمہٕ دٔلیلہٕ داستانہٕ بیترِ چھےٚ خیألی، بالافطری، خرافأتی تہٕ روایتی آسان۔ یِم قصہٕ چِھنہٕ عقلہِ ستیٚ پرکھاونہٕ یِوان۔ ژٕکہِ چھِ یِم ہنقا کالہٕ پیٛٹھٕ سینہٕ بہ سینہٕ أکِس پیٛہٕ پیٛٹھٕ بیٛیس پیٛہٕ تام واتان روزان۔ اسطوٗرن ہُنٛد وَق سرٕ کھرٕ کرُن چُھ مُشکل آسان۔ یِمن ہُنٛد وجوٗد چُھ لُکہٕ پَرٛژھِ پیٛٹھ دٔرِتھ آسان۔ یوٗت یوٗت وَق گٔذران چُھ لُکہٕ پَرٛژھ چھےٚ نہٕ صرف زیٛادٕ درٕبرٕ پژاوان بلکہِ چُھ عقیدٕ تہٕ عقیدت اَتھ ستیٚ وابستہٕ سپدان۔ عام لوٗکھ چھِ اَتھ دھارمِک زأنتھ قبوٗل کران تہٕ عقلہِ نہٕ وبژنہٕ باوجوٗد تہٕ اصلی دھرم نہ أستھ تہٕ اَتھ پیٛٹھ پَرٛژھ کران۔ کُنہِ قومہٕ کہِ یا سماج کہِ اجتمأعی یَژھ پژھ تہٕ عقیدٕک پأداوار آسنہٕ موکھہِ چُھنہٕ کأنٛسہِ ہُنٛد گاٹہٕ جار اسطوٗریات نکأرِتھ ہیٚکان۔ لوٗکو چھےٚ اَتھ منٛز اکہِ قسمٕچ باطِنیت ہش پأدٕ گرٕمژ آسان۔ مثلن سأنی دٔلیلہٕ گرٕی أسی نہٕ اوترٕ اوترٕ تام یہٕ کتھ مانٛنہٕ یِتھ تیارٕ زِیوسف شاہٕ سٕنٛز خانٛدرٕ حبہٕ خوتن کیاہ اُسی خاوندتہٕ

آشینٛز بلکہِ اُس تمن پَژھ زِ تم اُسی پاک عاشق۔ اسطوٗ ریاتس ییٚلہِ دھارمِک یا روٗحاًنی رنگ دِنہٕ یِوان چھُ سُہ چھِ عام لوٗکھ زیادٕ قبوٗل کران۔ دُنیاہکین تمام قومن منٛز چھِ اسطوٗر چلہٕ وُنی۔ کٲشرِ منٛز تہٕ چھ اسطوٗرن خاصہٕ چلے جاورٕ دمُت۔ حتیٰ کہِ خودِ کٲشیر چھےٚ اسطوٗریاتچین غِلافن منٛز وٕلتھ، اَتھ متعلق چھُ ستی سرُک آب خشک کرنٕک اسطوٗر عام۔ بودھن نِش تہِ چھ کٲشرِ متعلق بیاکھے اسطوٗر۔ کٲشرِ چھُ باغِ سُلیمان تہِ ونہٕ یِوان۔ قدیم زمانو پیٹھٕ چھِ یم اسطوٗر چلہٕ وُنی۔ ووں گوٚو اسطوٗریاتٕک مطالعہٕ تہٕ تجرُبہٕ کرن وٲلی محقق تہٕ مأہر چھِ انسانہٕ ہنٛدٮ۪ن قدیم ترین آرکیٹاپَن ہنٛدِس کُنہٕ ہِس تام وٲتتھ ہبکان۔ ابتدأیی زمانٕکی سوچ تہٕ روہ رکانہٕ ہِد ہبکان کڈِتھ۔

مراز علاقس ستی تہِ چھ واریاہن اسطوٗرن تعلق۔ یِمو منٛزٕ کینٛژن ہُنٛد سرسری ذِکر ییتھ کرنہٕ یِوان چھُ۔

## کٕگی یأر:

''کٕگی یأر'' چھُ اکھ اسطوٗر، یُس تمہِ معاہدُک پوٚت موٚژ چھُ، ییمہِ مطأبق آرِین، ناگن تہٕ پِشاچن یِکہٕ وٕٹہٕ روزنٕک اجازت دِنہٕ آیوو۔ مرازس منٛز خاص پأٹھی لِدروأدی منٛز چھےٚ یہِ لُکہٕ ریوایت چلہٕ وٕنی زِ ربہٕ کالہِ کٮ۪ن شٮ۪ن رتٮ۪ن چھِ دیون، دزِ ییٚٹھالن، یِمن تہٕ تصرُف درن نوان کٕگی یارِ لمنہِ۔ کٕگی یأر چھُ تہنٛدی کٕنی اکھ خأیلی پالُک ناو۔ تفصیل چھُ یتھی کتابہِ منٛز ''ناگ'' عنوانس

تحت مقالس منز دِنہٕ آمت ۔

نرپورچ تباہی:

دپان نرپور اُس راز نرسٕنز راز دأنی ، یوسہٕ تِمی ژکدر جایہ آباد کَرمٕژ اُس ۔ ژکدر وُڈر چھےٚ ازتہِ ویجبہِ بیٲرِس نکھٕ موجوٗد ۔ اَتہِ اوس اَکی برہمن زادن اَکِس ناگ کورِ سٕتی کھاندر کوٚر مُت ، ناگ کورِ اوس چندرلیکھا ناو، سو یَتھ چیزس اتھِ ڈالِہ ہے تتھ اوس سونہٕ رنگ گژھان ۔ راز نرن یژھ اُمس سٕتی زبردستی کرٕنی ۔ تُسنٛد مول تہٕ پو پھ گےٚ نارونار ۔ تِمو وول آسمانہٕ کنہٕ رُوٗ دتہٕ کوٚرکھ نرپور تباہ تہٕ برباد ۔ چندرلیکھا تہٕ تُسنٛد مول تہٕ خاوند ژٕلی پہلگام کُن تہٕ وٲتی امرناتھ ۔ امرناتھ وَتہِ پیٹھ چھِ زٕ ناگ ، اَکِس چھِ ونان شٔشرم ناگ (سسرؤم ناگ یاں زِہمہرِ سُنٛد ناگ) تہٕ بیٚیس جاماتر ناگ (یاں زِ زامتٕری ناگ) ۔ دپان اَتھ جایہِ وٲتتھ بنیو چندرلیکھایہٕ ہنٛدِس مألِس ناگ ، تَوے چُھ اَتھ شٔشرم ناگ ناو تہٕ چندرلیکھایہٕ ہنٛدِس خاوندس تہِ بنیو ناگ ، تَوے چھِ اَتھ زامتٕری ناگ ونان ۔ (تفصیلہٕ خٲطرٕ وُچھو راج ترنگنی تہٕ کأشرٕ لُکہٕ کتھٕ ، جلد ۶ ، ییٚہٕ تِتھی کتابہٕ منز "ناگ" عنوانس تحت درج مقالہٕ )

دامدار وُڈر:

دومؤدر وُڈر (دامدار وُڈر) پیٹھ چھےٚ راز دامؤدر سٕنز راز دأنی اُسمٕژ ۔ اَتھ وُڈرس پیٹھ چھ از ہوأیی جہازن ہُنٛد اڈٕ ۔ دپان اُمس بادشاہس موٚژنگ دوہہٕ اکِہ برہمنو جورِ کَھنأو اتھ بادشاہس روٗد گُژھ تُھپہ آرِ وشوٹھ کرٕ گوڈٕ

سڑان دیٖان۔ برہمنَو دۄپُس اسہِ چھِنہٕ پڑارنس فرصت، بادشاہ تہٕ آو وُٹھنہٕ۔ برہمنَو دیُتُس شاپھ۔ بادشاہس تہٕ تِسنٛدِس فوجس گیٚے سرپھٕ شکل۔ (تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھِو راج ترنگنی)

## ناگ راینٛز ذاتھ:

"ہی مال ناگ رائے" چھےٚ کٲشرِ ہنٛز مشہوٗر تہٕ مقبوٗل لُکہٕ کتھ۔ امہِ المیہ رۄ مانٛک جائے وقوع چھُ بلہٕ پوٗر، یُس شوپیٚنس نکھٕ چھُ۔ ناگ رائے چھُ تلپا تالُک ناگ شہزادٕ، یُس سرٕ پھ تہٕ بنان چھُ تہٕ انسان تہٕ۔ بلہٕ پوٗر چھُ سہٕ رازٕ کورِ ہی مالہِ پیٹھ عاشق گژھان، تمِس ستی کھانٛدر کران۔ ہی مال چھےٚ ناگ راینٛز تلپا تاچ آشنٛز کرٕ اج لاگتھ یوان تہٕ دپان چھُس ناگ رائے چھِے لۄچہِ ذاتھ زٕ ہُند، تمِس گژھ ذاتھ پرٕ ژھنٛز۔ ہی مالہِ لوگ ناگ رایس مُچلہٕ۔ ناگ رائے وۄتھ دوٕد کرنٛدِس منٛز تہٕ گوٚ وغاٛب۔ دپان سہٕ اوس لپارِ تلپا تال وۄتمُت۔ یہِ تہٕ چھُ وننہٕ یوان زِ پتہٕ واج ناگ راین ہی مال تہٕ تل پا تال۔ ییٚتہٕ سو ناگ گنو اڈٕ مارٕ گرتھ واپس زمینس پیٹھ واتناو۔ (تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھِو "ہی مال" (فارسی)، مرتبہ محمد یوسف ٹینگ۔ مثنوی ہی مال: مُصنف ولی اللہ متو۔ کاشُر لُکہٕ وۄتُرتہٕ تھِی کتابہِ منٛز "ناگ" عنوانس تحت درج مقالہٕ)۔

## آیاپہِ وانِس گیٚے کانٛدرس:

دپان اکہِ لٹہِ اس لل دبد بازرِ منٛزی پکان۔ حضرت شاہِ ہمدانسؒ پیٹھ پیئس نظرٕ، اکِس وُکانٛدارس وننوِن چابہِ رژھ دِتم یہِ روزٕ ہا ژوٗرِ۔ تمی کوٚرُس

اِنکار۔ یکدم لگاؤن کانٛدرِ ہِنٛدِس دزوٗنس تنٛدٕرس وۄتھ تہٕ تورٕ کھۄرٕ جامہٕ پأرِتھ۔

## لل تژاگ:

دپان لل دبد اۘس اکہِ لٹہِ یارِ بلہٕ پۄتھ پھیکس پتھ آبہٕ نوٗٹ ہتھ گرٕ کُن پکان۔ تہنٛزٕ ہشہِ وۄن نیچوِس کُن "ہیٛبیٹھے یہِ آشٕنی یارٕ بل کاکہٕ نٕبن ہتۍ کتھن، تتھے پأٹھی چھےٚ ژیرلاگان"۔ لل دیٛدِ ہیٛنٛدِس خاونٛدس کھوٚت جکھ، یکدم دژاو یارٕ بل کُن۔ اورٕ وُچھن لل دبد پکان۔ لوٚرأ ہِسس اتھس منٛز، امہِ ہتۍ لوٚیُن لل دیٛدِ، نٔٹس تہٕ آوٚتاس، نوٚٹ پھُٹ مگر آب روٗد پھیکین پیٹھے۔ یہِ آب بوٚر لل دیٛدِ سارِنٕے بانن، امہِ پتہٕ تہِ یوسہٕ آبہٕ ہن پھیکین پتھ روٗزٕس، سو دِژن نیبر دأرِتھ۔ دپان اَتھ آبس بنیوو بوٚڈ تلاو، یتھ لل تژاگ ونان چھِ۔ یتھ منٛزسرٛان کرنہٕ ہتۍ ژمہِ ہنٛدی دأدی بلان اۘسی۔ ووٚنی چھُ لل تژاگ خشک گوٚمُت۔

## لکہٕ بوٚنچ کٕج:

دپان لکہٕ بوٚنہٕ اۘس اکھ کٕج کورِ ہنا روزان۔ یہِ اۘس گرٕ پتہٕ گرٕ گرٕژھتھ لوٚکن آب دِوان سأرِتھ تہٕ معاوضہٕ نہٕ کینٛہہ تہٕ رٹان۔ صُبحأے اۘس وُڑٕ ریپتھ کھسان تہٕ جاناوارن پھل تژاوان، تمن ہتۍ کتھٕ کران۔ جاناوارٕ اۘسس سِوی گمتۍ۔ لوٚکو کرِبس پوٚت پوٚتاے کتھٕ۔ اکھ دوہا بنیوو، صُبحأے تژوٗن جاناوارن پھل، اُتھی ہتۍ گٔیس جاناوارٕ شکل تہٕ وُڈیہِ تمیے ہیٚ۔ یہِ تہٕ چھُ ونہٕ

یوان زِیہِ اَس نہٕ اکاۓ ژٕنی بلکہِ آسہٕ یم واریاہ۔ (تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھو ''نُورٕ آگُر'' اہتمام: مرازادبی سنگم)

## کھی ناگُک ہی گوٚنٛد:

دیان جوٗگی پوٗرکولگامہِ اوس شبہٕ اکہِ اکھ جوٗگیاہ پنٕنہٕ آشنہٕ ونان ''از شبس منٛز کھسن کھی ناگہٕ منٛزٕ ژٕ پوشہٕ گوٚنٛدی ہی پوشہٕ گوٚنٛد تہٕ اَرِنہٕ پوشہٕ گوٚنٛد۔ یوٚسہٕ ژٕنی ہی پوشہٕ گوٚنٛدِس مُشک ہیٚیہِ تس زیٚوٕ سبٹھاہ نیک نیچُو، یُس سبٹھاہ ناماوار گژھہ۔ یوٚسہٕ اَرِنہٕ گوٚنٛدِس مُشک ہیٚیہِ تس تہٕ زیٚوٕ رُت نیچُو، مگر ہُمس برابر آسہِ نہٕ۔ سحرٕ برٛوٚنٛٹھے گژھہ تہٕ ہی گوٚنٛدِس ہےٚ مُشک۔ یہِ کتھ باتھ اوس سلرسٕنٛز (شیخ سالارالدین) بوزان یُس امہِ ساتہٕ اَہنٛدِ مکانہٕ کَنِہ پکان اوس۔ تمہٕ کٔر وٕن گرٕ واجنہٕ تیٚمس سٕدٕ رناواوس۔ سٕدٕ رٔگیہِ امی ساتہٕ تہٕ ہیٚٹھ ناگہٕ بٹھِس پیٹھ۔ ہی گوٚنٛد کھوٚت ناگہٕ منٛزٕ، سٕدٕ رِہیوٚتُس مُشک، سو گو بٔیہِ امی ساتہٕ تہٕ دژاے گرٕ کُن۔ امہِ پتہٕ آے جوٗگی باے۔ ناگہٕ منٛزٕ کھوٚت اَرِنہٕ گوٚنٛد، جوٗگی بایہِ ہیوٚتُس مُشک تہٕ دژاے۔ سٕدٕ رِ زاوٕ نُنٛدٕ، یُس پتہٕ شیخ نُورالدینؒ ریٚشی ناوٕ زانہٕ مانہٕ آو تہٕ جوٗگی بایہِ زاو بُمہٕ ساد، یُس پتہٕ نُنٛدٕ ریٚشُن خلیفہٕ بنیو تہٕ بابا بام الدینؒ ناوٕ زانہٕ آو۔

وٕتھ:

دیان ییٚلہِ ستی سرٕ منٛزٕ پوٗنی شودیو۔ کشپ ریٚش نہٕ وَننہٕ وٕن شو ناتھن سٔتی ماتایہِ پٕنٕن پان دٕریاوٕ کِس رٕوپس منٛز نوٚن کڈُن۔ یُتھ کٔشیرٕ ہنٛد بن لوٗکن

تمن پاپن ہُند مَل چھلنہٕ پیٖیہ یُس تمن پشاجن ستیٖ روزنہٕ کِنٛز لاریوٗمُت چُھ۔ ستی ماتایہ دور پاتالہٕ ڈٕریاوُک روٗپ تہٕ ووٗنن شو ناتھس تیٖتھ سنٛز کرُن یتھ سو بُتراتھ پیٹھ کھٔستھ ہیٚکہِ۔ شو ناتھن کوٚر نیلہٕ ناگنہِ کٹیایہ نش ترٛشوٗلہٕ ستیٖ اکھ استہٕ کھوٚل زِد۔ یپاٚرِ وِتستا کٔشیرِ ہنٛدی پاپ چھلنہٕ موکھہِ بُتراتھ پیٹھ آیہ۔ استہٕ گوٚو سنسکرت پاٚٹھۍ "وِتاستیٖ" تہٕ امہِ نِسبتہٕ پیوٚو ماجہِ دیوی کٔشیرِ منٛز وِتستا ناو تہٕ یتھ جایہِ وِتستایہ یاو یتھِ زنم ہیوٚت تتھ چُھ اصلی ناو نیلہٕ کوٚنڈ۔ یوٚہے نیلہٕ کوٚنڈ چُھ أز یُگ ویرناگ، یتھ نیلہٕ ناگ تہٕ وَنان چھِ۔ پاٚپین ہنٛدِ کانٛپہٕ گٔے وِتھ بیٚیہ غاب مگر کشپ ریشنہٕ وٚنتی پیٹھ زایہ دُبارٕ دِوسر علاقس منٛز پانٛژتھ جایہ۔ مگر پاٚپیو دیٚت نہٕ أمس قرار تہٕ امہِ ہیٚژ دوٗیمہِ لٹہِ تہٕ ژھیٚپھ۔ زارٕ پار کٔرِتھ أنِکھ بیٚیہ واپس تہٕ ہیوٚتُن نرسمہہ آشرمس نِش زنم۔ پرن پادن پیٹھ مون ستی ماتایہ أخرس تمہِ ساتہٕ کٔشیرِ اندر وِتھ بنٛتھ روزُن یٚیلہِ باقٕے دیوتہِ کولن تہٕ آرن ہُند روٗپ دور۔ اکہِ رِوایتہٕ موجوٗب ہیوٚت وِتستایہ دوٗیمہِ پھرِ وِتھِ وُتھرِ زنم، یُس ویرناگہ ہیوٚ رپھن چُھ۔

(کاٗشر دیومالا: مضمون موتی لال ساقی، مطبوعہ سون ادب، کشمیر نمبر)

## مانٛگن رازن کن:

دپان رازس أکِس اوس ناو موکنٛد، لوٗکھ أسس وَنان مانٛگن راز۔ أمی سنٛز رازدانی أس کوٗٹھیاٚر علاقس منٛز۔ وُنی کینہہ چُھ بزنگ پرگنس منٛز کوٗٹھیاٚر گام موجوٗد۔ دوٚہہ اکہِ گوو أمی رازن زنہٕ أکِس ستیٖ ناجاٗیز۔ بدفعلی

پتےَ زِ تھیَس دوٕنوَے کن۔ یوٗت زِموٗنشہِ ہندبن کنن یوٗتاہ بنیَس۔ أمِس گوٚومحل خانہِ منٛزٕنبر نیرُن مُشکِل۔ ووٗنی اوس راتھ کیٚت یا ژپری شامن گنہِ وِزِ نیران۔ بیم اوسُس لوٗکھ گرٕ ھنم نہٕ ربٔدھ ٹلنیٗ۔ اکہِ دوٕہہِ ژپری دژاو محل خانہِ منٛزٕ، دوٗ رِوٗچھِن شُری گِنداں تہٕ زورٕ زورٕ ونان:

مأنکن رازس موٗنشے کن

مأنکن رازس موٗنشے کن

ییٚلہِ سُہ واتے کوٗٹھیارون

پأپی پانس چھلہِ ہن ہن

پأپی پانس چھلہِ ہن ہن

اِدِ تس روزَن پنہٕ نی کن

شُربن ہنٛزٕ کتھٕ بوزان بوزانۍ گوٚو رازٕ موکندتہٕ کوٚرُن کوٗٹھی یأر ناگس منٛز سرٛ ان۔ یکدم گیَس کن ٹھیک۔

## کتاب نامہٕ


۱۔ راج ترنگنی

۲۔ کأشرِ لُکہٕ کتھٕ۔ جلد۶، کلچرلِ اکیڈیمی

۳۔ شش رنگ، محمد یوسف ٹینگ

۴۔ کأشری تلمیح، کلچرل اکیڈیمی

۵۔ کأشُر لُکہٕ دوٗ ثُر، غلام نبی آتش

۶۔ سون ادب، کشمیر نمبر، کلچرل اکیڈیمی

# ۲۔ زٕون

آفتاب چُھ گاشُک تہٕ گرمی ہُنٛد آگُر ۔نونٕژٕ وُنی تارکھ چھِ اَتھ أندی أندی گتھ کران ۔یِمن منز زمین تہٕ زٕون تہِ شأمِل چھِ ۔یوٚہے چھُ رٕو خاندان یا نظامِ شمسی ۔سائینس دانن تہٕ علمِ نجوم کٮ۪ن مأہرن ہِنٛدی کِنہٕ چھِ کاینا تس منز تِتھی اگرنٛدی رٕو خاندان۔ سانہِ وٮ۪نٛد رٕو خاندانُک سارِوٕے کھوتہٕ لوکُٹ سیارٕ (نٕژٕ وُن تارکھ) چھُ زٕون۔ یہِ زٕون چھےٚ زمینہِ پٮ۪ٹھٕ الہٕ پلہٕ ترٕے لچھ ژٕ ویشٕتھ ساس ژور ہتھ کِلو میٹر دوٗر۔ انسان اوس آدن کالہٕ پٮ۪ٹھے اللہ تعالیٰ سٕنٛدی تخلیق کرٕی مِتی یِم تہٕ تِتھی عجأیبات وُچھِتھ حأرتن۔ سُہ اوس یِمن متعلق زانُن یژھان، یِمن پانس تأبِین کرُن یژھان۔ اماپوٚز یٮ۪لہِ نہٕ یہِ گرِتھ ہیوٚکُن، لوٚگ رنگہٕ رنگہٕ تصورات قأیم کرنہِ ۔کینژٕ وقو موہیوٚت آفتابس، زٕونہِ تہٕ باقٕے تارکن پوٗزن۔ بیٚیہِ سپدی وارٕ وارٕ لوٚکن منز یِمن متعلق وَکھرٕ وَکھرٕ توہمات پأدٕ۔ حالانکہِ ارتقأیی عملہِ دوران لأج انسانن اللہ تعالیٰ سٕنٛدِ طرفہٕ عطا سپز ہرٕ عقل کامہِ ۔سمندرن ہِنٛدی ژٕ کی کوٚرِن، بالن ژٕ ٹن نال، تارکن تام کوٚرُن پلو۔ حالانکہِ سُہ ووت نہٕ صِرف زٕونہِ پٮ۪ٹھ بلکہِ بیٚین سیارن تہٕ ستارن ہِنٛدی معلوٗمات تہٕ کُرن حأصل، سِتھاہ جٲکھ تہٕ جتن کران

کران تھاوِن تارکن مارِیک تراونچ عمل جاری۔

یہ اَستھ تہِ چھِ زوٗنہِ متعلق مختلف قومن منز رنگہِ رنگہِ تصوّرات تہِ خیالات قائم، یِم تہنٛدس لاشعوٗرس تہِ لُکہِ لورس منز محفوٗظ چھِ، حالانکہِ انسان ووت زوٗنہِ پیٹھ تہِ تمکی اسرارزانہِ نس منز گوٚو کامیاب، وونی چھُ سُہ زوٗنہِ پیٹھ بسنک سَنز تہِ ٹٔز کرنک آرے پارے تہِ کران۔

پننہِ سوچن ترایہِ تہِ وُچھن آیہِ مطابق آیہِ بیوٚن بیوٚن لُکہِ چھو کوٗ ذریعہِ زوٗنہِ تہِ مختلف ناو دِنہِ، یِم تہنٛزن زبانن منز احساسی سوٚتھرِ کی معنہِ ہیتھ چلہِ وُنی چھِ۔ اَتھ وونکھ چندا ماما، چندا ماموں، مَہہ، موٗن (Moon) زوٗن، قمر تہِ زوٗن موج بیترِ ۔

| | |
|---|---|
| چندا ماما دور کے | روٹی پکائیں بور کے |
| آپ کھائیں تھالی میں | مُنے کو دیں پیالی میں |
| پیالی گئی ٹوٹ | مُنا گیا روٹھ |
| نئی پیالی لائیں گے | مُنّے کو منائیں گے |

کأشر بوٚ وٚون زوٗنہِ ''زوٗن موج''۔ اُردو زبأنی منز چھُ ''چاند'' نرناوِتی رٔنگی ورتاونہِ یوان ییلہِ أسی ''زوٗن'' ماد ناوِتی رٔنگی ورتاوان چھِن۔ زبان چھے لفظوٕ ستی بنان تہِ لفظن منز چھِ مختلف سوٚتھرِ کی معنہِ آسان گُپتھ، یِم خیالن ہنٛدِ ترسیلہِ علاوٕ بولن والین ہنٛد بن خیالن، محسوٗساتن، سوچن تراین تہِ احساسن ہنٛدی نمایندٕ تہِ ترجمان آسان چھِ۔ یِہ چھِ یِمن منز عقیدٕ تہِ یژھ پژھ تہِ

جایُن کرِتھ آسان۔ پروفیسر رحمان راہی چھِ پنٕنچ اہمیت ویژھناوان ونان:

''اُسی کأشرؠ چھِ اسمانٕچ چہِ زٔونہِ ماجہِ سٕتؠ ہشر دِوان تہٕ تَس زٔون موج ونان۔ اُردو بولن وألؠ چھِس ''چنداماموں'' ونان۔ ظأہرِ چھُ زِ ''زٔون موج'' ؤنتھ یُس احساس بیدار گژھہِ سُہ گژھِنہٕ ''چنداماموں'' ؤنتھ۔ ہر گاہ یہِ کتھ درُس چھےٚ تیٚلِہ ہمکو ناؤنتھ زِ کأشرؠن لۄکن چُھ ''زٔون موج'' ؤنتھ اسمانس پیٹھ اکھ چیز نظرِ گژھان تہٕ اُردو والیٚن چھُ ''چنداماموں'' ؤنتھ بدل چیز بوزنہٕ یوان۔ تمیُک مطلب گوٚو نا مختلف زبانہٕ چھےٚ پانس اَندؠ پکھی مختلف موجوٗدات لبان، وُچھان تہٕ ژینان۔ یعنے پرٛتھ زبأنؠ چُھ پنٕن دُنیا، پنٕن کایٔنات۔ کنٛہ لفظ بۄلتھ یُس تصوّر تہٕ احساس کأنسہِ کأشرس ووپدِ سُہ ہیکہِ نہٕ ابابیل یا ''سوالو'' (Swallow) بولن وألِس ووپدِتھ۔ گویا یہ ظأہر کنٛہ اُستھ تہٕ چھِ اُمس جاناوارس مختلف لفظ مختلف وجود عطا کران تہٕ کنٛہ ہمکو ؤنتھ زِ ''ہأر'' گیہ نہٕ ''مینا'' اَتھرٕ نٕ گیہِ نہٕ ''سوان'' (Swan)۔ جاناوار کیا چھُ دراصل یعنی فی نفسی ؟ تہِ چھاپے۔ پرٛتھ کأنسہِ چھُ پنٕن پنٕن لفظٕ پنٕن پنٕن جاناوار ہاوان'' (۱)

ماجنیارِچ، پانٛنیارِچ تہٕ شفقتچ علامت زٔون چھےٚ کأشرِس لُکہٕ ووٚترِس منٛز اکھ بسیار پاسل کردار۔ کُنہ جایہِ چھےٚ بیٚنہِ تہٕ کُنہِ جایہِ ماجہِ ہُنٛد کردار ادا کران۔ یہِ چھےٚ حُسن تہٕ عشقہٕ کیٚن رنٛگہٕ رنٛگہٕ معنہِ ین منٛز تہٕ ورتاونہٕ یوان۔ شہلِس زٔونہٕ گاشس چھُ ماجہِ ہنٛز ممتایہٕ سٕتؠ ہشر دِنہٕ اَمت۔ کأشرؠ اُسی شُرٛبن گوڈٕ

پیٹھے یہِ تصور دِوان۔ امیُک ثبوٗت چھِ ازتہِ یم شُرِی بأتھ:

(۱)

زوٗن مأج زوٗنی　　　زوٗن مأج زوٗنی

اَنگن منگن ژَتأجی　　　تم کس کِنے

رأئیس کِنے　　　رأے کیٲ دِیتے

کھُسُن گُرِ تہٕ وٕسنہٕ ناو

گرٕ ھان تہٕ گیس　　　بوٹُن کُنے

تتیٖ وُچھم　　　پٔنُن عام

تمیٖ دیٖتُم　　　گبوٕ ٹۄر

سُے لوٚ دُم　　　بجیرے

بجیرٕ لُجم　　　نڑنے

کاوٕ لِگم　　　بولنے

(۲)

زوٗن موج زوٗنی ہأنکل مُژراوتے

بَہ تہِ چھس چأنی وأنکل کوٗر

(۳)

زوٗن موج زوٗن کھٔرٕ ڈبےٚ ڈبےٚ　　　أسی وأتی پنہٕ نے لبےتل

زوٗن موج زوٗن کھٔرٕ مہراز سےٚ　　　أسی وأتی پنہٕ نے لبےتل

ییلہِ اورِ یور گژھنکی تہٕ شیٚچھ خبر اَتِنکی تِنکی ؤسیلہٕ محدۄد آسی، أزکی پأٹھی نہ آسہٕ سڑکہٕ تہٕ نہ گاڑِ۔ کرٲٹھی تہٕ زٲٹھی سفر آسی یاتہٕ وۄ کھلی پکِتھ طے کرِنی تہٕ گُر بن پیٹھ سوار سپدِ تھ۔ یانہٕ وأنی اوس رأبطہٕ کم روزان۔ یِمہٕ کورِ مالِنہٕ پیٹھہٕ دۄر علاقن بأگنی یوان آسہٕ، تِمن أس مالہِ نِچ کل روزان۔ تِمہٕ آسہٕ مالہِ نِچ شیٚچھ خبر بوزنہٕ باپتھ تہٕ مالہِ نِمن نِش بوس ژھاژھناونہٕ خأطرٕ کریشان۔ مالہِ نِکن پژھمن وتہٕ وُچھان آسکھ چشمہٕ لۄسان۔ بأے بنٛد أسِکھ وُہرِ شیٚیہٕ رێتی خبر اتر پژھنہٕ یوان۔ یِمن بدٕ قسمت کور بن مول موج۔ یمہٕ عالمہٕ گومُت آسہِ ہےٚ تہٕ مالیٚن ڈٕنجہِ آسہِ ہے نہٕ رۄ دمُت، تِمہٕ آسہٕ بے بس تہٕ بے کس سپدان۔ بے کسی تہٕ بےبُسی منز وأرِیۄ وترٲون واجیٚنہٕ یِمہٕ کورِ آسہٕ لے گنگران ءگنگران کاوس تہٕ واوس قأصِد بناوان۔ وچھِ رکس وٕ تھس اَتھ دِنس آسہٕ مجبۄر۔ یِمہٕ کورِ آسہٕ ماہ رمضان چن شیٚچھن تہٕ سکۄن آور زونہٕ رأژن ہِند بن گوڈنکین پہرن دوران کھلن، وٕنِمن تہٕ آنگنن منز ڈٕری گنٛڈی گنٛڈی رۄو کران۔ أتی آسہٕ بیٚیو رٕوی بأتو علاوٕ یتھ مشہۄر تہٕ مقبۄل رٕوی بأتس میٹھ تہٕ دردانگیز وکھنٔے گری گری نبہٕ پیٹھہٕ چِہ زۄن ماجہِ نادلایان لایان وچھکھ وٕ تھ تہٕ وُچھاٹھ ژھٹان نٔیبر زنتہٕ زۄن پزی بے کس کور بن ہِنٛدی دِل رچھن واجیٚنز موج أس۔

زۄن کھۄژ مے لۄپیٚیہِ مَے ببرے  زۄن کھۄژ مے لۄپیٚیہِ مے ببرے

وسہِ زۄنی بے کسَن نٔبرے  زۄن کھۄژ مے لۄپیٚیہِ مَے ببرے

مائلی واجہِ نمن مائلی واتان خبرے — لیس نہٕ آسان سوچھے روزان نظرے
ماجہِ واجہِ نمن ماجہِ واتان خبرے — لیس نہٕ آسان سوچھے روزان نظرے
وسہِ زۄنی بے کستن خبرے — زۄن کھۄژ مے لۄپیٚنہِ مے ببرے
بأے واجہِ نمن بیٚنہِ واتان خبرے — لیس نہٕ آسان سوچھے روزان نظرے
وَسہِ زۄنی بے کستن خبرے — ۄن کھۄژ مے لۄپیٚنہِ مے ببرے

"سنٛز کِسأر" چھے کأشرِ زبأنی ہنٛز اکھ مشہوٗر لُکہٕ کتھ۔ یتھ منٛز نبہٕ پیٹھچ زۄن ماجہِ ہُنٛد کردار ادا کرِتھ أکِس معصوٗم تہٕ مظلوٗم کورِ حفاظت کران چھے۔

دیان أکِس لڑکس دزاو بتہٕ منٛزٕ کی وال۔ سخ من کرٕہہ گوس۔ شرارتھ کھۄژس تہٕ لۄگ بدردوننہٕ۔ دۄپُن، یمٕ سُنٛدیہِ کی وال اوس سوچھے شوٗٹھہٕ سنٛز کوٗلے۔ کی وال اوس سُنٛز کِسارِ ہُنٛد۔ سوٗ أس أمِس لڑکس بیٚنہِ۔ لبھ بۄ زِتھ لۄگ سنٛز کِسارِ دِلس۔ ودان ودان ژٔج گرِ منٛزٕ۔ مائلی ماجہِ کریوس منٛتھہٕ شٹھہٕ مگر سو پھیر نہٕ واپس وتہِ سمکھیوس فقیرِ خدا۔ دۄپنس، کوریا! ژٕ کیازِ ودان۔ سُنٛز کِسارِ وۄنس، بأے بجبم لبکہٕ۔ فقیرن دِتس ستھ بیألی پھٔلی۔ دۄپنس، وُنی وۄ کھ گُنہِ جایہِ۔ سنٛز کِسارِ ۄوی تِم بیألی پھٔلی أکِس وارِ منٛز۔ یام ۄوِن تام کھۄتی تِمن گُلی، یِم واریاہ تھدِ ییہِ۔ سنٛز کِسأر کھۄژ أکِس گُلِس پیٹھ، گُل گوٚ تھدان۔ تام آیہِ گرِ کی سأری بأژ تہٕ اکِہِ اکِہِ کۄرُکھ سنٛز کِسارِ زارٕ پارٕ زِ گُلہِ پیٹھہٕ وَس تہٕ وۄلہٕ پنُن گرٕ۔

وس وَس سُنٛز کِسأر یے — وۄلہٕ وولہٕ گرِ پنُنٔ یے

اماپۆز سٔنٛز کِسارِاوس دِلس دکہٕ لۆ گمُت، تمہِ کۆر بون وَسہٕ نس اِنکار تہٕ ژ وُنن ماجہِ کُن:

تیٚلِچ مأج أزِچ ہٕش — گرٛھ گرٛھ گرٕ پنونٔ نیے

پۆژن چانِہن زلرِ زأج — گرٛھ گرٛھ گرٕ پنونٔ نیے

بوے: وس وس سنٛز کسأرِیے — وولہٕ وولہٕ گرٕ پنونٔ نیے

سنٛز کسأر: تیٚلہِ کہِ بابہِ أزی کہِ رأنہِ — گرٛھ گرٛھ گرٕ پنونٔ نیے

مول: وَس وَس سنٛز کسأرِیے — وولہٕ وولہٕ گرٕ پنونٔ نیے

سنٛز کسأر: تیٚلہِ کہِ مالہِ أزی کہِ ہیٚہرِ — گرٛھ گرٛھ گرٕ پنونٔ نیے

بیٚنہِ: وَس وَس سنٛز کسأرِیے — وولہٕ وولہٕ گرٕ پنونٔ نیے

سنٛز کسأر: تیٚلِچ بیٚنہِ أزِچ زام — گرٛھ گرٛھ گرٕ پنونٔ نیے

ییٚلہِ نہٕ سٔنٛز کِسارِ کُلہِ پیٹھ وسُن مون، تیٚنٛدی بأے نیٚؤ کُلے ژٔٹتھ۔ سو کھرٛ بیٚنِس کُلِس پیٹھ، سُہ تہِ ژوٹکھ، یوتام سوشہن گُلہن کھرٛ بأے تیٚنٛدی ژٔڈ شینہٕ وے گُلی۔ سٔنٛز کِسأر کھرٛ سٔتی مِس گُلس تہ دیٚتُن نہٕ پیٹھہٕ چہٕ زُٔن ماجہِ آلو۔ زُٔن ماجہِ ترأ ورزالوندتہٕ دوٚپنس کرر زِتھکھ۔ تمہِ گُرر زِچیر تھکھ تہٕ زُٔن ماجہِ واتنأو پانس نِش۔ تتہِ اُس سولوکچہِ لوکچہِ کامہِ کران۔ زُٔن ماجہِ اُس مستس کنگے والان۔ زُٔن ماجہِ دوٚپُس، صرف لاگ زیم نہٕ تالہِ کُن اتھہٕ، مے کھسی تیٚلہِ شرارتھ۔ وقتاہ گزٕھتھ گوٚ سٔنٛز کِسارِ وشفہٕ تہٕ لوگُن زُٔن ماجہِ ہٕنزِ تالہِ اتھہٕ۔ زُٔن ماجہِ کھۄرشراتھ تہٕ أس سٔنٛز کِسأر والن گیُن۔ (۳)

یتھ لُکہٕ کتھِ منٛز چھےٚ زٕنُن اَکِس شفیق، شٔہج، ماجہِ ہُنٛد پٔزر خیال تھاون واجینہِ کورِ ہنٛدِس رٕ پس منٛز پیش آمژ کرنہٕ:

دیان پتھ کالہِ اَسی زِ بارٕنی، آفتاب تہٕ واو۔ زٕنُن اَسکھ بینہٕ۔ گرٕ اوسُکھ دٕر اسمانس پیٹھ خبر کتھ جایہِ۔ مول اوسُکھ موٗ دمُت تہٕ موج اَسکھ بُڑیمژ۔ دٕر کتہِ تام اوسُکھ ماتا مال۔ اکہِ دوہہٕ گیہِ تمہ ترٛینہٕ وَے بارٕنی ماتا مال سالس۔ ماتا مال وٲنتھ گرِ کھ عاش۔ گُتُل نژُنا پھیرُ نا تہٕ گینڈُ نا درٛو کنا تہٕ کوٚرُکھ۔ ترٛینہٕ ویو کھیوٚ وسال۔ سالس منٛز یُس یُس میوٗٹھ چیز اوس، زٕنہٕ تھوٚو تمہِ منٛزِ پنُن حصہٕ ژٕرِ پاٹھی پھُٹجہِ گنڈِتھ ماجہِ ہنٛدِ باپتھ۔ سال کھیتھ ہیوٚ تکھ ماتا مال والین روٗخصتھ تہٕ دژاے گرٕ گُن۔ آفتابس تہٕ واوس پییہٕ زٕنہٕ ہنٛزِ پھُٹجہِ کُن نظر۔ یکدم نی ہس تھپہِ۔ زٕنہٕ ہیژ اووُدن۔ زارٕ پارٕ کریونکھ یہِ پھُٹج متہٕ نیتوم، اَتھ منٛز چھم سالُک پنُن حصہٕ ماجہِ کُیت تھوومُت۔ تمو مُژرٲو پھُٹج، تتھ منٛز یہِ اوس تہِ نیوٗکھ کھیتھ تہٕ وٚنکھ زٕنہٕ کُن، ژٕ تہِ کتھ، موج چھےٚ بُڑ، سو کتہِ یہِ الاے بلاے کھیوان! گرٕ وٲنتھ وٚنُن ودان ودان ماجہِ، مےٚ انیو وسالہٕ پیٹھ پنُن حصہٕ چانہِ باپتھ۔ سُہ نیوٗم بایو اَتھہٕ موٗرِتھ تہٕ کھیوکھ پانس۔ یہِ بوٗزِتھ گیہِ تمن موج ناراض تہٕ کوٚرنکھ بددُعا۔ آفتابس وٚنُن، گژھ ژٕے گرٛبکھ تہٕ گرٛشم لارُن۔ واوس وٚنُن لارتہٕ لگی نَے تہٕ ووجرتہِ لٲرِنے۔ زٕنہٕ کوٚرُن دعاے خیر، دٕپنس، ژٕے اَسی نے شہجار، نرمی تہٕ شفقت۔

دیان اوَے چھُ آفتابس ترٛٹ، واوس ووجرتہٕ زٕنہٕ شہجار۔ (۴)

زٕ ون چھےٚ شہجار تہٕ نرمی علاوٕ حُسن تہٕ لوٚلچ علامت تہِ ۔ یہ چھےٚ اَتھ معنہٕ یَس منٛز لکہٕ شاعری منٛز تہِ نظرِ گژھان تہٕ تتھ تخلیقی شاعری منٛز تہِ یِمکی تخلیق کار وِیدِی چھِ بلکہِ ناماوار تہِ چھِ ۔ اتہِ چُھ آفتاب تہٕ زٕ ونہِ ہُنٛد تعلق عاشق تہٕ معشوق سُنٛد ہیٛوٗ ہاونہٕ آمُت :

آگرس پٮ۪نٛس چھُ ناگ ونہٕ وان

آفتاب ڈیٛنشتھ چھےٚ زٕ ون مند چھان

(یتھ شعرس منٛز ) یہ علامتی اظہار چھُ محض اکھ انسانی جذبہ تہٕ کیفیت ورگہ پأٹھی باوان ۔ نتہٕ کتہِ چھُ کانٛہہ ناگ پٮ۪نٛس آگرس دانستہٕ پأٹھی ونہٕ وان یا کتہِ چھُ زٕ ونہِ آفتاب وُچھتھ مند چُھن تگان ۔ البتہٕ آفتابکہِ گاشہِ ستی پریٛزلن واجینیٛ زٕ ون ییلہِ دوہلہِ گاشس منٛز گچھ پڑاوان چھےٚ تتھی کٔو رشاعرن مند چُھن ناو ۔ کاشرِس شعرِ سرمایس منٛز چھُ فیهما مِنْ كُلِّ فاكِهة زَوْجٰنِ فرمانس تحت واریاہن چیزن غیر فطری قسمُک ازدواجی رِشتہٕ ہاوُنک اکھ رجحان پتہٕ وَتھ روٗدمُت ۔ مثلاً بوٚمبُر تہٕ یمبرزل ، طوطہِ تہٕ ہأر یا آفتاب تہٕ زٕ ون ۔ حالانکہ آفتابُک تہٕ زٕ ونہِ ہُنٛد اکھ أکس ستی رِشتُک بہترین علامتی اِظہار چھُ قرآنِ پاکس منٛز بزبانِ حق تعالیٰ یِژ فِکر انگیز پأٹھی سپدمُت مثلاً حضرت یوسفؑ سٕنٛدِ خوابہ کہِ حوالہِ کہن تارکن ہُنٛد بیٚیہٕ آفتابُک تہٕ زٕ ونہِ ہُنٛدُس برونٹھہٕ کنہِ سٕجدٕ کرُن یا تمہِ خاص خوابہٕ کس تعبیرس تحت بُتھِ پیٚہن شاہِ مصر بنیمتِس ماہ کنعان حضرت یوسفس بروٗنٹھہٕ کنہِ بایوسان مألِس ماجہِ ہنٛد تمہِ وقتکہِ رواجہٕ

موجُب سَجدٕ تعظیم کرُن۔اَمہِ علامتی آیہِ چُھ عاشق تہٕ معشوق ہُنتھ زٕون تہٕ آفتاب اکھاُ کِس کُن مُدے گنڈنہٕ ئنگی یا اکھاُ کِس پتہٕ پتہٕ پکنہٕ ئنگی تہٕ ہاونہٕ آمتی مگراَمِچ وکھنے تہٕ چھےٚ قرآنِ پاکس منز یہِ ؤنتھ سپز مژ، والشمس وضحٰها وَالْقَمَرِ اِذَا تَلٰها ۔اللہ تعالیٰ چُھ فرماوان قسم چُھ آفتابُک بیٚیہِ تمہِ کہِ پریٚزلنُک بیٚیہِ قسم چھُم زٕونہِ ہُنڈ یُوسہٕ آفتابس پتہٕ پتہٕ پکان چھےٚ" (۵)

کاشُری اُسی تھیکتھ پنہٕ نِین کوربن زٕون ناوکران۔ونہٕ چھُ یوان زِ کشیرِ ہِنڈِس اُخری خود مختار بادشاہ یوسف شاہ ژک سِنزِ مٲلی کانہ حبہٕ خوتونہِ تہٕ اوس مالہِ نیٚک ناو"زٕون" حالانکہ کینٛہہ تذکرٕ نگار چھِ ونان زِ"زٕون" نہ"حبہٕ" چھس اصلی ناواوسمُت مگرعوٲمی مقبوٗلیت چھےٚ"زٕون" ناوسے حاصل روزٕمژ ۔

تتہٕ، دژاوس سُلہِ تے یوٚت ہے ووت زٕونے
یوسف حبہٕ خوتونے آو

(ونہٕ وُن)

زٕونہِ ہِنڈِ تعلقہٕ چھِ کہٕ یاہ لفظ تہٕ محاورٕ کاشُرِ زبٲنۍ منز ہفتا کالہِ پیٹھہٕ پیٚوٚرس۔دوہہٕ شرس منز تہٕ چلہٕ وُنۍ تہٕ تخلیقی ورتاوس منز تہٕ:

زٕون موج۔زٕونہٕ بتھ۔زٕونہٕ اَڈ۔زٕونہٕ پچھ۔کاژ زٕون۔زٕونہٕ اڈٕ ہیوٚ۔ زٕونہٕ گاہ۔زٕونہٕ پژو۔زٕونہٕ ڈب۔ برارِ زٕون۔ ٹھوٗلہِ زٕون۔زٕونہِ ہُنڈ گرٕہن۔زٕونہِ ہُنڈ مند چھُن۔اُچھن زٕون لگنۍ۔زٕونہٕ گاش۔پوٚت زٕون۔ زٕون کھینہٕ کھسُن۔تتھ ہارٕچ زٕون ستاکن منز زٕون۔ژنڈٕ ہارٕچ زٕون۔

ژوداہم زوٗن۔

روایت چھےٚ زِ یوسف شاہ چک سٕنٛز مٔلی کأنٛز زوٗن (یوسہٕ پتہٕ حبہٕ خاتوٗن ناوٕ مشہوٗر سپز) اُس ژٕنٛدٕ ہار پانٛپرٕ اکہٕ گرٕ پسی گرٕ چ کوٗر۔ قندہارٕ چ زوٗن چھِ ماہِ نخشب یا ماہِ قندہارُک کأشُر ترجمہٕ۔ امیُک خوبصورت ورتاو چھُ شاعرِ رومان رسول میر شاہ آبأدی سٕنٛدِس کلامس منٛز موجوٗد:

آفتابِ بلغار ماہتابِ قندہار
ژےٚ ڈٮ۪شتھ مند چھانہٕ چھکھ جان جانانہٕ



شرمندٕ گرٕ تھس آفتابو قندہارٕ چ زوٗن
کٔج چانہٕ کٔج سوٗ لٔج سہٕ درٕ ے بال مرأیو

قندہارٕ چہٕ زوٗنہٕ متعلق چھُ محمد یوسف ٹینگ لیکھان:

"نخشب چُھ روٗسی وسطِ ایشاہس منٛز قندہارٕ پیٹھہٕ کینژن میلن ہنٛدِس فأصلس پیٹھ واقع۔ امہِ تعلقہٕ کنٛی چُھ ماہ نخشب قندہار چہِ زوٗنہِ تہٕ ونہٕ یوان۔ نخشبس نزدیکھ اوس ژُروأہمہِ صدی عیسوی منٛز کمپک خان ناوٕ کی اُکی شخصن پننہِ خأطرٕ اکھ محل خانہٕ تعمیر کوٗرمُت۔ موغلن ہنٛزِ زبأنٛی منٛز اوس محلس قرشی ونہٕ یوان۔ اِوٕ کنٛی پیو نخشب شہرس قرشی تہٕ ناو تہٕ وُنی کینس چُھنہٕ نخشب ناوُک کانٛہہ تہِ شہر نقشس پیٹھ موجوٗد۔ اکہِ روایتہٕ مطأبق سپُد اُٹھمہِ صدی ہجری منٛز اَتھ جایہِ (نخشب) اکھ حکیم یا ہپم ابن عطا ناوٕ اکھ بازی گار نمودار۔ تٔمی بناو پننہِ

کیمیا گری ءستیٚ اکھ مصنوٗعی زوٗن، تیٚچ روشنی کینژَن میلن تام اُس واتان۔ یہ زوٗن اُس پرٛبتھ دوہہ نخشب نش کینٛہہ میل دوٗر سیام کہ اکہ کرٛیرِ منٛز کھسان تہٕ صُبح وقتہٕ اُس بیٚیہ اُتھی اندر لوسان۔ تٔریہ رِیٚتی پتہٕ سپز تمہ کس نظامس منٛز کیاہتام خرٲبی، یمہ کِنٛز تمہِ گاش دیُن بند کوٚر تہٕ اَمہِ طریقہٕ سپُد سہٕ بٲزی گر تماشہِ ختم مگر فارسی اُردو زبانن منٛز ژٕٹ اُمی تلمیحن جاے" (۶)

اتھ سلسلس منٛز چھُ غلام احمد مہجور سُنٛد یہِ شعر دِلچسپ تہٕ توجہ طلب:

شاہ آبادٕ کی میر کیازِ اوس ژھاران قندہارٕچ زوٗن

تس کونہٕ ژیٚتس اُس پھوان ژنٛدہارٕچ زوٗن (۷)

دیو مالایہِ منٛز چھُ وننہٕ آمُت زِ ناکارٕ گرٛہدٕ چھہِ راہو تہٕ کیتو۔ یم راکھسی تارکھ چھہِ زوٗن کھیٚنٛچ کوٗشش کران تہٕ اَمی ءستیٚ چھُ زوٗنہِ گرٛہُن لگان۔ امہِ کِسے اثرس تحت اُسیٚ پرٲنی کاٗشری زوٗنہِ ہُنٛد گرٛہُن وُچھتھ ونان زِ اَتھ چھہِ زِ دیوٕ عنبگلاوان تہٕ پتہٕ واپس تراوان۔ لُکہٕ لورس منٛز چھےٚ یہِ کتھ تہٕ عام زِ یَیلہِ زوٗنہِ گرٛہُن لگہِ گوبہ کھوٚرزنہِ گرٛھن احتیاطہٕ سان رٕژٕے یوت کامہِ کرنہِ، اُکھتےٚ گرٛھن کامہِ کوچہ روٚستےٚ لوتہٕ پٲٹھی بیٚہنہِ تکیازِ شکمس منٛز پلن وٲلس شُرس چُھ گرہنہٕ مت لکنٛگ خطرٕ آسان، تِتھی ہوٚی واریاہ وہم چھ لُکہٕ لوُرک جُز۔ ازتہٕ چھےٚ پرانہِ پُیہ ہِنٛز ناخواندٕ بُجہ ونان زِ زوٗنہِ یم منٛزی منٛزی سیاٗہی سان داغ چھہِ، تم چھِس ہشہِ ماجہ ہٕنٛدِ شاپھہٕ ءستیٚ لگیٚمتیٚ۔ اما پوٚز سائینسن تہٕ نوٚو معلوماتو دیُت تِتھیں پرانین توہماتن تہٕ خرافاتن ہُنٛد جواب، ووٗنی گوٚو تعلیم

عام گژھنہٕ ستیٚ چھےٚ یہِ کتھ عام سپزٕمژ زِ زوٗنہِ یا آفتابُک گرہُن چھےٚ اکھ فطری عمل۔ اسلامہٕ مطابق چھےٚ یہِ اللہ تعالیٰ سنٛز کارسازی تہٕ حکمت۔ یہِ چھےٚ بندن ہنٛدِ باپتھ عبرت حاصل کرنُک تہٕ توبہٕ کرنُک موقعہٕ فراہم کران۔ آفتابُک تہٕ زوٗنہِ بلکہِ سارِنٕے ستارن تہٕ سیارن ہُنٛد بے نوٗر سپدُن چھُ قیامت چہ نشانیو منٛزٕ۔

دپان شرٛز چھُ اکھ حیوان یُس ژودأہم زوٗن وُچھتھ تنٛبلان چھُ۔ أمِس حیوانس چھِ ژودٕہے دوہہ وأنس آسان۔ ژامن ٹاٹھ آسنہٕ کِنیٚ چھُ کُنہِ تھزرس پیٹھ کھسِتھ، ژودأہمہِ زوٗنہِ کُن وُچھِتھ تنٛبلان زِ ژامنہِ ژکلے ما چُھ۔ أتی چھُ ووٹھ دِوان، پیٚوان چھُ بون تہٕ مران۔ پتہٕ چِھس کیٚمی ووتھان۔ تِم کیٚمی چھِ کھیٚوان اکھأکس۔ پتھ کُن یُس کنُے کیٚوم موژان چھُ، سُہ چھُ وارِ وارِ بڈان تہٕ بنان چِھس شرٛز'' (۸)

زوٗنہِ تہٕ آفتابُک کھسُن تہٕ لوسُن چھُ موت تہٕ حیاتکہِ معنہٕ رنٛگی تہٕ وُچھنہٕ تہٕ ورتاونہٕ یوان۔ تتھہٕ پأٹھی چھےٚ کأشر زبان زوٗنہِ ہنٛدِ حوالہٕ مختلف معنہِ یو تہٕ تِمن ہنٛدِ ورتاوٕ رنٛگی مالامال۔ زوٗنہِ ہنٛدِ تعلقہٕ چھےٚ أسہِ کینٛہہ پریٚژھہٕ تہٕ۔ مثلن بالس پیٹھ کوٚم یأج، نہ پلبس میأنی موج، نہ پلبس چأنی موج۔ کینٛژن علاقن منٛز چھُ ''کوٚم یأج بجایہ''کنہٕ وأج'' ونہٕ یوان۔ سأنی لُکہٕ شأعری چھےٚ زوٗنہِ ہنٛدِ تذکرٕ ستیٚ باربٔہ۔

زوٗن کھُنہ فنہ فنہ کمہِ اندٕ لوسے کمہِ اندٕ لوسے

یِٛمہِ اَنٛدٕ دستگیر صأب تمہِ اَنٛدٕ لوسے تمہِ انٛدٕ لوسے

یِٛمہِ انٛدٕ مخدوٗم صأب تمہِ اَنٛدٕ لوسے تمہِ انٛدٕ لوسے

زوٗن گھٔرٕ فنٛدٕ فنٛدٕ کمہِ اَنٛدٕ لوسے کمہِ انٛدٕ لوسے

یِٛمہِ انٛدٕ مالِیُن میون تمہِ اَنٛدٕ لوسے تمہِ انٛدٕ لوسے

یِٛمہِ انٛدٕ کرون میون تمہِ اَنٛدٕ لوسے تمہِ انٛدٕ لوسے

زوٗن گھٔرٕ فنٛدٕ فنٛدٕ کمہِ اَنٛدٕ لوسے کمہِ اَنٛدٕ لوسے



اوٗ برے تلہٕ چے کاژے زوٗنی أنیٚ کھے افلاطوٗنی یے



گوڈٕ زوٗنی پیٚزِ ہےٚ سأنس ڈٔرِچس اَدٕ زوٗنی عالمس پیٚزِ ہےٚ عالمس



زوٗن گیہِ اوٗ برس ژھاےٚ لولوژھاےٚ لولو

دوٗرن ماران گژاےٚ لولوگژاےٚ لولو



جِبلہٕ پھرنس چوٗنہِ لاگتھ بہ زوٗنہِ پرارے

رَسے رَسے ہِپتہٕ ترتم ہا دوستدارے

زَن ہو چھُکھ زوٗنہِ افتابس زومُت

زَن ہو چھُکھ نبہٕ پیٹھہٕ وہ پد یومُت (۹)



## حوالہٕ تہٕ حأشیہ:

۱ علم تہٕ ادب: ۳۔ کأشُر شعبہٕ یونیورسٹی آف کشمیر حضرت بل سرینگر۔ مقالہٕ: لفظٕچ اہمیت۔ ص: ۱۹۔
مقالہٕ نگار: پروفیسر رحمان راہی

۲ کأشرِ لُکہٕ بأتھ: جلد ا۔ کلچرل اکاڈمی: ۱۹۶۵ء مرتب: ناجی منورتہٕ موتی لال ساقی

۳ کأشُر انسایکلوپیڈیا: جِلد: ۵۔ ص: ۲۰۱۔ کلچرل اکاڈمی۔ ۲۰۱۰ء۔ نوشتہٕ نگار افتخار کرالہٕ واری۔

۴ کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ: جلد۴: کلچرل اکاڈمی۔ ایڈیٹر: محمد احسن احسن۔

۵ کأشُر انسایکلوپیڈیا: جِلد: ۵۔ ص: ۱۸۳۔ کلچرل اکاڈمی: ۲۰۱۰ء۔ نوشتہ نگار: پروفیسر مرغوب بانہالی۔

۶ مہجور شنأسی: ۱۹۹۲ء۔ مصنف: محمد یوسف ٹینگ: ص ۱۷۱

۷ کلیاتِ مہجور: ص: ۱۷۴۔ ترتیب کار: محمد یوسف ٹینگ۔ کلچرل اکاڈمی: ۱۹۸۳ء

۸ زُوزأ ژ: ۲۰۰۵ء۔ مصنف: حکیم غلام حسن شاہباز۔ ص: ۳۱۵۔

۹ کأشرِ لُکہٕ بأتھ: کاہ جلد۔ کلچرل اکاڈمی۔



# ۳۔ بۆمبر، لولر تہٕ یمبرزل

بۆمبور، لولر تہٕ یمبرزل چھِ کأشرِ شأعری اندر یَسلہٕ ورتاونہٕ یِنہٕ وألی تعشوقہٕ رکردار۔ لُکہٕ شأعری أسی تن، تخلیقی شأعری أسی تن یا لُکہٕ نثرِ کنو تخلیقی نثر، یم کردار چھِ ضرور رِپٹَن حِصہٕ اداکران۔

وننہٕ چھُ یِوان زِ بۆمبۆر تہٕ لولر چھِ تژ کہِ توارٟخی رکردار، یم وقت گُذرنس ستی ستی لُکہٕ باؤ تژہنٛدِس وشال وۆلرس منز شرٛ پتھ گیہِ تہٕ ورتاون والیو اَمہِ کُے حِصہٕ زأنتھ ورتأوی۔ مورخ حسن شہن چھُ وقایع کشمیر کہِ حوالہٕ بومبورس متعلق لیۆکھمُت:

''۱۵۲۲ اکل یُکس منز دیٛت بۆمبورن کلس بادشأہی ہُنٛد تاج۔ رَیتھ رِچھنس تہٕ انصاف ورتاونس منز کۆڈُن پان توٚن۔ مُلکہٕ رکس کامہِ کارس رِتی پأٹھی واتنہٕ رکنی تھوِن سأری، اَدِ یا تم خاص لُکھ أسی یا عام، رأضی۔ ہنگہٕ منگہٕ گوٚ پیٛتر بأے کاکنہِ پتھ پھلوأے، یَس لولری ناو اوس۔ کھِمن چین تہِ موٚتھس تہٕ عیٛنٛدر تہِ رأوِس۔ یۆ تام عشقہٕ بأتھ گبوان گبوان مجلۄنہٕ ہنٛدی پأٹھو وَنَن پھیرِ لوٚگ راتس دوہس

اوس ونان لولو، لولو، لولری۔ چھیکرس گیہِ لوٕلر تہٕ اُمس پتھ دیوانہٕ، دوٕنوے لَدِکھ قاد۔ دوٕنہٕ وَے موٗدِی قادس منٛز۔ تہٕ اَکی ہے آوریٛنہِ منٛز دیٛتھکھ داہ۔ اَمی رازن کراُٹھن وٕرِین حکوٗمتھ''

(تاریخ حسن جلد ۲، ص ۳۴۔ کاشُر ترجمہ: شمس الدین احمد)

رازٕ بوٗ مبورٕ نی یہِ عشقہٕ ڈلیل اَس تمہِ زمانہٕ بروٗنٛہہ لگہٕ ووترِ یک حصہٕ بنیٛمژ یَیلہِ مورخ کشیرِ ہنٛدِس تحریری توٲرٖیخس تسلسُل دِنس ستی آوٕری اَسی۔ رازٕ بوٗ مبوٗ ربنیو ولگہٕ باوٕ ژ منٛز عاشق سنٛز علامت تہٕ لولر معشوقہٕ سنٛز۔ دپان لول، لولو، لوٕلر، لولرِ، لولرے وغاٲرٕ لفظ چھِ اَمی عشقہٕ دلیلہِ ہُنٛد دیُت۔ یمو منٛز چھُ پرٛتھ کانٛہہ لفظ لول، حُب تہٕ پاننیارُک ترجمان۔ حالانکہِ ''لوٕلر'' لفظ سپُد تخلیقی شاعری منٛز تہٕ یَسلہٕ پاٹھی استعمال تہٕ لگہٕ شاعری منٛز تہِ۔ حضرت شیخ العالمؒ شیخ نورالدینؒ ریٛشی صابن تہِ چھُ یہ لفظ خاص معنیہِ لیس منٛز ورتوومُت ۔

صاحب ستی ییی مہمانس
تہٕنٛزِ لولرِ کینٛژھا دِزے
یہِ دِکھ پرٕس تی چھُے پانس
کرٕد مو مسلمانس پزے

تہٕ شاعرِ رومان رسول میر شاہ آبادی ین کوٗر ''لوٗلر'' لفظ یتھہٕ پاٹھی استعمال:

متہٕ روزہ دماہ روزٕ دربم چانہِ لولرے
شرٛوٗنہٕ دار سوٗنہٕ سنٛز بنٛگر گربم چانہِ لولرے

لُکہٕ شاعری منز چھےٚ اَمِس راز بۆمبور سنز "لولر" لۆلی دبد تہٕ بنان، وُچھِوا کِہ نِنہٕ باَتک یِہ بند۔

پتھ کالہٕ کے رازٕ بۆمبورو

لۆلی دبدِ پتھ گوکھو

از کالہٕ کے بد بۆمو

لتھ پیٚیہٕ مو کرتٕھے

رازٕ بۆمبۆرتہٕ لولرِ ہنٛدِس رۆمانس لرِلوٚر رچھ سائنس لُکہٕ وۆترِس منز بۆمبر تہٕ یمبر زلہِ ہُنٛد عشق تہٕ مشہوٗر۔ بۆمبُر چھُ تُلرِ ذاَژ ہُنٛدا کھ وُپھہٕ وُن کیۆم، تیمی سُنٛد ءگس مشہوٗر چھُ تہٕ یمبر زل چھُ یوٗنہِ سونتہٕ پھولہٕ وُن اکھ سفید تہٕ لیۆ دُرکھاسی چالہِ پوٗش۔ ورگہٕ پاَٹھی چھِ یمبر زل کاَنٛسہِ حسین نازلہِ تہٕ ونان تہٕ بۆمبر کاَنٛسہِ حسین عاشقس۔ لُکہٕ روایت چھےٚ زِ بۆمبُر چھُ یمبر زلہِ ہُنٛد عاشق مگر یمبرزل چھےٚ سُلہِ سونٛتہٕ پھولتھ سُلی برٕ گرٛھان۔ تِہنٛدِ برٕ گرٛھنہٕ پتےٚ چھُ بۆمبر اَمِس ژھارنہِ یوان، یتھہٕ پاَٹھی چھُنہٕ یمن زانٛہہ تہٕ مێل گومُت۔ لُکہٕ روایژ چھُ امیٚک یہِ المناکھ پہلو تہٕ رژھرووُمت زِ مێل گرٛھنُک چھُنہٕ سوالے تمو چھُنہٕ اکھ اَکھ سُنٛد دیدارتہٕ کوٚرمُت۔ اَہنٛدِ رومانٹک یہِ المیہ پہلو چھُ کاشُرِ شاعری منز پھری پھری مختلف معنہٕ یو باپتھ ورتاونہٕ یوان۔ عبدالاحد آزادن وۆن ے

یمبرزل چانہٕ امارے گُمژ چھس باژرے بومبرو

ژٕ ژٕم چامے گیس پھلواہ چانے لولرے بومبرو

ژٕکمیوسوندرے وۄلہم وُپھے ءگس ءگس کران ژۄلہم
مے یامتھ نظرے ڈۄلہم پیٚیس بے خودلرے بومبرو

تہٕ غلام احمد مہجورن وۄن ۔

یمبرزل لٲجتھس داوس گیٚس حٲران یہٕ کس ونہٕ کیٛا
دیان چھس صُبحہٕ کس واوس بہارس شبنٕمس ونہٕ کیا

کأشر بوصوٗفی شاعرو ورتأوی بۄمبر، لوٕلر تہٕ یمبرزل ہٕوی رومأنی کردار
متصوٗفانہٕ معنہٕ یوباپتھ ۔ مثلن

کرِمے پوشن گوندرے
ہا یارٕ چانے لولرے
سُے زانہِ یَس مانے ترے
ہار یارٕ چانے لولرے

(احمد ڈار)

یاوہاب کھار صأبُن یہِ شعر ۔

پانے یمبرزل بومبوٗر وُچھ مے پانے چھُے سہٕ اظہار
پانے در باغ روشہٕ روشہٕ وُچھمے پانے گرِتھ پأراو

تہٕ رمضان بٹ گنستان سُنْد یہِ شعر ۔

بہ یمبرزل پھۄج سے ونہٕ نے
میون کہٕ نے گوٗوے نابومبرو

لُکہٕ شاعری ہٕنزن مختلف وٕتیٚ ذأ ژن منز چُھ بۆمبرتہٕ یمبرزولہِ ہُند عشق یسلہٕ پأٹھی جاے پراوان رودمُت ۔ ونہٕ وُن اُسی تن، رۆوأسی تن یا خاندرٕ گیوٗن، یم تعشوقہٕ کردار چھِ ضرور نظرِ گژھان ۔ بوزوے تہٕ یتھین شعرن اندر چھےٚ سادگی ژرتہٕ اپیل زیادٕ ۔

بۆمبرو یمبرزل پُر خمارے
بومبرو چانہٕ امارے ستیٚ
بومبرو یمبرزل چشم بیمارے
بومبرو چانہٕ امارے ستیٚ
بۆمبرو لولرِ روے چُھکھنہٕ ہاوان
ژٕ کمو بامن چھاوان چُھکھ
ازلنہٕ والہِ واشہِ کور سنہٕ ژلہٕ بو
بلہٕ یو چانہٕ دیدارے ستیٚ
(ونہٕ وُنی وژن)

یایہِ لُکہٕ بأتھ ۔

نیرو نیرو باغ کُن نیرٕ بۆمبٕرو نیرو بۆمبورو
یمبرزلہٕ وایہ نے سازو سنطور و سازو سنطٕرو
پیالہِ ہتھ پیاران چھےٚ سودرگہٕ حورو چھےٚ سورگہٕ حورو
تہٕ گرِتھ دیاتھ نادِم سُند مشہوٗر نغمہٕ یُس بذأتی لُکہٕ لیٖپ ہیٚتھ لیکھنہٕ آمُت

چھُ، چھنا بۆمبرتہٕ یمبرزلہٕ ہُنٛد المیہ رومان پیش کٕرتھ پوشہٕ وُنی شوہرتھ پراوان

بومبرو بومبرو شامہٕ رنگہٕ بومبرو

یٔت کیازِ چھُکھ نالانو

اکھ دِلچسپ کتھ چھےٚ یہِ زِ بانہٕ ہأج بالہِ کٮ۪ن انتہأیی تھزرس پیٹھ چھَ نوگام تہٕ موہہ منکت بالہٕ تیغن درمیان اکھ جاے۔ یتھ بومبرٕن باغ ونان چھِ۔ اَتھ پُراسرار جایہِ متعلق چھ مقأمی روایت زِ اَتہِ چھےٚ دوٚہس راتس پٕرٕی یہِ ونہٕ وان۔ اَتھ جایہ تام واتن وأل چھِ پہاڑی جڑی بوٹٮ۪ن تہٕ پوشن ہنٛدِ مُشکہٕ ستٟ بے ہوش گژھان۔ بنان چھُ زیادٕ تھزرس پیٹھ تہٕ دۄرآسنہٕ سببہٕ، ما آسہِ اَتھ یہِ پُراسرٲریت پُشراونہٕ آمٕژ تہٕ ہفتا کالہِ ییٚلہِ رازٕ بۆ موٚ ر پھلوأے گٕژھتھ ونن پھیران آسہِ ہے، اپأرِ تہٕ ما آسہِ ہے پۆ کمُت یا اتہِ ما آسہِ ہے رۄ دمُت۔ اصل کتھ چھےٚ یہِ زِ لکٕہٕ وۆٹُر چھُ پانس اندر بے شُمار حیرت انگیز واقعات تہٕ اسرار رچھان آمُت، یموٚ منٛز وارٕیاہن ہنٛد اصلس تام واتُن نہ صرف مُشکل بلکہِ ناممکن چھُ۔ منشوٗر بانہألی چھُ بۆمبرن باغ تہٕ پٕرٕی یہِ نغمہٕ فطرتہٕ کی اوصاف گنزرأوی متہٕ۔

اوصاف وولہٕ وُچھ فطرتکٕ وُچھ نغمہٕ پٕرٕین ہنٛدی
وولہٕ اکھ دماہ، رہنہٕ اوڈ، بۆمبرٕن باغ، پتھ ہالن
(منشوٗر بانہالی)

☆

# ۴۔ یِندرازتہٕ یِنْدرازٕن دربار

اِندر یا یندراز چھُ اکھ اہم دیو مالأیی کردار۔ رِگ وید کین وارِیہن بأتن منز چھُ أمِ سُنْد بجر وکھناونہٕ آمُت، یہِ چھُ دیوتاتہٕ تہٕ رازٕتہٕ۔ ویدک دورس منز أسی ہیٚنْدی یندرازس پوٗزا کران۔ أمِس سٟتی چھِ وارِیاہ کارنامہٕ منسوٗب۔ سُہ چھُ طاقتور رازٕ، نیٚہ نیٚہ کروٗنس رتھس پیٹھ سوار، اتھس منز چھُس سونہٕ سُنْد کمِچہٕ۔ دپان ترٛٹھ چھُس کرٛھس تل۔ أمِس چھےٚ وارِیاہ کامہِ مٔتہِ مثلن روٗد والُن، آفتابس رأچھ کرٕنۍ، بُتھۍ پھرِبن تہٕ بدی کرن والین تاراج کرُن، سوکھ ساوے پھرٕنۍ۔ نیکی تہٕ اخلأقی بجرتہٕ چھِ تیٚسْندِ بن صِفتن منز شأمِل۔ دپان یندراز چھُ آفتابُک عاشق۔

یندراز چھُ سورگہٕ لوٗکس منز۔ یتھ یندرلوٗک تہٕ ونان چھِ قرار گرِتھ۔ تتہٕ چھُ بہارٕ ے بہار۔ دیو مالایہ مطأبِق چھِ اتہِ پوشہِ چمن، رُت فضاء، تہٕ سوکھ ساوے۔ اِندرلوٗکس منز چھُ اِندر سُنْد بوٚڈ دربار۔ یتھ منز یندراز سفید پوشاکھ لأگِتھ، مرٛھن مرٛھہٕ بند گنْڈِتھ تہٕ کلس تاج دِتھ چھُ۔ اتہِ چھےٚ گتہٕ رینہٕ رٕقص کران، گنْدرچھِ گوٚان تہٕ نژان۔ سوزتہٕ ساز چھُ جأری۔ اپسرایہ چھےٚ حأضِر۔

کأشرِ زبأنِ منز چھے یندرازس پننی جاے حأصل۔ یہِ چھ لگہٕ وٕترس منز تہٕ تہٕ کأشرِ شأعری منزٕ تہِ ورتاونہٕ یوان۔ اَتھ منز چھ یہِ شان وشوکتچ، عأش و عشرتچ، گوبنچ، گندنچ، نزٕنچ، خوشحألی تہٕ خوبصوٗرتی ہنز علامت۔ اندراز، یندرازٕن دربار، شاہِ یندراز تہٕ سوزِ اندراز ہوی لفظ تہٕ اصطلاح چھِ ازتہِ ورتاوس منز۔ کأشرو صوٗفی شأعرو چھِ یِم مختلف معنہِ ین منز ورتأوی متی۔ پروفیسر محی الدین حاجنی سِندِ مطأبق چھ:

''اِندر دیوتا سُنْد'' آسمأنی نغمہٕ'' گوڈٕ ہندو فلسفس منز تہٕ پتہٕ کأشرِس تصوفس منز ووتمت۔ امہِ نغمُک سوز چھ أکِس خاص روٗحأنی حالس اندر سألکس سرِ گژھان، ییٚتہِ تس اَمہِ کہِ غأبی ترنُمہٕ ستی وجدأنی لذت چھ یِوان۔ یتھ مقابلہٕ دُنیاہکی سأری نغمہٕ بے ہنگام شور وشر ہوی چھِ باسان۔ کأشری صوٗفی شأعر چھِ اَتھ نغمس اموٗب ''سوزِ منصوٗر'' تصوٗر کران، نتہٕ تتھ سوزس ہم نوا زانان، یُس سألکس چھ ''سُلطانِ اذکار'' وظیفہٕ کماوان کماوان محسوٗس کران''

(مقالاتِ حاجنی)

پنٛدراز نہِ دربار نغمہٕ کران چھی پرٛستانو
سوزِ منصوٗر وَزان کن مے دِژاوگوس دیوانو

یا

شش دکلہِ یندرانہ باغ یٚہاون ریوبم کھرِتھاون

لولہٕ مایہ یندرازخۄنِ دِل چاون          کلامہٕ نے گُفتار

(احمد بٹوٲری)

رۄمانی شاعرو منز چُھ یندراز سُند ناو گوڈنی رسول میرس نِش نظرِ گژھان۔ تیمیٚ تخیُّلی طور پتہِ کونگہٕ ہُند پازیبہٕ شروٗنی بوزناوٕنہٕ باپتھ یندرازتہٕ سورگہٕ منز دیوانہٕ بناوِتھ زمینس پێٹھ وول۔

روٗنہِ گوڈٕ گٔے یامتھ بوزُم ساز

تی بوزنہٕ پانہٕ آو شاہ یندراز

پوشہِ مال چھم پوشہِ ٹلو ڈایہ ِ لولو

رِنٛدٕ پوشہِ مال رِندنے دڑایہ لولو



کأشرِ بن پنڈی تن ہِنٛدِ بن خاندرٕ رسمن منز دپو گون، دارِ پۄزا، مہرازس استقبال کرُن آسہِ یاشُرِس میکھل دِنی آسہِ، ونہٕ وُن ہُر بن منز چُھ اندر دیوتا سُنٛد ذِکرضرۄ ریوان، اکھےٚ مسلمانن ہِنٛدِس ونہٕ ونس منزتہِ مثلن

کنہٕ گِژھ رٕنی ٕے تازے تازے

شاہ یندرازے دانا کھےٚ

(مہرازٕ سبہ بتہٕ دِینُن)

یتھے پأٹھی بٹہٕ ونہٕ وَن کیمن یمن ہُر بن منز:

سٔدرِ کھۄت لٔدرِ پھۄل کورِ ہُنٛد لونٛے
یندرازُن یَنہِ ووٗلے آو

یندرے لوکہِ رِکس یندرازس تَے
پَزِ ہے یێمہِ گرِ یوت واتون
نانارٔنگی پوٗش تٔمۍ ڈالہِ سوزۍنس تے
گرٛ ڈتے مہنٛیوِ دورآوِتوس

کلشش پۆز کرکونگہِ تے سیٛنٛدرے
یٔندرازِ بۆیہِ نے جے جے کار



کتابیات:- ا۔مقالات: مصنف محی الدین حاجنی

# لُکہٕ باوَتھ، ریوایژ تہٕ حضرت سلیمان

لُکہٕ لیہٕ ہُنٛد شاعرِ تہٕ کتھہٕ گوڑ عبدالکبیر میر اوس آرمُلہٕ روزان۔ آرٕمُل گام چھُ پُلووم تحصیلس منٛز۔ عبدالکبیر میر چھ کبیر میر آرٕمُل ناوٕ سٟتی زانٛنہٕ یوان۔ تسُنٛد زاسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ چھُنہٕ شبقہٕ پأٹھی معلوم۔ تاہم چھُ ڈاکٹر حسرت حسین أمی سُنٛد اَتھ سٟٹھی زاسنہٕ ۱۸۸۳ء ونان (۱)

کبیر میرنی زٕ منظوٗم قصہٕ زِنٛی مزوٗر، گاڑہ ہانٛز کوٗر تہٕ حض سلیمانؑ چھِ دسیاب تہٕ تہٕ مشہوٗر تہِ۔ زِنٛی مزوٗر قصہٕ چھُ بقولِ ڈاکٹر حسرت حسین ۱۹۵۳ء منٛز شایع سپُدمُت تہٕ یہِ چھُ امیُک دوٗیم ایڈیشن۔ گوڈنیُک ایڈیشن کراوس شایع سپُدمُت، تہِ چھُنہٕ معلوٗم۔ حسرت صأبن چھُ لیوٗکھمُت زِ ''زِنٛی مزوٗر چھےٚ کأشرِ زبأنی ہنٛز اکھ معروٗف تہٕ سٟٹھہٕ ہے مشہور داستانوی نظم۔ یہ نظم چھےٚ کبیر میر آرٕمُلی شاید فارسی پٮ۪ٹھہٕ پھِرٕمٕژ (۲)۔ اماپوٗز کبیر میرن أساہ یہِ نظم فارسی پٮ۪ٹھہٕ پھِرمٕژ، چھُنہٕ صحی، لفظ ''شاید'' ورتأوِتھ چھُ حسرت صأبس تہِ اَتھ پٮ۪ٹھ شکھ۔ نظمہِ ہُنٛد انداز، زبأنی ہُنٛد ورتاو، قِصُک سیاق وسباق، چھُ صاف ونان زِ یہِ قصہٕ چھُ لُکہٕ دوٗترِ منٛزٕ تُلنہٕ آمُت، یوٗہے یوت نہٕ کبیر میرن چھُ دوٗیم قصہٕ ''گاڑہ ہانٛز کوٗر تہٕ حض سلیمانؑ'' تہِ اَمی إٓ گراونمُت۔

یم حرف لیکھن وألِس ، یُس کتابچہٕ وُنی کیٚن بروٗنہہ کنہٕ چھُ ، اَتھ چھُ ناو "مجموٗعہ غزلیات کشمیری۔ زِنی مزوٗر پوٗرِ ترٛےلنجہٕ ۔ قِصہٕ حضرت سلیمانؑ گاڈٕ ہاٹزکوٗر یعنی یوسف نامہٕ حِصہٕ سوٗم۔ مُرتب: ہاکر عبدالا احد بخشی، ساکن نایدکدل، سرینگر۔ فاروق اینڈ کوتاجرانِ کُتب بہوری کدل سرینگر" اتھ کتابچس چھِ شراہ صفہٕ، شایع سپدنک سنہٕ چھُس نہٕ کُنہِ جایہٕ دِتھ۔ پتِمِس مل ورقس پیٹھ چھُس غلام محمد نور محمد تاجران کُتب والیٚن ہُند اشتہار دِتھ۔ کبیر میر نہٕ دوٚیوٕ قِصو علاوٕ چھِ اَتھ منز غاٗلب ترالی، رسول میر، وہاب کھار، عبدالا احد آزاد، غلام نبی دِلسوز تہٕ محی الدین نوازرتن پوٗری ہِندی اُٹھ باتھ تہٕ شاٗمِل۔

یم دوٚنوے قِصہٕ چھِ کٲژیاہ لُکہٕ کتھن ہِندی پاٗٹھی گردِشس منز روٗزِتھ ہفتا کالہٕ پیٹھہٕ سینہٕ بہ سینہ اکہٕ پُیہِ پیٹھہٕ بیٚیِس پُیہ تام واتان روٗدی متی ، بیٚلہٕ کُنوہمہٕ صٔدی عیسوی ہِندِس سورن کالس منز کبیر میرن یم دوٚنوے قِصہٕ منظوم کٔری ، یِمن گیہٕ زبردس عواٗمی مقبوٗلیت حاٗصل۔ کھہن کھلن ، صوٗفی مجلسن تہٕ موسیقی ہنزن مجلسن منز اٗسی لُکہٕ موسیقی ہِندی فنکار یِمن منظوٗمن ہنز گریز ٹُلان۔ اَمہٕ قسمہٕ کیٚن منظوٗم قِصن چھِ "پد" ونان۔ لُکہٕ موسیقار چھِ یِمن داستاٗنی طرزس منز خاص اندازٕ گوٚوان۔ "پد" لفظس چھِ واریاہ لغوی معنہٕ مثلن روتبہٕ، قدمن ہِندی نشانہٕ ، باتھ، اماپوٚز اصطلاحس منز چھےٚ "پد" سوشعرٕ ذاتھ یتھ منز کانٛہہ داستان رواٗنی دارٕ بِجس منز تمثیلی آیہٕ منظوم آسہِ کرنہٕ آمُت ۔

پروفیسر غلام نبی فراق چھِ لیکھان

''پد'' چھےٚ اکھ شعرٕ ذاتھ بِذأتی کأشر ۔ کِتھو لحاظوتظمہِ نزدیکھ تہٕ کِتھو لحاظوتھ دوٗرتہِ ۔ اَتھ اندر چھےٚ نظمہِ ہنٛز وضاحت، غزلُک غزلُت تہٕ لفظن ہُنٛد سازُت، ییٚمہِ لحاظہٕ برقرار تھاوُن ضروری بنان زِ اَتھ منٛز چھنہٕ وزنہٕ کہِ لحاظہٕ سو پابندی تھاونہٕ آمژ یوسہٕ پابند شأعری منٛز وُچھنہٕ یوان چھےٚ ۔ پرٛتھ پدس پچھےٚ پنٛنۍ ہیّیت تہٕ پنٛن اسلوٗب ۔ بعضے چھُ اَتھ منٛز اکہِ مسدس بندٕکۍ پأٹھۍ شییٚو مِصرعو منٛزٕ گوڈنکین ژٕون مصرعن اکھ تہٕ پتٕمین دوٕن بیاکھ بحر آسان ۔ بعضے چھُ پرٛتھ ژُمصری بندُک ژوٗریُم شعر قافیہ دار آسان ۔ ہیٛژ ہنٛز اَتھۍ آزأدی پیش نظر چھےٚ پتٕ موٚ کأشرو شأعرو اَتھ منٛزٕ پنٛنۍ تمثیلی داستان گُھلہٕ ڈُلہٕ پأٹھۍ پیش کٔرۍمتۍ، (یہٕ بامے احمد بٹوأرنۍ ''نے'' چھےٚ یا رحمان ڈارُن'' شش رنگ'') ۔ اَتھۍ زأژ اندر چھےٚ بیاکھ نظم ''زنۍ مزوٗر'' یتھ منٛز قریب قریب کتھہٕ بحر ہیوٚ ورتاونہٕ آمُت چھُ ۔ اتھ منٛز چھُ پرٛتھ مصرعُک پتٕیُم لفظ ہم آواز، اماپوٚز باقے پدن مقابلہٕ چھُ نہٕ اَتھ منٛز وزنُک خیال تھاونہٕ آمُت'' (۳)

کبیر میرنہٕ یمن دوٕن منظوٗمن منٛز تہٕ چھِ پدطرزس منٛز زٕلکہٕ داستان باونہٕ آمٕتۍ ۔ پروفیسر محی الدین حاجنی ین چھُ یمن کأشرِ شأعری ہنٛز اَنتھالوجی منٛز ''روانی بأتھ'' (۴) ناد کوٚرمُت ۔ کبیر میرنہٕ دوٕنوٕنۍ پدن چھُ عوامس منٛز پاٹھ پھیرتہِ ۔ یہ پاٹھ پھیر چھُ شایع گمتمین کتابچن منٛز تہٕ نظرِ گژھان ۔ نہ صرف پاٹھ پھیرٕ بلکہِ چھےٚ مصرعن ہنٛز گرنٛد تام مختلف ۔ یہٕ چھنہٕ کانٛہہ غلطی

ئلکہِ چھُ یہِ ثبوٗت اہنٛدِ عوٲمی مقبوٗلیتُک تہٕ لُکہٕ لیہِ ہنٛدی چیز آسنُک۔

زیرِ نظر چھاپی کتابچہِ موسوم بہ "مجموعہٕ غزلیاتِ کشمیری، زٕنی مزوٗر، پوٗرٕ ترٛے لنجہ، قصہٕ حضرت سلیمانؑ" گاڑہ ہانز کوٗر یعنی یوسف نامہٕ حِصہٕ سوٗم" ہس منٛز چھے گوڈنچ پد یتھہٕ پاٹھی درج:

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأجنم وَس

روز دماہ بوز قِصہٕ سلیمانؑ بخت یأری نو کأنسہِ کران

تختِ روانس پیٹھ اوس سلیمانؑ تأبیاہ أسس جن تہٕ انسان

وقتہٕ اکہِ وُنہِ رووُن لَس بے عارن ہو زأجنم وَس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأجنم وَس

برتخت اوس حضرت سلیمانؑ پادشاہ وتہِ اوس پکان سأیلاہ

بُڈاہ اکھ خمیدٕ گوٗمُت سبھٲہ أمی کوٗر عرض یا رسول اللہؐ

یا حضرت سلیمانؑ پادشاہ کینژھا دِیو در راہِ خدا

جگر مُژرووُن لعل دِیتنس

بے عارن ہو زأجنم وَس

شکس لدن پیٚلہِ ژوٚٹ اتھس کنتھ لعل نہ روٗدُس ہوش نہ روٗدُس حال

تارٕ تران گوٚس دریاوٚس ڈٚکس ژٚنڈ لاگن پنہٕ نِس نصیبس

ییٚلہِ نصیبہٕ آسہِ ہے غرٖپس اِولے غرٖبی کیاز پیٚہِ ہیٚس

وِزِنا ییٚلہِ نہ پۆریوم نصیپس

بے عارن ہو زأجنم وَس

لعل رأوِتھ وۆوُدن کوتاہ دیوانہٕ عقل سپزِس تباہ

گۆو پیٚش سلیمانؑ پادشاہ دوبارٕ ہو لویہِ نَس صدا

مژھہِ مُژرووُن ڈویم دیٚتنس بے عارن ہو زأجنم وَس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأجنم وَس

ڈویُم لعل تھوُون دستارس عقل کتہٕ پیدا کم نصیپس

پکان گۆو میدانِ عرفاتس آگر پچھنہٕ نظر ترأونس

ہمے دستار ہو لعل نیۆنس بے عارن ہو زأجنم وَس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأجنم وَس

ڈویُم لعل روو زِنی مزۆرس ۆوُدن کوتاہ پنہٕ نِس نصیپس

نظر پیٚہِ پادشاہ سلیمانس بزۆدی منگہٕ نووُن خدمتس

ہٹیٚگ مژرووُن لعل دیٚتنس بے عارن ہو زأجنم وَس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأجنم وَس

ژُیم لعل تھوُن مٔز چندس          میدانہِ مٔنزی دژاو گرِ پانس
شِکسکہِ تاپہٕ ہو نِندرٕ پییہِ تَس          ژۄر آیہِ پلوو سان نیٚوٚہس
شکس لدس کیا اوس طالع تس          بے عارن ہو زأجنم وَس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأجنم وَس

ییٚلہِ بیدار گوٚو زنٛی مزۄر          نظراہ گٔرِن پانس پۄر
تسلی گژھتھ گوٚو گرِ پانس          زنانہِ دۄرے نظر کرنس
تنہٕ کتہِ اوسُکھ دوہس          ییٚتہِ کیٛاہ دِمے عیالس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأجنم وَس

ہزار ہزار بُڈن ۆونہٕ نس          لیس مردس شِکس آسہِ نصیبس
زنان زورآور آسہِ تس          در عُمر امر نو زاتھہ مائیٚس
ونیونس تے کونہٕ مونہٕ نس          بے عارن ہو زأجنم وَس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأجنم وَس

گرِ دژاوِ ژیری وقتِ شامس          دۄر گوٚو أرکس میدانس
تنتہِ اوس ودان رأتی راتس          نظر پییہِ أرکس پادشاہس
برزۄدی منگہٕ نۄوُن خدتس          دوٚپُس ودان کیاز چھکھ نصیبس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأ جنم وَس

بُڈن جواب پھیرتھ وۄننس نصیپس پۄریوم نہٕ شِکس لدس

یہِ بۄزِتھ اثر گۄو پادشاہس صبجنَس وزٕیری بخشنس

دِگرنس وولُکھ عید گاہس ہۄس آو کھورن سٕجدٕ کۄرنس

پأز آو نمس بیۄٹھ لتس رخت بدلووہس تاج دیشتنس

خلعتِ شأہی گۄنڈنس بے عارن زأ جنم وَس

احوالِ دِل باوے کس

بے عارن ہو زأ جنم وَس

پاٹھ پھیرِ وُچھنہٕ خأطرِ چھ ڈاکٹر حسرت حسین سٕندِس کتابچس منز درٕج کرنہٕ آمُت یۄ ہے "پد" یتھین پیش یوان کرنہٕ۔ اَتھ کتابچس چھُ حسرت صأبن ناوُ دیتُمُت "کبیر میرُن زِنی مزٔور (مع یاون ژۄٔر)"۔

بیکس احوال باوے کس ہے ویٚسی ڈٕزٕ مےٚ نارے وس

شکس لدس ہے ہأل آسہِ کرنس اولے غریبی کیازِ پیٚنیس

دوہہٕ اکہِ زِنی مزٔور دزاو بورس زِنی بور وولُن گرٕ سلیمانسؑ

سلیمانسؑ لعل اکھ بخشنس دزاو زنی مزٔور گرِ گُن پانس

زنی مزٔورن لعل تُل تھوُون منز اَتھس تارِ ترن اوس ڈٕریاوس

یتُھے تارِ ترن دٕریاوس اتھہ منز لعل پیوٚس گوس آبس

وٚوُن کوتاہ دوہس راتس     دٚوپُن خدایا کتھ مصیبتس لوگتھس

ووں کیا دِمہٕ کالہٕ چِن عیالس     تارٕ ترٕوُن لعل گوٚو دٕریاوس

ہے ویٚسی دٕزمےٚ نارے وَس

بے کس احوال باوے کس

بیٚیہٕ دراو زِنٛی مزوٗر زِنٛی بورس     زِنٛی بور وولن رٕنش ووت سلیمانسؑ

سلیمانسؑ ژوٗنُس وَن زِنٛی مزوٗرو     لعلس کیا کوٚرتھس

دٚوپنس ، پادشاہم     ییلہٕ نہٕ پوٗریوم نصیبس

دوہے لاچار زِنٛی مزوٗر کوٚرنس     یِی بوزِتھ عار آو سلیمانسؑ

ژھانڈُن ماوُسس، ہُمٕ ژویم لعل دیٚتنس     زِنٛی مُزوٗرن لعل تھوو مٔنز دستارس

شِکسٕک دستار پیٹھ وٚولنس     دژاو گرٕ گُن پانس

تارٕ توٗر ٹھیکھ پأٹھی دٕریاوس     مٔنزی پکُن اوس میدانس

نظر پییہٕ آگر پچھنہٕ ژھٹھ دِتھ نیوٗنس     بیٚیہٕ وٚوُن کوتاہ دوہس راتس

دٚوپُن خدایا، کتھ مصیبتس لوگتھس     ووٚنی کیا دِمہٕ کالچس عیالس

زانہہ نا پوٗریوم نصیبس     ہے ویٚسی دٕزمےٚ نارے وَس

بے کس احوال باوے کس

ہے ویٚسی دٕزمےٚ نارے وَس

بیٚیہٕ دژاو زِنٛی مزوٗر پننس کاروبارس     ووت مٔنز جنگلس

زِنٛی بور وولن خیال گوس بیٚیہٕ دِمہٕ سلیمانسؑ     رٕنشہٕ ووت سلیمانسؑ

سلیمانؑ وونس وَن زِنی مزوٗر روناوچونے کیا　　ناومیون سُلہٕ اوسُم ونہٕ نس گوم شام
یِی وٗنان عار بیٚیہٕ آوتس سلیمانسؑ　　تٔمی ترٛیم لعل بخُشنس
زِنی مزوٗرن لعل تُل تھوون منز چندس　　شِکسٕچ ژادر پٔٹھہٕ وٗجنس
دراو گرِ کُن پانس　　تارٕ تۄر ٹھیکھ پأٹھی دٕریاوس
منزی پکُن اوسُس میدانس　　نظر پییہٕ دُزدان عربہٕ کس ژوٗرس
تٔمی جامہٕ ہتھ ژوٗرِ نیوٗنس　　بیٚیہٕ وۄدُن کوتاہ دوٚہس راتس
ڈوپُن خدایا کتھ مصیبتس لوٗگھس　　ووٗنی کیٛاہ کاچس دِمہٕ عیالس
دراو زِنی مزوٗر گرِ کُن پانس　　گرِ زنانہٕ کوتاہ لوٗنیس
کیٛاہ بنیوو کیٛا بنیوو زنی مزوٗرس　　ہے ویٚسی دٕزمے نارے وَس

بے کس احوال باوے کس
ہے ویٚسی دٕزمے نارے وَس

ڈوٚنپس وصیت چھےٚ نصیحت رٹھ پانس　　زنانہٕ مقدم بنیوو مردس
ظلماتِ سکندری یود آسہِ تُس　　دِل پھُٹ زنی مزوٗرس
دعا مونگن پاک پروردگارس　　پاک ذاتن دُعا قبوٗل کوٚرنس
ہوٚس آو سٔجدٕ کوٚرنس　　پأز آو نمس بیوٗٹھ تس
پاسوأنی اُستھ پادشأہی بنیٚیس　　ذاتن مول تھوو دِل پھُٹہٕ نس
ہے ویٚسی دٕزمے نارے وَس　　بے کس احوال باوے کس

(حسرت حسین مند کتابہٕ پٔٹھہٕ نقل مطابق اصل)

کبیر میرٕنی امی طرزٕ چ بیاکھ منظوٗمہٕ ہن چھےٚ "قصہٕ حضرت سلیمان وگاڑٕ ہانز کوٗر" اَتھ منز تہٕ چھ پاٹھ پھیرٕ۔ یہٕ پھیرٕ وُچھنہٕ باپتھ چھہٕ اَمہٕ چہٕ دونوے چھاپی صورژ نیتھن پیش کرنہٕ یوان۔

(۱)

دوہہ اکہٕ سلیمانؑ دژاو سائلس ووت منز شہرس

اَتہٕ آسہٕ غریب کورٕ ووکران یمن منز اَس غریب گاڑٕ ہانز کوٗرا

نظر پییہٕ غریب گاڑٕ ہانز کورِ حضٕ سلیمانس کُن آلیس یہے ژوپنس پادشاہم

ہکھ نامیٚتہٕ خدمتس ستیٚ پانس کبر گوٚو حضٕ سلیمانس

دوٚپُن کیا یہ غریب گاڑٕ ہانز کوٗر ہیٚمہٕ نا بہ خدمتس ستیٚ پانس

یی ونان ووت منز شہرس ترٕیش لجس حکم کوٗرن وزیرس

وزیرٕ بوٗزتھ تغافل دیتنس ترٕیشہٕ ہُنٛد جیرٕ آس پانے ژوتھ پیٚٹھ دریاوس

یتھے اتھہٕ ترووِن دٕریاوس گاڈ آیہٕ مُہرٕ نبوّت نیوٗنس

وُچھتو کیاہ بنیوٗ سلیمانسؑ کبرُک پھل ہووٗکھ سلیمانسؑ

وُچھتو کیا بنیوٗ سُلیمانَس

بے عارن ہو زأجنم وَس

اپأری اوس کھسان گاڑٕ ہانزاہ اتھن وُچھن خوشرو جوانا

ناو اوس تس سلیمانؑ پسند آس سلیمان جوان

نرٕ تھپھ کرنس یوٗن گرٕ پانس کوٗرا ءِس کٔٹن حضٕ سلیمانسؑ

سوٗ گیہِ یِہے گاڈٕ ہانز کوٗریوسہ آیایس — دپیوٗنس پادشہم ہکھنا مےٚ خدمتَس

دوٗہہ اکہِ لوگُکھ سلیمان دانہِ مُنہِ نس — ودان ودان پیٹھ کنزس نینٛدٕ رپیٚیس

گاڈٕ ہانز کورِ ڈوٗپنس — شِکس لدس ہے ہاٗل آسہِ کرنس

اولے غرٖ ہی کیازِ پیٚیہِ ہٚیس — دز اوسلیمانؑ زال تہٕ ٹھُیپ ہتھ پیٹھ ناوِ نٛمس

یِتھے زال ترٛووُن ڈٕریاوس — ویٚنٛتھ پوٗٹھ گاڈ اَتھ منز آیس

دوٚپن نٛمن بابہٕ صاٮ۪بس — بابہٕ صاٮ۪بن ڈوٗپنس نمون کاٮ۪نسہِ خریدارس

کورِ ڈوٗپنس بابہٕ صاٮ۪ب یہ رٹون پانس — دِڑٕ کھ تَس اتھِ تمہِ شکم پھٹوٗنس

شِکم پھُٹتھ وأج اکھ نیٚبر کڈٕنس — تُجن وأج دِڑٕن پننس خاوندس سلیمانسؑ

حضرت سلیمانؑ پریزٕ نأو لاجن منز اَتھس — بیٚیہِ دیو، جن چرند پرندہ انسان تأبیاہ آیس

آیس یہ غرٖ یب گاڈٕ ہانز کوٗرِ ڈوٗپنس — مےٚ چھُنہِ خبرٕ چھُکھ حضرت سلیمانؑ عرض کوٚرنس

آسہِ ہم ہے خبر روزٕ ہے خدمتس — وعدٕ دِیُتُنس ، ڈوٗپنس

از ابتدا تا انتہا — تا روزِ محشر ترأوِتھ نہ زانٛہہ

خدا یقو ملأ یکویہے چھوٗ نصیحت وصیت در دُنیا — سُہ معبوٗد وُچھم واہ بے پرواہ

زار بوز زار بوز کبیر میرس

بے عارن ہو زأ جنم وَس

(ماخوذ: قصۂ حضرت سلیمان، مرتب: ہاکر عبدالاحد بخشی)

(۲)

دوٗہہ اکہِ سلیمانؑ دٕژٕلو سأ لس — ووت منز أکِس شہرس

اتہِ آسہٕ امیر کورِ غریب کورِ رٕوہ کران — نظر پیٚیہٕ غریب گاڑٕ ہانز کورِ

آلیس یِہے ڈٕوپنس، پادشم ہیکھنامے خدمتس — رِکبر گوٚو تس سلیمانس

ترٛیش لٕجس حُکم کوٚرُن وزیرس — وزیرن بوزِتھ تغوفل کوٚرنس

ییلہِ ترٛیشہِ ہُنٛد جیرٕ آس — پانے ژٕوتھ پیٹھ دریاوس

گاڈ آیہ مہرِ نبوّت نیوٚنس — وُچھتو کیا بنیوو سلیمانس

ہے وٕیسی ڈٕز مے نارے وَس
بیکس احوال باوے کس

ایارِ اوس کھسان گاڑِ ہانزاہ — اَتھن وُچھن سلیمانؑ نرِتھچھ گرنس

نیوٚن گرِ پانس — گُنی کوٚر اَسس بخشِن سلیمانسؑ

دوٚہہ اکہِ لوگُکھ سُلیمان دانہِ مُنہٕ نس — ودان ودان پیٹھ کنٛزس نینٛدرٕ پیٚیس

دڑاو سُلیمانؑ زال ٹھیٚپ ہتھ — بیوٚٹھ ناوِ نمس پیٹھ

یُتھے زال ترٛوون دریاوس — وٕیٚٹھ پوٚٹھ گاڈاہ آلیس

دوٚپُن نمن بابہٕ صایٔبس — بابہٕ صایٔبن وٕوٚنس دِمہٕ ہون خریدارس

گاڑٕ ہانزٕ کورِ شکم پھٕھتھ وٕاَچ کَڈنس — دِژن پننہٕ نس خاوندس سلیمانسؑ

سلیمانؑ! پریزنا وٕلا جن مژاتھس — بیٚیہٕ تمے دِوٚ، جن چرند پرند تخت تابیاہ آلیس

آلیس یہ غریب گاڑٕ ہانزٕ کوٚراہ — دوٚپنس تا ابتدا، انتہا روزِ محشر تراوتھ نہ زانہہ

کیازِ وُنیکتام ژیٚنے پولہٕ تھس — یِلی ونان حاَرتھ آو کیپر میرس

ہے وٕیسی ڈٕز مے نارے وَس
بیکس احوال باوے کس

(ماخوذ: کبیر میرُن زِنٛی مزۄر مع یاون ژۄر: مرتب: ڈاکٹر حسرت حسین 2012)

بوزوے تہٕ کبیر میرٕنٛن دونٛونی منظوٗمن ہُنٛد انداز چھُ کاشرِ بن قدیم لُکہٕ کتھن ہٕنٛدِس باون طرزس ستیٚ رلان۔ بالکل امی طریقہٕ چھےٚ حاتم تِلہٕ وٲنی تہٕ کینٛہہ لُکہٕ کتھٕ باوِمژٕ، (۵) تٕمہ تہٕ چھِ جُملن ہٕنٛدِس اندس پیٹھ ہم آواز لفظ ورتاوِتھ آرُت، سازٕت تہٕ رواٗنی ووتلاوٕنچ کوٗشش کٔرمژٕ مگر تِمنٛز باوٕمژ لُکہٕ کتھہٕ چھِ توتہٕ نثرٕے ماننہٕ یوان۔ کبیر میرٕنی منظوٗمہ چھِ موزوٗن داستانوی طرزس منٛز مگر چھِ نثرس واریاہ نکھہٕ۔

(ب)

برگزیدٕ پیغمبر سلیمانؑ اٲسی حضرت داوود علیہ السلام سٕنٛدی فرزند۔ اللہ تعالیٰ ہن کٔری تٕم حضرت داوودؑ سٕنٛزٕ بادشاہی، داناٗیی تہٕ نبوتکی جانشین مقرر۔ پننہٕ فضل وکرمہٕ ستیٚ کٔری نکھ تھٔدی درجہٕ تہٕ معجزٕ عنایت۔ جِن، انسان تہٕ جاناوار تھٔوی نکھ تابیٚن۔ ہوا تھوونکھ تابیاہ۔ جاناوارن ہنٛز بوٗلی سمجھنٕچ صلاحیت کٔرنکھ عطا۔ اکھ وشال تہٕ بے مثال مملکت کٔرنکھ عنایت۔ جِن اٲسی سٔدرن منٛز غوطہٕ دِتھ تہنٛدِ باپتھ لعل تہٕ جواہرات کھالان۔ حضرت سلیمانؑ اٲسی اللہ تعالیٰ سٕنٛدی تابعدار، فرمانبردار تہٕ شُکر گذار بنٛدٕ۔ دُنیاہچ تہٕ مالِ دُنیاہچ اٲسکھ نہٕ مالے۔ تِمو کوٚر بیت المقدس تعمیر۔ جِنن تہٕ انسانن کوٚر رُکھ توحیدُک باند باند۔ اللہ تعالیٰ سٕنٛزن آزماٗیشن منٛز دژایہ سرخروٗ۔ قرآن مجیدس منٛز چھُ شُرٕ ہن جاین حضرت سلیمانؑ سُنٛد ذکر۔ تہنٛد تخت اوس اسماٗنی وُڈان۔ بڑی بڑی جِن تہٕ

گِہی یاہ جانہٕ وارٕ اَسکھ دربارس منز دِس بستہٕ روزان۔

اسلام ووت ژودٲہمہِ صدی عیسوی منز کشیرِ ، قرآنِ مجید کہِ برکتہٕ زٲنی کاشرو تمام انبیائے کرامؑ ، یِمن منز حضرتِ سلیمانؑ تہِ شامِل چھہِ ۔ ساداتِ کرام آیہِ وسط ایشیا پیٹھہٕ اسلام ہیتھ ، تیمی ییٚتہٕ مۄل دِتھ بہارتہٕ جہارپڑوو۔ ووٚنی گوٚو یتھہٕ پاٹھی وسطِ ایشیاہکی کہی یاہ علاقہٕ مثالے ایران ، تاجکستان بیترِ یتہٕ وتھ مختلف مِلہٕ مِش تمدنن ہُند مرکز روٗدمتی چھہِ تتھے پاٹھی چھہِ کشیر تہِ رنگہٕ رنگہٕ تمدُنن ہنز مانٹھال روٗزمژ ۔ مختلف تمدُن ییلہِ کُنہِ سمن بلس پیٹھ سمکھان چھہِ تم چھہِ ضروٗر اکھاَکی ہٕندی اثرات قبول کران ۔ وسطِ ایشیا پیٹھہٕ آیہِ فارسی زبان علم ، ادب تہٕ کاٹہٕ جار ہیتھ ۔ صنعژ تہِ حرفژ آیہِ ، فارسی بنیہٕ سرکاری زبان ۔ یتی آیہِ لوٗکن ہٕندِ اورِ یورِ ینہٕ گژھنہٕ یتی نوٚی قِصہٕ ، داستان تہٕ نِو لُکہٕ روایژ ۔ یِمن ہٕندی اثرات شُرِ پیہٕ کاشرِس لُکہٕ ووترس منز ۔ اما پوٚز واریاہ کینٛہہ ، یہِ اسلامس تہِ اسلٲمی توٲریخس منز وجوٗدے اوس نہٕ تھاوان ، سپُد لُکہٕ باوژ منز شامِل ۔ اسلام چھُ خالص الہامی تہٕ توحیدی دین ۔ فوک لورتہٕ لُکہٕ پرٛتھہِ ہُند اثر چھُ تیوٗت زیادٕ محکم ، سروٚن تہٕ گوٚن آسان زِ عام لوٗکھ چھِنہٕ اَمہِ منزٕ پوٚز تہٕ اَپُز نہٕ ژاٗرتھ ہبکان نہٕ ژارنُک حاجتھ محسوٗس کران ۔ انسان بامے کُنہِ جایہِ تہِ روزان آسہِ ، ضروٗرژو ، آشو تہٕ ارمانو لحاظہٕ چھُ سُہ ہِوے ۔ بالا فطری ، دیو مالٲیی تہٕ اسطوٗری قِصہٕ چھُ انسان پتھ کالہٕ پیٹھہٕ پسند کران روٗدمُت ۔

کاشرِس فوک لورس تہٕ لُکہٕ باوژ منز چھہِ حضرت سلیمانؑ ہِوس پایہِ بڈس

پیغمبرس متعلق تہٕ کینٛہہ قِصہٕ تہٕ روایژ موجوٗد۔ اَسہِ چھُ از تہٕ سرینگرس منٛز ''تخت سلیمان'' یتھ ''سلیمان ٹینگ'' تہٕ ونان چھِ۔ روایت چھےٚ زِ اتھ جایہِ اوس سلیمان علیہِ السلامن تخت رُکاٗوِتھ قرار کوٚرمُت۔ حالانکہِ کٲشیرِ ہُنٛد اکھ ناو چھُ ''باغِ سلیمانؑ'' تہِ وننہٕ آمُت۔ سعداللہ سعادت شاہ آبادی ہِنٛدِس تحریر کرٲمِتِس تواریخ کشمیرس تہٕ چھُ ''باغِ سلیمان'' ناو۔ یہِ روایت تہٕ چھےٚ پھِرتہٕ یوان زِ کٲشیرِ ہُنٛد اصلی آبادکار اوس حضرت سلیمانؑ (۶)۔ پیر غلام حسن شاہ کھویہامی چھُ رتنا کر پوران کہِ حوالہٕ لیوٗکھمُت۔

''رتنا کر ہِنٛدِس ترجمہٕ کرٲمِتِس تواریخس منٛز چھُ مُلا احمد لیکھان زِ داموٗدر رازس مسحہٕ صوٗرتھ گژھنہٕ پتہٕ بیوٗٹھ تسُنٛد نیٚچو ونرندر 1818 کل یکس منٛز تختس پیٹھ۔ کینٛہہ دوہہ گژھتھ ووت سندیمان ناوُک مغرب کہِ مُلکُک شخصاہ اکھ کٲشیرِ منٛز، یُس بڈیو ریٚشو منٛز اوس تہٕ اَمِس اوس ازحد ریاضت کرنہٕ کِنہِ خدایہِ ہِنٛدِس دربارس منٛز تھوٚد دروتبہٕ، یتھ زِ اَمی سُنٛد وبمان یاں زِ زانیانہٕ اوس ہوٚہس منٛز پکان تہٕ جِن تہٕ جانادار اَسس تابیا، تم تہٕ اَسس ستی ستی پکان۔ یٮ۪لہِ اَمی سُنٛد تخت شاہیاٗز ہِنٛدی پاٗٹھی سارِ کٲشیرِ وُڈوتہٕ سأل کرِتھ آو، یہِ ڈُوتھ جیٹ لدرک بالس یاں زِ سلیمان ٹوٗپس پیٹھ۔ راز نریندر سپُد حاضر۔ سندیمان کوٚرن خوش۔ سندمت نگر شہر ینہٕ آبس تل پھوٚٹمُت اوس تنہٕ اوس کٲشیرِ ہُنٛد اندریم سبتھُر ویٚجہِ بیورتاں ہمیشہِ پُٔس تل بوڈان۔ اَمہِ کِنہِ اَسی لُکھ فصلچہِ خرابی بہٕ تنگی کِنہِ سیٹھا وعاجز تہٕ یسہِ آمتی۔ یہِ ہِنٛدِس خدمتس منٛز

کۆ رُکھ آب کڈنک التماس۔ سندیمان صأبنہِ طرفہٕ سپز جنن ہٕنز اکھ جماتھ تم کنہِ پل آبہٕ منز کڈنس پتہٕ مشخص، یم کھادنی یار اٲسی بُنلہِ ستی آبس منز وُکراونہٕ آئتی۔ سندیمان ہٕنزِ حُکمہٕ کجہٕ جنو آبہٕ منز کنہِ یتھ زِمینک أندریم سبتھر نون دژاو۔ نرندر رازن ژٕھنی پادشاہی ترأوتھ تہٕ رۆد سندیمانس ستی۔ دپان سندیمانس أسی زانپانس منز تُرکستانکی ترٛے شہزادٕ ہشک، کنشک تہٕ زشک پانس ستی۔ کٲشیرِ دِژٕ کھ تمہٕ نے جاگیرس منز۔ ترجمہٕ کرن وول یاں زِ مُلا احمد چُھ ونان زِ اَمہِ تلہٕ چُھ ننان زِ سندیمان گژھہِ حضرت سلیمانؑ آسُن تکیا زِ مشرقس منز چھِ لۆکھ تمن سندیمان یاں زِ ریاضتہٕ وول شخص ونان۔ بیٚیہٕ چُھ لفظہٕ پھریہٕ کنی کأشرِ سلیمانس سندیمان ؤ ونمت۔ تنہٕ پتہٕ چھِ جیٹ لدرک بالس سلیمان بال تہٕ کوہِ سندیمان ونان بیٚیہٕ چُھکھ کٲشیرِ باغِ سلیمانؑ تہٕ ناو تھوومُت'' (۷)

کأشرِ زبأنی منز چُھ لُکہٕ شأعری کیٚو لُکہٕ باؤژ منز حضرتِ سلیمانؑ سُنٛد ناو ہُتہٕ بیٚیہٕ نظرِ گژھان مثالے اکہِ نیٚنٛدِ بأتکس یتھ بندس منز:

بۆڈ پیغمبر اوس حضرت سلیمانؑ تأبین أسس جِن تہٕ انسان
اسمأنی اوسس تخت وُڈأنی بیٚتہٕ کرتہٕ جأنی لو
دوہہٕ اکہِ سپزس کبرچ دأنی گاڈٕ ہانٛز گرِ لۆگ دانہِ مُنس
دے نو چُھ مانان مالایأنی بیٚتہٕ کر تہٕ جأنی لو

(کأسری لُکہ باتھ: جلدٕ ۹: ص: ۵۸)

یتھ لگہٕ بأتس منٛز تہٕ چھ یی باونہٕ آمُت:

حضرت سلیمانؑ جان کیا منٛز پیغمبرن تے
تختن ٹمٕ ہشدی ساأل کوٚرنے اسمانن تے
بختن لاجاو دانہِ مُنہٕ نس گاڑٕ ہانزن تے
دِل ژوٚرِنیوٚم دِلبرن ذٕز میأنٛی تن تے

(کأشُر روٚوتہٕ ہکچہ بأتھ:ص:۱۸۲ کلچرل اکاڈمی)

کتھ حضرت سلیمانؑ ہنٛدِ وُڈوُنہِ پٹھ آسہِ، جنن تہٕ جاناوارن ہنٛز تأبیادأری ہنٛز آسہِ یا تہنٛدِ مہرِ نبوّ وِتھ آسہِ، کأشرس لگہٕ دوترس منٛز چھِ یمہٕ سارے چلہٕ وِنہِ روزہٕ مژ، حتاکہِ ''حضرت سلیمانؑ سنٛزِ واجہٕ ہنٛدِ کرانکُک قسم'' چھے تلمیح، یوسہٕ ازتہِ ورتاوس منٛز چھے۔ امیُک دِلچسپ پوٚت منظر چھُ پروفیسر محی الدین حاجنی ین تتھہٕ پأٹھی دِیُتمُت:

''حضرت سلیمانؑ اوس ۹۹۵ ق،م، پیٹھہٕ ۹۲۶ ق،م تام پادشاہ۔ روایت چھے زِ أمس أسی نہٕ صرف انسان ماتحت بلکہٕ وُڈوُنی جاناوارتہٕ جِن تہِ۔ پادشاہن چھے ہمیشہِ پیٹھہٕ واجہِ کرانکس اندر مہر کھٔنتھ أسمٕژ۔ یتی مین ۲۸۵۲ ہن وٕرین چھُ یہوٗ دبن، نصرأنین تہٕ مُسلمانن ہنٛزِ اَتھ روواِیژ تیوٚت دربر آمُت زِ ایشیا کِس اکثر مُلکن اندر چھُ یہِ لوٚک عقیدٕ بنیومُت زِ سأری جِن چھِ ازتہِ ''مہرِ سلیمانی'' ماتحت، یتھ زَن اسم اعظم کھٔنتھ اوس۔ چنانچہِ لگہٕ عقیدس اندر چھے یہِ کتھ عام زِ سارِوے بِزچھُ ''حضرت سلیمانؑ'' سنٛزِ واجہِ

ہٕنٛدِ کرٛا ننگ قسم" سارِوٕے قسمو کھوتہٕ دٕورتہٕ مقدس مونمُت۔ توٕے ییٚلہِ کأنٛسہِ تصرُف گرٛھان چُھ (تصرُف گرٛھن کیا گۄو؟ یہِ چُھ اکھ الگ موضوٗع) تصرُف کڈن وول چُھ جنٛس کڈنہٕ وِزِ قسم کھیاوان تہٕ یہِ قسم کھیتھے چُھ تصرف نیران۔ تہٕ کھۄژمُت انسان پننٛۍ حواس لبان۔ ازییٚلہِ کأشرِ لۄکھ چھِ کأنٛسہِ غأصِبس گرِ یا کٔشیرِ منٛز دکہٕ دِتھ نیٚبر کڈان تہٕ نیران نیران چھس طنزاً ونان...... تلہٕ سہٕ کھییٚہِ حضٕ سلیمانؑ صأبنہِ واجہٕ ہٕنٛدِ کرا ننگ قسم، یعنی تتھہٕ گٔژِ نیرتہٕ یتھنہٕ دوبارِ ییکھ"(۸)

رۄدسوال تتھس پایہِ بڑِس پیغمبر سُنٛد ہانٛز گرِدانہِ مُنہٕ نٔس لگہٕ نُک، حالانکہِ امیُک ذِکر چُھ لُکہٕ شأعری منٛزتہٕ نثری لُکہٕ ووتٕرس منٛز تہٕ تہٕ کبیر میر نٛن پدن منٛزتہِ، اَمہِ واقعہٕ ہِکہِ حوالہِ چُھ حضرت شیخ العالم شیخ نورالدینؒ ریشی سٕنٛدِس کلامس منٛزتہِ اکھ بندنظرِ گرٛھان۔

تخت تہٕنٛد پھیریاو اسمانٔس | تس گومُت کیٚا اکہِ وِزٕے
ہانٛز گرِ روزٕن پیٚو سلیمانٔسؑ | کرٛۄد نو مسلمانس پزٕے(۹)

مُسلمان عألمن ہُنٛد مانُن چُھ زِ حضرت سلیمانؑ سٕنٛدِس ذاتِ اقدسس ستی چھِ یِم خرافأتی قصہٕ کُنہِ بُنیأذ وستےُ لاگنہٕ آمتۍ۔ تعجب چُھ تتھس عظمتہٕ وألِس پیغمبرس ستی چھنہٕ صِرف کہٕژ یاہ خرافأتی قصہٕ لاگنہٕ آمتۍ، یِم تضحیک آمیز تہِ چھِ، بلکہِ چُھ یمن عام لۄکن اندر لُکہٕ پڑھہِ ہُنٛد ڈٔکھ تہٕ آیتن رۄدمُت، یُس زیادٕ زیادٕ وق گذرنس ستی ووتھ دربر پراوان چُھ۔ اکھ سلسلس منٛز چُھ مولانا محمد

حفیظ الرحمان سیوہاروی پنٕہ نِس مقتدرتہٕ معتبر تالیف ''قصص القرآن، جلد۲''
هس منز لیکھان:

''بہت سی ایسی روایات کُتب تفاسیر میں درج ہیں، جن کا اسلامی روایات سے دور کا بھی تعلق نہیں ہے۔ بلا شبہ وہ تمام تر یہودی قصص اور اسرائیلی خرافات کا مجموعہ ہیں۔ اس لئے ان کو روایات کہنا بھی روایت کی توہین کرنا ہے۔ ان روایات کا خلاصہ یہ ہے کہ کُچھ عرصہ کے لئے اللہ تعالیٰ نے حضرت سلیمانؑ کے تخت پر شیطان کو قابض کر دیا تھا۔ اس کے مختلف اسباب میں سے ایک سبب یہ بیان کیا گیا ہے کہ حضرت سلیمانؑ کی ایک بیوی جس کا نام امینہ تھا، بُت پرست تھی اور اپنے باپ کا مجسمہ بنا کر اُس کی پُرستش کیا کرتی تھی۔ لہٰذا خدائے تعالیٰ نے حضرت سلیمانؑ کو یہ سزا دی کہ جس مدت تک کے لئے وہ تختِ سلطنت سے محروم کر دئے گئے اور اُن کی انگشتری، جس میں اسم اعظم کنند تھا، وہ ان کی باندی جرارہ کے ذریعے شیطان کے ہاتھ پڑ گئی اور وہ بصورتِ سلیمانؑ اُن کے تخت پر بیٹھ کر حکومت کرنے لگا اور پھر مُدت ختم ہونے کے بعد انگشتری شیطان کے ہاتھ سے دریا میں گر گئی اور مچھلی اس کو نگل گئی۔ وہ مچھلی حضرت سلیمانؑ کے پاس شکار ہو کر آ گئی۔ اس طرح اُس کے پیٹ میں سے انگشتری نکال کر اُنہوں نے اپنا مُلک واپس لیا۔ تورات کے بابِ سلاطین گیارہ میں بھی اس روایت سے ملتا جُلتا ایک قصہ مذکور ہے اور اسمیں بیویوں کی

خاطر حضرت سلیمانؑ کا بُت پرستی کرنا تک موجود ہے۔العیاذ باللّٰہ'' (۱۰)

سینہٕ بہ سینہٕ پکان پکان چھےٚ یِمن خرافاتی قِصن منز تبدیلی تہٕ سپداِن روزمژ۔ یہۄ دی روایژن منز چھےٚ یِمن اکھ صورت تہٕ کاشرِس لُکہٕ وٚترس منز بیا کھ صورت۔ حالانکہ ''خلاصۃ الانبیاء'' ناوِ کتابہِ منز چھ حضرت سلیمانؑ تہٕ گاڑٕ ہانز کورِ ہُنٛد قصہٕ ہنا تبدیلی سان بیان سپُد مُت:

''بیت الخلاء گژھنہٕ وِزِ اوس سلیمانؑ پننہِ دایہِ یمینہ ہس اَتھہِ واٚج تھاوان۔ أکِ دۄہ، تیمِس صخرہ ناواوس نیہِ یمینہ ہس واٚج تہٕ بیوٚٹھ تختس۔ سلیمان آو واپس مگر دیو وژھن کڈِتھ۔ أکِس بنی اسرائیلی گرس منز گژھتھ موٚنگن غذا۔ مگر غذا بٹیوس نہٕ۔ پتہٕ ووت أکِس گاڑٕ ہانز گرس منز۔ گاڑٕ ہانزن زٚوٹ طلبس ژ تجھن دوہن کوٚرُن توبہ استغفار۔ آصف دیو اوس سلیمانؑ سُنٛد خاص وزیر۔ تِمس گوٚو شکھ۔ پزٕ ژھن حضرت سلیمانؑ سٕنزن گرواجنہن۔ تِمو وٚنس اَسہِ وُچھی نہٕ حضرت سلیمانؑ، تِس چُھ از ژتجھم دوہہ اَسہِ نِشہِ ہِنس۔ ژتجھہ تورات خوان آیہِ بلاونہٕ۔ یِمو کوٚر تورات گردان تہٕ صخرہ دیو ہیوٚک نہٕ تختس پیٹھ ٹھٔہرِتھ۔ یکدم ژوٚل تہٕ وٚاج لگاوِن دریاوس۔ گاڑٕ ہانزس أس کوٗر۔ سو دِژن حضرت سلیمانس نیتھری۔ حضرت سلیمانؑ مانیو ونہ مگر گاڑٕ ہانز کورِ اوس سہٕ دریاوٕ بٹھس پیٹھ لرترٲوِتھ وُچھمُت تہٕ تِمس اوس اکھ سرٕ پھ واوکران۔ پگاہ گیہِ ہانز گاڑٕ رٹنہِ، ترٛےٚ گاڑٕ رچھکھ، زٕ کٕنکھ تہٕ اکھ دِژکھ سلیمانسؑ۔ أمِس گاڑِ پُھھکھ شکم، تمہِ منز دراےِ واٚج۔ حضرت سلیمانس بنیو وتاج تہٕ تخت واپس'' (۱۱)

# حاشیہ تہٕ حوالہٕ:

۱۔ کبہر میرزاو تھصیلہٕ پُلوامہٕ کِس اَکِس لوکٹس فرحت بخش گامس آر مُلس منز یہے ۱۸۸۳ء منز۔ یہ گام چُھ سنگم نیا بَن و پٹھہٕ پُلوامہ گوھن واجنہٕ سڑکہٕ وچھہٕ تہٕ لیتڑ پَرتھ ہنا زمین میل جورا پکتھ سڑکہٕ دُپاسے۔ خوش قسمتی کِنی گوس یہ اکہٕ پھرِ آرِ مُل کبہر میر صابُن پے پتاہ ژھانڈنہٕ مگر اَتہٕ سملگھ نہٕ مےٚ میر سُند کانہہ درِدلا۔ یُس تیٚسنزِ ادبی سمِ سمِ گو پھ بروٚھی ترِاُوِتھ تسُند ادبی مقام سرِ کھرِ کرنک ضأمن بنِتھ ہیکہٕ ہے۔ کبہر میرُن خاندان چُھنہٕ زِنہے تہٕ اوسوٚدِ حال اوسُمت۔ آرِ ملہٕ وُچھ مےٚ کبہر میرنی پرأنی مکانہٕ کھوپرِ ہنا۔ تھ منز تیٚسنزِ کورِ ہُند عیال دوہہ دہن گذاران چُھ۔ کبہر میر چُھ از بروٚنہہ شاید وٚری شیٹھہٕ مرِ ہیوٚ گذریومُت۔ تمہٕ وقتہٕ چھےٚ تیٚسنزِ دأنس وٚری ستتھ پانژستتھ ہش اَسمِرو۔ زمین زراعت اوسُکھ کِہے اماپوٚ زکار کِنی اَسی بڈی آرِ ی۔ دپان کبہر میرن موزنہٕ موروثی کاربِن، سہٕ اوس گامہٕ گوم گوٚھتھ پزنہٕ پُزتھ پھیری کران۔ کبہر ژادرِ منز اوس مختلف سبزین ہندی بیاکھ پھچہٕ گری گری اورِ یورِ واتناوِتھ کِنان'' (ماخوذ: کبہر میرُن زِنی منزوٚ رمع یاون ژوٚر: مرتب: ڈاکٹر حسرت حسین: ص:۵: وٚری: اگست ۲۰۱۲)۔

۲۔ کبہر میرُن زِنی منزوٚ رمع یاون ژوٚر: مرتب: ڈاکٹر حسرت حسین ص:۰۳

۳۔ ادبی اصطلاح: مرتب: غلام نبی فراق، وٚری: ۱۹۸۱۔ص: ۴۸۔۴۶، شایع کار: کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل، سرینگر۔

۴۔ کاشُرِ شاعری، انتھالوجی: پروفیسر محی الدین حاجنی: وٚری: ۱۹۶۰ء: ص: ۱۸۴۔ حاجنی صابُن چُھ کبہر میر بجاے کبہر لون ناولیوٚ کھمُت۔

۵۔ ۱۸۹۶ء منز بوزِ سر مارک آرل سٹاین کٔشیر، ہِندِس معروف کتھہٕ گرِس حاتم تلوأنس نِش ژُ دواہ لگہٕ کتھہٕ۔ سٹاین کرِ تمہٕ اَکِس کتابہٕ منز یکجا کرِتھ ۱۹۲۳ء منز لندنہٕ شایع۔ روٚمن خطس منز شایع گمٕرِ اَتھ ڈلیلہٕ سوٚمبرنہٕ چُھ ناو Hatam's Tales۔ سٹاین ہِندِ علاوٕ چُھ اَتھ کامہٕ منز پنڈت گووِند کول، سر جارج گرِیرس تہٕ ڈبلیو کروٚک سُند اتھہٕ واس تہٕ شأمِل روٗدمُت۔ یمہٕ ڈلیلہٕ پھرِ محمد یوسف ٹینگ تہٕ مرحوم بشیر اخترن اَزِکِس کاشُرِس مروجہ رسم الخطس منز تہٕ کلچرل اکاڈمی ہِندِ اہتمامہٕ آیہٕ ۱۹۸۹ء منز ''حاتم کتھہٕ'' ناوٕ شایع کرنہٕ۔

۶۔ کینژن مُسلمان عالمن تہٕ مورخن منز چُھ یہ عقیدٕ بارسس آمت زِ کٔشیر ہُند اصلی آباد کار چُھ حضرت سلیمانؑ پیغمبر اوسُمت۔ لیس ژن تہٕ دوتأ بیاہ آسنہٕ کِنی، یمو (کٔشیرِ ہندیو) بالو منز آب کڈنس کہنی لوٗگ ..... ''کشفس'' حضرت سلیمانؑ خوش سپدِتھ سلیمان

ٹینگس پیٹھ پُنن تخت رُکاوِتھ بطورِ انعام یہِ حکم جاری کوٚر زِ یہِ آیہِ سرقابلِ رہایش بناونک کارنامہِ انجام دِنہِ خاطرِ گژھہِ "کشف" پتھ پرستان واپس سوزنہٕ یِن، ییٚتہِ سُہ پننہِ گارمژ پری سٟتؠ نکاح ہیکہِ کرِتھ۔ چونکہِ تَس پری اوس "میر" ناو، لہٰذا آو کٲشرِ ہُند ناو "کشف میر" تجویز کرنہٕ (وُچھو ناظم سیوٚہاروی سُند نگارستان کشمیر) مگر بذاتی یہِ بجر حضرت سلیمانہٕ سے حاصل آسنہٕ سبہٕ آو عارفن تہٕ سالکن یتھ خطس جنّتِ بینظیر تہٕ ایرانِ صغیر وننہٕ یِکہِ پاٹھی "باغِ سلیمانؑ" وَنن زیادے پسند تہٕ یتھہِ پاٹھی آو یتھ سرزمینس اکھ اضافی ناو "باغِ سلیمانؑ" دِنہٕ۔ اَکِس تذکرس منٛز چھے یہِ کتھ درج زِ یور تشریف انن وِزِ کوٚر حضرت شاہ ہمدانؒ صابن اَکِس بارستہٕ مجلسہٕ منٛز یِمہٕ کتھہِ ہُند انکشاف زِمے آو مراقبس منٛز وننہٕ زِ یِمہِ خوبصورت علاقُک پرون ناو چھُ باغِ سلیمانؑ تہٕ حضرت شاہ ہمدان صابنس ہم زمانہٕ روحانی بزرگ حضرت مخدوم جہانیاںؒ سِندس سفرنامس منٛز تہٕ چھُ کٲشرِ ہنٛز آبادکاری حضرت سُلیمانسؑ کُن منسوب آسنہٕ سبہٕ اتھ علاقس باغِ سلیمانؑ وننہٕ آمت"

(ماخوز: مقالہٕ "باغِ سلیمانؑ" کتاب: سون ادب، تواریخ نویسی نمبر: وری ۱۹۸۴ء۔ ص: ۸۱-۸۰۔ مقالہٕ نگار: پروفیسر مرغوب بانہالی)

۷ تاریخ حسن: جلد دوم۔ دربیان تاریخ سیاسی کشمیر: مولفہ: پیر غلام حسن کھویہامی۔ ص: ۴۳-۴۱۔ کاشُر ترجمہٕ: پروفیسر شمس الدین احمد۔

۸ مقالات: ۱۹۶۶ء۔ مصنف: پروفیسر محی الدین حاجنی: مقالہٕ: تلمیحات۔

۹ کلیاتِ شیخ العالم: جلد۲۔ مرتب: موتی لال ساقی۔ ص: ۱۴۱۔ آئینۂ حق یعنی کلیاتِ شیخ العالمؒ: مرتب: اسداللہ آفاقی: ص ۲۲۲۔ ووٚنی گوٚو موتی لال ساقین چھُ فُٹ نوٹس منٛز لیوٚکھمُت زِ "کرِو دنو مسلمانس پزے" نظمہِ ہُند یہِ بند چھُنہٕ نوٚرنامس منٛز، یُس محمد امین کاملن ترتیب دیُتمُت تہٕ کلچرل اکاڈمی شایع کوٚرمُت چھُ، شامل۔

۱۰ قصص القرآن، جلد دوم۔ مولف: مولانا محمد حفیظ الرحمان سیوہاروی۔ سن اشاعت: دسمبر ۱۹۹۴ء۔ ندوۃ المصنفین اُردو بازار، جامع مسجد، دہلی۔

۱۱ خلاصۃ الانبیا: مترجم: غلام نبی ابنِ عنایت اللہ (اُردو ترجمہٕ)۔ ص: ۵۸-۲۵۷۔ سنِ اشاعت: ۱۳۷۶ہجری۔



# رسم تہٕ رواج

## (۱)

انسان بامے کُنہِ تہٕ جایہِ روزان چُھ، مُہذب چھُ یا غاٗر مُہذِب، تعلیم یافتہٕ چھُ یا اَن پَر، رٕسم تہٕ رواج چھِ بہر حال تِمس نال وُلتھ روزان۔ رٕسم، رواج، راٗوِش تہٕ لگ بیترِ چھِ اَکی قبیلکی لفظ۔ رٕسم لفظس چھِ واریاہ لوغوی معنہِ مطلب، مثلن عادت، پانناونہٕ آمُت طریقہٕ تہٕ قونُون بیترِ۔ رواج گوٚو کانٛہہ عادت، کانٛہہ طریقہٕ ہیٚتھے پالُن، رٕچھُن تہٕ عام کرُن۔ کُنہِ رٕسمس رواج دِیُن۔ اماپوٚ زٕیم دونوے لفظ رلاٗوِتھ چھےٚ ''رسم تہٕ رواج'' اصطلاح بارسس آمٕژ تہٕ یسلہِ پاٗٹھی ورتاوس منٛز روٗزمٕژ۔ ''راٗوِش تہٕ لگ'' تہِ چھِ ژھینہٕ زٕ وس عادتہٕ رِکس معنہِ یِس منٛز ورتاونہٕ یِوان۔ آدن کالہٕ پیٹھے یُس رسما، انسانن وجودس اوٚن سُہ پوٚک تِمس ستی ستی۔ واریاہ رٕسم چھِ رَسہٕ رَسہٕ سوران تہٕ نوٚ شکل پرٛاوان۔ ماحول تہٕ حالاتو مطابق چھِ نوٚی نوٚی رٕسم تہٕ رواج بارسس یِتھ انسانس النہٕ وَلنہٕ یِوان۔ رسمن تہٕ رواجن چھِ مختلف ورگ، مثالہِ پاٗٹھی دھارمِک تہٕ عقیدتی رٕسم، مجلسی رٕسم، کھیٚنس چیٚنس ستی تعلق تھاون واٗلی رٕسم، سماٗجی رٕسم، زمینداٗری تہٕ موسمن ستی تعلق تھاون واٗلی رٕسم۔

یُت یُت وق گُذران پھُ... [illegible] ...چھِ کیہِ یاہ رٕسم

تہٕ رواج انسانٔی زہنس منز آرکیٹایپ بٔنِتھ محفوٗظ سپدان تہٕ چلہٕ وُنی روزان۔ یِتھن آرکیٹایپل رسمن پیٹھ ڈٔریٹھ پڑھ آسنہٕ مؤجوٗد بے چھِ أزی کس سائنسی زمانس منز تہِ وارِیاہ لۆکھ یاہ توہمأتی تہٕ اسطوٗری رٕسم رچھان تہٕ پالان، یِم یہ ڈٔلی زِ تہِ تھٔدی تعلیم یافتہٕ آسان چھِ۔ توہماتن تہٕ خرافاتن پیٹھ بارسس آمتی تہٕ فضوٗلیاتس منز شامِل سپدی متی رٕسم تہٕ رواج چھِ پرٛتھ سماجس منز ناکارٕ مانٕنہٕ یوان۔

وارِیاہ رٕسم چھِ دھرمس تہٕ عقیدس سٕتی تہِ کانٛہہ نہٕ کانٛہہ لۆنٹ رلاوِتھ آسان۔ ہفتا کالہِ پیٹھہٕ پالنہٕ یِنہٕ وٲلی رنگہٕ رنگہٕ ورگن ہنٛدی یِم رسم تہٕ رواج چھِ نہ صرف قومن ہنٛدِس تہذیب تہٕ تمدُّن کِس ووتھہٕ واشرس پیٹھ اثر ترٛاوان آمتی بلکہِ چھِ اَمکی خاص حِصہٕ بنان رۆدی متی۔ وننہٕ چھُ یوان زِ کُنہِ قومُک یا فِرقُک سمأجی، ثقافتی، فکری تہٕ نفسیأتی حال اوحال زاننہٕ موکھہٕ گژھہِ تِہنٛدین رسمن رواجن تہِ سٕتُن۔

کٲشیر چھےٚ پِننہِ آدن کالہٕ پیٹھے رنگہٕ رنگہٕ فلسفن، سوچن ترٛاین تہٕ دھرمن ہُنٛد مرکز رۆزمٕژ۔ یِیتہٕ چھِ پرٛتھ زمانس منز أنتہٕ ژوس رٕسم تہٕ رواج بارسس یوان رۆدی متی۔ الگ الگ دھرم تہٕ مذہب مانن والین یوٚ دوٚے پِنٛنی پِنٛنی رسم تہٕ رواج أسی تہٕ چھِ تہٕ مگر وارِیاہ رٕسم چھِ رلہِ گڈِتہٕ۔ مختلف فرقن تہٕ عقیدن ہنٛدی لۆکھ چھِ اَکھاَکی ہنٛدین رسمن رواجن منز شریکھ سپدان روزان۔

کٲشرٕن پٔنٛڈِتن ہٕنٛدن رسمن تہٕ رواجن متعلق چھُ کاشرٕن بٹٕن ہنٛدی

رٕسم تہٕ رواج'' کتابہِ منٛز سومناتھ پنڈت لیکھان:

''رٕسمن ہُنٛد چھُ سانہِ زِندگی پیٹھ اکھ خاص اثر۔ سوٗے زندگی چھےٚ سو پھل تہٕ شوٗبہٕ دار مانہٕ یِوان، یتھ منٛز رٕسم تہٕ رواج انسانٕی یتہٕ موٗجُب گذارنہٕ ین۔ رٕسم تہٕ رواج، کیا پزٕ کرُن تہٕ کیاہ نہٕ، کرم کانڈ، آژار ویو ہار، ریژ بیترِ چھےٚ دُنیا ہکین مختلف مُلکن تہٕ لوٗکن منٛز رنگہٕ رنگہٕ وُچھنہٕ یِوان۔ پرانین تہذیبن منٛز آسی یِم رٕسم تہٕ رواج سبٕٹھاہ اہم جاے تھاوان۔ ازکل کس سماجس تام واتان واتان تبدیلی یتھ تہٕ چھِ یِم زِندٕ۔ یِمن رٕسمن رواجن ہُنٛد آگُر چھُ وقتٕچ تہٕ سماجٕچ ضروٗرتھ۔ کٔشیرِ ہٕنٛدی بٹہٕ چھِ عام پأٹھی شُراہ سنسکار مانان تہٕ یِمہٕ نےٚ سنسکارن أنٛدی أنٛدی چھےٚ بٹن ہٕنٛز زِندگی نژان'' (ص:۸)۔

تِتھےٚ پأٹھی چھُ ''کأشرِ بن مسلمانن ہٕنٛدی رٕسم تہٕ رواج'' کتابہِ ہُنٛد مُصنّف غلام محمد خان لیکھان:

''یِمن تقریبن تہٕ رأوِشن ہُنٛد آگُر یوٗ دوٚے اکہِ طرفہٕ مذہب مانہٕ یِوان چھُ مگر بیٚیہِ طرفہٕ ییٚلہِ انسان أتھ سمندرس بون پہن نظر تراوان چھُ، لبنہٕ چھُ یِوان یِم چھِ انسانن پننہِ آوریہٕ تہٕ شوغلہٕ خأطرٕ پانٔے ہنہِ ہنہِ تہٕ وِزِ وِزِ وقتہٕ تہٕ ماحولہٕ موٗجوٗب بارسس اَنہِ مژ۔ یِم رٕسم تہٕ رواج چھِ زِندگی ہُنٛد اژھین جُز بنیمتی۔ یِمو ورأے انسأنی تہذیبک تہٕ تمدنُک تصوّر اڈلیوٗ کٔے روزان چھُ۔ یِم چھِ بنی آدم ہٕنٛزِ مذہبی، سمأجی تہٕ نفسیأتی بوژ شوٗژٕہٕنٛز اکھ کھیٚژر۔ یِم تقریبہٕ تہٕ رأوِشہِ کأشرِ بن مسلمانن ہٕنٛز موٗضوٗعک اعتبارٕ ہکو کھ تم دون حِصن

منز بأ گرتھ ۔ اکھ گیہ تم یمن ہُنٛد تعلق سیٚدِ سیوٚ دنے تہٕ کُنہِ نتہٕ کُنہِ طریقہٕ مذہبس سیتؠ چھ، یم (Rituals) گوٚونہٕ مذہب مگر امیُک تعلق چھُ عقیدس تہٕ عقیدتس سیتؠ ضرور آسان مثلن ختن ہال، نوٚ فُل، ختمِ شریف۔ بیا کھ حِصہٕ گوٚو سُہ یمن ہُنٛد تعلق رِچھلوورأے باقے مالن سیتؠ آسہِ مثلن خاندر، ہیوٚن دیُن، وٚوتھن بہن وغارٕ''۔ (ژھوٚٹرن گرتھ: ص: ۱۰، ۱۱، ۱۲)

پرتھ کُنہِ سماجس منز چھِ چلے جاوس منز روزن وأل تہٕ سورٕتؠ رسم تہٕ رواج لُکہٕ شاعری منز محفوظ روزان۔ عام لوٚکھ چھِ یسلہٕ پأٹھی لُکہٕ شاعری تہٕ لرِ لوہ کران تہٕ رسمن رواجن تہِ گوڑ بران۔ ہرگاہ سوریمتن کیٚو مُروجہ رسمن رواجن وٚون آسہِ دیُن، تیلہِ پییہٕ خاص پأٹھی لُکہٕ شاعری ہٕنزن مختلف صنفن زول دِیُن ۔ الہِ پلہٕ چھُ پرتھ رسمہٕ باپتھ لُکہٕ بأتھ دسیاب۔ آدم زاد یام ماجہِ تھنہٕ پیٚوان چھُ، تسنٛزِ زندگی منز چھُ رسمن تہٕ رواجن ہُنٛد عمل دخل شروع سپدان۔

سانہِ گرِ زاوے نکہٕ بابہِ لولو ۔۔۔ سانہِ گرِ زاوے نکہٕ بابہِ لولو
کوٚرتھ کیٚا میونے پابہِ لولو ۔۔۔ سانہِ گرِ زاوے نکہٕ بابہِ لولو
ترییمہِ دوہہ ترییمہِ بتہٕ رنہٕ نوٚوم ۔۔۔ پھوٚت ہبتھ مے مالنٛی آیہِ لولو
ژٕہمہِ دوہہ دژالیس اندرٕ نیٚبر ۔۔۔ کھاسِن پھروے چایہِ لولو
ترواہمہِ دوہہ آمے مالنٛی کرون ۔۔۔ سورگہٕ منز پوٚش کھوٚت آیہِ لولو
خانہٕ مأرِس لوگمے آیہِ لولو ۔۔۔ سانہِ گرِ زاوے نکہٕ بابہِ لولو

شُرِس زرِ کاسے اُسِ تن یا گبرِس ختن ہال۔ یِمن رِچولن ستی چھِ واریاہ رِیژ پالنہٕ یوان۔ وننہٕ وُن چھ یِمن رِیژن ہنز پوٗرِ Documentation کران، وُچھی تو ختن ہال کرنہٕ کِس مذہبی فرِیضس کِتھہٕ پاٹھی چھ تمہٕ ساتہٕ لگہٕ وٚوتُر پٔنُن لہون پھش تہٕ دِوان، یِیلہِ سہٕ معصوم لڑکہٕ، یمس خوتنہٕ کرُن آسان چھ، پارٲ دِتھ سُنز مہراز بنأوِتھ گُنہِ درگاہس پیٹھ حاضری دِنہٕ باپتھ ننہٕ یوان چھُ تہٕ زنہِ پچھےٚ وننہٕ ون ہُرتراوان۔

سوٚنٛژ مہراز وگرِ یورونے        رِگندِ یوژرارِ چہِ بونے تل

یایو ہے مہرازِ یِیلہِ گُنہِ کولہٕ رادِ بُٹھس پیٹھ، پوشہِ پینٛجہِ پیٹھ، گلاسہٕ باغس منز پأراونہٕ یِوان چھ، ننہٕ کانٛہہ معصوم منزِلس منز للناوان چھِن تہٕ قبیلہٕ چہِ زنہِ، دوٗ رِچہِ اُشناو بایہِ تہٕ ہمسأے بایہِ یِتھ ہیوٗ لگہٕ بأتھ گیوان چھس، ماحول چھُ وٚلسنس یوان۔ اَتھ منز چھ پأراوُک رِسم محفوٗظ سپدمُت:

دِمہٕ یو دِلاسہٕ گنڈیو ولاسہٕ      پأرتھوو گلاسہٕ گُلہِ نہٕ تل

لالہٕ پھلہِ میانے وٚلتھوو خاصہٕ      پأرتھوو رِگلاسہٕ گُلہِ نہٕ تل

لولہِ چھےٚ للوان پوپھہِ تے ماسہٕ      وننہٕ وان درایی مأج یمبرٛزل

ترٛاٹی مالہِ گریوو لچھ تے ساسہٕ      پأرتھوو رِگلاسہٕ گُلہٕ نہٕ تل

یور ہو آیس چانہِ تخلاصہٕ      اندونٛد روٗزم چأنی کل

مامہٕ لالہٕ اوے تے دِیہٕ یوو دِلاسہٕ      پأرتھوو رِگلاسہٕ گُلہٕ نہٕ تل

لڑکس میکھل دِژ چھ کأشرِس پنڈِتن ہُنٛد سنٛتھ ہے اہم دھارمِک

فریضہٕ، امہِ ورأے چھُنہٕ تہٕنٛدِس گرس منٛز زامُت لڑکہٕ ہیٚنٛدی دھرمس منٛز شأمِل مانٛنہٕ یِوان۔ چونکہِ یہِ چھِ خاص تہٕ خأص دھارمِک عمل، لہٰذا اچھ شوٗ زِ شرانہِ تہٕ شردھایہِ سان بعمل یِوان انٛنہٕ، اماپوٚز وارِ وارِ ییٚلہِ اَمہِ باپتھ فضوٗل خرچی رواج دِنہٕ آو، اَتھ ستی تمہٕ کامہِ تہٕ رٕسم واٹنہٕ آیہِ، یمو ورأے تہٕ خأص مذہبی طریقہٕ، پوٗزا پاٹھ تہٕ ہَون بیترِ کرِتھ میکھل مکمل مانٛنہٕ یِوان اُس، اَتھ مذہبی عملہِ وول رسمونال، اَتھ موقس پیٚٹھ تھدِ آیہِ سالنۍ کرنس تہٕ دیار خرچاونس لٔج مان مان تہٕ امیُک منفی پہلوٗ دژاویہِ زِ یمن لوٗکن یہِ کرنس کیٚت طاقت چھُنہٕ آسان، تہٕنٛد بن لڑکن چھُ میکھل دِنس پرارن پیٚوان۔ یوہے حال چھُ خاندرن ہُنٛد، کأشرِ بٹن ہُنٛد خاندر اُسی تن یا مسلمانن ہُنٛد، یہِ چھُ فضوٗلیاتو تہٕ منفی اثر تھاون والیو رسموتہٕ رواجو وولُمت۔ خاندر چھُ اکھ فطری عمل۔ پرٕ بتھ مذہبن چھِ پنٕنہٕ نٕنی مانن والین ہِنٛدِ باپتھ خاندر کرٕنکی اصوٗل تہٕ طور طریقہٕ مُشخص گرِیٕتۍ، سمأجی عمل آسنہٕ باوجوٗد چھُ یہِ مذہبی فریضہٕ، تہٕ ییٚلہِ اَتھ ستی ناکارٕ رٕسم تہٕ رواج رلاونہٕ آیہِ، امیُک مؤلہِ مقصد تہٕ تقدّس لوٗگ داوس۔ مثالہِ پأٹھی داجک رٕسم گوٚو عام، فضول خرچی آیہِ بارسس، یمو نہٕ تہٕ کرِتھ ہیٚوک تہٕنٛز جوان کورِ روزِ مأنٛزِ اتھہِ دأرِتھ۔ ونہٕ نِک مقصد چھُ زِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ رسمن ہِنٛدی منفی اثرات چھِ سماجس تباہ کران۔

واریاہ رٕسم تہٕ رواج چھِ وارِ وارِ ژھوکان تہٕ تہٕنٛد تذکرٕ چھُ صرف لُکہٕ ژوتُرس منٛز سپدان، مِثالہِ پأٹھی، بروٚنہہ کالہِ آسی کأنٛی کورِ مأکی گوٚبرٕ مالِین

''بوگ'' ہیوٚان، بوگ ذٕ پتھ گوٚوڈھۍ، تِتھۍ پأٹھۍ ونہٕ یوان چُھ، مہرِینۍ بوگ، عپز بوگ، ہیرٕ ژ بوگ۔ گوبرٕ مأٔلس اوس مہرِینہٕ باپتھ بوگ یوان ہینہٕ مگر کورِ مول اوس تمہ پوٚنسہٕ پنہٕ نِس مصرفس لاگان۔ یہِ رواج بدلیوو تہٕ گوٚو گال کھالس۔ ووٚنی چھِ کورِ مأٔلی سے بڈی بڈی رقم دِنۍ پیوٚان، دا جس منز قمتی سامانہٕ دِیُن پیوان۔ تِتھے پأٹھۍ اوس ''وان'' پرنک رواج، ییلہِ کانٛہہ بزرگ پنڈِتھ یا پنڈِتانۍ ییمہِ عالمہٕ گژھہِ ہے، تہنٛدِس گرس منز آسی ماتمی بأتھ برابر داہن دوہن یِوان پرنہٕ۔ یِم وِپد طرزٕ کی بأتھ أٔس کانٛہہ پیشہِ ور تجربہٕ کارزٕنی پران، ییمِس وانہٕ گر یاوانہٕ رینٛز ونان آسی، وان پرنک رواجِ تہٕ روٗدنہٕ، برٕ زٕ میٹ کڈنک رواجِ تہٕ موکلیوٚو، یودوے یِم رٕسم کرم کانڈ مطأٔبق دھارمِک وانکس منز یوان چھِ، تہٕ أٔستھ تہٕ رووٕیمن موقہٕ ماحول۔ تِتھے پأٹھۍ روٗزنہٕ رینٛٹہٕ گرتہٕ گُنہٕ۔ اما پوٚز پرأٔنی رٕسم چھِ پرانان تہٕ موکلان تہٕ نٔوی چھِ نوان۔ اَتھ برعکس چھِ خاندرن کھُندرن سٟتی تعلق تھاون وأٔلی رٕسم تہٕ رواج دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہُران تہٕ عام سپدان۔ اکھتے چُھ گیوٚنک، گِندنک، نژنک تہٕ ونہٕ ونک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اہتمام یوان کرنہٕ: یِری تو مأٔنزرأٔژ دوران، گیونہٕ تہٕ گِنڈنہٕ پنہٕ وول یہِ بأتھ:

طوطس دَپھ تے سبیل کرے ہأری یے

طوطس دَپھ تے سبیل کرے ہأری یے

بأیی لار.... بخشن ہا

أ لے رونگا، نیلے پٹر اہ ء

أ چھن لگَے، بُمن لگے، پچھن مارے

بُمن لگے پأری یے

طوطس دَ پھ تے سبیل کرے ہأرِ یے

اٰنکل جِیا، بختا وارا، بخشن ہارا

أ لے رونگا، نیلے پٹر اہ ء

أ چھن لگے، بُمن لگے، پچھن مارے

کتھن لگے پأری یے



(۲)

# زراعتس ہٕستی تعلق تھاون وألی کینٛہہ رٕسم تہٕ رواج

زراعتس ہٕستی تعلق تھاون وألی وارِیاہ رٕسم تہٕ رواج اُسی پتھ کالہِ پٮ۪ٹھہٕ سبٹھاہ یژھہِ پرٛزھہِ تہٕ جوشہٕ جذبہٕ سان پالنہٕ یِوان۔ یِموِ منٛز اُس وارِیہن رسمن ہنٛز شکل وصوٗرتھ مختلِف علاقن منٛز مختلف آسان۔ کینٛہہ اُسی پربتھ جایہِ اکی طریقہٕ یِوان پالنہٕ۔ گُملی چھہِ ہمیشہٕ نم ژٕم گأژتھ رٕتہٕ تہٕ ہُرٕ فصلیچ آش رچھان روٗدِ ہٕتی۔ پٔژن فصل غائیلو تہٕ بِماریو نِش بچاونہٕ باپتھ اُسی تم استانہٕ آنکنو تہٕ مُشدِ براندٕ وپیٹھہٕ لرٕشہ ڈُوِتھ انان تہٕ تو بُرکہٕ رنٛگی پننہٕ نبن کھہن چھکان۔ زرعی فصلن ددارِ واتنکہِ خدشہِ سبٕہ اُسی گرٕہسی پیرن فقیرن تہٕ اولیاے کرامن ہُنٛد اَتھہِ روٗٹ ژھاران۔ زراعتس چھُ ہمیشہٕ توقہس خلاف بےوق موسمی تبدیلی ہٕستی نقصان واتنُک اندیشہِ مثالے ڈۄنٛٹھ، واو، داوُک، رے تہٕ بےوق بأرِش تہٕ شین چھہِ اَتھ بعض اوقات تباہ تھوان کٔرِتھ۔ اوے چھہِ گامن منٛز سونتہٕ ہرد اجتمائی خأراتھ یِوان کرنہٕ، خأراتھ چھُ الاین بلاین تہٕ وأرِی داتن ٹھوٗر۔ گرٕہسی اُسی پیرن فقیرن نِش تعویز تہٕ توبرٕک اَنتھ زراعتکہِ پیشگی بچاوٕچ سبیل ژھاران۔ ”دِ ویلی آو کشمیر“ کتابہٕ منٛز چھُ والٹر لارینس، ہیٛمِس کأشرِ

چھِ لارن صحب تہٕ ونان، لیکھان:

"کأشرِ بن چھے پڑھ زِ پیر فقیر ہیکن سارِنے دادبن دوا کٔرِتھ۔ کأنسہِ پیر، فقیر تہٕ درویش سُند اکھ تعویزٕ چھُ رے ہش خطرناک فصلہٕ بیمأری گالنہٕ باپتھ کأفی" (ص: ۲۹۳)

بعض اوقات ییلہِ زیادٕ کالس رُود ییٖہِ ہے یاہو کھے تہٕ داوٗک برادِہے، اجتمأعی خأراتن ہُنٛد سِلسلہٕ اوس شروع یوان کرنہٕ مثالے پیرٕ خأراتھ، تیلہٕ تہر، سس رَس، کلہٕ ہیر بتہٕ وغأرٕ۔ یم خأراتہٕ بتہٕ تہٕ تہرِ آسہٕ شُربن تہٕ وتہٕ پکہٕ وُنٛن بأگراونہٕ یوان۔ اَکھتُے اوس امیُک توٚبرُک مجلس یا گامس منٛز پرٛتھ گرس واتناونہٕ یوان۔ مقصد اگر ہو کھے تہٕ داوٗک رُکاوُن یا کاسناوُن آسہِ ہے، شُری اُسی خأراتھ رٔنٛتھ کھٚچن منٛز تھدِ تھدِ ونان:

تلہٕ ذٕدی تلہٕ پٔدی پپٹھٕ ذٕ زتال یابارصأحبو رُودا وال

اگر مقصد آسہِ ہے دٔور گوٚڑھ کرُن، شُری اُسی ونان:

خداصأبو تاپھ کر صاف کوٗگر مارے

خداصأبو دٔور کر اوٗز کوٗگر مارے

باقٕے لُوکھ اُسی خأراتھ کرِتھ بتہٕ پانس کیُت توٚبرُک رٔنٛتھ عجز وزأری سان خدا تعالیٰ ہس عفو منگان، تہٕ زراعتکہِ حفاظتہٕ باپتھ دُعا کران۔ یم اجتمأعی خأراتھ کرنہٕ باپتھ اوس یوان مجلس یا گامس منٛز گرِ پتہٕ گرِتیل توٚمُل سوٚمبراونہٕ۔ ہرگاہ غأیلہٕ زیادٕ شدید آسِہے ہتہٕ گریس بلکہ کُلہم پأٹھی سأری

کاشری بے بس گژھہِ ہن، تیلہِ اوس "نفِل کڈنک" اہتمام سپدان۔ لۆکھ اُسی گرو منزٕ نیرتھ اُکی ہے جایہ سمان تہٕ اَتہٕ پتہٕ کانسہِ ولی اللہ سٕندِس درگاہس کُن یکہِ وَٹہٕ پیدل سفر کران۔ سفرس دوران اُسی تِم عجز و زارٕی سان اللہ تعالیٰ ہس کُن دُعا کران۔ یۆتام ولی اللہ سٕندِس درگاہس پتھ واتان اُسی۔ برونٹھہ کالہِ اوس مختلفِ استانو منزٕ تو برکات کڈِتھ تِم نفلس ستی پکناونک رواج تہِ۔ یِم ہنہٕ تہٕ زنہٕ آمتی کاشری تہٕ خاص پأٹھی گرٕ یسی اُسی ولی اللہ سٕندِس درگاہس اَندرٕ اَندرٕ سِمتھ ودان پشان، عجز و زارٕی کران، خدا تعالیٰ ہس عفو منگان۔ خاص پأٹھی اُسی نفِل ہیتھ حضرت شیخ العالمؒ، حضرت سلطان العارفینؒ تہٕ حضرت سید حسین سمنانیؒ سٕندِن آستانن پتھ لۆکھ واتان۔ مقامی درگاہن پتھ تہِ اُسی بعض اوقات نفِل ہیتھ واتان۔

## لارن صٲحبن چھُ لیوکھمُت:

"(مے چھُ وُچھمُت) لُکہٕ ارساتھ زرار شریف کُن ژٕستھ یِوان۔ ییلہِ قدرتی آفژن مثالے بُنلین، خوشکھ سالی، داوُک، وژاگ، کالراہ تہٕ حدٕ رٕوس بارشہِ ہنزٕ شدت ہرہے، یِم لۆکھ اُسی تتھ خوشکھ وُڈرٕ، یتھ پتھ حضرت شیخ نورالدینؒ ریشی سُند آستان چھُ، اَندرٕ اَندرٕ ودان روان تہٕ بعضے ژھوپہٕ دَم کرِتھ اَندری دُعا منگان تہٕ کُنہِ ساتہٕ یکجا تھدِ تھدِ منگہٕ منگ کران۔ اَتھ مُتأثر کرن واجینہِ تقریبہِ چھِ "نفِل" ونان۔ سری نگرس منز چھِ لۆکھ اَمہِ مقصدٕ باپتھ عیدگاہس منز سمان۔" (ص:۲۸۸)

یم رٕسم تہٕ رواج چھِ کم یا زیادٕ اُکس یا بیٚیس صورتس منٛز از تہٕ پالنہٕ یوان۔تاہم آیہِ تیز رفتار سائنسی تبدیلیہ تہٕ ترقی ہٕستۍ تہٕ نُوٹکنولوجی ورتاونہٕ ہٕستۍ زمیٖندٲری ہنٛزن کامین تہٕ اَمہِ کنٛہن طورطریقن منٛز زبردس تبدیلی۔واریاہ کامہِ ژھوٹیہِ، واریہن کامین ہُنٛد روٗ دنہٕ حاجتھے۔پتھ کالہِ اُس زمیٖندٲری اُٹھن ربتن کرنۍ پیٚوان۔کُملی اُسۍ کوٗٹھ تہٕ کاَرمِلہٕ وِتھ یہِ ڈٕلۍ زِتہٕ وُہری وٕریس آوٕری روزان۔البانہٕ ہٕستۍ ترییٚہِ لٹہِ زمیٖن وایِنۍ، پاہ سأر، یٹہٕ پھُر، تاچھے،لتھ،نیٚنٛدٕ تہٕ گوڈٕ روٚوبلکہِ بیٚیہٕ تہٕ کٔہریاہ صبر آزما کامین اوُسس پیٚوان اَٹھ دیٚن۔ووٚنۍ چھےٚ زمیٖن یوان ٹریکٹروہٕستۍ واینہٕ،اُتھی ہٕستۍ موکلیوویٹہٕ پھُر تہٕ۔ووٚترُدانہِ چھُنہٕ وَونے یوان،لہٰذا چھُنہٕ پیٚوان گوڈٕ روٚوتہٕ کرنُے۔نیٚنٛدٕ دوا ستعمال کرنہٕ ہٕستۍ گوٚدان زمیٖنس منٛز بروٗنہہ کالہِ وہ پدن وول مُضر گاسہٕ تہٕ کچھ، یُس موٗلہِ کڈِتھ گالنہٕ باپتھ ہیٚتھے دون ڈاین ربتن نیٚنٛدٕ کرنہِ آسہٕ پیٚوان،موٗلہٕ موٗنجِ ختم۔رَے تہٕ باقیٕ بیمارِ گالنہٕ باپتھ چھِ یوان دواپاَشی کرنہٕ۔اِ موکھہٕ ر ٚوورسمن موقعہٕ محل تہٕ گےٚ گاَل کھاتس۔کینٛژن رسمن رواجن موٗژیوٕ صِرف کرنٛژ پتھ کُن تہٕ کینٛژ ویراوِنوٕ صوٗرٕژٕ۔

''گونگُل'' چھُ زمیٖندٲری ہنٛزن کامین دٕس تُلنُک رٕسم۔یہِ چھُ نوِ لاگنیہٕ ہنٛدِ ڈٕسلا بِک دوہہ۔اَمہِ رسمُک نیب چھُ نیٖل مت پوٗران تہٕ دِوان۔ اتہِ چھُ اَتھ رسمس ناو ''کرسیا رمبھا'' براہم ویٚشم پاین چھُ رازٕ جنٛمے جی یَس وٕنان:

''کسمپرایہِ ہنٛز مؤرتی گرٛزھِ بناوٕنی۔ پھاگن رہتہٕ چہٕ اُٹھمہِ راٗژ گرٛزھن زَنہِ اَتھ مؤرتیہِ پوٗزانہٕ کرنہِ۔ اَتھ راٗژ منٛز گرٛزھِ یہِ مؤرتی چھلنٕی۔ نٔوی پلوتہٕ پوشہِ گوٗنڈی گرٛزھنس لاگنی۔ گاو دودس بناوِمتی چیز گرٛزھن اَمِس پیش کش تھاونی۔ تومُل گرٛزھس ارپن کرُن۔ ساعت وُچھناوِتھ گرٛزھِ زمین وانٕی۔ امہِ دوہہ گرٛزھن ساری باٗژپان پاٗراونی۔ شُری باٗژ ہتھ گرٛزھِ کھس منٛز باگ رُت کھیناہ چیناہ کرُن۔ اَتھ موقس پیٹھ گرٛزھِ گیوٗن، گندُن تہٕ رقص چلہٕ وُن تھاوُن''۔ (نیل مت پوران: شلوٗک: ۵۵۰۔۵۶۸)

کاٗشری اَسی ''وہکھ'' رتس منٛز وٕرٕیک گوڈنیُک بوٗڈ دوہہ ''سونتھ'' بڈٕ چکہٕ چاوٕسان مناوان۔ مورخ حسن شاہ کھویہِ ہاٗی چھُ لیوٗکھمُت زِ

''کاٗشری چھِ یہِ دوہہ عیزن ہندی پاٹھی مناوان''

تہٕ اقبال ناتھ ونیُہٕ ہن چھُ اَتھ دوہس متعلق لیوٗکھمُت:

''کلینڈرُک بجر چھُ اَتھ اَمہِ کنی زِ اَمہِ دوہہ چھُ سِرِ یہِ خطِ استواہس پیٹھ واتان تہٕ شماٗلی نصف کُرس منٛز (یتھ اندر سورُے ایشیا واقعہٕ چھُ) اژُن ہیوان۔ زمیندار چھِ اَتھ دوہس پھرُس مانان تہٕ اَمی دوہہ چھِ زمیندار ارٕی ہُنٛد دٕسلابہِ کرنہٕ خاطرِ سبزِ بن ہندی بیاٗلی وَوان۔ یہِ چھُ کاٗشرٕ بن زمیندارن ہُنٛد تہِ بوٗڈ دوہہ تہٕ اتھ ستی چھُ اَتھ بیا کھ بجر تہٕ باگہِ آمُت زِ یہِ چھُ اہلِ تشیعہ ہن ہُنٛد عیدِ نوروز'' (اقبال ناتھ بٹ ونیُہٕ: مونو گراپھ: کلچرل اکادمی)۔

کاٗشری پنڈتھ چھ موسنہٕ کہِ آدہٕ نوٗع کامین ہُنٛدِس دٕسلابس متعلق

کینژہ رسم رواج تہٕ تقریبہٕ دھار مِک حسابہٕ مناوان۔ رتھنڈی کِنۍ چھےٚ بُتراتھ ماگھ زۄنہٕ پچھ پأنژم دوہہ وجۄ دس آءِژ، اَمی دوہہ چھےٚ بسنت پانژم مناونہٕ یِوان۔ ''بُمہٕ سِن کاہ'' تہٕ چھُ رتھُنڈ اکھ بۄڈ دوہہ یُس ماگھ زۄنہٕ پچھ کأہمہِ دوہہ مناوان چھِ۔ لُکہٕ پڑھ چھےٚ زِ امی دوہہ چھےٚ زمینس تھمبر پیوان یاں زِ وُشنیر پھیران۔ اَمہِ پتہٕ داہ دوہہ گرٛھتھ چھےٚ پیوان آبس تہٕ ہوٗہس تھمبر تہٕ یوہے چھُ ''گونگُل'' کرنک وق۔ ''بُمہٕ سِنۍ'' پتہٕ کأہمہِ دوہہ چھُ ''سونتھ''۔ اَمی دوہہ چھِ زمینداأری ہٕژن کامن دَس تُلان۔ کأشرۍ پنڈِتھ چھِ اَمہِ دوہہٕ تھال بران۔ کالے چھِ یِوان أ رِکس تھالس منز تولمس پیٹھ ژۄٹ، نۄن، ڈۄنۍ، قلم، دواتھ، دودٕ بتہٕ ٹِراہ، أنہٕ، پوشہِ بۄ کاہ، درمن ژۄکاہ تہٕ اکھ روپے تھاونہٕ۔ پگاہ صُبحأے یُس سُلہِ ہُشیار گژھِ، سُہ چھُ یہِ تھال سارِنے بأژن اکہِ اکہِ ہاوان۔ پرٛتھ کانٛہہ بأژ چھُ اکھ اکھ ڈۄناہ تُلان تہٕ تراون کولہِ۔ تولمس چھِ تہر بناوان۔ اَمہِ دوہہ چھِ پتہٕ پوشہِ ڈلن کُن سأِلس نیران، یتھہِ پأٹھۍ چھِ کأشرۍ پنڈت ''سونتھ'' بڑ دوہہٕ رٔنگی مناوان:

لأیہِ کۄر درشن باغ وسنس تے   اَستے اَستے نو بہار آو

بونہِ کۄر عرضا بار صاحبس تے   یۄنۍ ہے أسس میوٗ کونہٕ دژام

بونہِ ہُنٛد شہُل چھےٚ کُل عالمس تے   اَستے اَستے نو بہار آو

ویرِ کۄر عرضا بار صاحبس تے   ویرِ ہے أسس میوٗ کونہٕ دژام

ویرِ ہُنٛد دودُر ژام دِل جگرس تے   اَستے اَستے نو بہار آو

ژیرِ کوٚر عرضا بار صاجبس تے سُلے آلیس ، ژیرِ پیوم ناو
ژیرِ ہُند مزِ وُچھِ نیٚنڈِ کالس تے اَستے اَستے نو بہار آو

ڈوٗنی کوٚر عرضا بار صاجبس تے میوے بہ اوسُس ڈوٗن پیوم ناو
ڈوٗن چُھے شوٗبان خریدارس تے اَستے اَستے نو بہار آو

پھرستن کوٚر عرضا بار صاجبس تے پھڑس ہے اوسُس میوٕ کونہٕ دژام
پھڑس کیا شوٗبان کولہٕ رادس تے اَستے اَستے نو بہار آو

پتھ کالِہ تہِ اُسی گرٕ یسی نوروزس پڑاران آسان تہٕ ازتہِ چھِ امیُک خیال تھاوان۔ تِم چھِ اکثر پڑ ژھان: ہےٚ سونتھ کراَژِ، زٔمینس پیٚیاہ تمبر، نوروز کر چُھ؟ تکیازِ اُتھی دوہس پیٚٹھ چُھ "گونگل" کرُن پھروٗس یوان مانہٕ۔ووں گوڈ تیٚلہِ کالہِ اوس "گونگل" چکہٕ چاوٕ سان یوان کرنہٕ۔ گرٕیسی اُسی اَمہِ باپتھ پوٚرِ تیاُری کران۔ تِمن اُسی زمینداُری ہٕنڈی سامانہٕ مثلن البانہِ، بیل، لِونہِ، ٹونگری تہٕ یَپ ژوچہِ بیترِ گوڈے سنباُلتھ شیرتھ پیوان اٗنی۔ اَمہِ باپتھ اوسُکھ چھانن تہٕ کھارن نِش پیوان گرُھن، تِمن اُس آسان کاڑِچ سخ تر پھ۔ مگر گرٕیسی اُسی گونگُل مانگے "ہیتھ تِمن نِش ڈِفر گری گری پڑاران روزان۔ "گونگُل مانگے" اوس اکھ ضروٗری رٕسم۔ طایفہٕ دَر اُسی گوڈِ سونتے گرٕیستس نِش تِتھ مانگیہ موچھِ ہن ترلان، تہنڈی کنٕ اوس تہنڈِ باپتھ یوٚہے "گونگُل" مانگے تُلتھ اُسی تِم نِوٕ ریہِ باپتھ پٔنُن کسب کارشروٗع کران، یِمن طایفہٕ درن منٛز اوس چھان، کھار، کرال، گوٗر، پُہُل، کھوٚ بانٕ، شیٚرن ووٚل بیترِ شاُمل۔

تاہم اوس پیوان گرٕ پستس چھانس تہٕ کھارس نِش ''گونگل مانگے'' ہیتھ یورے گژھن۔ یِم رٕسم گیہِ ووٚنی ختم مگر زمیندارس تہٕ زمیندٲری ہِنٛدِ باپتھ اٚسکھ یِژا اہمیت۔

گونگل کرنک دوہہ اوس یِوان رُت کھنن چھن تیار کرنہٕ۔ خوش خوشالہٕ پاٚٹھی اٚسی گرٕ پسی پنہٕ نٔبن پنہٕ نٔبن کھہن پیٹھ وٲتتھ دانٕدِ جورِ بن الہٕ ساز شیران تہٕ زمین ہوان واینی۔ اتہٕ اٚسی خودِ زمین واین والبو علاوٕ تہنٛدی عیال تہٕ حق ہمسایہِ تہٕ سمان۔ گرٕ پسی بابِہ آسہٕ ڈُوٚنی، بادام تہٕ تہرِ باٚ گراوان۔ کھہہ پتہٕ کھہہ اٚس آسان ووسہٕ دژوس۔ کاجُک بتہٕ اوس پچہِ کیتھ واتناوان اوٚری۔ گرٕکی سأری باٚژ اٚسی گنہِ پیرِ پیٹھ، پینٛچہِ پیٹھ یا ویرِ وارس منٛز کولہٕ رادس نکھہِ یکہٕ وَٹہٕ گونگل بتہٕ کھیٚوان۔ شامن اوس پیر صأبس یا مقأمی مسجدِ ہِنٛدِس امام صأبس سال یِوان کرنہٕ۔ سُہ اوس بتاہ وتاہ کھیتھ اسلافن فاتحہ سوزان۔ صحت وسلامتی ، برتہِ فصلہٕ تہٕ فصلچہِ سلامتی باپتھ اوس خدا تعالیٰ ہس کُن دست بدعا روزان۔ تہر اٚس مقأمی آستانس پیٹھ تہِ یِوان سوزنہٕ۔

پرانہِ زمانہٕ پیٹھہٕ چلہٕ وُن یہِ رٕسم آو ژھوکان تہٕ چھیٚکرس رٔوُدس کرٕ ژےیوت باقے۔ ووٚنی چھِ گرٕ پسی نوروزس پیٹھ یا اَمہِ پتہٕ کیٛنہہ دوہہ گژھتھ وار بن منٛز سبزین ہِنٛدی بیالٕکی بیترِ وَوان تہٕ گُنہِ جوشہِ تہٕ ووسہٕ دروسہِ ورأے زوان ''گونگل'' مُجراہ۔

بیاکھ رٕسم اوس ''منگل'' بیا[illegible] ووٚنی[illegible] ووان اٚسو[illegible] ۔ اتی اٚسی تہراہ

بأ گراوان، یتھ "بیائلی تھر" ونان أسی۔ اَمہِ دوہہ شامن تہٕ أسی دُعامنگہٕ ناونہٕ باپتھ کأنسہِ مولوی صأبس یا پیر صأبس دعوت دِوان۔ تھرِ منز أسی موٗٹھاہ موٗٹھاہ ہمساین تہٕ سوزان۔ یوٗ ہے رسم گیوٗ "منگل" یہِ رٕسم چھُ ازتہٕ چلہٕ وُن مگر پرانہِ زُوزبتہٕ تہٕ چکہٕ چاوٕ روٗستے۔ تِھٕج نارٕبن منز داں بیول وَونہٕ یکس موقس پیٹھ چھے تھرِ یوان بأ گراونہٕ، ہناہ چھے تِھٕج نارِنش بیرن بٹھن پیٹھ یوان چھکراونہٕ۔ أتھی چھِ نوان "منگل" مُجراہ۔

گرٕیسی کارُک بیاکھ رٕسم چھُ "کاڈ" اصطلاحس منز چھِ "کاڈ" تتھ کامہِ ونان، یوٗسہٕ بلا معاوضہٕ کأم کرن والین ہنٛدِ ذٔسی انْدواتناونہٕ ییہِ۔ تھل رُونس ،مکانہِ ژوٗرکرنس ،نیٛنٛدِ تہٕ گوڈروو کرنس ہرگاہ کانٛہہ زمیندار کُنہِ غایلہٕ کنی، بیمار موکھہٕ یا نزٕ ژُھر بر آسنہٕ سببہٕ اندبوٗرہیکہِ ہےٛ نہٕ دِتھ، تِمس أسی ہمسایہٕ، دوس تہٕ رشتہٕ دارا کی ساتہٕ نفراہ نفراہ پلزٕ نہِ سوزان۔ یِم بلا معاوضہٕ پلزن وألی أسی تسنٛز کأم وقتس پیٹھ اند واتناوان۔ اتی أسی نیٛنٛدِ کھہس منز "نیٛنٛدِ کاڈ" کران کران تِتھن ہوٕہن بأتن ہنٛز گریزٕ تُلان:

چُھم نار موٕیے یارٕ یتأ مو لیے
رژھِ رژھہِ نار تَنیوٗ رُمہٕ رُمہٕ موے چھتیوٗ
لوکہٕ چار ما ییہِ ہیٛیے یارٕ یتأ مو لیے
وُچھتن نأ گی راے سادے ہی مالہِ دِیُتن وعدے
دوشہِ وے پاتال گٔیے یارٕ یتأ مو لیے

وُچھتن فرہاد سارے شیر پنہٕ دیٹن وعدے
آب تورُن جوٚیے یارٕ یتاموٚ لیے

تھٔج کاد کرن واجینہٕ زنہٕ چھے تھی ہوی ونہٕ ون ہُری وکھناوان:

بجہٕ ناڈِ برکتھ تھل ہے رُٕناوس سوٚنی ہے اَنہٕ ناوس گوٚنی کرنے
نوشہٕ تہٕ کورِ ہے کادس تراوس سوٚنی ہے اَنہٕ ناوس گوٚنی کرنے



بأے لالہٕ آمَے صُجأے نادس مالہٕ ننن آیہٕ سَے تھٔج کادس
بأے لالہٕ لگہٕ یو چأنس نادس مالہٕ ننن آیہٕ سَے تھٔج کادس

کاڈُک رٕسم چھُ وُنہٕ تہٕ چلان مگر امیُک اخلأقی تہٕ انسأنی ہمدردی ہُنٛد جوہر چھُنہٕ موٚجوٗد روٗدمُت۔ وونی چھُنہٕ کانٛہہ کأنسہِ بلا معاوضہٕ پلزان۔ لۆکھ چھِنہٕ پرأنی پأٹھی پانہٕ وأنی خلوٗص تہٕ ہمدردی ورتاوان۔ بلکہِ مزوٗری تہٕ معاوضہٕ تہٕ چھِ نوان تہٕ کامہِ دوران برٛزن تام حساب تہٕ تھاوان۔

یام دانہٕ اوس ہوان ہیلہِ نیرُن، خأراتھ کرنُک سلسلہٕ اوس شروٗع گژھان۔ "وہیلِ ٹٔکۍ" چھُ بیا کھٕرسما، یُس پتھ کالہٕ بڈٕا اہتمامہٕ سان انجام دِوان أسی۔ "ٹٔکۍ" چھ باسان "ٹٔکی"" ہُنٛد ژھوٹُر۔ تہٕ "ٹٔکی" دٔپتھ گوٚو "رتہٕ چھِھ" حالانکہِ "ٹٔکی" لفظس چھِ بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہ معنہِ مثالے خواہ مخواہ، نخبے، زوٗرٕ، کنہِ خاص وجہ ورأے کُنہٕ فأید روٚس وغأرٕ۔ "وہیلِ ٹٔکۍ" گوٚو ہیلِن ہنٛدِ باپتھ رتہٕ چھِھ، یُتھ تِمن وارٕ کارٕ مایہ کھسہٕ تہٕ رَے بیمارِیٚن محفوٗظ روزن۔ اَمہِ

رسمک طریقہٕ اوس یہِ زِ اکھ اکھ محلہٕ یا کٲنٛہہ گام اوس رٔلتھ داں زمینس منٛز گنہٕ مشخص جایہِ کانٛہہ پۆش ذبیح کران۔ أمہٕ سُند ماز أسۍ نوان بٲگرتھ تہٕ ہناہ أسۍ اورِ یور کھہہ بیرن پیٹھ چھکرِتھ تڑاوان۔ خیال اوس یوان کرنہٕ زِ داں ڈلُک موکل روزِ خوش تہٕ فصلس کرِ رأچھ۔ وارِ وارِ سوریہِ اَمہٕ رٕچ تیٚہہ تہٕ یہِ ووت موژان "ہیٚلی کوکُر" مارنس تام۔ لۆکھ لگۍ پٔتٕس بدلہٕ کھہہ بیرن پیٹھ ہیٚلی کوکر مارنہِ۔ اوہُنٛد ماز ہیوٚتکھ پانہٕ سے کھیوٚن۔ ووں چھُ ہیٚلی کوکُر تہِ خالے کانٛہہ ماران۔ موُرن تیٚیہ تہٕ گریٚے، کھہس پیٹھ نہٕ کینٛہہ۔ اکثر وچھُ ووٚنۍ یہِ رٕسم منسوو مُتے۔

"نوٚوکرُن" اوس بیا کھ رسماہ۔ گونگُل چھُ زمیندأری ہُنٛد ڈٕسلابہٕ تہٕ "نوٚو کرُن" گوٚوٕ ریچھِ کمایہِ ہُنٛد گوڈنیک فصل گوڈنچہِ لٹہِ کھینٛگ شأدیانہٕ تہٕ شُکرانہِ۔ وار بن منٛزٕ نوسبزی تیار گژھتھ، ییمہِ دوہہٕ یہِ سبزی گوڈنچہِ لٹہِ رَننہٕ تہٕ کھیٚنہٕ یِوان چھےٚ، نوٚوکرنٕچ لگ چھےٚ پالنہٕ یِوان۔ تِتھے پأٹھۍ دانہِ یا مکٲے بیترِ چھوٚمبتھ چھانٛتھ گوڈنکہِ پھرِ امیُک بتہٕ یا ژوٚٹ کھیٚنہٕ کس موقس پیٹھ چھُ بڈُ ہِکس ہوِس ماحولس منٛز نوٚوکرنُک رٕسم انجام یِوان دِنہٕ۔ گرٕچ صفأیی چھےٚ یِوان کرنہٕ، بانہٕ بٕٹھہٕ تہٕ پلو دَلو چھِ یِوان چھلنہٕ۔ مقررہ دوہس پیٹھ چھُ رُت کھٔن چٔن یِوان تیار کرنہٕ اوسۆدٕ حال زمیندار چھِ لوکُٹ موکُٹ وازٕ وان تیار کرنأوِتھ ختمِ شریفُک تہِ انتظام کران۔ عام گرٕ ہسۍ أسۍ مولوی صأبس دعوت دِوان تہٕ اسلافن فاتحہ سورٕ ناوان۔ نوٚوکرنٕچ چِہ اتھ تقریبہِ پیٹھ اوس یِوان

کوربن زامِتر بن تہٕ تہنٛد بن شُر بن تہٕ دعوت دِنہٕ۔ گوڈٕنکی داں لاٗوِی اَسی مقاٗمی آستانس شُکرانہٕ تہٕ شاٗدیانہٕ رٕنگی پیش کرنہٕ یوان۔ نۆ وکرنُک رٕسم چھُ اَز تہِ مؤجوٗد دگر پڑ ون ہیوٗ زُوزبہٕ تہٕ چکہٕ چاو چھُس نہٕ روٗ دمُت۔ تاہم چھُ گونگُل کرُن، ہرُ دوٗتُن تہٕ نۆ وکرُن ہوی رٕسم یتھ ونہٕ وُن ہُرس منٛز ازتہِ نہ صرف محفوٗظ بلکہِ سرتازٕ۔

وِلہٕ ژاوہرُ دتے سُلہِ کۆ رنۆ ویے      پڑ ون پڑ ون تھوویے چانہِ باپتھ
سوٗنتہٕ کۆ رگونگُل تے ہرِ دِ کۆ رنوویے     وآنہٕ دت بوویے شاہوُ لگے

کاٗشرٕ بٹ پنٛڈتن ہُنٛد دھارمِک فریضہٕ چھُ موردن شراد ہاوُن، یُس ژِم حسب ضروٗرتھ خاص خاص موقن پیٹھ ہاوان چھِ۔ اماپوٗ زگرہٕوس ییٛلہِ نۆ و فصل چھومیتھ چھاٗنتھ موکلاوان چھُ، کاٗشرِ پنٛڈتھ چھِ کامبرِ پچھس منٛز شرٛاد ہیٛوان ہاوِنی۔ ژِم چھِ اَشِد ربتہٕ کینن گوڈنکین پنٛدٕہن دوہن کامبرِ پچھ ونان۔ کامبرِ پچھِ کینن شرادن پیٹھ چھِ نِوتومِلکی پیٛنٛڈ تھاوِنی ضروٗری۔ پیٛنٛڈ چھِ تتھ بتس ونان، یُس شرٛادپوٗزایہٕ ہنٛدِس موقس پیٹھ موردن ہنٛدِ ناٗوی تھونہٕ یِوان چھُ۔ امیُک مطلب گۆ وپانس نۆ وتومل کھینہٕ برونٛہہ چھُ یہِ موردن ہنٛدی ناٗوی تھاوُن ضروٗری، یتھہٕ پاٗٹھی چھُ "نۆ وکرٕنکس" رٕسمس دھارمِک رنٛگ تہِ میلان۔

ہرِ دِ یام دانہِ چھومیٛنٛچ یامکاٗے چھلینچ کاٗم شروع گژھان چھے، سارن واین واٗلی، ژاٹھی دُعاے خاٗ کران واٗلی چھلہٕ نگرِکن واٗلی ہریٛش پر، بانٛڈ

تہٕ لڈی شاہ چھِ یکدم ٹنٛز نیران۔ گرٕۍ س چھُ یِمن سارِنٕے مانگیہِ موچھِ ہن دِوان۔ یہِ سلسلہٕ یوٗ دوے وار یاہ کم گومُت چھُ مگر ختم چھُنہٕ گومُت۔ یِمن مانگیہِ دِنٕ چھُ رواج تہٕ رواج چھُ چلہٕ وُن۔ چھونمبتھ چھانٹھ، دانہِ تہٕ باقے جِنس چھِن منٛز تھاونہٕ وِزیاں زِسٹور کرنہٕ وِزِ، تہٕ چھِ ڈوٗنٕ، بادام تہٕ مِٹھایہِ بیترِ بأگراونہٕ یِوان۔ بروٗنہہ کالہِ اوس ہرُ دۂ ٹتھ تہٕ نوٗ وُگرِتھ گامن منٛز خاندرن ہُنٛد سلسلہٕ شروٗع گژھان تہٕ گامہٕ پتہٕ گامہٕ أس ونہٕ وَن ہُربن ہٕنٛز گریز آسان۔ گأمی أسی کأم کار موکلاوِتھ کوربن نیٚچہ وبن خاندر کران، یوٗ ہے اوس خاندرن ہُنٛد یہٕ ڈٕلۍ زِ تہٕ Season مگر یہِ چُھ ووٗنی بدلیومُت۔

بیٚون بیٚون علاقن منٛز چھِ رسمن رواجن مقأمی ناو تہٕ مگر کیٛنہہ چھِ کُل کٔشیرِ منٛز اکی ناوِ زاننہٕ یوان۔ زمیندأری ہٕنٛدی واریاہ رٕسم یوٗ دوَے ڈٔنجہِ روٗ دٕگ نہٕ، تاہم چھِ تمہ لُکہِ شأعری منٛز محفوٗظ۔ وون گوٗ ولُکہِ شأعری تہٕ روو مانٛٹھ تہٕ مالیٛن، مثالے بیٛلہِ نہٕ نیٚنٛدِ کرنک حاجتھے روزِ تہٕ یُتھ ہیٚوٗ نیٚنٛدِ بأتھ کتہٕ گژھہِ ووٗ کنن:

ہتہٕ یارس پتہٕ لارس سُہ چھُ کارس موٗتہٕ یے

کھوٗتنہٕ پیٚنٛژِ کانہِ ہوٗس چکارس سُہ چھُ کارس موٗتہٕ نیے

رِگنٛدُس کولہِ ٹوٗنچ تکہٕ تارس سُہ چھُ کارس موٗتہٕ یے

گُہی رینٛزس خود کاشس اکہِ زَنگہِ پوٗک لوٗتہٕ یے

دریاہ زمین میأنس بارس سُہ چھُ کارس موٗتہٕ یے

نوٗل موقدم چُھے مزارس سُہ چھُ کارس موٗتہٕ یے

گانٛٹھ پیٹھ موردارس چھُس خیالاہ تیٚتھ - یۍ
پأز واتہم نہٕ رفتارس سُہ چھُ کارس موٚتہٕ یۍ
جُمہٕ جُدڈس نابکارس چھُس خیالاہ تیٚتھ یۍ
پیٚیہٕ اسمان پنٛجہٕ دارس سُہ چھُ کارس موٚتہٕ یۍ



کتابیات:


۱۔ دِویلی آف کشمیر: والٹر لارینس: چنار پبلشرز سرینگر: ۱۹۹۵ء
۲۔ نیل مت پوران: انگریزی ترجمہٕ۔ڈاکٹر وید کُماری گئی۔ کلچرل اکاڈمی سرینگر۔
۳۔ اقبال ناتھ ونپؤ ہ (مونوگراپھ): غلام نبی آتش: کلچرل اکاڈمی سرینگر۔
۴۔ کأشرِ بٹن ہندی رٕسم تہٕ رواج: سومناتھ پنڈت: شعبہٕ کشمیری، یونیورسٹی آف کشمیر، حضرتبل سرینگر۔
۵۔کأشرِ مسلمانن ہندی رسم تہٕ رواج: غلام محمد خان۔شعبہٕ کشمیر نیورسٹی آف کشمیر سرینگر۔
۶۔کأشرِ لُکہٕ بأتھ: باہ جِلد: کلچرل اکادمی سرینگر۔

# زان

ناو : غلام نبی پنڈت

قلمی ناو : غلام نبی آتش

زاسنہٕ : 27اپریل1949ء

زاجاے : نأنل انت ناگ کشمیر

سکوٗنت : نانٔل انت ناگ کشمیر:192125

تصانیف:

1۔شیشہٕ پنٛدٕر (شأعری)1966ء

2۔زوٗل امارن ہُنٛد (شأعری)1978ء۔کلچرل اکاڈمی انعام یافتہٕ کتاب۔

3۔کینژ ھامینژ ھا (ٔشری بأتھ: اشتراک: محمد سُلطان سُلطان)

4۔تحقیق (تحقیقی مقالہٕ)1982ء

5۔کأشری تلمیح (اشتراک: موہن لال آش)1985ء۔شایع کار: کلچرل اکاڈمی۔

6۔پُشکِن سٕنٛز نظمہٕ (روٗسی شأعر الکساندر پُشکِن سٕنٛزن نظمن ہُنٛد ترجمہٕ۔اشتراک :

شام لال پردیسی)1981ء۔سوویٹ لینڈ نہرو ایوارڈ یافتہٕ کتاب۔

7۔کأشری لُکہٕ بأتھ (تحقیق تہٕ ترتیب) جِلد 8۔کلچرل اکاڈمی1988ء

8۔کأشری لُکہٕ کتھہٕ (تحقیق تہٕ ترتیب) جِلد 8۔کلچرل اکاڈمی1989ء

9۔ کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ (تحقیق تہٕ ترتیب) جلد 6۔ کلچرل اکاڈمی 1990ء

10۔ بازیافت (تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ) 2005ء۔ ساہتیہ اکاڈمی انعام یافتہٕ کتاب۔

11۔ محمد سُبحان بھگت (مونوگراپھ): 2000ء۔ ساہتیہ اکاڈمی نئی دلی۔

12۔ کٔشیرِ، حضرت شیخ نورالدین ریشی سٕندِس کلامس منز (تحقیقی مقالہٕ) 1994ء

13۔ وُہمہِ صدی عیسوی دوران کأشرِ بن زنانہٕ شأعرن تہٕ قلمکارن ہُند دیُت۔

2003ء۔ ساہتیہ اکاڈمی۔

14۔ کأشرِ لُکہٕ شأعری، وکھنے تہٕ ویڑھنے ۔ 2007ء۔

15۔ کأشُر لُکہٕ وۄتُر، تحقیق تہٕ تجزیہِ۔ 2009ء

16۔ نۆ وکیٹرٕ ھاتہٕ میٹرٕ ھا (شُربن ہٕندِ خأطرِ نظمہٕ تہٕ کہأنیہ) 2009ء۔ ساہتیہ

اکاڈمی ہٕنز بال ساہتیہ پُرسکار یافتہ کتاب 2011ء۔

17۔ کأشرِ لُکہٕ بأتھ (تحقیق تہٕ ترتیب) جلد: 11۔ کلچرل اکاڈمی 2007ء

18۔ حکایاتِ رومیؒ (مولانا رومیؒ سٕنز مثنوی معنوی منز ژارنہٕ آمژن حکایژن ہُند

ترجمہٕ) 2010ء

19۔ پروفیسر شمس الدین احمد (مونوگراپھ) 2011ء۔ ساہتیہ اکاڈمی

20۔ سرمایہٕ تہٕ سام (تحقیق تہٕ تنقید): 2011ء۔ کلچرل اکاڈمی ایواڑ یافتہٕ کتاب

2015ء۔

21۔ اقبال ناتھ ونپۆہ (مونوگراپھ) 2011ء۔ کلچرل اکاڈمی۔

22۔ کأشُر لُکہٕ ادب (مقالہٕ سومبرن) 2012ء۔ ساہتیہ اکاڈمی

23۔ کشمیری لوک ادب (اُردو زبان میں تحقیقاتی اور تجزیاتی مقالات) 2013ء۔

24۔ عبدالغنی ٹھوکر مشہور (مونوگراپھ) 2015ء۔ ساہتیہ اکاڈمی۔

25۔ کأشرِ شُری ادبٕچ سوٚ مبرن (نثر) 2013ء۔ کلچرل اکاڈمی۔

26۔ کأشرِ شُری ادبٕچ سوٚ مبرن (شاعری) 2013ء۔ کلچرل اکاڈمی۔

27۔ گاشُن چھِطہِ پوپُر (شُر بن ہِندِ باپتھ کہأنی) 2013ء۔ نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا۔

28۔ ہُمی جانُن خاب (شُر بن ہِندِ باپتھ کہأنی 2013ء۔ نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا، نئی دلی۔

29۔ ارسلان (شُر بن ہِندِ باپتھ کہأنی) 2016ء۔ نیشنل بُک ٹرسٹ آف انڈیا۔

30۔ بامن (کأشرِ نصأبی کتابہٕ اُٹھ حِصہٕ۔ پرائیویٹ سکوٗلن ہِندِ خأطرٕ۔ ترٛے ایڈیشن) 2016ء، 2015ء۔ پپس پبلکیشنز سرینگر۔

31۔ کشمیر، انگریز سیاحوں کے سفرناموں میں۔ 2016ء۔ علی محمد اینڈ سنز، سرینگر

32۔ کأشرِ معراج نامہٕ (سومبرن) 2016ء

33۔ کأشُر فوک لور، عوأمی زندگی تہٕ سمأجی توأریخُک اُنہٕ۔ 2016ء

34۔ انٹینجبل کلچرل ہیرِ ٹیج آف کشمیر۔ 2016ء۔ کلچرل اکاڈمی۔

35۔ شیٖٹھ نِوشتہٕ (کأشُر انسایکلو پیڈیا، فوک لور نمبر 1 باپتھ)

☆ شایع سپدنے کتابہٕ:

1۔ نبیؐ رحمت (مولانا سید ابوالحسن ندوی سٕنزِ 'نبیؐ رحمت' کتابہِ ہُند کأشُر ترجمہٕ)

2۔ذخیرۃ الملوک (حضرت میر سید علی الہمدانیؒ سنٛز "ذخیرۃ الملوک رِکتابہٕ ہُنٛد کأشُر ترجمہٕ)

3۔آوازِ وأژ ےنو (شعرِ مجموٗعہٕ)

4۔کأشُر گاندھیأیی ادب (اشتراک: ڈاکٹر عزیز حاجنی ۔ پروفیسر محمد زمان آزردہ) ساہتیہ اکاڈمی۔

5۔کأشرِس ادبس منٛز ہندوستان چہٕ جنگِ آزأدی ہنٛز پڑٕو (اشتراک: ڈاکٹر عزیز حاجنی، ڈاکٹر رتن لال تلاشی، رخسانہ جبین)۔

6۔وراثت (تمدُنی موضوعن پیٹھ لیکھنہٕ آمتی مضامین)

7۔رایم ٹایم (نیٚشہِ بدبن ہنٛدِ خأطرِ رایمہٕ)

8۔کأشُر مقالہٕ سوٚمبرن (تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن ہُنٛد مجموٗعہ)

9۔مقالاتِ آتش (اُردو مقالات کا مجموعہ)

10۔کأشُر شُری ادب (ارتقا، توأریخ)

11۔سام (کتابن پیٹھ تبصرٕ)

☆ ایوارڈ

1۔کلچرل اکاڈمی ہُنٛد بیسٹ بُک ایوارڈ: 1979ء

2۔سویٹ لینڈ نہرو ایوارڈ: 1982ء

3۔ڈسٹرکٹ لیٚول بیسٹ ٹیچر ایوارڈ: 2005ء

4۔سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن ایوارڈ: 2008ء

5۔ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ:2008ء

6۔بال ساہتیہ پُرسکار (ٹُری ادبہ باپتھ ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ):2011ء

7۔شرفِ کمراز ایوارڈ:2012ء

8۔کلچرل اکاڈمی بیسٹ بُک ایوارڈ:2015ء

9۔خلعتِ محی الدین حاجنی: 2015ء

10۔شانِ مراز:2015ء

☆ رُکنیت

1۔سرپرست مراز ادبی سنگم ویٚجہِ بیور۔

2۔سابقہ رُکن کشمیری ایڈوایزری بورڈ ساہتیہ اکاڈمی

3۔سابقہ رُکن ٹیکسٹ بُک کمیٹی سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکشن جموں وکشمیر

4۔سابقہ رُکن ایڈِٹوریل بورڈ ''کاشُر سرینگر ٹایمز'' سرینگر۔

5۔سابقہ ممبر ایڈوایزری کمیٹی کشمیر: کلچرل اکاڈمی

6۔سابقہ ممبر سب ایڈوایزری کمیٹی ادبی مرکز کمراز۔

7۔ممبر ایڈوایزری کمیٹی برائے کاشُر انسایکلو پیڈیا فوک لور جلد2 کلچرل اکاڈمی۔



